

عزیز حاجنؠ سٕنز یہِ کتاب چھےٚ ہمکال
کأشرِ ادبُک، خاص کٔرِتھ ساد روار تخلیقن
ہُنٛد تجزیہ تہٕ مولاٗنکون۔ اَتھ منٛز چھےٚ
کأشرِس عقیدتؠ تہٕ صوفی ادبس تہِ سام
ہێنہٕ آمٕژ۔ تنقید لیکھُن چھُ مشکل۔ نقادس
چھُ کانٛہہ تہِ تخلیق مولونہٕ وِزِ شمشیرِ دارِ پێٹھٕ
پکُن پیوان۔ مےٚ چھُ یقین یہِ کتاب
پٔرِتھ سپدن پرَن وٲلؠ فاضیاب۔


وِشوناتھ پرساد تیواری
صدر ساہتیہ اکیڈیمی، نئی دہلی

ناو : أنہٕ خانہٕ

مصنف : عزیز حاجنی

گوڈنیُک چھاپ : 2014ء

تعداد : 500

قیمتھ : ترٛے ہَتھ روپیہٕ -/Rs. 300

ناشر : عزیز حاجنی، حاجن کشمیر 193501

کمپیوٹر کمپوزنگ : عادل کمپیوٹرس، بربرشاہ سرینگر

سرورق : اختر رسول، یونیورسٹی آف کشمیر

## کتابہٕ میلنٛگ پتہٕ:

1۔ سینٹر فار شیخ العالمؒ سٹڈیز، یونیورسٹی آف کشمیر حضرت بل سرینگر 190006۔

2۔ کتاب گھر، لالچوک سرینگر

3۔ میزان پبلشرز مقابل فائر سروس، ہیڈ کوارٹر بٹہ مالو سرینگر

4۔ ادبی مرکز کمراز، سوپور

**AANE KHANE**

A collection of critical write ups in kashmiri

By: **Aziz Hajini**

ISBN:978-93-82288-25-1

# ترتیب

# انتساب

مأژِلِس ماجہِ

ہٕنٛدِ ناوٕ

یِہٕنٛدِ دُعاتہٕ محنت مشقتہٕ سٟتؠ

بہٕ تتھن ووتُس

یتھن بہٕ وُنکیٚن چھُس

# گوڑ وَنہٕ بہٕ پَنُن

مؤلہٕ تلہٕ چھُس بہٕ لفظن ہُند سوداگر۔ لفظ شعرن، نثرس تہٕ تقریرن منٛز پننہٕ
حسابہٕ پیش کٔرتھ چھُس لُکن ہُند کم کاسہٕ توجہ پانس کُن پھِرتھ ہیکان۔ لُکھ دِپتھ چھُنہٕ
میٲنی مطلب دُرس دُنیہکی تمام لوٗکھ۔ لُکھ دِپتھ چھُس بہٕ پننس محدوٗد اندی پکھس منٛز
روزن والین کیٚنژن لُکن ہنٛز کتھ کران۔ یِم لُکھ چھِمے گراہزی تہٕ گہے بلی "واہ واہ تہٕ
آہ آہ" کٔرِتھ حوصلہٕ ہُرراوان۔ تاہم چھُمے پننہٕ جایہِ احساس زِ یِہ بہٕ وَنُن یژھان
چھُس تہٕ چھُنہٕ اداسپدتھ ہیکان۔ کیٚنژھا اوموکھہٕ زِ لفظن ہُندی معنی چھِ محدوٗد تہٕ
کیٚنژھا امہِ سببہٕ زِمے چھُنہٕ لفظن اندر رگپتھ بٲرپک جہتہٕ تہٕ طرح تتھہٕ کٔنی بدِ کڈِنی
تگان زِ غالب سُند ہیوٗ غزل تہٕ ایلیٹ سنٛز ہِش نظم ہیکہٕ ہاوٕنتھ۔ میٲنی یہ ہمسوس ہیکہٕ
میانین تخلیقن ہنٛز موٲزنکون کرن وول باریک بین نقاد ژرزِتھ۔ مے چھُ ہمیشہٕ پی
ژہو نمت زِ میٲنی محبوب چھُ تیوٗ تاہ حسین تہٕ ہمہ جہت زِ تمی سُند حُسن تہٕ اداہن نہٕ محدوٗد
معنی والین لفظن منٛز وپٔتتھ۔ کائناتکین رنگہٕ وٕلی نظارن، لفظہٕ وردن ولنہٕ وِزِ چھُس بہٕ
پزی کجرتہٕ پھپھر محسوس کران۔ تخلیقی باوٕژبلس متعلق میٲنی یہٕ سوچن رٔدیہٕ چھُ عمومی
تہٕ۔ میون خیال چھُ زِ پرتھ کانٛہہ تخلیقی ادیب چھُ پننہٕ تخلیقی بترِ مطابق لفظن ہنٛز

موزونیت مشخص کٔرِتھ ووٚنڈ باوَتھ کران۔ اَتھ بترِس اندر چھے تخلیق کارَس پننی خود زاو تخلیقی وُزنی تہٕ شامِل آسان تہٕ سُہ کسب تہٕ ہُنر تہٕ یُس اکہِ یا بیٚیہِ طریقہٕ ہیچھنہٕ یوان چھے۔ تخلیق کارٕ سُندی ذٔسی بارسس یِنہٕ واجنی کٕنہہ تخلیق چھِنہٕ حتمی تہٕ ابدی آسان۔ پرٛتھ تخلیقہِ اندر چھے قسمہ وار امکانات بدِ کڈنچ گنجایش آسان تہٕ امی حوالہٕ چھُ نقادُ سُند رول توجہ طلب بنان۔ تخلیق کارَس پٔتھ ژٕٹنہٕ یا قصیدٕ لیکھنہٕ خاطرٕ نہٕ بلکہِ ادب پارَس وۄنٔت وُچھنہٕ تہٕ چھۄنٔس دِنہٕ باپتھ۔ دردِس کتابہِ منز شامِل مقالہٕ لیکھنہٕ وِزِ روٗز گٔلہم پٔتھ میانی کوشش زِ میوٚن تنقیدی رۄیہِ گوٚژھ نہٕ ہدایتی بنُن۔ کتابہِ منز شامِل ڈٕسلا بک مقالہٕ ''کاشُرِ تنقیدچ موخصر تنقیدی سام'' چھُ کینژن اہم تنقیدی اصولن کُن اشارٕ مے کٔر کتابہِ ہٕندن باقے مضموٗنَن پٔتھ یِم اصوٗل لاگو کرنچ کوشش۔ بہرحال کرن میانین کوششن ہُند مول تہٕ معیار پرن وٲلی مشخص تہٕ بہٕ روزٕ تِمن قارین ہُند شکر گزار یِم کوتاہین ہنز نشاندہی کٔرِتھ مے رہبری کرَن۔

بہٕ چھُس محمد یوسف ٹینگ، گوپی چند نارنگ، رحمان راہی، وشو ناتھ پرساد تیواڑی، محمد زمان آزردہ تہٕ شفیع شوق ناوی بہلہِ پایہِ عالمن تہٕ دانشورَن ہُند سبٹھاہ شکر گزار یِمو میانہِ یمہِ کتابہِ باپتھ پننی موٗللی تاثرات قلمبند کٔرِتھ میوٚن حوصلہٕ بڑوو۔ زیادتی گژھہِ اگر نہٕ بہٕ عادل اسماعیل تہٕ اختر رسولن شکریہ کرٕ۔ یِمو دوشوٕ یو لاج کتابہِ ہٕندِس پٲراوس منز پننی ہونر کامہِ۔

عزیز حاجنی

# پیشِ کلام

آدم زادَن ہُنٛد بسیار باشی آسَن چھُ خال خالۍ مگر باضے بنہٕ وُنے۔ مگر تیوٚت گرتھ تہٕ ییلہِ کانٛہہ صاحبابیوٚن تہٕ بدون رنگن منٛز کاروا آسنگ باس چھُ دِوان، تمہِ وِزِ چھُ تسُنٛد مرتبہٕ ہُران۔ میوٚن وار باہ کونٛژھ تہٕ عزیز دوست ڈاکٹر عزیز حاجنی چھُ یِتھِ وۍ رنگہٕ راولوتہٕ بسیار پاسل ہم کالومنٛزٕ نوٚن تہٕ بیوٚن۔ یہٕ زانٛن سُہ پرجوش تنظیم سازتہٕ پروگرام آرگنائزر ہُنٛدِس صوٗرتَس منٛز۔ اَسہِ کاشرِ ن چھُ اَز کَس کو کالس منٛز ٹوٗگجہ کرنس تہٕ ژویہِ وُزناونس منٛز سواد یوان۔ مگر دپان کرتام اَسۍ پیٛٹھکی ادیب تہٕ ادب نواز کلچرل کانفرنس کَس ڈیرِس پیٹھ سمان، مُجادلہٕ کران تہٕ سبیلہٕ کڈان۔ مگر تنہٕ گوٚو سنہٕ۔ تِمَن دوہَن اَس سائی وتھ اَنہٕ پوٚٹ ہِشی پکان۔ پنہٕ نِس نپہٕ کرِ نس پیشوازس گرلیہِ دِوان تہٕ لہرِ ماران۔ اَز چھے سوگنٛدٕ نالہِ ہُنٛد جنٛدٕ وٗلتھ عفونت ژھٹان۔ کاشرِن ادیبَن ہیہِ ناد دِتھ سوٚمبراونک ڈسلاب کوٚر اَمہِ پتہٕ مرحوٗم و مغفور پروفیسر محی الدین حاجنین تہٕ ادبی مرکز کمراز ک سمن بل تھوٗن شیرتھ۔ مگر تِمَن اوس تمہِ وِزِ دوہ دَرلوٚ گمُت۔ تِمَن پتہٕ سپدیہِ توفیق ڈاکٹر عزیز سے زِ سُہ سنٛبالہِ تہٕ تھزراوِ اتھ تہٕ لختے دِیس بام تہٕ۔ اَز تہِ چھے اَسہِ ڈامبل تہٕ لڑلیہِ گرِ ن کاشرِ ن لیکھَن والین یِہے تنظیم

ستھ ہش کران ۔ نتہٕ آسہٕ ہے اسہٕ ، ونزاہ، ترٛزاہ، جرمن خوجہ جیٚمی واللبن ہنٛز ڈوگری سنتھا
وُچھِتھ لانچ یِوان تہٕ کلہٕ بوٚن گٔن ترٛاوُن پیوٚان۔

کُنہِ حدس تام ولتہٕ نووعزیز صاۍبنے کاشریک آلو بالواپور۔ جیٚمہِ کیٚن دوٗر دراز
علاقن تہٕ چھیکرس دِلہِ تام۔ بییہِ روٗدسہ ساہتیہ اکاڈمی، ریڈیو کشمیر تہٕ دوٗردرشن کیوٚ
بارستہٕ پلیٹ فارموپٹھہٕ کاشر آلوگرٛیزناوان تہٕ گرٛیکہٕ ناوان۔ یِزے چھُنہٕ از کاشرِ
زبانۍ یُتھ ہیوٚ کار پرداز، کارگُشاتہٕ کمیوٗل ژھانڈن رژھراوُن وول بییہِ کانٛہہ، توٚے
چھِ مے ہوی ناتوان ڈنگی ہہہ زورٕ زورٕ آہی کران:

اتھ چانہِ جویہِ آب ہمیشہ

یہ نہ زٲنس ستۍ چھُنہٕ اَسہِ اختلاف یا یہ سورے سُہ کران چھُ سُہ چھُ ثوابے
ثواب۔ مگر تہٕ گرِتھ تہٕ چھُنہٕ کانٛہہ کوٚٹ کرنس منٛزتَس وُنہِ کانٛہہ جواب تہٕ یہ چھُنہٕ ڈٔٹھ
کتھا۔ دودِجہِ گاوٕ ہنٛز لتھ تُلنۍ تہٕ چھِ برداشت کرٕنی پیوٚان۔

عزیز حاجنی چھُ شاعر تہٕ۔ کوٗتاہ زبر تمیک اندازٕ گروٗ پانَے ریڈیو کشمیر چہٕ
فرمایشہِ منٛز تسندی باتھ بوٗزِتھ۔ نثر نگاری تہٕ تنقیدُک چیٚرٕ چھُ وُنہِ کاشرس منٛز کم کاسے
بلکہِ تنلہٕ توٗنے۔ عزیز حاجنی صاۍنۍ زیرِنظر کتاب چھِ اَتھ بییہِ ہَن آباد کران۔ بییہِ تسنٛزٕ
بخشن ہٲری ہُند بیا کھ پاس ہاوان۔ سانہِ زبانۍ چھُ تخلیقی سوٗتھرِس پیٹھ واریاہ مال منال۔
ستن اُٹھن شتن وٗرِیَن ہُند تہٕ داہ درداہ۔ مگر تنقیدی تہٕ تحقیقی حسلبہٕ چھُ وُنہِ اَسہِ واریاہ کم
گُزارٕ۔ طاقچن ہُندی طاقچ چھِ ژھری تہٕ ہلم داۍرِتھ تہٕ۔ اَتھ پوٚت منظرَس منٛز چھے یہِ
کتاب یوٚہے تازٕ باگی مجمعہ ہش۔ واریاہ مضموٗن چھِ تفصیلی تسکین عطا کرٕوٗنی اختے

وتہٕ ہاو کِ ہوٕو۔ مثالے کاشرِس منٛز نعتیہ شاعری۔ اتھ موضوعس پیٹھ چھِ کاشرِس منٛز مضموٗن ہا۔ اِختے کتابہٕ لیکھنہٕ آمٕژ۔ مگر یمہِ کتابہِ ہُنٛد مقالہٕ چھُ سیر حاصل تہٕ سوٗن۔ نوٗ پُیہ ہٕنٛد بن ادبین پیٹھ مقالہِ چھُ کاشری پاٹھی پننہٕ قسمُک واحد مضموٗن۔ اتھ منٛز چھےٚ وۄتھہٕ وِنبن شاعراتن پیٹھ تہٕ کتھ کرنہٕ آمٕژ۔ یتھ کالس چھِ اَسی بعضے یچھ کال تہٕ ونان۔ مگر اتھ چھِ پننۍ خاصہٕ۔ لل ماجٕ چھےٚ سانہِ شاعری کیا ادبُک آگُر تہٕ عالمی تھز رٕچ گونہٕ ماتھ۔ تَس پتہٕ آیہِ حبہٕ خوتن تہٕ اَرنہِ مال ہشہٕ نِسائی آوازٕ۔ مگر امہِ پتہٕ گیہِ یہِ مانٛچھ کوٗل زن تہٕ راٗسی۔ یتہٕ ہتہٕ بدٕن وٗ ریَن۔ اتھ حدس تام زِ 47 ہکس سو کالس منٛز، یتھ حاجنی صاٗبن تہِ سونہری زمانہٕ وٗنتھ تھٔر کھاٗجمٕژ چھےٚ، بتہٕ اَس نہٕ اَکھ تہِ زنانہٕ آواز۔ مگر سانہِ زمانہٕ چھُ اصل زنانہٕ شاعرن ہُنٛد اَکھ جلوس ہیوٚ کاشرِس آلوس بٔرژر کران۔ نسیم شفائی، شاہدہ شبنم، صبا شاہین، رُخسانہ جبین، محفوظہ جان، نگہت صاحبہ تہٕ بییہِ کینٛہہ زنہِ۔ یہِ چھُ کاشرِس منٛز امہِ آیک سونتہٕ کال ہیوٚ۔ ییلہِ باغس پھُلے برجستہٕ چھےٚ۔ رُخسانہ جبینہٕ ہُنٛد اکے شعر وُچھتھ چھِ کشیرِ ہنٛدِ حال حالہٕ کہٕ رتہٕ وۄلرِ کی نقش زوتان:

چھِ یتی لوٗکھ پکان بازرس کفن وٗلی وٗلی

شہر یہِ سون بنیومُت مزار ہیوٚ کیاہتام

منٛزی آم اُردوٗ وُک یُتھے ہیوٚ اَکھ مصرع قلمہٕ پیٹھس پیٹھ:

شام کی آنکھ میں بارود کے کاجل کی لکیر

مگر مےٚ زن چھِ کنہٕ وان ہش گرٛھان زِ کشیرِ منٛز یُس تہٕ گروت پیٹمبن وُہن زُتو وہن وٗریَن کرنہٕ آو، یِنہٕ وۄل مورخ تہٕ تہٕ نقادتہِ ونہِ تَتھ متعلق زِ یہِ epic

قلم بند کرنس منز گوٚ وسون شاعر تہٕ ادیب ناکام۔ خبر قلمہٕ کہ ژھوٗژر ٲسۍ کنہٕ ذاتی مصلحژ وجہہ۔ بہر حال یہِ دلوانزل اٚنز راوِینہٕ وول مورخ۔ اَسہِ چھِ اتھ شایہ پزٕ ے گلہِ زبو گژھان۔ بہ گژھ صاحبِ کتاب تہٕ پانس ستی زیادتی اگر بہ کینژن اِشکالن ہُند اظہار کرٕ نہٕ۔ سائی اکثر لیکھن والۍ تہٕ خاص طور پاٹھۍ کشمیر نویس چھِ لل ماجہ صوٗفی شاعرن ستی گنزراوان۔ مگر کمہِ وجہہ ہیکہٕ ہو کھ لل واکھ یا شیخہٕ شُرکی عام صوٗفی توٚلیہِ ستی گنڈتھ۔ تِمن اوس ضروٗر اعتقاد تہٕ ایمان مگر صوٗفی گژھ اٲس نہٕ کٲشیر تِمہِ وِزِ اٚژمژ۔ نہ ابنِ عربی سُند گفتار نہٕ شیخ عطار سُند کلام۔ مےٚ چھُنہٕ اتھ منز تصوٗفچ کانٛہہ سوگند یوان۔ میانہِ حقیر رٲیہِ کنی چھُ اتھ پٮ۪ٹھ زبردست بحث کرُنگ ضروٗرتھ۔ کمال چھِ زِ کینٛہہ صاحبان چھِ رحمان ڈارنس تِنس تہٕ مِتس عشقہٕ آلو ''دشش رنگس'' تام صوفیانہٕ رنٛگس ستی رلاوان۔ حالانکہِ میانہِ رٲیہِ کنی چھُنہٕ سون احد صابہ زرگر تہٕ صوٗفی جندُک پیوٚند۔

کتابہِ اندر چھُ لل دید تہٕ شیخ العالمؒ سُند تفصیلی تقابلی جایزٕ تہٕ شامِل۔ لل دید تہٕ علمدارس ہوی زِ فکری گاشہِ آگر تہٕ شعرِ تھگی چھِ کاشرِ زبانی ہُندس ہنگس تیتھ بجر تھزر تہٕ گاش پرکاش نیشہٕ ناوان زِ خالے کُنہِ کلاسیکی زبانی تام آسہِ یُتھ راش باگہِ آمُت۔ یِمن ماجہ پتھرن ہُندِس معیارس تہٕ اعتبارس پیٹھ اہر کھاروتیژاہ شوٗبہ۔ مگر پننہِ خاصیژ کنی چھِ یِم باوژ بلکی زِ الگ نہ سہی مگر بیوٚن گاچ تہٕ گھاٹ۔ لل چھِ عالمی پیمانچ تہٕ صرف پننہِ وبژارتہٕ وٲطیرِ کنی یوٚت نہ۔ سوچھے کٲشیرِ ہُندِ خاص الخاص شیو تنتر کِہن [1]شنکر پلن

1: روایتہ کنہٕ اوس اَکس اُرون آرس نشہِ سُہ شنکر پل یتھ پٮ۪ٹھ شیو متکس بانی کار واسوگپتہس پننہِ عقیدکی وبژار لیکھتھ بوٚدنہ آیہ تہٕ تِمی کوٚر تِمنے ہُند پرژار۔

تہٕ ژٕ کر پوتر بن پننہٕ باؤ ژبلہٕ کہِ کمالہٕ سٍتۍ تیوٚت سٕتراوان تہٕ پشہٕ لاوان زِ یم ٹیکہٕ بٹنہٕ
چھےٚ علمدارنبن اظہارَن منٛز ٹیکہٕ بٹنہٕ پوشن ہٕندی پاٹھۍ وٕسنۍ پوش ہوۍ برجستہٕ طور پھٕلتھ
یِوان تہٕ مُشک ژھٹان۔ اختے رحمان راہی یَس تام سائنس شعرِ رنبی آرس چٕونہِ زوتہٕ
ناوان۔ علمدار ییٚمہِ وِزلِل ماجہِ ہٕندِس واکھس امرت ونان چھُ، تمہِ گرِ چھُ تسنٛزِ
لازوال فکری بخشایشہٕ علاوٕ تسنٛز لامثال گرگلی اظہارِ کرامتُک تہٕ اعتراف کران۔ اصلی
اُس لِل دیٚد اَکھ سُہ ناوٕ نور ییٚمہِ کہِ برکتہٕ اسہِ کلاسیکی کٲشرِ تہٕ کلاسیکی کٲشریُک رس تہٕ
مس قطرِ قطرِ پھیاِنچ وٲری نصیب سپُز۔ توے گوٚو سائنس آدن تذکرِ نویس عبدالاحد
آزادس سونکٕت زِیہِ چھُنہٕ کُنہِ ادبُک گوڈنیُک بُرزٕ بلکہِ کُنہِ باگہٕ بُرتہٕ رِوایتُک اٚخری
لنٛدُت۔ عزیز حاجنی صابن چھِ یمَن دوشوٕنی آدن یارَن[1] پیٹھ کھُلہٕ ڈُلہٕ پاٹھۍ کتھ
کٔرمٕژ۔ یمٕ زٕ بالہٕ تھنگی چھِ ازتہٕ قدیم یونان کِس اسطوری پانژال یعنی اولمپس
(olumpuss) پیٹھہٕ تہٕندِس زٕ ٹھس دیوتا زیوٗس (Zeus) تہٕ تسنٛد بن سنگی سأتھیَن
ہٕندی پاٹھۍ کشیرِ منٛز تہذیبی آٹو نامی ہٕندی زِ سمبل تہٕ رأچھ درہی ایستادٕ تہٕ آمادٕ۔ حاجنی
صأبس چھےٚ یِہ کتھ ژیٚتس زِلِل دیٚدِ پیٹھ چھےٚ جارج گریرسنہ سٕندِ پیٹھہٕ ازتام درجن واد
دأنشور و تہٕ تحقیق نگار و درجنہٕ واد کتابہٕ شایع کرِمژٕ۔ مگر علمدار چھُ وُنہٕ عام طور پانژال
لنٛد رچھ کونگہٕ وارے یوت گاشر اوان۔ حاجنی سٕندِس اَتھ مضموٗنس منٛز چھےٚ یمَن
ڈکہٕ بڈٕن متعلق کٔژ انوِ کتھہٕ وننہٕ آمٕژ۔ مگر یِہ کتھ وَنٕنۍ تہٕ چھےٚ ضروری زِ یمَن دوشوٕنی
ہُنٛد کلامِ بلاغت نظام آو یہُندِ لوسنہٕ پتہٕ ہتہٕ بٔدی وٕری تحر[illegible] محافظ خانس منٛز

1۔ یار، چھُ سانہِ زبٲنۍ دراوڑی زبانن سٍتۍ سرٛ د۔ یار یعنی یارٕ بل، [illegible] دیاو کنٛڈ، شش یاگ [illegible]

رُژھراونہٕ۔[1] توّت تام روٗ دیہِ زندٕ زبون ہُنٛدٕ ہن ورقن پیٹھے باشہِ کران۔ یہِ اوس کینژھایہِ ہنٛدِ DNA یُک نشانہٕ تہٕ تمہِ زبانٔی (Oral) بول باشک نموٗنہٕ۔ یتھ منٛز یہِ سائمتھ روٗدتہٕ بروٗنہہ پوٚک۔ اتھ ہے سنوتہٕ یمن ہنٛدٕ ہن اظہارن تہٕ تکرارن ہنٛدی واریاہ شُرٕ کی گرٛژھن یلہٕ۔

کتابہِ منٛز چھُ یتھ کتھہِ پیٹھ بجاطور فکر مندی ہُنٛد اظہار کرنہٕ آمُت زِ کشیرِ ہنٛدِس مراز علاقس یعنی ڈٕچھنِس منٛز چھُ کاشرِ سخن سرائی ہنٛدِس دریاوس آب واریاہ بوٚن ووتھمُت۔ یہِ چھُ واریاہ حدس تام پوٚز زِ غلام نبی ناظرؔ، ایوب صابر، غلام نبی آتشؔ، شادؔ رمضان، ناجیؔ منور تہٕ بییہِ کینٛہہ چھِ زندٕ شاعر۔ مگر یم چھِ زَن تہٕ exeception۔ جارج برنارڈ شاہسٕنٛزِ کتھے exception proves the rule۔ تیمی علاقن للہٕ عارفہ، علمدارؔ، حبہ خوتن، سوچہِ کرال، رسول میر، محموٗد گامی، مہجور تہٕ امین کامل ہوی بڑٕی سخن ورپاہٕ کری۔ تتہٕ چھِ از شاعر ژھارنہٕ خاطرٕ پانٛژھ نمبری عائنکھ لاگنی پیوان۔ اتھ مقابلہٕ اوس کمراز یعنی وُترٕ کھوٗر علاقہٕ کاشرِ شاعری منٛز کم آب روٗدمُت۔ رحیم صاب، ثنا اللہ کریری، عبدالاحد نادم، وہاب حاجنی، میر غلام رسول نازکی تہٕ بییہِ کینٛہہ۔ مگر از چھُ ادب تہٕ شاعری منٛز کمراز سولبہ سولبہ، شادتہٕ آباد۔ ڈاکٹر حاجنی یَن چھُ یہِ وکانہٕ وَنہِ کَڈتھ اسہِ سارنے سوچنُک تہٕ سنٛز کرنُک وُتش دِتمُت۔ حاجنی صابن چھُ یتھ کتھہِ پیٹھ وُٹھ پھیشمتی زِ عبدالاحد آزادس پھیشمتی چھے مجبور رنہِ کھوتہٕ واریاہ کم پرتیتھ کھارنہٕ یوان۔ ڈاکٹر صابن یہِ احساس چھُ نیک نیتی پیٹھ مبنی مگر اَتھ

[1] یہِ کتھ چھے مقالہ کِس ڈٕسلابہٕ ہے منٛز ڈٕنی مژ۔ (ع۔ح)

چھِ بنیاد کم زور۔ مجبوراوس پزی آزادنہٕ کھوتہٕ بوٚڈ شاعر۔ لِختےٚ آزاد نے ونہٕ تسٕنٛد اُستاد[1] تہٕ۔ دوٚیم، یتھہٕ کنٛی حاجنی صابن وبٕرٛتھہٕ نوومُت چھُ، تس کوٚرنہٕ عمرِ وفا۔ ترٛیٚیم زِ تمی ژٹ زانٛتھ مانٛتھ mainstream تہٕ اٮ۪چ اصل دھار۔ سُہ گوٚو بزاز صابنٛن آوٕلنٛن منٛز گرفتار۔ ترٛیٚیم زِ تمِس تہٕ آو دھوٚم دھامہٕ سان وری جشن مناونہٕ مفتی محمد سعیدنس اقتدارس منٛز۔ تسٕنٛز زندگی تہٕ کلامس پیٹھ کوٚر رایم کے ریٖنہٕ ہَن اَکھ دروٚگ مگر ژھوٚژاو پیرا تیار تہٕ سٹیج۔ تَس توٚگ نہٕ آزاد چمکاوُن۔[2]

ڈاکٹر صابن چھےٚ کاشرِس تنقیدس سام ہیوان لمہٕ چھٕن کوتاہین ہنٛز عکاسی گرٛمٕژ۔ پزٕر چھُ زِ کاشرِ تخلیقی ادبک لہر مارن وول سدر بروٚنہہ گنہٕ آسنہٕ باوجوٗد چھُنہٕ وُنہ سانٛہٕن تنقید نِگارن یہِ ابساوُن یارتھہٕ کھارُن تگان۔ اتھ منٛز چھُ تنقید نگارن ہنٛزن پنٕنٛین کوتاہین تہٕ کمیٚن علاوٕ ظاہر اییمہِ کتھہِ ہُنٛد تہٕ دخل زِ تنقید چھےٚ سانہٕ ادبٕچ سارٕوے کھوتہٕ کانٛژھ صنف۔ ییٚہٕ چھُ اَتھ منٛز ادبی مال ومتاع صاف صاف پرکھاوُن تہٕ بیان کرُن پیوان۔ کٔشیرِ چھےٚ لوٕکٹ تہٕ پرٕنتھ اَکس چھُ بیاکھ یوان گرٛژھان سمکھان۔ تنقیدس منٛز ٹیٹھ کتھ ونٕن واٮ۪لس چھُ پگاہ پنٕنِس تنقیدی ہدفس بُتھ دِیُن پیوان۔ توے چھُ سُہ کتھہِ پاٮ۪لش کران۔ دوٚیم زِ تنقید چھےٚ کاشرِ ادبٕچ کانٛسہٕ گٹ یعنی کم عُمر بال تہٕ سوچھےٚ عموٗمَن سارنے رٕنٛزناوٕنٛچ تہٕ خوش تھاوٕنٛچ کوٚشش کران۔ یتھےٚ سو پالیس پییہٕ، تسٕنٛز کتھ گوبہٕ تہٕ سوہیکہِ بُتھ تہٕ گٔرتھ۔ اَتھ عِستی چھُ یہِ وُنٛ تہٕ لأزم زِ اَتھ

---

1. یہِ چھُ میٚتہٕ لیوٚکھمُت (ع۔ح)

2. میٚانہِ خیالہٕ اوس "عالم ہا کرِ یاد آزاد آزاد" شاندار او پیرا۔ (ع۔ح)

حالس منز تہٕ چھِ کأشرس منز واریاہ تنقیدی مضموٗن ہم کال زبانَن ہٕنٛدِس تنقیدَس نکھہٕ نکھے۔ البتہٕ چھُ ڈاکٹر حاجنیٖن یہِ تلواس دُرست زِ کأشرِ افسانٕچ شاندار آتشبازی چھےٚ زَن تہٕ پاٹاسی گمژ۔ اسہِ اوس بروٗنٛہہ ناولُک ووپُس۔ اگر افسانہٕ تہٕ چھونیو، سُہ آسہِ سانہِ ادبُک زبردست گاٹہٕ۔

مےٚ پرٕ حاجنی صأبنٕز کتاب شوقہٕ سان۔ تسنٛزَن کینٛژھَن رایَن ہٕنز اختلاف یا اِتفاق آسُن چھُنہٕ تیوٗت اہم یوٗت یہِ کتھ زِ کأشرِس نثری ادبس آیہِ بیا کھ خیال انگیز تہٕ پُر متن کتاب باگہِ۔ اتھ منز چھُ کینٛژن نوٚبن معاملن پیٹھ بحث کرنہٕ آمُت۔ تہٕ امہِ کہِ برکتہٕ ہیٚن سأنی واریاہ تِتھی سوخن ورزیادٕ زبر پأٹھی پرکھاونہٕ تہٕ پرزناونہٕ، یِمَن متعلق یاتہٕ کم کاسے نتہٕ موٗلے کینٛہہ لیٚکھنہٕ چھُنہٕ آمُت۔ مےٚ چھےٚ پزٕ ہش زِ حاجنی صأب دِن پننٕ نٛبن بسیار جہت کامبن تہٕ کاروآیَن تہہ ہیوٗ تہٕ کأشر ادب پرکھاونس تہٕ نیشہٕ ناونس کُن کرَن ژٕ ور توجہ۔ یِہنٛدِس وجوٗدس منز چھُ اَکھ جان پارکھ بریٚژھہِ بریٚژھ کران تہٕ تِہنٛدِس قلمس کُن پلو کران۔ ہرگاہ تنظیم ساز حاجنی صأب اَکھ ادب نوازتہٕ خودشناس ادیب روزِ، واریاہَن رأوی ہیٚتبن تہٕ لژھہِ گأمتبن کأشربن لالن پرٕ بزلن مالہٕ۔

وزارت روڈ، جموں — محمّد یوسف ٹینگ

11رفروری 2014ء

# کأشرِ تنقیدِ چ موخصر تنقیدی سام

تنقید چھُ اکھ سُہ فن یُس تخلیقی ادبہٕ چہِ خوٗبیہِ ، عأب تہٕ باقٕے گوٗن بَدِ
کڈِتھ امہِ کہ ووتھ بۆ خاطرِ کأم کران چھُ ۔ تنقیدی عملہِ ہُند آغاز چھُ کانٛہہ تخلیق تھنہٕ
پہٕنس لرِلوٗ رخود تخلیق کارٕ ہٕندی ڈٔسی سپدان ، تکیٛا زِ پرٛتھ کانٛسہِ تخلیقی أدیبس چھُ ادبس
متعلق پنُن اکھ مخصوٗص رٔویہِ تہٕ راے ترٛاے آسان ۔ امیُک چھُ سُہ لفظہٕ ورتاوتہٕ
بأقٕے تخلیقی محاسن ورتاوٕنس دوران تہٕ باقٕے پڑاون پیٹھ تہِ شأنکِتھ یا بےٚ شوٗنکی
پأٹھی قأیِل روزان ۔ کانٛہہ تہِ لِکھأری چھُنہٕ پننٕی خیالات پننہِ معیارٕ حسابہٕ سرٛ ونٹہٕ
کوٗنٹی تہٕ بےٚ ترتیب لفظن ہٕندِس وَردَنس وٕلِتھ بازر کڈٕنچ حماقت کران ۔ ووٕنی
اگر یِژھ کانٛہہ تخلیق بازر پیٚیہِ تہِ سو یِیہِ بہرحال وٕسی پایہِ تہٕ غأر معیأری زأنِتھ رَد
کرنہٕ ۔ اتھ برعکس یُس فن پارٕ تخلیق کارٕ پننٕی تمام تر تخلیقی شوٗنڈ کامہِ لأگتھ گرٛتھ تہٕ
ژٔرِتھ پیش کرِ ، سُہ چھُ عموٗمن قبوٗل یِوان کرنہٕ ۔ رَد و قبوٗلُک یہِ معاملہٕ یۆ دوے
تاثرٔاتی طور پرٛتھ قأری سُند ذہنی بِتُرتہٕ پسند تہٕ ناپسند زیرِ نظر تھأوِتھ اکھ انفرأدی تہٕ
اضأفی (Relative) معاملہ چھُ مگر نقاد چھُ تخلیقہِ ہٕندی زأوِجار تہٕ نزأکژٕ وٕنزأوِتھ
تہٕ تہہ دأری ہنا وِژھنے گرٛتھ مانے تلاش کرٕنکی تہٕ باقٕے تخلیقی محاسن تہٕ خأمیہِ بیترِ

زانٛکی زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اِمکانات بہم کرتھ دِوان۔ کُنہِ ادب پارس متعلق قاری سُند انفرادی سوچ یا کُنہِ چھوکہِ ہُند بحث و مُباحثہٕ تہٕ یوٚ دوے تنقیدٕ کی قسم چھِ مگر مُستند تہٕ ضابطہٕ بند تنقید چھُ سُے مانہٕ یوان یُس لِکھٕ پرٕ منٛز ییہِ۔

کاشرِس ادبس منٛز چھےٚ تحریری تنقیدٕچ وانٛس سبٹھاہ کم۔ تاہم اگر کشیرِ اندر بارٕسس آمتِس تہٕ پھبے متِس تنقیدی سرمایس سام ہموسہ چھ دُرٕس دُنیہس اندر رہاوُن تہٕ باوُن لایق۔ کشیرِ یم بہلہِ پایہِ وِدوان، فلسفی تہٕ نقادٕ نومہِ، دٕہمہِ تہٕ کہمہِ صدی عیسوی دوران پادٕ کری، تہندی تنقیدی نظریات تہٕ خیالات چھِ اَزتہِ تنقیدکین وَکھرٕ وَکھرٕ فکری مکتبن ہنٛز بنیاد فراہم کران۔ آنند وردھن، ممٹ، ابھینو گپت، واسوگپت، شیمندر تہٕ رتنا کر بیترِ کاشرِی مُنار یوٚ دوے سنسکرت زبانٛی اندر باوتھ کران اسی مگر یہند ن فکری تہٕ فلسفیانہٕ خیالن چھےٚ تیمی میرٕ ہنٛز اڈرن۔

کاشرِ زبانٛی تہٕ اَمکِس ادبس خاصکرِتھ لُکہٕ ادبَس متعلق تہٕ یم تحقیقی تہٕ تنقیدی لیکھٕ گوڈنیتھ برٕونٛھ کُن آے تِم تہٕ چھِ انگریزی زبانٛی اندر لیکھنہٕ آمتی۔ کُنوٗہمہِ صدی عیسوی منٛز کری کینٛژ وفرہنگی دانشورو یمو منٛزٕ گریرسن نولز تہٕ سٹائن خاص پاٹھی قابلِ ذکر چھِ، کاشرِ زبانٛی ہٕندِس لِسانیاتی پہلوٗ وس تہٕ اتھ زبانٛی منٛز موجوٗد لُکہٕ ادبس پیٹھ پننٛی تاثرات قلمبند یم پتہٕ شایع تہٕ سپدی۔ کاشرِس ادبَس پیٹھ کام کرن والین کینٛژن محققن تہٕ دانشورن ہُند خیال چھُ زِ یمن لیکھن چھےٚ سائنس تنقیدِس اندر ثانوی حیثیت حاصل، تکیازِ اکھ چھِ یم تنقید کھوتہٕ زیادٕ تحقیقی نوعیتکی تہٕ بیٚیہِ آے یم تتھ زبانٛی منٛز لیکھنہٕ یمکی پرن والی کشیرِ منٛز نہ آسنس برابر

أسی۔ امہِ حسابہٕ گیہِ عبدالاحد آزادنہِ ''کشمیری زبان اور شاعری'' ناوچہ مولچہِ کتابہِ تہٕ گُنہِ حدس تام پڑھے ہشُ ونن نتہٕ آسہِ ہے اتھ کأشرس تنقیدس منٛز گُنہٕ کُنہِ ہنٛز حیثیت۔ بہرحال خألص پأٹھی چھُ کأشرِ تنقیدُک حقیقی آغازتہٕ باقٕے اصناف سُخنن ہنٛدِس پھبنس ستی ستی، 1947ءچہِ ذہنی تہٕ سیأسی تبدیلی پتے ترقی پسند تحریکہِ ہنٛدِس جتہٕ جوشس منٛز سپد ان۔ اتھ تحریکہِ ستی یم نوجوان وابستہٕ گے، تم سپدی اکہِ مخصوٗص نظریکی شکار۔ امہِ نظریکہِ ووتھہٕ بوٗ خأطرٕ اوس فرمأیشی تہٕ فارمولأیی ادب لیکھنہٕ یوان تہٕ اوکنی اوس نقادٕ سُند توجہ تہٕ تخلیق مولونہٕ کھوتہٕ زیادٕ ہدایتی اصول وضع کرنس کُن روزان۔ امہِ گاچکی یم کینٛہہ مضموٗن ابتدأیی دورس اندر لیکھنہٕ آے تِمن چھے یک رنگ آسنہٕ باوجوٗد پننی توأریخی اہمیت۔

ترقی پسند تحریک کمے کألی ژھوکنہٕ پتہٕ ہیوٚتُن نوِ تراہ ہُند ادب بارسس یُن تہٕ نتیجہ دراو زِ تنقیدن تہٕ رٕٹ اکھ نوٚ ڈنڈ۔ یہِ نوِ تراہ ہُند ادب، تیٚمچ وأنس وُنہِ تیٚز زیادٕ چھنہٕ ووت اسہِ نِش گوڈٕ گوڈٕ پرتاپ میگزین، گلریز، کونگہِ پوٚش، چمن، وطن، سوٗن ادب تہٕ شیرازٕ بیترِ کیٚژن رِسالن ہنٛدِ ذریعہ۔ امہِ پتہٕ چھپے یہِ نیب، انہار، سمن بل، وولرٕ کی ملر، مشاہیر کمراز، پرتو، ہرموکھ، امکان، ثقافت، فریاد، پرٛوٕ، واد، وتھٕ، آگر، باوتھ، آش تہٕ نہج بیترِ رسالہٕ تہٕ میگزین یمن منٛز تنقیدی مضموٗنن موزوٗن جاے دِنہٕ آیہِ۔ یمن رسالن تہٕ میگزینن ہنٛدی سپدی خاص تنقید نمبرتہٕ شایع۔ ازچھِ ووٗنی کأشرِ پأٹھی ژور روزانہٕ تہٕ زِ ہفتہٕ وار اخبارتہٕ چھپان یمن منٛز گُنہِ گُنہِ تنقیدی، مضموٗن تہٕ تبصرٕ تہٕ چھپان چھِ۔

ساہتیہ اکادمی، کشمیر یونیورسٹی تہٕ ریاستی کلچرل اکادمی یم انتھالوجی تہٕ گُزریمتین شاعرن ہنٛز شعرٕ سوٗمبرنہٕ بیترٕ شایع کرِتھ ہنٛدی گوڈتی تہٕ چھ کأشرِ ادبکہِ تنقیدی سرمایک اہم حصہٕ۔ یوٚ دوٚے زِ امہِ قسمکی سرنامہٕ زیادٕ ''تذکرنویسی'' ہٕنٛدِس زُمرَس منٛز یِوان چھِ مگر توپتہٕ تہٕ چھے یِمن اندر سُخنن ہنٛز موٗلأ نکون کرنہٕ آمٕژ، یوس پھیکرٕسۍ پأٹھۍ تنقیدی بنان چھے۔ امہِ علاوٕ چھاپہٕ وارِیہو نقادو پننِن تحقیقی تہٕ تنقیدی مقالن پیٹھ مُشتمل کتابہٕ تہٕ، یِمن منٛز ''کأشرِ شرٕچ کتاب تہٕ مقالات'' محی الدین حاجنی، ''کأشرِ ادبچ تأریخ'' اوتار کرشن رہبر، ''کأشری تہٕ أنکہٕ وَن'' موتی لال ساقی، ''جدید کأشر شأعری تہٕ تناظر تہٕ تجربہٕ'' حامدی کاشمیری، ''کھوٚٹ، کأشرِ شاعری تہٕ وزنک صورتِ حال تہٕ شعر شناسی'' رحمان راہی، ''مہجور شناسی، شش رنگ تہٕ کأشر کتاب'' محمد یوسف ٹینگ، ''نقدِ شعر'' گلشن مجید، ''عصری کأشر شأعری''، مجروح رشید، ''وِژھنے، ووٗنت تہٕ دوٗنژھ'' مشعل سلطانپوری، ''زبان تہٕ ادب''، ''شفیع شوق''، ''کأشر شأعری'' ناظر کولگامی، ''کأشرِ ادبک توأریخ'' ناجی منور تہٕ شفیع شوق، ''وُڈو فکرِ ہنٛد تہٕ پرنیہٕ پتہٕ'' غلام نبی فراق، ''کأشر رثأیی ادب'' شاہد بڈگامی، ''افسانہٕ کیا گوٚو تہٕ کأشر افسانہٕ ازتہٕ پگاہ'' رتن لال شانت، ''نقد ونظر'' شاہد دلنوری، ''انہٕ گٹہِ چہٕ ننہِ کتھ'' بشر بشیر، ''باوتھ تہٕ علامتھ'' رسول پوٚنپُر، ''کأشرِس ادبس پیٹھ اکھ نظر'' عبدالاحد حاجنی، ''رسول میر نادر سخن گوٚ'' نذیر آزاد، ''سرمایہٕ تہٕ سام''، غلام نبی آتش، ''کأشرِ زبان شاعری تہٕ عروض'' رفیق راز، ''اتھ ظلماتس لال کیٛا چھِ تے تہٕ سہل چھا معنہٕ

بوزُن'' شادرمضان خاص پأٹھی قأبلِ ذکر چھے ۔ امہِ تنقیدی سرمایہ کَس اہمیتس کُلہم پأٹھی نکار کرُن گیہِ پزر نِشہِ أچھ وٹنہِ ۔ اتھ برعکس چھے ٹاکارٕ حقیقت یہِ زِ یہِ سرمایہ لیکھن وألی چھِ کأفی پرٕ ئِتی ۔ تِم چِھنہِ کأشرِ ادبکین انہار نےٕ یوت وأقف بلکہ چھکھ تِمن ہُنزن پیٹھ تہِ نظر یِم عالمی ادبس اندر وقتہٕ وقتہٕ پھبے یہِ یا ازکل تہِ پھبان چھے ۔ یِمو یِم تنقیدی مضموٗنن ہنٛز سوٚمبرنہٕ پنٛژ کِشی گرتھ چھاپ کرِ تہٕ ریڈنگ پبلک چھِ کمٕی سببہٕ پرن والین منٛز مفت تقسیم کرِ، تِم شایع سپدنہٕ ستی ہیٚژن اسہِ پننِس ادبی سرمایس متعلق خوش آیند پرٛژ ہِش گٔنڈ ۔ تاہم چھے نقادن ہٕنٛد امہِ عالمانہٕ بجرِ تہٕ مأ لی قربأنی باوجوٗد تہِ پرٛتھ طرفہٕ یہِ شکایتھ یِوان زِ کأشرِ زبأنی منٛز چھُنہٕ تنقید تمہِ انمانہٕ پرٛتھان ۔ یتھ ظوٗنس ویہِ وُن تہٕ منٛس پرٛیہِ وُن وٕنتھ ہیکو ۔ یہِ چھُ اکھ ٹیٛتھ مسلہِ ۔ یتھ پیٹھ غور وفکر گرتھ تِم وکانہٕ بدِ کڈنٛچ ضروٗرت محسوس سپدان چھے یِمو کنٛی سأنی نقادو اریاہ کینٛہہ لیکھنہٕ باوجوٗد تہِ شقبہٕ تہٕ صٔحیح تنقیدی سونٛچ ووتلاونس تہٕ پھاپھلاونس منٛز کامیاب سپدی نہٕ ۔ اتھ سلسلس منٛز یوٚ تامتھ میانہِ ذأتی رایہِ ہُنٛد تعلق چھُ تکنیکی کوتأہیہِ، مصلحت پسندی، گروہ بندی، ذأتی یاتھ، یارانہٕ، نوکری، کنٹریکٹ، جبلتِ خودنمأیی، احساسِ کمتری تہٕ تعصب چھِ کینٛہہ تِم بُنیأدی کتھہٕ یِمو کنٛی سون تنقید غأر صحت مند رُجحانہٕ کِس غلبس تل ہیٛنہٕ آو ۔

سون تنقید تہٕ تحقیق چھُ رَل گوٗمت ۔ یِمن منتخب تنقیدی کتابَن ہُنٛد تذکر مےٚ گوٚڈے کوٚر، تِمو منٛز چھے مشکلنٕے زٕ ترٛےٚ کتابہٕ یِمن خأ لص تنقیدی کتابہٕ وٕنتھ ہیکو ۔ بأقین منٛز چھُ تأریخ، تذکر، تحقیق تہٕ تنقید رلہِ مِلہِ پأٹھی پیش کرنہٕ آمت ۔

تِتھے پاٹھی چھِ سائنی وارِیاہ ناماوار تہٕ قابلِ قدر نقادٕ تہٕ محقق تنقیدٕ تہٕ تحقیق لیکھنس
دوران تژھ زبان ورتاوان یتھ اعلیٰ پایچ تخلیقی زبان وٕنتھ ہیکو۔ یہ رنگین زبان
پران پران چھُ پرن وٲلی سُند ظوٗن کتہِ کوٗر واتان۔ اکثر پرن وٲلی چھِ امکہِ تخلیقی
میچھرُک حض تہِ تُلان۔ ظاہر چھُ زِ امہِ ستی چھُ تنقیدُک مقصد وارِیہس حدس
تام متاثر سپدان۔ محمد یوسف ٹینگ چھُ کاشرِن نقادن منٛز نمایندٕ حیثیت تھاوان،
مگر مزاز کنہِ چھُ سُہ تخلیق کار۔ یہ چھِے دوٚیم کتھ زِ نہٕ لیوٚکھ تمہِ افسانہٕ تہٕ نہٕ وٕنِن
غزل مگر تمہِ سُنٛدِس مزازس منٛز گیُتھ یہ تخلیقکار چھُ تمہِ سُنٛدِ تنقیدی تہٕ تحقیقی نثرِ کس
عبارتس منٛز بےٚ شوٗنکی پاٹھی دیدماں سپدتھ تخلیق کارن منٛز رشک پادٕ کران۔ یہنٛدِ
اکہِ تنقیدی مضموٗنچ یہ عبارت وچھتو، ''نادم سُنٛد آلو اوس آدِ نے ہکہٕ تہٕ تھدِ
انمانہٕ۔ اَتھ اوس اکہِ کوہستانی آبشارُک زور تہٕ شور۔ چنانچہ تٔسندی ساری ہمکال
گٔے امچہِ تیزٕ گتھہِ منٛز گوڈے یوہے ییرٕ ہیوٚیو تام تموٚ پتہٕ پننہِ پوشہِ پینٛجہ تہٕ سوٗنہٕ
لانگہٕ لبہ تہٕ شولہٕ ناوِ۔ ووں گوٚ ونادم سُنٛد آگرے گریزُن چھ تسنٛد تیُتھ کمال۔ یمیُک
نقش تہٕ لکھش تِہنٛدِن ہم عُمرن آسُن گوٚیو سپدوٗنے مگر ژھانٛڈ ہے دِموٚ یمن
ہٕنٛدی آثار تہٕ آکارِن تٔسنٛدِن زٔھنِ یعنی مہجوٗر صابٕنس ہونِن مُرِ دیادمِن،
ہٕنٛدِس آخری کلامس منٛز تہِ بوزنہٕ شوزنہٕ۔ فقط نادم سنٛز شاعرانہٕ صداقت تہٕ شوٗزِر
ہیکہِ تٔسنٛد بوکینٛژ ومصرعو، آوازو تہٕ انہاروٕ ستی ثابت کرنہٕ یتھ۔ یہ گیہٕ تژھِے ہش
کتھا زِ امجد علی خان دِیہ سرُودس اکُے ضرب تہٕ سون محمد عبداللہ تبت بقال لاگہِ
سنطوٗرس اکے قلم تہٕ سارنے واتن اتھہٕ سپنٛس پیٹھ''۔[1] ٹینگ سنٛدِن اکثر تنقیدی

مضموٗنَن ہُنٛد یہِ تخلیقی رنگ وُچھِتھ چھُ سردار جعفری سُند مشہوٗر جملہٕ یاد پیوان یُس تٔمۍ کرشن چندرس متعلق ووٚنمت چھُ یعنی ''یہ ایک بے ایمان شاعر ہے جو ہم نثر نگاروں کا قافیہ تنگ کرتا ہے''۔

سأنۍ اکثر نقاد چھِ تنقید لیٛکھنہٕ وِزِ زیرِ تبصر تخلیقی ادیبَن ہٕنٛدٮ۪ن ناوَن ہٕتۍ بٔڑۍ، بٔڑۍ القاب تہٕ آداب واتان۔ اکثر جایَن چھِ ناوَن ہٕتۍ پروفیسر، ڈاکٹر، سید، محترم، محترمہ تہٕ الحاج بیترِ القاب جوڑنہٕ یِوان۔ صأب گیٖو اَستھے۔ بیٚیہٕ کیٚنٛہہ غأر تنقیدی الفاظ مثلن بے بدل، تہٕ عظیم بیترِ تہٕ چھِ یِسلہٕ پأٹھۍ کأشرِس تنقیدَس منٛز ورتاونہٕ آمتۍ۔ کٔشیرِ منٛز چھے کالہٕ پگاہ کتابَن ہٕنٛز رسم رونمأیی انجام دِنہٕ خأطرِ تقریبہٕ منعقد سپدان۔ یِمَن تقریبَن ہٕنٛدِس موقعس پیٹھ یِم تنقیدی تبصرِ بظأہر کتابن ہٕنٛدِ حوالہٕ پیش کرنہٕ یِوان چھِ، تِم چھِ صاحب کتابن ہٕنٛدِ ناوٕ لیٛکھنہٕ آمتۍ نثری قصیدٕ ہِوۍ آسان۔ یہ گوٚو اَکھ انتہا، بیٚیاکھ انتہا چھُ یہ زِ باضے چھے تخلیقکارَن ناو ہیٚتھ یہ ذٔلۍ زِ تہٕ لکہٕ ژارنہٕ تہٕ ریٚژھہٕ کڈنہٕ یِوان۔ مےٚ بٕ وٚنہہ کنہٕ چھُ اکہِ کأشرِ رسالُک اَکھ پرٛوُن شمارٕ یِمہِ رِکس ادارِیہَس منٛز کأشرِ زبأنۍ ہٕنٛدس مُلکی سطحس پیٹھ مانہٕ تہٕ زانہٕ آمتِس اَکِس شاعرَس تہٕ ادیبَس متعلق تتھی ہتک آمیز لفظ لیٛکھنہٕ آمتۍ چھِ زِ حساس پرن وول چھُ یِم پرِتھ دنٛدن تَل زیوٚ ژھنان۔ میأنہِ وننُک مطلب چھُ یہ زِ سانہِ زبأنۍ منٛز وُنیستام لیٛکھنہٕ آمتہِ تنقیدُک وارِیاہ حصہٕ چھُ یا تہٕ خوشنوٗدی حأصل کرنہٕ خأطرِ نتہٕ ناو دارلوٗکن دستار وألِتھ پنٕنۍ پان نوٚن کڈنہٕ باپتھ تحریر سپدُمُت۔ میأنہِ خیالہٕ چھُ اوٚکُن فوری توجہ دنُک ضرورتھ۔

سأنٛی واریاہ نقاد چھِ کلہم کأشُر قومہٕ کہِ اجتمأعی لاشعوٗرچہِ اُڈرنہٕ تہٕ حژرکہِ احساسہٕ موجوب تقریبَن تمی انمانہٕ شخص پرس سوچہِ کس آوٕلنس منز ہنہٕ آمتی ءتھٕ کنٛی زندگی ہنٛد بن بأقٕے شعبن تہٕ معاملن ءستی وابستہٕ کأشُری چھِ۔امہِ ءستی چھُ کأشرِس منز لیکھنہٕ آمُت تنقیدتہِ عموٗمن شخصی تہٕ ذأتی نوِعیتُک بنیوٗمُت۔ بیشتر جاین چھُ تنقیدأدیبن نہَ زِ ادب پارس کرنہٕ آمُت۔عملی تنقیدس چھےٚ خالے کُنہ کُنہِ جایہِ کأم ہنہٕ آمٕژ نتہٕ چھےٚ عموٗمن پأنٛژن شیٚن ناون تھُر کھألتھ بیٚیہِ داہ ترٛہ ناوگنٛز راونہٕ یِوان تہٕ بس۔مثالہِ خأطرٕ پرٕی تون حامدی کشمیری ءسنٛز ''جدید کأشُر شأعری'' یا ''سون ادب'' کِس ''زبان تہٕ ادب'' نمبرس منٛز شایع سپدی ءمتی تقریبن سأری مضمون۔یہِ چھُ پزرزِ احساسِ کمتری ہٕنٛدِ کم پایہِ سوچُک بُنیأدی ترجمان چھُ سون شأعرتہِ مگرنقادٕ ہنٛدس اتھ اثرس تل ینہٕ ءستی ہیکہِ یہ اکھ نٕہج بٔنتھ یٚیمہِ کنٛی ادٕبچ اصلی اہمیت نٔنٛی کڈٕنی دشوار بنان چھےٚ۔مثالہِ خأطرٕ ونہٕ یہٕ زِ مہجورتہٕ آزادچھِ زٕ ہمکال شأعر۔یہِ چھُ پوٗز زِمہجورچھُ آزادنہٕ کھوتہٕ بوٚڈشأعر،مگرکأنٛسہِ بڈس ہمعصرشأعرس مقابلہٕ ہنا کم پایہِ آسنُک مطلب گوٚونہٕ زِ سُہ چھُ لوکُٹ شأعر۔امہِ علاوٕ یوسہٕ بأقٕے اہم ادبی کأم شعر لیکھنَس ءستی ءستی آزادن کٔر سو چھےٚ سانہِ زبأنی ہٕنٛدِ س تأرٕیخس،تحقیقس تہٕ تنقیدس متعلق کأم کرن والین ہنٛدِ خأطرٕ مشعل راہ۔''کشمیری زبان اورشاعری'' لیٚکھتھ کڈٕی نہٕ آزادن دوٗردرازتہٕ غار گاٹھ گامن تہٕ بستین ءستی وابستہٕ درجنہٕ وادشاعربدی یأتی بلکہِ کوٚرکھ تہنٛدِس کلامَس پیٚٹھ پنٛنہٕ رایہِ ہُند اظہارتہِ یٚیمہِ ءستی امچہِ مولہٕ اَنکہِ ونہٕ دَس دوتھ۔یہِ سورٕے

گٲرتھ تہٕ چھُ سون نقاد آزادسٕ وارِیاہ کم اہمیت دِوان یِیلہِ زن مہجورسٕ پێٹھ مقالن ہِنٛدی مقالہٕ لیٚکھنہٕ آے۔ سیمنار تہٕ مباحثہٕ چھِ سپدان۔ رِسالن ہِنٛدی خاص نمبر چھپے تہٕ کیٛا کیٛا سپدٕ نہٕ، مہجور صٔدی تہٕ آیہِ مناونہٕ تہٕ اَتھ دوران آیہِ مہجورس متعلق ناقابلِ فراموش کام کرنہٕ۔[2] اتھ چھُ میانٛی کِنہِ سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ وجہ یہِ زِ مہجور اوس شاعرآسنس ستی ستی تھدِ پایہِ وقت شناس تہٕ۔ محمود شہری سٕنٛز جادوٗیی آوازِ تہٕ شیٚر کشمیر سٕنٛدِ سٹیجس پێٹھ ''ولو ہا باغوانو'' گوٚونن دیُت تس اہم سیاسی تہٕ عوٲمی رُتبہٕ۔ اتھ برعکس اوس آزاد اکھ خوددار تہٕ سیوٚد ساد انسان۔ تٔمۍ نہٕ ہیوٚک پننہٕ پبلسٹی ہُنٛد کانٛہہ وسیلہٕ پٲدٕ گٲرتھ نہ کوٚرُس کانٛسہِ عوٲمی لیڈرنے مرحبا۔ تسنٛز وکالت کرن وول تہٕ ہمدرد ہیکہِ ہے صرف سُہ غٲر جانبدار نقاد آسِتھ یُس تٔمۍ سٕنٛدِ کلامُک تہٕ بٲتِی علمی کامِن ہُنٛد مول بدِ کڈِتھ ہیکہِ ہے۔ مگر سُہ میوٚلُس نہٕ، نتیجہ دراو زِ تسُنٛد کالہٕ بوج ییمۍ تس شاگرد آسِتھ تہٕ ووستاد وَنیوو، آو مَلکھ بناوِتھ پیش کرنہٕ یِیلہِ ذَن نہٕ تس پێٹھ تمہِ نسبت تہٕ لیٚکھنہٕ آو، ییمُک تسُنٛد دیُت تقاضہٕ کران چھُ۔

نِو دورِ کٮ۪ن قلمکارن چھُ پننٮ۪ن نقادن ستی یہِ گلہٕ تہٕ زِ تِم چھِ برونٛہہٕ طے کرنہٕ آمتٮ۪ن مفروضن پێٹھ ڈٔٹِتھ روٗزِتھ تہٕ چھِنہٕ پننہِ فکر ادبہٕ کٮ۪ن بدلونٮ۪ن تہٕ ترقی کرونٮ۪ن انہارن ستی ہم آہنگ گٲرتھ ووتھوٕنٮ۪ن تخلیقکارن شابس کران۔ اَمِچ وجہ چھنے سپدِ یِتھہٕ پٲٹھی زِ کیٛنژھ ونفرو چھے کانٛشرِ شاعری اندر ووستادلہِ ہنٛز سَند تتھ زمانس منٛز پرٲوِمژ یِیلہِ نہٕ کانٛہہ مُقابلے اوس۔ سٮ۪ٹھاہ کم لُکھ آسی لیٚکھان تہٕ ییمو منٛز بنیٚ یہِ اکثریت تہٕ مقابلہٕ نہٕ آسنہٕ کِنہِ یابدل گُنہٕ وجہ ساہتیہ اکیڈمی ایوارڈ دِونہٕ تہٕ۔ موجوٗدٕ

دور کس پڑتھ کأنسہِ شاعرِ سنٛدِ باپتھ چھُنہٕ ایوارڈ حأصل کرُن ممکن تاہم ہیکہٕ ہَن
تِمس بزرگ تہٕ بہلہِ پایہِ شاعرتہٕ نقاد حوصلہ افزأیی ہنٛدی ژور حرف لیکھتھ حوصلہٕ
بڑٲوِتھ۔ مگر تہِ چھُ سٮ۪ٹھاہ کم سپدان۔ اَتھ چھِ کینٛہہ خاص وجہ تہٕ۔ اَکھ یہِ زِ بزرگو
چھُ وأنسہِ ہنٛد تجربہ حأصل گٔرتھ یہِ ہیوٚچھمُت زِ کأنسہِ ہنٛز دلازآری گژھ نہٕ
سپدٕنی یا وَنو زِ وأنسہِ ہنٛد یارانہٕ تہٕ برادری گژھ نہٕ ژھٕنٛنۍ۔ ووٚنی اَس دوٚیمہِ پُیہ
ہنٛدٮ۪ن نقادن ستۍ کینٛہہ بزٕم پھٹراونچ ووٚمید وابستہٕ مگر تِمن اَسی نوکری، ترقی،
تبدیلی تہٕ کیریر بیترِ دوٚیمہِ نوٚیتٕکۍ مسلہٕ درپیش یِمن ہنٛد حل کینٛژن زِھٕن قلمکارن
ہنٛدِس اختیارَس انٛدر اوس۔ امہِ ستۍ سپٕز کأشرِس تنقیدِس انٛدر روا ریاہَس حدس تام
یک طرفی یَتھ پٮ۪ٹھ وضاحتہٕ سان لیکھنٕچ ضرورتھ چھے۔

معاصر تخلیقی ادبس متعلق تنقید چہِ ترقی منٛز چھِ پتہٕ وتھ یہِ رُکاوٹ آمٕژ زِ تخلیق
کار چھُ پانس تہٕ پننس فنس متعلق زیادٕ تعریف بوزٕنی یژھان۔ یِیلہِ تس کانٛہہ کٔنٛھ
کڈان چھُ سُہ چھُ ووٚشلان تہٕ وولان۔ اَتھ تنوظرس منٛز چھِ سانٛہو کینٛژ ونقادو، ریڈیو،
ٹیلی وجن، یونیورسٹی، کلچرل اکیڈمی، ساہتیہ اکیڈمی، انفارمیشن تہٕ ثقافتی ادارن ستۍ
وابستہٕ قلمکارن متعلق تنقید کس ناوس پٮ۪ٹھ نثری قصیدٕ لیکھی متۍ۔ اَتھ برعکس چھُنہٕ
کینٛژن اعلیٰ تخلیقی کأم کرن والٮ۪ن جان پایہِ کٮ۪ن تخلیق کارن ہنٛد ناوتہٕ کانٛہہ ہوان۔

لِکھارٮ۪ن ہنٛزِ ذأتی مُشکری تہٕ ذٔرِ بندی تہٕ واتہٕ نوو کأشرِ تنقید نگأری
ہنٛدِس فنس کأفی ددارٕ۔ واریاہن جاین چھُ غأر ادبی تنازن تہٕ نجی تلخین ہنٛد آنٛچ
ہورنک ذریعہ تہِ ادبی تنقیدٕے بناونہٕ آمُت۔ عجیب کتھ چھے یہِ زِ یارٕ زِ ہنٛد حق ادا

کرنہٕ خاطرٕ تہٕ چھُ یہِ اکھ سودمند وٚسیلہٕ زانّہٕ آمُت۔ موتی لال ساقی ہنٛز ''گاشرٕ''
پرٕتھ چھُس یہٕ ذاتی طور یتھ نتیجس پیٹھ ووتمُت زِ اگر اتھ کتابہِ ''گاشرٕ'' بجایہِ
''حلقہ احباب ِساقی'' ناو تھوونہٕ آمُت آسہِ ہے زیادٕ موزوٗن اوٚسُس۔ تقریبن
پرٕتھ شاعرسُند تذکرٕ کرنہٕ وِزِ چھُ ساقی متعلقہ شاعرس سٟتی پننٮ۪ن دوستانہٕ تعلقاتن
ہنٛز وضاحت کران۔ پننٮ۪ن دوستَن ہنٛدی تعریف کران کران چھِ صاحبِ کتاب
تم ساری صفأتی ناو ورتاوان یِم کأشرِ زبأنی منٛز ورتاوس اندر چھِ۔ امہِ پتہٕ چھہٕ پیٚیہِ
ہنٛد بوٗ قلمکار و چھِ یِم حدٕ دوارِ پاہ پیٹھ ترأوِتھ مشورس تحت اکھأکِس تھٕر کھألِتھ
پنُن کچُل باہ من کرنچہِ حأران گٔن وتہٕ کجہِ مٕژ۔

کُنہٕ تہِ تخلیقی ادب پارُک تنقید گرٕ ھہِ تمیک تہٕ تمہِ زبأنی ہُنٛد تہِ تہٕ زمینک
تہِ گلھم تنوظر وُچھتھ کرنہٕ یِنٛ۔ سأنی بیشتر نقاد چھِ مغربی یا وسط ایشیأیی تنقیدچہِ
عأنکہٕ منٛزی کأشرِ صوفی شاعری تام وُچھان۔ خدالیس یا ونو زِ مذہبس پیٹھ پرٛھنہٕ
تھون والی کینٛہہ نقاد چھِ تمام تر کأشرِ صوفی تہٕ عقیدتی شاعری تنگ بندی تہٕ دناسیر
بیترِ وٕنتھ رد کران۔ یتھے پأٹھی چھِ مشرقی طرزِ فکرٕ کی کینٛہہ نقاد جدیدیت، پس
جدیدیت تہٕ امہِ قسمہٕ کیٚن بأتے رُجحانن ہنٛز ترجمأنی کرن والیٚن أدیبن مغرب
ذدٕ وٕنتھ ٹھ کڈان۔ غرض ذأتی سوچَن ہنٛج پیمانہٕ بنأوِتھ چھُ تخلیقی ادب مولونہٕ
یِوانٕ یُس غأر تنقیدی طریقہٕ چھُ۔ کینٛہہ نقاد چھِ محض ہلف کرنہٕ خاطرٕ کینٛژَن بڑٮ۪ن
فرہنگی نقادَن تہٕ فلسفیَن ہُنٛد ناو ہوان تہٕ پرن والیٚن تہٕ بوزن والیٚن پننی کنی اہرٕ
بہناونچہٕ کوٗشش کران۔ یتہِ چھنہٕ صحت مند طریقہٕ۔

تقریبن پرٛتھ کانٛہہ کاشُر نقاد چھُ زِ کہِ تخلیقی أدیب تہٕ۔ تِتھی نقاد چھِ تخلیقی تجربو منٛزی خود بذات گزرِ یمتی آسان اِوکنی چھِ یہنٛز راے مأہرانہٕ نٔوتِچ آسان۔ مگر کاشرِس نقادٕ سٕنٛدِ حدٕ کھوتہٕ زیادٕ جبلتِ خود نمأیی ہُنٛد شکار آسنہٕ کِنی چھُ سارِوے گوڈٕ پنٕن وۄکھُل پارسنگس ژھننہِ یِوان تہٕ یہِ عنصر تنقیدس پٮ۪ٹھ غالب سپدنہٕ سٟتی چھُنہٕ اتھ اندراوبر گوبر تہٕ مُتأثر کرنُک اثر موجوٗ دروزان۔ مثالہِ خأطرٕ یہِ زِ رفیق راز نِس شۄبدار غزل گوٚ آسنس کُس آسہِ انکار یا کأنٛسہِ اگر آسہِ تہٕ یہِ چھُس ذأتی طورٕ تٔمۍ سُنٛد مدح مگر پننہِ فنکی تعریف تہٕ تٔمۍ سٕنٛز تقریبن سارِنٕے کتھ کڈتھ یِیلہِ تس پننی قلمہ ِتھی ہوی جملہٕ لیکھنٕی پیوان چھِ، صورتحال چھے اِسنٕی لایق بنان:

''یِتھے کِنی باسہِ ہے اسہِ پنٕن غزلہٕ سرمایہ تہٕ ژھوٚٹہٕ ڈیرا گرنہٕ اتھ ژھوٚٹہٕ ڈیرس پٮ۪ٹھ امین کامل، قاضی غلام محمد تہٕ رفیق راز ہوی رنگ تہٕ مُشک ژھٹہٕ وٕنی گولاب پھۄلی متی آسہٕ ہن۔''[3]

بیاکھ وکانہٕ یمہِ کِنی نہٕ سون تنقید زبر پأٹھی پھٕبتھ ہیکان چھُ، چھُ یہِ زِ سأنی نقاد چھِ عموٗمن فرمائشس پٮ۪ٹھ لیکھان۔ مےٚ چھُ اندیشہ زِ اگر ''شیراز'' تہٕ ''سون ادٕب'' اشاعت بنٛد گژھِ، ساہتیہ اکادمی، مقامی اکادمی، کشمیر یونیورسٹی تہٕ کیٚنٛہہ ادبی انجمنہٕ سیمنار تہٕ کانفرنسہ کرن نہٕ، خبر تیٚلہِ ماہیٚنہِ ناوے کانٛہہ تنقید لیکھنگ۔ واریاه نقاد چھِ وۄنی اکۍ مضموٗن دون دون ترٕ بن ترٕ بن جاین چالا کی سان ورتاوِتھ کیٚمہِ مختلف سنٛبٹھاہ اُجرت وٹان۔ تنقید صحت مند لأنن پٮ۪ٹھ برونٛہہ پکناونہٕ خأطرٕ چھُ ضروٗری زِ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ رسالہ تہٕ اخبار گژھن چھپنٕی، تیٚلی چھُ ممکن زِ أسی ہیکو

تاثرأتی، جمالیأتی، ہیتی، موضوٗعی تہٕ لِسأنی تنقید کیٚو تِموسکوٗلوٕ نشہِ زأنی یاب سپد تھ یِم ترقی یافتہ زبانن ہُنٛد ادب مولوٕ نہٕ خاطرٕ بارسس آٮ۪تی چھِ۔ سأنی سارِوٕے کھوتہٕ بڑٕ بدنصیبی چھ یہِے زِیتہٕ چھُنہٕ کانٛہہ غأر سرکأری رِسالہٕ چلٕتھ ہیٚکان۔

بہرحال واتناوَن بہٕ یہٕ موختصر مقالہٕ یہٕ ووٚمید ہیٚتھ انٛد زِ کأشرِ تنقید نگأری ستی وابستہٕ نقاد کرن مقالس منٛز ووٚتلاونہٕ آمتٮ۪ن نوکتن پیٚٹھ غور تہٕ اگر یِم نوکتہٕ تِمن سرنس سوچنس لایق باسن، تیٚلہِ دِن اورٕ کُن ظوٗن تہِ۔[4]



حوالہٕ:

1۔ کأشر کتاب صفہٕ 57۔

2۔ مہجوٗرنِس ناوس پیٚٹھ خصوٗصی ڈاک ٹکٹ جأری کرٕنی تہٕ تٮ۪ہنٛد آبأیی مکانہٕ Heritage Hosue بناوُن چھ سرکأری فأصلہٕ۔

3۔ ''شعرِ زبان'' کأشُر شیرازٕ، جلد15، شمارٕ اکھ، ص59

4۔ کیٚنٛژن کتھن ہنٛز وضاحت:

(الف) یِتھ کِتابہِ منٛز چھےٚ گرٛنٛد تقریبن پرٛتھ جایہِ انگریزی لِکھایہِ حسابہٕ ورتاونہٕ آمٕژ، تکیازِ کأشرس منٛز چھُنہٕ اَسہِ کانٛہہ الگ گرٛنٛد ورتاوس منٛز تہٕ أسی چھِ ووٗنی انگریزی گرٛنٛدٕ ے ورتاوان۔ وارِیاہ اردوٗ لیٚکھن وألی تہِ چھِ پننٮ۪ن کِتابن انٛدر یہِے گرٛنٛد ورتاوان تہٕ کأشرٮ۪ن درسی کتابن اندر تہِ چھُ امی گرٛنٛدِ ہُنٛد استعمال سپدُمت۔ اِکنی گژھِ نہٕ بہ اتھ پیٚٹھ رٹنہٕ یِن۔

(ب) تِمن اکثر لفظن اندر تھووٚمٕتۍ منٛز یِم 'ع' برقرار یِم سانہِ زبأنی منٛز عربی، فارسی تہٕ اردوٗ پیٚٹھ آمٕتی چھِ تاہم اگر گژھِ جایہٕ پھورس منٛز زیادٕ یا نمایاں فرق أس تِتھٮ۪ن بدلووتہِ لیٚکھنُک طریقہٕ۔ تاہم آو لفظس منٛز باگ لیٚکھنہٕ ییٚنہٕ وول تالری تِمن جاین حذف کرنہٕ ییٚتھن یہٕ ورتاوُن زیادٕ ضروٗری اوس نہٕ۔

# موجوٗدٕ دورِچ کأشِر شأعری

عصری کأشِر شأعری ہُند معنوی آغاز چھُ پزٕ پأٹھۍ 1931 ءچہِ ذہنی تبدیلی پتے سپدُن ہوان ۔ تحریک حریتکی آلوٗن یُس ،مانہِ سوو انقلاب پأدٕ کوٗرتمہٕ ستی آوسانۍن شأعرن ہندِس تخلیقی سوچس اندرا کھ ٹاکارٕ نوٗبرتہٕ لیکھن نٕھج رٕٹ اکھ نوٗ ترٛاے ۔ یتھ توأریخی پزرس کرِنہٕ کنھے تہِ انکار زِ مہجوٗرن اُسۍ 1918ءپیٹھے کأشرِس منٛز شعرونۍ ہیتۍ متۍ ۔تاہم چھے یہِ تہِ حقیقت زِ گوڈٕ گوڈٕ اوس سُہ تِمنٛے زنانہٕ جذباتن تہٕ لولہٕ وبدا کھن ووکھنے کران یِمنٛز روایت سانہِ شأعری اندر صدیہِ وادو پیٹھٕ چلان اُس ۔ یتھہٕ پأٹھۍ یُس وار یاہ کلام مہجوٗرن گوڈنکین دٕہن بہَن ؤرین وٗن تمیُک ہر تر چھُ سۍ حژرُک احساس تہٕ جذبُک شٹھنیار تیچ باوتھ سانۍن اڈٕ تام کہن تقریبن سارِنۍ صوفی کوٗ روٗمان پسند شأعرن ہندِس کلامس منٛز بِسیار پأٹھۍ میلان چھے ۔کُلیات مہجوٗرس منٛز درج امہِ قسمکۍ وار یاہ بأتھ پٕرتھ چھُ اندیشہ وتلان زِ اگر مہجوٗر امی اکہِ ڈنٛجہِ شعرونان روزِہے ممکن چھُ اززانہٕ ہوأسۍ تس متعلق یۆتے وَنُن سبٹھاہ زِ تسنٛز شأعری اُس حبہ خوتوٗن ،مقبول شاہ کرٛالہٕ وأری ، رسول میر تہٕ وہاب پرے بیترِ کینٛژن مشہوٗر شأعرن ہنٛز پوٚت آوازتہٕ بس ،مگر مہجوٗر اوس

زبردس حساس تہٕ امہِ کنہٕ زٕٹ تسٕندی تخلیقی شعورن تیزی سان بدلوٕنین سیاسی تہٕ سماجی حالاتن ستۍ اکھ نٔو ڈٔنڈ۔ آزادی ہٕندی جوشہٕ ہٕتی جذبن یُس طلاطُم مہجورنس ذہنس منز پاد کوٚر تمیُک پوٚر پوٚر اظہار چھُ تسٕنزِ شاعری اندر نظرِ گژھان:

چھے ژےٚ نوٚو دُنیا بساوُن کرٕ ژٕ سامانٕک تلاش
اَتھ نٔوس دورس انٛدر سوٗرے چھُ چونے کاروبار



تژاو پھرُن سِپاہ بن
تُل ژٕ رَفل مشین گن
زِنٛدٕ کرُن پنُن وطن
ناو تھوان گژھ



فنی تہٕ تخلیقی اعتبارٕ وٕسی پایہِ آسنہٕ باوجوٗد تہٕ اُس یہٕ آواز کاشرِ شاعری اندر اکھ تژھ لَیہِ ہُنٛد پےٚ دِوان یتھ پٕرتھ لحاظہٕ سادروار تہٕ سَرتاز وٕنتھ ہکو۔ چوٗنکہ کٔشیرِ ہُنٛد ماحول اوس امہِ خاطرِ موافق امہِ کِنۍ سَپُد مہجورس زبردس قبوٗلِ عام حاصِل تہٕ تسُنٛد حوصلہٕ گو بُلند۔ سُہ ییتہٕ اکھ انٛدٕ کٔشیرِ ہٕندِس سیاسی صوٗرتحالس پٕٹھ بأریکی سان غور کرنہٕ لوٚگ تتہٕ ہیوٚت تمیٚ شاعری ہٕندین زأو جارن تہٕ سَنٛن۔ امیُک نتیجہ دژاو یہِ زِ تسٕنزِ شاعری روٚٹ اکھ علامتی رنگ تہٕ ا ٚوتامتھ اگر سُہ:

نیرُو نیرُو کأشریو ہاو پننٕ بہوٗدری

ہوی ترانہٕ لیکھِتھ ننہِ وانہٕ لفظَن منٛز پننین انقلاب پسند تہٕ قوم پرست جذبن ہنٛز باوتھ کران اوس ووٗنی ہیوٚت تٔمۍ :

لالو لالو ہا گُلِ لالو حالِ دِل کر اِظہار

ہوی بأتھ وٲنتھ اکھ میوٗٹھ تہٕ رُت شأعرانہٕ انداز پانہٕ ناوٗن۔ کٔشیرِ باغ تہٕ ییتہِ کین بسکینن باغکۍ پوش وننگ حبس پڑاونس ستی کوٗر مہجورٔنۍ پننس کلامس منٛز ییتہِ چٕن ناماوارتہٕ مأری منٛزن شفاشایَن، مُشک ژھٹہٕ وِنہن پوشہِ مرگن، خوش آواز جاناوارن تہٕ گرٛزوِنہن نالن ہُنٛد تتھٕ کنۍ ذکر زِ اتھ اندر لوٗگ کٔشیرِ ہُنٛد ہوانوأ رِکس تِتھس اندازس اندر درٛیٹھی یِنہٕ، یُس ظوٗنس پڑیہِ وُن تہٕ مَنس وَیہِ وُن چھُ :

نسیمہِ بوزُم ژٕ بالہٕ داٚمنٛز کمنٛد ہیتھ چھُکھ شکار ژھاران
بہٕ شوقہٕ چانے شِکارِ اندر پنُن یہِ سَر ہیتھ ترے ہا لالو

○

راتہٕ موغلس زٕروِ گُس چمنس اندر
پنٛجہِ دِتھ تس لنٛجہِ کڈِ شہباز میوٗن

○

یمن شعرن ہُنٛد علامتی آسُن چھُ ٹاکارٕ مگر علامتھ ورتاوُنک یہِ انداز چھُ تمہِ ورگہٕ باوٕژنشہِ کتہ کور مختلف یوسہٕ سانین صوٗفی شأعرن ہِنٛدِس کلامس اندر درٛیٹھی گژھان چھے۔ مہجورٔنۍ یم پیکرتہٕ علامژ ورتاوِمژ چھے تموٗ نشہِ چھُ پرٛتھ کانٛہہ کأشُر زأنی یاب۔ یوہے چھُ وجہ زِ یتھین ہوٚبن شعرن ہُنٛد چھُ اکھ عام پرٛن وول تہٕ کھیٚن نے تہٕ سطحی مانیک حظ تُلِتھ ہیکان:

لوٗ ہٕرٕ تہٕ چھنٛدریٖرٕ مسول ونان چھےٚ واوس

داماںہٕ میوٗن تیمی چھوٚل تَس زانٕہہ قرار آسیا



خیالن تہٕ لفظن ہٕنٛدِ أنیکھ دوہراوٕ باوجوٗد تہٕ چھےٚ مہجوٗر نہِ کلامہٕ چہٕ کینٛہہ خصوٗصیژ تعریفن لایق ۔ کأشرِ قومہٕ کہِ المیہک احساس ووتلاوٗن تہٕ روایت رٕژھراوی رٕژھراوی اکھ نوٚ روایت قایٖم کرٕنی چھےٚ مہجوٗر نہِ کلامکی اہم ترٖین تخلیقی گوٗن۔ یہٕ تیٚ یوت نہٕ بلکہ چھُ شعوٗری طور نظم لیکھنُک دٕسلابہٕ تہٕ مہجوٗر نٕے کوٚر رُمت۔ یہِ چھےٚ دوٚیم کتھ زِ امی سنٛزِ نظمہِ پٔتھ تہٕ چھےٚ وژنکہِ ہیٚچ ژھاے تہٕ اتھ اندر چھنہٕ فکرِ ہنٛز سو وسعت نظرِ گژھان یوسہٕ عبدالاحد آزادنہِ نظمن ہُنٛد خاصہٕ چھےٚ۔ آزادن تہِ کوٚر پننہِ ادبی سفرُک آغاز روایتی تہٕ رسمی انمانے مگر زندگی ہٕنٛدیو کینٛژ وہأتھ ناک وأری داتواون جلدٕ ےتہٕ سنٛدِس ژینن طرزس اندر اکھ انقلاب تہٕ سُہ بنیوٚ کأشرِ زبأنی ہُنٛد گوڈنیک بأغی شأعر۔ سُہ اوس چونکہ 1917ء لیس منٛز رونما سپدی متہٕ روسی انقلاب کہِ اثرا تو نٕشہِ باخبر آسنس ستی ستی اردُو شأعری ہٕنٛدیو بدلٕونیو انہارو نٕشہِ تہٕ زبرپأٹھی آگاہ اوٚسی آیہِ نہٕ تس اکھ نوٚو طرزِ فکر تہٕ باوٕژ طریقہ بارسَس انٕنس منٛز کانٛہہ تہِ بارٕ رکاوٹ۔ سُہ سپُد کأشرِ شأعری ہٕنٛدِس مُروجہِ شعرِ مزازس اَکی آنہٕ بتھی پھیرُ تہٕ اکھ تُند تہٕ تیشل طرزِ بیان اوٚنن ورتاوس منٛز:

یہِ دیٖن، ملت، وطن، حکومت، خدا، خدأیی ازل تہٕ قسمت!

نِقاب کأتیاہ حقیقتس پٔٹھ تھوان چھِ یِم انقلاب دُشمن

سرمایہِ دارن رٕود نہٕ ووٚنی آب اُچھن منٛز
پانے چھِ دٕولِہ گورٕ ملہٕ تہٕ روت کفن ژٕور



ظاہر چھُ زِ آزاد چھُ تمام روایتی اصولو تہٕ عقیدو نِشہِ لوٚب ہیتھ اکھ نوٚو دُنیا قایم کرُن یژھان۔ سُہ چھُ وطن دوستی ، ملی بأے بندُت تہٕ مذہبی عقید بیترِ سارِنے چیزن سرمایہ دارن ہنٛدی ژھل زانتھ موٚزوٗرس تہٕ گرٛہستس اتھ سأرِسے نظامس تلک پتھ کرنک درس دِوان۔ تتھ پأٹھی چھُ آزاد شأعری ہنٛد بوٚ تخلیقی مأری منٛز رٕونشہِ بےٚ پرواہ سپدتھ اکہِ نظریک ترجمان بنان تہٕ یوٚہے چھُ تسنٛزِ شأعرانہ کوتاہی ہُنٛد بوٚڈ بارٕ باعث بنان۔ امیُک مطلب چھُنہٕ تو پتھ تہِ یہ زِ بحثیت شأعر کیا چھُنہٕ آزاد کُنہِ قطارٕ سے۔ تسنٛد بن خیالن ہُنٛد تھزر تہٕ فِکرِ ہُنٛد وُسجار وُچھتھ چھُ تسنٛدِس علمی مرتبس مرحبا کرُن پیوان۔ اتھ ستی ستی کوٚر تمی شأعری ہنٛدِس صورتس منٛز کأشرس قأرِیس بروٚنٛہہ کنہِ گوڈٕنچہ لٹہِ اکھ غأرتہٕ وول تہٕ خود دار زیٖنن طرز پیش۔ یوٚ دوے تمیٚ امہِ فلسفیانہٕ سوچک شیر علامہ اقبال نہِ شأعری منٛزٕ چیتھ نیومُت اوس مگر ضٕد یہِ وادن ہنٛزٕ غلامی ہنٛدِس غلبس تل ہنہٕ آمتہِ نبتہِ مومنہِ کأشرِ شعوٗرٕ خأطرٕ اُس یہِ اکھ اوٚیزٕ آواز:

گُنے پرواز کاوس ، بُلبُلس ، طوٗطس تہٕ شہبازس
ولیکن وُچھ تفاوت کِژ پرٛوازس تہٕ پرٛوازس



تمہِ لولہِ کھوتہٕ چھُ بہتر زولانہٕ غلأمی ہُنْد

اِستاذِ جوان مردس یُس لول پتھر پاوے



یتھی ہوی سنجیدٕ خیال نظماونہٕ خاطرِ اوس چونکہ غزلہٕ کھوتہٕ نظمہِ ہُنْد قالب زیادٕ موزوٗن تہٕ یوہے چھُ وجہ زِ آزاد چھُ غزل لیکھنہِ وِزیوہے کلان ہیُو۔ یِیلہِ زن تسٕنزن واریہن نظمن پوشہِ وِنی پایدأری تہٕ تخلیقی اہمیت حاصل چھےٚ۔ ''شکوہ ابلیس، شکوہ کشمیرتہٕ نالہ بڈٕ شاہ'' چھےٚ ازتہِ کأشرِ ادبچن بہترین نظمن منٛز شُمار سپدان یِیلہِ زن ''دٕرِیاو'' اتھ سلسلس منٛز وُنہِ تہِ اکھ لاجواب تخلیقی کارنامہٕ چھُ:

کنٛن، کھمبرٕن، کھیٚن، کھراشن، پکان چھُس منٛز گٹن گاشن

نہ چھُس محتاجِ شاباشن، نہ چھُس مُشتاق گِنٛدٕ باشن

یُتھے چھُس راتہٕ کٕرہلن منٛز تیُتھے چھُس بُلبُلن اندر

یِوان چھُم زندگی ہُنْد سوز سفرن منٛزِلن اندر



جذبچ تیٖہہ، زبأنی ہنٛز روأنی تہٕ تخلیقی ورتاو، پیکرن ہُنْد ہٹہِ وسہٕ وُن استعمال، موسیقی ہُنْد میچھر تہٕ خودکلأمی ہُنْد انداز چھہِ تم وٕتھی پٔرٛھی تخلیقی گوٗن یم اتھ نظمہ منٛز بیکوقت نظرِ گژھان چھہِ۔ باسان چھُ زِیہ کارنامہ چھُ آزادن پننہٕ تخلیقی سفرٕکِس پتِمس پڑاوس پیٹھ کوٗرمُت تہٕ یقین چھُ سپدان زِ اگرتس موتن فرصت دِژہٕنٛہ آسہِ ہے، کأشرِ شاعری ہنٛدس دامنس آسہٕ ہن یژھہٕ یژھہٕ

واریاہ چھُنہٕ جَر نہٕ آمٕژ۔

آزادس تہٕ مہجورس لرِ لۄر رۄدی غلام نبی عارض، غلام نبی دلسوز تہٕ عبدالستار عاصی بیترِ بیٚیہِ تہِ کینٛہہ شاعر شعرونان مگر یِمو منٛز ہیوٚک نہٕ کانٛسہِ تہِ پنٕن انفرادی وجوٗد قایم کٔرتھ، اتھ برعکس رۄدی یِم تِموٚے وتو پیٹھٕ ڈوکس ڈوکس دِوان یِم مہجورن تہٕ آزادن مقرر تہٕ متعین کرِمژ آسہٕ۔

آزاد گُزریو آزادی ہُنٛد آلو گژھنہٕ پتہٕ صرف ساڈِستہِ رِیتہِ یِیلہِ زن مہجور 1952ءلیس منٛز رحمتِ حق سپُد۔ یہِ زمانہٕ چھُ سانٛس توارِتخس منٛز سیٹھاہے اہم تہٕ نوزُک گٔنٛزرنہٕ یوان۔ ہندوستانہٕ کہِ آزاد گژھنہٕ پتہٕ دون حِصن منٛز تقسیم گژھُن، کٔشیرِ پیٹھ قبالین ہُنٛد حملہٕ تہٕ تِمہِ پتٕک صوٗرتِ حال، یِم چھِ کینٛہہ تِتھی نوزُک واقعہٕ، یِمن پیٹھ سانٛی لِکھاری وُنہِ تہِ ضابطہٕ بند پاٹھی نَے تہٕ منٛزی منٛزی یا بےٚ شوٗنکی پاٹھی پنٕنہِ ردِعملُک اظہار کران چھِ۔ ہندوستانس منٛز عوامی راج رائج گژھنہٕ پتہٕ تہِ یِیلہِ نہٕ خاص کٔرتھ غریب عوام کین ارمانن تر درٛاو، اکھ بددِلی ہُنٛد ہیوٗ ماحول گوٚپاد۔ مُلکہٕ کِس چپٕس چپٕس منٛز یہِ بحرانی کیفیتھ وُچھتھ آو خاص کٔرتھ حِساس طبقس اکھ جذباتی وُطارٕ تہٕ اڈلیچہٕ آزادی خلاف ہیوٚتُن اکھ ادیبانہٕ احتجاج سپُدن۔ مہجورن لیٚچھ ”آزادی“ ناوی تھٔکنی لایق نظم یتھ منٛز تواریخی صورتحال لطیف طنزٕکِس پیرایس منٛز پیش کرنہٕ آو۔ اَتھی دوران اوس ملکہٕ کین دوٚیمین حِصن منٛز ترقی پسند تحریکہِ ہُنٛد زور کانٛفی بڈیومُت۔ وارٕ وارٕ آیے کٔشیرِ ہندی لِکھاری تہِ اتھ اثرس تل۔ کلچرل کانگریسس ژاوزوتہٕ

مارکسی ادبُک یُس نظریہِ عبدالاحد آزادن انفرادی حیثیتس منز پیش کوٚرمُت اوس تمۍ رٔٹ اکھ تحریکی تژ اے۔ تتھہٕ پاٹھی یُس ادب اتھ دورس منز تخلیق سپُد بامے سہ نثر اوس یا نظم تہٕ سورُے آوٕ اَکس گنڈتی فارمولاہس تحت لیٚکھنہٕ تہٕ امیُک ظوٗنہٕ پوٚ (Thought Content) چھُ پرٛتھ سوٚتھرِس پیٹھ ہیٚوٕ تہٕ یکسان۔ یہ اَس تژ ہ جذباتی لہر یتھ ستی اَدیب تہٕ شاعر دِل وجانہٕ وابستہٕ سپدی تہٕ امہِ وابستگی ہُند نتیجہ دژ اویہ زِ شاعری گییہ اکہِ نظریچ شِکار۔ پہہ اوٚنمُت پروپگنڈا تہٕ کھوکھرِ نعرِ بازی بنے یہ اہم ادبی میزان۔ موٚزوٗرآو مَلکھ بناوِتھ پیش کرنہٕ تہٕ دیاروٲلس اَڑزاَرٹ تہٕ لعنت ملامت کرٕنی آے تخلیقہِ ہُندی لازمی تہٕ بُنیادی گوٗن زاننہٕ۔ قدرتی کتھا اَس زِ امہِ ستی بنے یہ شاعری فرمائشی تہٕ تجربن ہنز رنگارنگی و تلنٕ گییہ محال۔ شاعرس پہو پرٛتھ مرحلس پیٹھ پنُن انفرادی سوٗنچ اَکس اجتماعی آدرشس تہٕ اصولس چھیٚپہ دِیُن۔ یمن سارِنے کتھن ہُند نتیجہ دژ اویہ زِ اتھ دورس اندر ہیچ نہٕ اعلیٰ شاعری تخلیق سپدِتھ۔ اتھ برعکس گر شاعرو پننٕ بے گنڈ جذبات تِتھن لفظن منز پیش کرنٕچ کوٗشش، یم عام فہم آسنس ستی ستی تیٚہل تہٕ تیشل اَسی۔ پرٛتھ دعوٰہس ستی آیہ دٔلیل دِنٕچ کوٗشش کرنہٕ۔ کینہہ مثالہ چھےٚ یتھہٕ کنی:

زرس بوش زردارٕنے راج روزِیا
ژھربن لورِ گُٹنن سرس تاج روزِیا
اَکس ژوٚر تہٕ ہُر بیاکھ محتاج روزِیا

تہِ مغرؤر سرمایہِ دارن پرٛژھُن چھُم
پیٹھے بانٔہِ کین نو بہارن پرٛژھُن چھُم

(نادم)

○

بہٕ محنت کش چھُ پأداوار میٚوٗنے
زمین اسمان میٚوٗن سمسار میٚونے
چھُ روشن پوشہِ وُن نبہٕ نار میٚوٗنے
بناوُن نوٚو نظاماہ نوٚو زمانا
نوٚوُے اِنسان بناوُن نوٚو جہانا

(نور محمد روشن)

○

گوڈنی وُچھتو کمو سنگلات ژٕڈی کمٕی آب پھیٚر جوین
پتو اِد شالہِ مأرن لالہٕ زارن ہٕنز کتھا گری تو

(راہی)

○

أنیکھ عأبو باوجوٗد تہِ چھےٚ اتھ شأعری اکھ توأریخی اہمیت۔ مےٚ چھُ
آلِ احمد سرور سٕنزِ یتھ رایہِ سٕتی وارِیاہس حدس تام اتفاق ز:

"یہ ادب ادبیت کم رکھتا ہے۔ اس کے نغموں کی شیرینی کچھ عرصے کے بعد پھیکی معلوم ہونے لگتی ہے۔ اس کے پاس جذبات ہیں، ذہن نہیں ہے، گرمی ہے روشنی نہیں ہے، دل ہے دماغ نہیں ہے۔ خیالات محدود ہیں اور معلومات

ناکافی۔ پھربھی اس کی سچائی اور خلوص قابل قدر ہے''۔ [1]

سانین شاعرن میوٗل اتھ تحریکہِ ستی وابستہٕ سپدنُک اکھ بارٕ فائید یہِ زِ تِمن منٛز ووتلیو وکینٛہہ کرنُک تہٕ کینٛہہ سرنُک شوق۔ تِمو ہیوٚت پننِ کتھ زیادٕ وزن دار بناونکہِ غرضہٕ باقے زبانن ہنٛزن ادبی تحریکن تہٕ شعری تخلیقن ہُنٛد سنجیدگی سان مطالعہٕ کرُن۔ امہِ ستی میوٗل تِہندِس سوچس وٕسجارتہٕ کینٛہہ کال گرٕھتھ ییٚلہِ تِمن اصلی ادٕبچ پزنہٕ پاٹھی آگہی سپدٕنی ہیٚرٕن تِمو ہیوٚت نعرٕ بأزی نشہِ لوٚب تہٕ یوسہٕ ترقی پسند تحریک تِہندِ ایمانُک اکھ جُز بنےمٕژ آس سو ہیٚرٕن کینٛژٕ وٕہری سوٗئنہٕ تہٕ نِوآ گہی ہُنٛد جذبہٕ لوٚگ پھبنہٕ۔

ییٚتِھن چھےٚ اکھ کتھ ونٕنۍ ضروٗری زِ ترقی پسندی ہنٛدِس جنونی دورس منٛز تہٕ روٗدی سأنۍ واریاہ شاعر پننِو دینی عقیدو، صوفیانہٕ خیالو یا خالص روٗمانوی جذبو سببہٕ پننہِ مخصوٗص لیہ منٛز وونٕ باوتھ کران۔ یہِ کتھ چھےٚ وکھرٕ زِ تِتھو شاعرو منٛزٕ ہیوٚک نہٕ کہنٛے تہٕ تتھ جتہٕ جوٗشس منٛز اکہِ یا بیٚیہِ وجہِ کِنۍ ترقی پسند شاعرن پیٹھ حأوی سپدِتھ۔ بہرحال امہِ قسمکۍ شاعر تہِ روٗدی پننِو مولو تہٕ مأری منٛدٕ تخلیقی تجربو ستی کأشرِ شاعری ہنٛدِس دامنس چوٗنہِ جران تہٕ یِہنٛدِ روایت پسند آسنہٕ باوجوٗد چھُ یِہنٛد دِیُت تعریفن لایق:

حیا زردی بُتھِس کیٚچ کرہٕنۍ کِنۍ

چھےٚ کھوٗٹ عشقہٕ دُردانس متیو ہو

شمع صورت جمع دزنٹ طمع چھُم
اما کوسہٕ زٕو چھےٚ پروانس متیو ہو

○ (محی الدین نوازؔ)

أکی رام تہٕ أکی رحمان وٚنُے
أکی شام تہٕ أکی سُبحان وٚنُے
أکی کرشن تہٕ أکی یزدان وٚنُے
أکی اللہ تہٕ أکی بھگوان وٚنُے
ناوِچ چھےٚ فرق مطلب چھُ کُنے
یا یِتہٕ مانُن یا تتہٕ مانُن

○ (جانبازؔ کشتواڑی)

دَچھِ کُج کھُڑ ہلہِ ہلہِ، زانہہ تہٕ ما وَرتھ دڑاو
کأری گر کوتاہ دلہِ رِکھو کلہِ کر ٹھُہراو

○ (صمد میرؔ)

1960ءلیس آس پاس ہیوٚت سانیو شاعرو نٔوی تخلیقی تہٕ ہیتی تجربہٕ کرنس پیٹھ غور کرُن۔ موضوٗع اعتبارٕ آیہٕ شاعری عقیدتہٕ نظریہٕ نِشہِ مُچھأوِتھ شاعرٕ سِندِ بن دأخلی احساسا تن تابع بناونہٕ۔ کأشرو شاعروتہِ ہیتی تِمے مسلہٕ تہٕ موضوٗع پانہٕ ناوِنی یِہنٛزِ عکأسی اردٗو تہٕ انگریزی ادبکی شاعر کران أسی۔ کُنہٕ ہمہِ صٔدی ہنٛزن عقلیت Rationalism، ابدیت Absolutism، خارجیت

Determinism تہٕ مادیت Materialism بیترِ سوچن نٕبھن آوشکہٕ چونظرو وُچھنہٕ تہٕ وُہمہِ صٔدی ہٕنٛدی مشینی چکہٕ چاون تہٕ سائینسی ہاوٕ باون یم نفسیأتی تہٕ ذہنی مسلہٕ انسانہٕ ہٕنٛدِ خأطرٕ پأدٕ گری تِمن پٔٹھ آودِل دِتھ سوچنہٕ۔ حالانکہ عملن چھنہٕ یم مسلہٕ وُنہِ تہٕ سانہِ خأطرٕ تیتی کرٛٹھی تہٕ کٔڑری پیتی یم مغربس منٛز ازبرٕ وُنہہ وارِیاہ وٕری اُسی۔ بہر حال زیادٕ پٔہن کتأبی عٔلمہِ کِسے اثرس تل ہنہٕ تِتھ وٕژھ سأئنس شأعرس پرٕتھ کتھِ پٔٹھ پرٕژھ۔ تِمۍ پوٚر فرائڈ، ڈاروِن، آینسٹاین اِلیٹ تہٕ کارل مارکس بیترِ، یِموتہٕ ہٕنٛدِس عقیدس وُترٕ بُنیٛل تُلتھ گٔیہ سہ اقتصادی حالاتن آویزٕ بنأوِتھ تمام اخلاقی قدرن تہٕ پزرن بیترٕ بُتھ پھِرٕ نووتہٕ گراپرٕتھ کانٛہہ عمل اضأفی زأنِتھ سٔبٹھیے وحشیانہٕ حرکژن ہٕنٛدِس جائز آسنس پٔٹھ تہٕ اقرار کرٕ نوو۔ تِس باسے سأری خٔونی تہٕ سمأجی رِشتہٕ محض رسمی تہٕ ژِکہِ تلہٕ اپزی تہٕ فریب۔ تِتھٕ پأٹھی باسیوٚو تِس پنٕن پان زندگی ہٕنٛدِس وأناکھ واوٕ طوٗفانس منٛز گن تہٕ کیول تہٕ خودپننہِ زندگی تہٕ اکھ اتفاق زأنِتھ گوٚو سہٕ وٕہموتہٕ گُمانو منٛزی گزران۔ سہٕ روٗدأ کِس سٔبٹھیے بیمنا کھ تہٕ تباہ کُن انجامہِ کِس اندیشس منٛز ووتلان تہٕ بوڈان۔

فِکری اعتبارٕ اُس یہِ صورت حال سنٛگین تہٕ لرزاوَن واجنی۔ امہِ خأطرٕ ہکہٕ ہن نہٕ روایتی نوعِیتکۍ شعرِ قألب تہٕ بیأنی لفظ کارگر ثابت سپدِتھ۔ اِوکی پیٛیہِ کأشرٕ بن شأعرن اتھ فِکرِ ستی ہم آہنگ گژھنہٕ پتہٕ شأعری ہٕنٛدِس ہیتس منٛز تہِ تبدیلی انٛزٕ تہٕ تِتھٕ پأٹھی لگۍ سانہِ شأعری اندر معریٰ نظم لیکھٕ نکۍ تجربہٕ سپدنہِ۔ ردیف، قأفیہٕ بٔندشہٕ گٔیہ ڈیٛچہٕ تہٕ علامتھ بنےیہٕ شأعری ہُنٛد اکھ لأزمی تہٕ اژھبن

جُز۔ مورؤضی تلازمُک یُس تصوٗرٹی۔ ایس۔ اِلیٹَن پیش اوس کوٚ رمُت تتھ کُن آو خاص توجہ دِنہٕ۔ امہِ ستی گو سانہِ شاعری اندر اکھ نوٚوٗے ہوا نوا قایٔم تہٕ کاشُرِ شاعری ہِندِس قارٕیس (یُس وُنہِ تہٕ تقریبن لِکھارٕی یوت چھُ) پیوٚ گوڈنچہ لٹہِ شعرس مانہِ ژارنہٕ خاطرٕ ذہنس دزٕ سہٕ دیُن تہٕ مختلف جہتہٕ تہٕ سرحدوَنہِ کڈٕنی تہٕ عقلہِ وہٕژناوٕنی:

حافظہٕ ہِندِ ہٹہِ یزیدہٕ سنٛز کرٛ بکھ بوزن والیا

میون فریاد بوز

پتہٕ کنہِ اوسُم شیتل ژھایت رٲیل وَن

ان زٲنی منٛز ہُش مُش پاٹھن نیوٚم تھٲلتھ

(روتلہِ چھُم تار کھٕنب و وہوان)

بُتھِ اٲسم خلوکھ زوٗپٕرین ہِندی وَنوٚنہٕ آلو

تم کھیم یمو تیزی سونچوٗ سیکہِ شاٹھن پیٹھ

تکہٕ تکہٕ دِگہٕ دِگہٕ

(دوہلی ہوٚنی وُنگان)



صدا...... (رحمان راہیؔ)

اِکٹہٕ کال

کرٛہنہِ میٛرٕ ہُند زمنہٕ ژگل

مٔژھیٛل وُسٹ تہٕ وومیدوار

ترٕنس زم ہٕر پرٕ وچھس منز

سیکہِ پھٕلی ہی بیاٗلی دانہٕ کینٛہہ للہٕ وان

ہمسوس......(مظفر عازمؔ)

یمن نظمن منز چھنہٕ اہمیت مفہوٗمس ہٕلی کہِ تاثرُس۔ یم تشبیہہ، استعارٕ تہٕ علامژ بیترِ شاعرن وَرتاوِمژٕ چھےٚ، تمہٕ چھےٚ تسنٛزِ تخلیقہِ ہُند پینٛی ووٗنُن بنان۔ یہ طرزِ بیان یوٗ دوے فنکارٕ سندِ سٕنٛبٕتھےٚ حساس تہٕ پُرکار آسنک تقاضہٕ کران چھہِ مگر ستی چھہ اتھ اندر بُلف کرٕنکی امکانات تہِ موجوٗد۔ وارِیاہ کاشُری شاعر چھہِ یژھ شاعری محض فاٗشن زاٗنتھ کران تہٕ امہِ رِکس نتیجس منز چھہ امہِ گاچ وارِیاہوٗسی پایہٕ تہٕ معموٗلی شاعری بارسس آمژ۔ حد چھُ یہِ زِ اَکس رِسالس منز چھپےمژٕ امی انمانہِ چہِ اَکس نظمہِ ہٕنٛدبن لفظن تہٕ پیکرن ہٕنٛدِس اصلیتس متعلق ییٚلہِ مےٚ رسالہٕ کِس ایڈیٹرس پرٛژھ سہ ہیوٚک نہٕ یمن لفظن ہٕنٛدِس سطحی معنیس متعلق تہٕ کانٛہہ کتھ وٕنتھ تہٕ شاعرانہٕ زاٗوِچارن متعلق دل دِنٛک وٕتھ نہٕ سوالے۔

اَپا بٕنٛد کاشُرِ نظمہِ نوٚ وطرح دِنہٕ خاطرِ سپز اکو ہمہِ صدی اٗندر کینٛہہ شعوری کوٗششہِ۔ کینٛژ وشاعرو، یمن دُنیہکبن مختلف علاقن اندر ادبی محفلن تہٕ شعرِ مجلسن اندر شامل سپدنٕک موقعہٕ میوٗل، ژیوٗن ردِ تشکیلیتک شاعرانہٕ رٕ ویہ نزدیکی مانیٚن منژ تہٕ یہنٛزٕ ژھوچہِ ژھو چہِ نظمہٕ آیہ منظرِعامس پیٹھ یمن اندر مانہِ ساٗوی ژٕہی تتھہِ کٕنی قاٗد کرنہٕ آمتی چھہِ زِیہ اظہار چھُ پرٕن واٗلی سٕنٛدِ باپتھ کانٛہہ ذہنی جکھ لگاونہٕ بغاٗرٕ ے وتشاول بنان، کینٛہہ مثالہٕ:

"جاے اَءسس تہٕ یکیا آے، سمیٚے، زَن کُنی اوس نہٕ کانٛہہ

بَس یِمے وضع رچھان وآنس کٔڈِن

گوٚژھ نہٕ تَس کانٛہہ تہِ دپُن زانہِ نہٕ پوٚژھ کیا گو

پٔژھی کُٹھ ژایہِ، نظر گژھ نہٕ انٛد رکُن روزٕنی

کوٚر، نوش موج چھےٚ گرس منٛز آسانےٕ

پٔژھی سُنٛدے اوس تَمِس ظون زِووپر

درمنہٕ پیٹھی گوٚژھ نہٕ پکُن

کچنہِ دارِ پیٹھَے نظرِ رٔٹتھ آنگن بر

مٔچھ تہِ زٕ روہے نہٕ اتھس کبتھ وَہٕرین

مَرمَر وفرش تہٕ قالین رٹُن داغ گوٚژھس نہٕ

پٔژھی ہےٚن تہٕ دپن "اِوکوٚرُن حاصِل کینٛہہ"

میٛون سرتاج، تٕسنٛدی یار، مےٚ کیت

ساس سامانہٕ کرِتھ پیٛژ یہِ بٔڈلُرترآوِتھ گوٚو"

سوچتھے ٕکن چھُ رٹن، ٕکن چھُ مکانٕچ بنیاد۔

○

ٕکن: شفیع شوقؔ

شراکہِ پچہ

تن دآرِتھ چھسے

بےٚ عارسپدِتھ زُلم

کشۍ زُلم

یُتھ أنٛد رِم ذاتھ ئنٛی نیرٕم

تہٕ لیکھِتھ ہیکہٕ

معصوٗم شرٕ ہن ہنٛزِ کأپی پیٹھ

''ألف'' تہٕ ''بے''

تہٕ بڈٕ ہن ہنٛد ہن ایمان نامَن یا (رف کاپین) پیٹھ

''اللّٰہ'' تہٕ ''بھگوان''

سفیدس یُتھ سیاہ گُرِتھ

پٔنٕن آسُن نیچھہٕ ناو

زُلم شراکہِ پچِھہٕ زُلم

رنٛگہٕ دار پینٛلی رنٛگ

تہٕ نوٚن کڈُم أنٛد ریم اصلی رنٛگ



شراکہِ پچِھہٕ زُلم: ستیش وِملؔ

دیان

دیان گمرأہی ہنٛد بوڈ ظُلمت

یہِ دُنیا گژھہِ نہٕ توٚ تتام فنا

یوٚ تتام نہٕ

لولہٕ نغمن ہنٛزٕ گنگراے کرن وألی

تم

زنانہٕ مُتۍ وُبأ لی تہٕ بےٚ گنڈ شاعر

تہٕ

کُنہِ کُنہِ لبنہٕ پنہٕ وأ لی

دین دھرمہٕ کھوٚ بنوٚڈلی ٲتۍ

جنڈٕ مُتۍ تہٕ فقیر

یا تہٕ رٕژِوتہِ لاگنہٕ پین

تنہٕ پھٕہہ دِنہٕ

○ دپان: عزیز حاجنی

مےٚ چھُ باسان زِ آینٕدٕ ؤرین دوران گژھہِ کاشرِس منٛز نظم لیکھنُک یہ طرح مقبوٗل تہٕ نٔوۍ شاعر کرن امہِ قسمٕچ جان نظمہٕ لیکھن والین شاعرن ہُنٛد تقلید۔ نو جوان شاعرو منٛزٕ چھِ نثار عظم تہٕ شاہدہ شبنم تقریبن یژھے ہشہِ نظمہٕ مسلسل پأٹھی لیکھان۔

نظمہِ ہنٛدی نٔوۍ طرح رأیج سپدنس ستی ستی آے موجوٗدٕ دورس منٛز سانٹ تہٕ رُبأعی لیکھنکی تہِ تجربہٕ کرنہٕ۔ سانیٹ لیکھنُک تجربہٕ اگر مقبوٗل سپدِ تھ ہیوٚک نہٕ مگر ژٕ مصرأے چھےٚ از تہٕ حوصلہٕ افزا اندازس منٛز لیکھنہٕ یوان۔ اتھ فارمہِ منٛز چھِ عموٗمن مذہبی تہٕ سمأجی ماملہٕ وبژھہٕ ناونہٕ یوان تہٕ شاعرن ہُنٛد اندازِ بیان چھُ کیٛژن جاین ناصحانہٕ تہٕ اکثر جاین طنزِیہِ لبنہٕ یوان:

بۍ چھُس اعلیٰ سیاست کار چھُس نا
گُنڈن ہُند بَب شریف آزار چھُس نا
بۍ چھُس گورٕن دپان تہٕ گو نِظامی
بۍ چھُس لورٕن گنڈان دستار چھُس نا

(غلام رسول نازکی)

کِنتھ کردار ہیٚژ جمہوریت مٲلی
وزارژ ژھانجِہ دولتھ زٕنۍ ژھلو ٲلی
مُخالف رایہِ دِژ اسہِ پٔنٛد تہٕ ہوٚٹ چوٚر
اپوٚز کوٚر عام تیُتھ ، پژ یاری گری گٲلی

(مرزا عارفؔ)

نِوِ کاشُرِ شاعری ہُند بیشتر حِصہٕ چھُ غزلہٕ کِس فارمس منٛز لیکھنہٕ آمُت ، وون گوٚو أزیک غزل چھُ تمہِ غزلہٕ نِشہِ کتہٕ کور مختلف یُس محموٗد گامی تہٕ رسول میرنہِ وقتہٕ ونہٕ یوان اوس۔ رسول میر نہِ سٕزِ یہلہِ شوقہٕ کہِ غلبہٕ تلہٕ ہنا مچھٲوِتھ یوٚ دوے مہجور تہٕ آزادن اتھ ریٛہہ دار جذبات عطا کری ، کمتری ہُند احساس روٗد توتہِ امیک اکھ اژھبن انگ۔ مثالہِ خاطرِ ونہٕ بہٕ زِ اوٚتام اوس سانہٕ غزلہٕ شاعری ہُند عاشق (شاعر) مرد أستھ زنانہٕ تہٕ معشوق زنانہٕ أستھ تہٕ مرد آسان۔ یہِ غاٗر فطری رُجحان کوٚر جدید دورِ کیو غزل لیکھن والیو رَد تہٕ اکھ عقلہِ وِژوٗن تہٕ حقیقی رٕویہِ آوبارسس :

انہٕ گٹہٕ گُٹھ پہوٚ سوٚنتُگ تاپھ
برٕ یامتھ ژائیکھ ہیٚ مائلے

(مشعل سلطانپوری) ○

یتھ زمانس ونان قیامت چھکھ
بیقلی پانہٕ چھکھ قیامت ہش

(ناجی منور) ○

پرائِنس غزلس اندریُس وأعظانہٕ تہٕ ناصحانہٕ رنگ غالب اوس تیچ جاے
رٕٹ نوِس غزلس اندر خودکلامی تہٕ طنز:

پِی دوٚپُکھ امہِ ءتیٚ ننٛدٕ بانبر ہرُبس
موٚلہِ کوٚستوٚرس کوٚڈُکھ لوٚٹ ہاے ہاے

(امین کامل) ○

أندرٕ روَنچہِ کشمکشہِ منز یُس دأخلی صورت حال شاعرن محسوس کٔرتمیُک
اظہار آو ڈرامأیی اندازس منز کرنہٕ:

پانس ونہٕ کیٛا پانس منز چھُس پردیسی
اپرٕس مپرٕس شانس منز چھُس پردیسی

(محی الدین گوہر) ○

نوِ غزلچ بیٛاکھ پھیرِ ہاوخصوٚصیت چھےٚ اتھ اندر لبنہٕ یینہٕ وول قافیُک

برمحل تہٕ شۄبدار استعمال۔ قاَفیکہِ ورتاوٕ ستۍ چھُ شعرٕکس حُسنس اِضافہٕ کرنہٕ یِوان ییٚلہِ زن پرٛانہِ غزلہٕ شاعری اندر شعرٕکس تاثرس ثانوی اہمیت دِتھ شعرٕے قاَفیس تابع بناونہٕ یِوان اوس۔ بیشتر ہمکال غزل گو چھِ قاَفیکہ اہمیتہٕ نِشہِ واقف تہٕ تہنزن غزلن اندریُس ہٹہِ وسنٛگ جودتہٕ ترتھ گژھنٛگ تاَثیرلبنہٕ یِوان چھُ، تتھ منز چھُ امہِ فنی زاَوِ جارُک کاَفی دخل:

سُے ساعت مساوات بنان اوس صفر ہیوٗ

اکہِ طرفہٕ سو تفریق تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ جمع اَس

○ (غلام رسول جوشؔ)

راز یم تھاَوِتھ لِفافن منز ژٕے تم روزن نہٕ راز

تارِ کوٚٹھن پیٹھ وُچھکھ تم پوسٹر کرکھا جِگر

○ (رنجورؔ تلگامی)

دوٚپُن تتھ دردٕ گامَس اَتجہِ پرٛاَنی پاَٹھی ییران اَلی

زمانٕک ژھوٚپ تہٕ دوٚپ آلو دپان گوٚ وژیرٕ بہٕ کیا ونہٕ ہَس

○ (شادؔ رمضان)

عصری غزل گوون منز چھُ اکھ بوٚڈ تعداد تمن شاعرن ہُند تہٕ یمن روایتٕک زولانہٕ اَکی آنہٕ پھُٹر اوٚنک بُتھ چھُنہٕ۔ تِتھن شاعرن ہِندِس کلامس منز یُس روایتُک تہٕ نوٚرُک لطیف میُل نظرِ گژھان چھُ سُہ چھُ ہمعصر کاشرِ غزلُک بیا کھنٛدٕ بون انہار بنان:

دارِ پٹھ چھکھ یاربل کُن کیا وُچھان
نوٚٹ نکھس پٹھ تُل تہٕ وَس دربار کر

○ (برج ناتھ بیتابؔ)

میٚانہِ مرنچ گُمٕژ چھےٚ پارے تیلو
ژھائنڈ دِنہِ آکھ مرگزارن از

○ (محمد احسن احسنؔ)

نوِ کاشرِ شاعری اندر سپدی بےٚ قافیہ غزل تہٕ سفید نظم لیکھنکی تہٕ تجربہ مگر یم گےٚ نہٕ سائنس شعرِ مزازس وَیہِ وُنی تہٕ امہِ کنی ہیکی نہٕ برونٹھہ پکِتھ۔ موضوعی اعتبار چھُن البتہ جدید کاشرِ شاعری اندر زاہدانہٕ خیالن تہٕ بالا فطری تصوراتن ہُنداکھ رُت اضافہ سپدُن ہیوٚ تمت یمہِ کہ برونٹھہ پکنکی تہٕ عام سپدنکی کافی امکانات چھِ۔ یہِ کتھ ونٕنی چھےٚ لازمی زِ یہِ رُجحان چھُ روایتی نوعیتچہِ صوفی شاعری تہٕ جنگی داستانو نِشہِ مختلف تہٕ امیُک محرک چھُنہٕ پیرٕ سنزٕ تربیت بلکہ موجوٗدٕ زمانچہ ترقی ہِندی تم اثرات یمو انسان اکس بڈس ذہنی عذابس منز آوٕ راوِتھ پتھ کالک پزٕ آری بنوو۔ یہِ رُجحان چھُ خاص کرتھ امہِ پتہٕ چہٕ پیرٕ ہِندٚن شاعرن اندر لبنہٕ یوان۔ اتھ پیرٕ ستی وابستہٕ شاعرو کوٚر خاصکرتھ کاشرِ غزلُک دامن وسیع۔ کینہہ شاعر آےٚ بلکلےٚ نوٚو طرزٕ تہٕ اسلوٗب ہتھ برونٹھ کُن تیٚچ قابلِ تحسین پھیر ہاوٕ خصوصیتھ یہِ چھےٚ زِ یہِ چھُ پرن وٲلس تہٕ بوزن وٲلس حض دِوان:

أسؠ تہٕ چھِ البم پہٕرس پہٕرس ژٕرؠ وُچھان

أسؠ تہٕ چھِ اکثر یاد کران لوکچار تہٕ خاب

(رفیق رازؔ)



گُہُنڈ موختہٕ چھُ چشمو ہٕرتھ وَتَن ڈولان

یہٕ گۆژھنہٕ کانٛسہِ لگُن پَے توے چھُ رۄد پیوان

(شہناز رشیدؔ)



یا چھےٚ تاپچ خُدأیؠ تہٕ آوارٕ از

یا چھےٚ دارٕبَن اویزان ماٗنٛتھر سیاہ

(نسیم شفائیؔ)



تخلیقی ادبکہِ، خاص کٔرِتھ شاعری ہٕندِ حوالہٕ چھےٚ یہٕ کَتھ بلکُل واضح زِ اَمِچ ترقی چھنہٕ مأدی، سائنسی تہٕ تکنیکی ترقی ہٕندی پأٹھۍ تہٕ تتھ لرِ لۆرسپدان۔ اَتھ برعکس چھےٚ زمان و مکانٕکۍ پیمانہٕ لاگٕتھ شاعری مولہٕ ناوُنۍ سبٹھاہ ناکارٕ نوٚیچ تنقیدی تراے۔ تاہم ہیکَن زمانہٕ بدلنس سٟتۍ شاعری ہٕندۍ موروض بدٕلِتھ نہٕ زِ امکی بنیأدی مول۔ کانٛشرِس منٛز شعر لیکھن وألۍ نوجوان قلمکار چھنہٕ اَمہِ موجوٗب قابلِ ستأیش زِ تِم چھِ نوٚ زمانچہ ساےٚدٕ روار اصطلاح تہٕ موروٗض ورتاوِتھ خیالہٕ باوَتھ کران ٔبلکہِ اَمہِ سببہِ زِ تِم چھِ پننس زمانَس تہٕ زبانٕ منٛز امہِ نووارِد حسبا گی ہُنڈ اظہار ساےٚدٕ روار اظہارٕ کۍ ول ورتاوِتھ کران۔ سُتہِ تَتھ بدٕلونَس تہٕ آفأقی تنوظرس منٛز تہٕ تمہِ انمانہٕ زِ أندر مہِ ابدی تہٕ اصلی سوزٕک سرٕ دِچھُر أیج الوقت سازکہِ مفراہٕ

کہِ مدد ٕستی موثر طریقہٕ وو تلان تہٕ وزان:

تہٕ شُنیا کِس کیا پتہ گتھ

بے پناہ کوہ دامنس تل ڈاپھ ترٲوِتھ

بے خبراوسُس

خبر کِتھہٕ گئی اچانک

زیرِ لحج میائنس وجودس

مرِ نیند رِذنہٕ بیدار سپدُس

○ (نثار عظیم)

ژٕ کوٚت واتگھ تخیل کِنہِ زوٗبن منز

مے کوٚر پرواز ہیرِ بون کائناتس

ژٕ روٗدُکھ ناگہٕ پوکھرِبن راد مینان

بہٕ آیس سٔدرٕ سنٛزرِس ووٚنتھ میٛنتھ

○ (شاہدہ شبنم)

اسمان تیمِس تراوِ پتھر تَس تہِ تُلیا کانہہ

کتھ پان ولاں بونہِ گوڈس زرد پنکی ڈیر

○ (نگہت صاحبہ)

امہِ پٮ۪ہِ ہندٮ۪ن شاعرن ہنٛز تیمہل توژھ تہٕ شوقل شوٗنڈ یوٚ دوے کاشرِ
شاعری اندر نٔوی نٔوی تخلیقی امکانات بدِ کڈنچہ کوٗششہ منز حوصلہ افزا طریقس پیٹھ

برونٛہہ پکان چھےٚ مگرامہِ باوٚجوٗ دتہِ ہکونہٕ اُسی کأشرِ زبأنۍ تہٕ تمدٔنس درپیش زبردس تمدنی تہٕ تہذیبی یلغارس پیشِ نظرپننہِ شأعری ہنٛدس پیش کالس متعلق شبٕہٕ پأٹھی کہیں ؤنتھ۔البتہٕ بقولِ وزیرآغا:

ان گنت رنگوں کے پر بکھرے ہیں ہر طرف
وقت کا گھائل پرندہ پھر سے جولانی میں ہے



حوالہٕ

1۔ تنقید کیا ہے، آل احمد سرور ......ص:144

# سأنٛی نعتیہ شأعری

## پۄت منظر:

نعت چھُ موضوعی ئوِیتگ سٕہ باوٕژ طریقہٕ یتھ منٛز حضوٗرِ پرُنوٗر، احمد مجتبےٰ محمد رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلمن ہٕنٛدِ صوٗرتکہِ تہٕ سیرتکہِ تعریف چھِ کرنہٕ یوان۔ امہِ شعرِ ذأژہُنٛد بجر، حُسن، تہٕ دأری تہٕ طرحدأری چھے امہِ کِس مَنہٕ مأنس تہٕ لاثأنی موضوعس اندر گُپتھ۔

نعت چھُ عربی زبأنی ہُنٛد لفظ تہٕ ڈکشنری منٛز چھُ امیک معنی مدح، ثنا، تعریف تہٕ توصیف لیکھنہٕ آمُت۔ شعری اصطلاحس منٛز چھِ نعت تتھ شأعرانہٕ اظہارَس ونان یمیُک موضوع پیغمبرِ رحمت حضرت محمد صلی اللہ علیہ وسلمن ہُنٛد وجوٗدِ مسعوٗد، اخلاق حسنہ، محاسن تہٕ یِمن سارِنے چیزَن ستی منسلک شوٗژسرٕ یِہہ تہٕ شوٗدلول آسہِ۔ یہٕ چھُ ادبی دُنیہک سٕہ ناگرادیُس عقیدت کہِ آگرٕ وُزان چھُ۔ امہِ کِس پسِ منظرس منٛز چھِ یژھ پژھ تہٕ لول محبت مِلہٕ مِشہٕ نظرِ گژھان۔ رسولِ رحمت صلی اللہ علیہ وسلمن ستی وابستہٕ عقیدتس تہٕ عُشقس منٛز اِمتزاج قأیم تھاوُن چھُ نعت ونن وألس شأعرٕ ہنٛدِ باپتھ سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ امتحان آسان۔ ونٕنہٕ چھِ آمُت:

باخدا دیوانہ باش و بامحمد ہوشیار



یعنی حُبِ رسوٗل باوُنک اَکھ سُہ طریقہٕ یتھ منز نہٕ کانْہہ گُستاخی گژھنہٕ گژھہِ تہٕ نہٕ گژھہِ شرعک سوٗتھ ژھئنہٕ نک کانْہہ اندیشہِ وۄتلُن۔

اصطلاحی معنی کُس پۄت منظرس منز نعتُک ابتدا بدِ کڈنہٕ وِزِ چھُ توجہ سارۄے گوڈ تِمَن الہامی کتابَن تہٕ آسمانی صحیفَن کُن گژھان یِمَن منز پانہٕ رب العالمینن اُمس پایہِ بڈس پیغمبرٕ سُندی تعریف کٔری مٕتی چھِ۔ قرآنِ مجیدس اندر چھے جایہِ جایہِ پیغمبرِ آخرزمانٕ سٕنز مدح سرأیی کرنہٕ آمٕژ۔ اَتھ تناظرس منز چھُ یہِ وَنُن بجا زِ گوڈنکی نعت خوان چھِ خود خدا صأبٕ۔ مثالہِ خأطرٕ وُچھتو کھٔیم کینْہہ قرآنی آیات:

یاَیُّھا النَّبِیُّ اِنَّآ اَرسَلنٰکَ شَاھِدًا وَّ مُبَشِّرًا وَّ نَذِیرًاوَّ دَاعِیًا اِلَی اللّٰہِ بِاِذْنِہٖ وَ سِرَاجًا مُّنِیرًا ؕ (الاحزاب 33، آیت: 45-46)

ترجمہٕ:

”اے نبی! ژٕ سوٗزُکھ اَسہِ لوٗکَن وَننہٕ خأطرٕ، خوشخبری بوزناوَن وألی سٕندِ ژٔثیتہٕ، خوف پأدکرن وألی سٕندِ تہٕ خُدایس کُن دعوت دِنہٕ وألی سٕندِ ژٔثیتہٕ، بیہ تِہنْدِ حُکمہٕ پٔژ زلونہِ ژٲنگی پأٹھی۔“

اِنَّ اللّٰہَ وَ مَلٰئِکَتَہٗ یُصَلُّوْنَ عَلَی النَّبِیِّ یٰاَیُّھَا الَّذِیْنَ اٰمَنُوا صَلُّوا عَلَیہِ وَ سَلِّمُوا تَسلِیمًا ؕ (الاحزاب 33، آیت 56)

ترجمہٕ: بلاشک چھُ خُدا اے تہٕ تٔمی سٕندی فرشتہٕ رسول اللہ ﷺ ہَن پٔٹھ درۄد سوزان۔

اے ایمان اَنن والو تُہؠ تہٕ سۆزِیُو تِمن پؠٹھ درۆد تہٕ سلام۔

وَمَا اَرْسَلْنٰکَ اِلَّا رَحْمَۃً لِّلْعٰلَمِیْنَ ۝ (الانبیاء:21،آیت:107)

ترجمہٕ:

تہٕ تُہؠ اُو ساریٚنے عالمن پؠٹھ رحمت بَنتھ سوزنہٕ۔

قرآن وحدیث غور سان پَرنہٕ پتہٕ چھُ یہِ تاثُر واضح پأٹھی گنان زِ آنسرور صلی اللہ علیہ وسلمن ہنٛز مدح سرأیی چھےٚ سبٹھاہ رِژ عمل۔ یہِ وَننس اندر چھُنہٕ کہٕنہٕ مبالغہٕ زِ یتیاہ تعریف تہٕ توصیف نبی برحق صلی اللہ علیہ وسلمن ہنٛدی کرنہٕ آمٕتی چھِہ تیتیاہ چھِنہٕ وُنیستام دُنیہس منٛز خدایس ورأے بیٚیہِ کانٛسہِ ہستی ہنٛدی کرنہٕ آمٕتی۔ زأید از ژۆداہ شتھ ؤری وأتی دُنیچن مختلف زبانن ہندبن مسلمان کیٛو غأر مسلم شاعرَن، سخنورن تہٕ قلمکارَن اَمس پایہِ بڈس پیغمبر صلی اللہ علیہ وسلم ہٕنٛدی تعریف کران۔ نامور فرہنگی لکھأری مائیکل ہارٹن ییٚلہِ کلھم انسأنی تأریخ تہٕ تہذیب کیٚن مختلف دورَن تہٕ شعبَن سٟتی وابستہٕ اَکھ ہتھ مقتدر شخصیاتن متعلق "The One Hundred"ناوی کتاب لیٚچھ "محمدؐ" صلی اللہ علیہ وسلم آے ترتیبس منٛز اَمہِ باوجوٗد تہٕ ساروٚے گوڈ تھونہٕ زِ کتابہِ ہُند لکھأری اوس عیسأے۔ مائیکل چھِ اَمہِ رِکس جوأزِ یتَس منٛز لیکھان:

"My choice of Muhammad(SAW) to lead the list of world's most influential persons may surprise some readers and may be questioned by others, but he(SAW) was the only man in history who was supremely successful on both the religious and secular lines."

"دُنیہِچ سبٹھہِ ہے بااثر شخصیتن ہِندِس ترتیبس منز محمد صلی اللہ علیہ وسلم سارِوِے گوڈ تھاوِنکس میئانس فائصلس پتھ ہیکہِ کینژن پرَن والین حأرأنی سپدِتھ تہٕ واریاہ ہکن اعتراض تُلِتھ مگر تم چھِ تأرٟخس منز واحد شخصیت یمو دینی تہٕ دُنیأوی معاملن منز عظیم کامیأبی پرأو۔"

بیِٚیس ناموراَنگریزی لکھأری "کرن آرم سٹرانگ" سنٛز شہرۂ آفاق کتاب "Muhammad: A Biography of the Prophet" تہٕ چھےٚ اَتھ پس منظرس منز وُچھنی لایق۔

دراصل چھُ یہِ اعجاز اَتھ ناوس منز ے۔ خبر عبدالمطلبن کیاہ زأنِتھ اوس یمَن "محمد" ناو کوٚر مُت۔ محمد یعنی یس حمد مطلب تعریف تہٕ توصیف کرنہٕ یِن۔

عربچ سرزمین اَس پتہٕ وَتھ پیٹھہٕ شعرگویی ہِندِ حوالہ زرخیز ماننہٕ یِوان تہٕ شاعرَن اَس اَتہِ واریاہ قدر۔ مشہوٗر فرانسیسی لکھأری کانسٹائن ورجیل گیوٗرگیوٗ چھِ لیکھان "باقے جاین اَس شاعرَس ادیب سنٛز حیثیت مگر عربس منز اوس شاعر حکیم، روٗحأنی پیشوا، فائضلی تہٕ عائلم ماننہٕ یِوان۔[1]

اسلامک آفتاب طلوٗع سپدنہٕ برٛونٛہہ تہٕ اَسی عربس منز بہلہِ پایہِ شاعر تہٕ گونماتھ مگر یُتھے قرآنِ مجید نازِل سپُد، زندگی رٕٹ اَکھ نوٚو تراے۔ ژینن طرزس تہٕ باوٕژ طریقس اندر آیہِ نمایاں تبدیلی۔ جنسی جذباتو پیٹھہٕ ووتلن واجیٖنۍ فحش شاعری باسیہِ ہدایت پرٛاوَن والین بےسوٗد۔ چنانچہ گرامہِ قسمچہ واریاہ کتابہٕ خودِ

تخلیق کاروۍ ضایہٕ۔ قرآنی فرمان ''وَالشُّعَرَآءُ یَتَّبِعُھُمُ الغَاوٗنَ°''
(الشعراء)''بوٗزِتھ پھٹیٚ شعروَنن والین وُسواسی تاہم چھُنہٕ اَمیُک اطلاق تمام
شاعرَن پیٹھ سپدان تیٚیچ واضح شہادت یہٕ چھےٚ زِ یِلہٕ حضرت ابوٗبکر صدیق رضی
اللہ عنہٗ وَن یِم اوٚتام عاصی تخلص کران آسی، گوڈنیُک مناجات دربارِ نبویؐ یَس
منٛز پیش کوٚر، حضور صلی اللہ علیہ وسلم سپدی سٹھاہ خوش تہٕ یارِ غارس مرحبا کران
وونُکھ زِ ''عاصی'' بدلہٕ تھاوَن ''اکبر'' تخلّص۔ حسان بن ثابت رضی اللہ تعالیٰ عنہٗ
یُس قادرالکلام نعت گو آسنہٕ کِنۍ حضور پرنور صلی اللہ علیہ وسلمن سٹھاہ ٹوٚٹھ اوس، آو
''شاعرِ دربار نبویؐ'' قرار دِنہٕ۔ یُوتُے یوت نہٕ بلکہ دِژ ٹاٹھی نبی صلی اللہ علیہ
وسلمن یَمن منبرس پیٹھ پانس لَرِ لوٚر رجاے۔ یِہنٛدی نعت سپدی سٹھاہ مقبوٗل تہٕ
یَمن ہُنٛد ترجمہٕ چھُ ڈُنیچَن اکثر بجَن زبانَن منٛز کرنہٕ آمُت۔ یِہنٛد ین نعتَن انٛدر چھُ
والہانہٕ عقیدت، خوش یُون لول تہٕ فلسفیانہٕ سنہٕ نظرِ گژھان:

وَشقَّ لَہٗ مِنْ اِسمِہٖ لِیُجِلَّہٗ
فَذُو الْعَرْشِ مَحْمُوْدٌ وَ ھٰذا مُحَمَّدٌ



ترجمہ:

''تہنٛدِ شانہٕ تہٕ عظمتہٕ خاطرٕ کوٚڈ ربن پنٛنہٕ ناوٕ منٛز تہنٛد ناو۔ یِتھہٕ پاٹھی زِ
عرشہٕ وول خدا چھُ محموٗد تہٕ تُہی چھِو محمدؐ''

روایت چھےٚ زِ یِلہٕ اکہٕ دوہہ رسول اکرم صلی اللہ علیہ وسلمن صحابہٕ

کبارَن مخاطب سپدِ تھ وون ''مخالفت کرن والین شاعرَن ہنز بے ہوٗدِ گیہِ چھے وونی حدِ کھوتہٕ زیادٕ بڑان۔ توہہِ کوٚر رُومے مدد تلوارِ ستی۔ کانٛہہ چھا توہہِ منز تیٚتھ یُس زبانٕ ستی تہٕ میون مدد کرِ؟'' حسان بن ثابت رضی اللہ تعالیٰ عنہٗ وَن کوٚر یکدم عرض ''حضورؐ بہٕ چھس حاضرِ خدمت'' یتہٕ پاٹھی چھُ یہِ خوش نصیب تہٕ پایہِ بوٚڈ صحابیؓ اوٚلین نعت گو شاعرٕ سنٛز حیثیت پزٕ اوتھ امتیاز حاصل کران۔ حالاں کہِ اَکھ روایت چھے یتہِ زِ نعت گویی ہُنٛد ابتدا اوس مکی دورسے منز گومت تہٕ ابو طالب تہٕ حضرتِ حمزہؓ ناوی آنحضوٗرَنؐ ہنٛد بوچھِہ بابہٕ صابوٗسی زٕ قصیدٕ در مدح رسول صلی اللہ علیہ وسلم اُتھی دورس اندر لیکھی متی۔ بہر حال مدنی دورس منز آسی حسان بن ثابتؓ ہَن ستی کعب بن مالکؓ تہٕ عبداللہ بن رواحہؓ تہٕ رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلمن ہنٛز مدح سرأیی تہٕ دین اسلامکی تعریف ردِ کفر کس جذبس تحت سبٹھے لطیف تہٕ متاثر کُن اندازس منز کران۔ یم زٕ شاعر تہٕ چھِ نعت گویی ہُنٛد ابتدا کرن والین اندر نمایندٕ حیثیت تھاوان۔ دوٚیمہِ طرفہٕ چھُ یتہ اَکھ تأریخی پزر زِ عوٗامی سطحس پیٹھ اوس اتہِ نعت گویی تہٕ نعت خوٗانی ہُنٛد آغاز امہِ بڑونٛٹھے تمہِ وِزِ سپُد مُت یێلہِ رسولِ رحمت صلی اللہ علیہ وسلم مکہٕ پیٹھہٕ ہجرت کٔرِتھ مدینس منز وأتی تہٕ مدینہٕ چوکورٕ بوکوٚر تمن ذری گنٛڑی گنٛڑی یموٚ وَنہٕ وَن ہر بوٚستی استقبال:

| | |
|---|---|
| طلع البدرُ علینا | من ثَنِیّاتِ الْوَداع |
| وجب الشّکرُ علینا | مَادَعَا لِلّٰہِ داع |
| اَیُّھا المَبعُوثُ فِینَا | جِئتَ بِاالْاَمرِ الْمُطَاع |

ترجمہ:

''سانہٕ بستی کھڑٕ پھل ژندٕ رہش زُون یوسہٕ وداع کیو سنگرو پٹی کنہ درایہِ۔ أسی مناو وشاأدِیانہٕ سأئنس وَنہٕ وِنس رُوداو بروے۔ اَسہِ گُن یِنہٕ والہِ خاص مہمانہٕ وولہٕ أسی داروے کتھن کن''۔

دراصل اوس ربہٕ سِنٛدِ طرفہٕ مبعوث کرنہٕ آمتس أمس پیغمبر سِنٛدِس ذاتِ اقدسسؐ اَندٕرٕ ے یہِ اعجاز زِ کالکُ دُشمن اوس صُبحس درسِ ہدایت حأصل کرنہٕ باپتھ زانوے ادب تہہ کران۔ مشن اوس آفأقی تہٕ مشنکی اصول تیٛتپاہ راحت بخش تہٕ فأیدٕ مند زِ جہالت کِس اَنہِ گٹس منز ہینہٕ آمتس عالمِ انسأنیتس کھوٚت تہنٛدِ یِنہٕ زنتہٕ پوٗری کنٛز آفتاب۔ آفتابِ رسالت حضور اکرم صلی اللہ علیہ وسلمن ہنٛز ذاتِ مقدس أس پرٛتھ اعتبارٕ وجہ تأثیر۔ صداقت تہٕ صدق دِلی ترٛشہ زِ عالمن أس نہٕ وُچھمٕژ ے زانہہ۔ امانت دأری، ایثار تہٕ اخلاص، بشری بترِ کھوٚت تہٕ وارِیاہ تھوٚد۔ اَتھ طریقس تعریف تہٕ توصیف کرٕنی چھنہٕ گف کتھ۔ اتھن چھُ غاألبؔ ہیوٚ پوٚختہٕ کارشأعر تہِ پوٚتس پننٛزٕ سلامتی یِی وَننس منٛز سمجان زِ:

غالبؔ ثناءِ خواجہ بہ یزدان گزاشتم

کاں ذات پاک مرتبہ دانِ محمدؐ است



تِتھے رسولِ اکرم صلی اللہ علیہ وسلمن ہنٛدِ برکت والہِ شخصیتُک تہٕ تہنٛدِ طرفہٕ دِنہٕ یِنہٕ والہِ آفأقی پیغامُک شوہرٕ عربہٕ کِنؠ طرفاتن تام پھأئن ہیوٚتن،

لۆگن ہندی اکثریتن کۆر اَتھ آمنا وصدقنا، تاہم اوس اَکھ طبقہٕ مخالفت کرن والین ہُندتہِ۔ مخالفت کرن والین منز یم شاعر اَسی، تم اَسی توہین آمیز شعر لیکھِتھ ژکھ ہُمر اوان۔ تِتھے اَکھ شاعر اوس کعبؓ بن زُہیر تیمی ذاتِ اقدسس نسبت تِتھی ناشایاں شعر گنڈی زِ تم آے دربارِ رسالتس منز سزائے موتکی حقدار قرار دِنہٕ۔ بہر حال آے تم اَمہِ پتہٕ پننس بجیرؓ ناوی برادرس (یُس برونٹھے مشرف بہ اسلام سپُد مُت اوس) ہمراہ حُلیہ بدلاوِتھ دربارِ آنسرورسؐ منز۔ بجیرَن کۆر نبینؐ عرض زِ ''کعب چھُ پننین گستاخین پیٹھ نادِم تہٕ معافی چھُ منگان۔ تُہی کرونا تمس معاف'' رسول اکرم صلی اللہ علیہ وسلمن ووننکھ بلا تامل ''کیازِنہٕ'' اَمہِ پتہٕ وون کعبن شرمندٕ گژھِتھ ''حضورؐ سہ گنہگار تہٕ خطا زدبندٕ ھُض چھُس بے۔ پننین ناشایستگین پیٹھ شرمندٕ سپدِتھ چھُس معافی منگان''۔ رحمتہ للعالمینؐ کۆر تمن معاف تہٕ تمو کۆر اَمی وقتہٕ نبیؐ ہٕندِس شانس منز اَکھ قصیدٕ پیش یُس بوزنہٕ پتہٕ تمن حضورِ پُرنور صلی اللہ علیہ وسلمن پٕنٕنی ردائے مبارک عطا کرٕ۔ دُرس دُنیہس منز مشہوٗر اَتھ قصیدَس چھِ ''قصیدہٕ بانت سُعاد'' ونان، تاہم چھُ یہِ ''قصیدہٕ بردہ'' ناوِ تہٕ مشہوٗر تکیازِ اَتھ پیٹھ آیہِ کعب بن زُہیرس ردائے مبارک عطا کرنہٕ۔[2]

## روایژ تہٕ محرکات

کاشُر نعتیہ شاعری پیٹھ کتھ کرنہٕ وِزِ چھُ ضروری زِ اَسی کرو تمن ادبی روایژن، محرکاتن تہٕ سِلسِلن ہٕنز موخصر پاٹھی کتھ، یم سانہِ اَمہِ قبیلچہِ شاعری ڈکھس چھِ۔ اَمہِ حوالہٕ چھُ فارسی زبانٕی منز لیکھنہٕ آمژٕ نعتیہ شاعری ہُند تذکرٕ کرُن لازمی بنان۔

عربی زبانٕی پتہٕ چھےٚ فارسی زبان دُنیہچ دوٚیم بختاوارتہٕ باگہٕ بۄڑ زبان۔ یتھ اندر اعلیٰ معیارٕکۍ نعت لیکھنہٕ آے۔ فارسی پتہٕ چھےٚ کلہم پاٹھۍ تہٕ دُنیہچن ممتاز ادبی زبانن منٛز شمار کرنہٕ یوان۔ امہٕ زبانٕی ہنٛد بونعت گوشاعرو چھُ کلہم نعتیہ ادبس اندر پنُن اکھ الگ مقام بنووُمت۔ سعدیؔ، جامیؔ، رومیؔ تہٕ نظامیؔ چھہِ گوڈنچہ تندلہٕ ہنٛدۍ فارسی شاعر ماننہٕ یوان یمو نہٕ صرف ایران بلکہ دُرس عالمس منٛز پننہٕ علمی تجرُک اہرٕ بیہنوو۔ یمن خوش بخت شاعرن ہنٛدہن مقبولِ عام نعتن پیٹھ چھہِ لچھہٕ بُدۍ عاشقانِ رسول صلی اللہ علیہ وسلم ہتہٕ وادوٕ ریوپیٹھہٕ وجدس یوان روودۍ متۍ۔ شیخ سعدی شیرازی چھہِ فارسی زبانٕی ہنٛدِس ممتاز فارسی ادیب تہٕ شاعرسٕنٛدِ حیثیتہٕ پچھانہٕ یوان۔ حُسنِ اتفاق چھُ یہِ زِ عربی زبانٕی منٛز لیچھمٕژ بوٚنہٕ کنہٕ درج تہنٛز نعتیہ رباعی چھنہٕ تہنٛزی شاعری منٛز بلکہٕ کلُہم نعتیہ ادبس اندر اکہٕ مولُلہٕ تہٕ بے بدل نموٗنہٕ رٔنگی پیش کرنہٕ یوان:

بَلَغَ العُلٰے بِکَمالِہٖ    کَشَفَ الدُّجٰے بِجَمالِہٖ

حَسُنَت جَمیعُ خِصالِہٖ    صَلّو علیہ و آلیہٖ [3]



مولانا عبدالرحمان جامیؒ چھُ بیاکھ بہلہٕ پایہٕ عالم تہٕ شاعر۔ زائد از پنٛژہن کتابن ہُنٛد مصنف جامی چھُ اکھ صاحبِ طرز نعت گو۔ بقولِ مرغوب بانہالی "مولانا جامی یَس چھُ تمام عظیم فارسی شاعرن منٛز یہِ امتیاز حاصل زِ سُہ چھُ نعت گوٗیی منٛز اکس نبرل تہٕ نستعلیق جمالیٲتی اظہارس بارسس انان تہٕ آیندٕ نسلن ہنٛدِ خاطرٕ تتھ فنی شعورچہٕ پختگی سان اکھ مثالی نموٗنہٕ (ماڈل) بناوان۔ [4]

جامی ہندی نعتیہ شعر چھِ مشرقی زبانہٕ زانن وألی اکثر عاشقانِ رسول صلی اللہ علیہ وسلم یژ پأٹھی گنگراوان روزان:

یاصاحِبَ الجمالِ و یا سَیّدَالْبَشَرْ

مِنْ وَجْھِکَ الْمُنِیرِ لَقَدْ نُوِّرَ الْقَمَرُ

لَایُمْکِنُ الثَّنَاءُ کَمَا کَانَ حَقَّہٗ

بعد از خدا بزرگ توئی قصہ مختصر 5



یا رسول ہاشمی بادا فدایت جان من

جان من جانانِ من با جملہ فرزندانِ من



نسیما جانب بطحا گزر کُن

زِ احوالم محمدؐ را خبر کُن



یِمَن شعرَن ہندِ اہمیتک اندازٕ ہیکہِ یِمہِ کتھہِ سِتی زبر پأٹھی لگاونہٕ یِتھ زِ یِہندِس نفسِ مضمونس تہٕ ہیتس پیٹھ چھِ فارسی، اردو تہٕ باقیٕ زبانَن (یِمَن منز کأشر زبان تہِ شأمِل چھےٚ) اندر درجنہٕ وادنعت لیکھنہٕ آمٕتی۔

سدأہمہِ صدی عیسوی ہندِس مشہدِکِس حاجی جان محمد قدسی نأوی ہنا کم مشہوٗر فارسی شأعرُس سرینگرٕ دفن چھُ، سُند اکھ نعت شریف تہِ گوٗ وسأرہے

برصغیرَس منز زبردس مقبوٗل۔ اَمیک گوڈنیک شعر چھ:

مرحبا سیدِ مکی مدنی العربی

دِل و جان باد فدایت چہ عجب خوش لقبی

اَمہِ نعت شریفچ اہمیت بیان کران چھ ’نعتِ مصطفےٰ‘‘ کس پیش لفظس منز مظفر احمد خان فروتنؔ لیکھان: ’’پتہ نہیں شاعر یہ وجد آفرین نعت قلمبند کرتے وقت کس شدید قلبی کیفیت سے دوچار تھا کہ اس کی تاثیر سے سننے والوں پر رقت طاری ہوتی ہے۔ اس نعت میں شاعر نے ایک سادہ لوح انسان کی بے ساختگی سے نبیؐ پاکؐ کے چند اوصاف عالیہ بیان کرتے ہوئے اپنی عاصیانہ حثیت کا اظہار کرکے شفاعت طلبی کی تمنا کی ہے۔ کوئی باریک بینی یا مضمون آفرینی نہیں۔ بس ایک ادنیٰ اُمتی اپنے عالی واکمل محسن کی بارگاہ میں ایستادہ ہوکر عرضداشت پیش کرتا ہے۔‘‘ تاثیرُک چھُ یہ عالم زِ مرزا غالبؔ ہوِ ووستادن تہٕ چھُ اَتھ پیٹھ تضمین لیوکھمُت۔ بہرحال نعت کہِ حوالہٕ اگر فارسی شاعرَن ہُنٛد تفصیلی تذکرٕ کرنہِ یِہمو، تیٚلہِ چھُنہٕ موکلن پاپی۔ مولانا رُومؒ سُنٛد ذکر کرُن چھُ تاہم لازم بنان تِکیازِ ہُنٛد نعتُک اسلوٗب چھُ باقٕے شاعرَن نِشہِ بیوٗن آسنس ستی باریک تہٕ معنہٕ ساوبن نوکتن سٟنٛز تحریک دِوان۔

اردو زبانٕ کرِ ادبی زبان بنُنہٕ نے تقریبن تم سارے ادبی روایژ تہٕ نہجہٕ اختیار، یِم فارسی ییٚس منز رائج آسہٕ۔ نعت لیکھنُک سلسلہٕ گوٚو اَتھ زبانٕ منز تَمہِ وقتہٕ پیٹھے شروٗع ییٚلہِ یہِ دُنہٕ کھڑی بولہِ ہنٛدِس درجس پیٹھ اُس۔ اَتھ سلسلس منز چھِ ابتدائی

نمونہٕ فخرالدین نظامیؔ تہٕ مُلا داوٗ ودٕسٕنزٕ ن مثنوٕیَن منٛز میلان۔ اَمہِ پتہٕ یِموٗ شاعرواتھ طرزِ اظہارَس شود منہٕ لول برٕتھ یہِ بروٗنٛہہ پکنوو تِمَن منٛز چھِ میراں جی، محمد قُلی قطب شاہ، ولی دکنی، سوداؔ، انشاء اللہ خان انشاءؔ، نظیرؔ اکبر آبادی، غالبؔ، کافیؔ، حالیؔ، محسنؔ کاکوروی، داغؔ، اقبالؔ، حفیظؔ جالندھری تہٕ صلاح الدین پرویزؔ خاص پاٹھی قابلِ ذکر۔ حفیظ جالندھری سُند شاہنامہ اسلام چُھ اَتھ تناظرَس اَکھ اعلیٰ کارنامہٕ۔ تِتھے پاٹھی چھُ حالیؔ تہٕ اقبالؔ سُند دیُت تہِ قابلِ تحسین۔ یِمَن شاعرَن ہٕنٛدی کینٛہہ شعر چھِ اَمہِ زبانٕ ہٕنٛدِ نعتیہ ادبٕکی بہترین نموٗنہٕ تہٕ یِم چھِ بار بار مثالہِ رٔنٛگی پیش کرنہٕ یِوان:

کی محمدؐ سے وفا تو نے تو ہم تیرے ہیں
یہ جہاں چیز ہے کیا لوح و قلم تیرے ہیں



وہ دانائے سبل ختم الرسل مولائے کُل جس نے
غبارِ راہ کو بخشا فروغِ وادئ سینا

اقبالؔ



وہ نبیوں میں رحمت لقب پانے والا
مرادیں غریبوں کی بھر لانے والا

حالیؔ



مسلمان شاعرَن ئستی ئستی چھِ اردو زبانٕ ہٕنٛد بو واریاہو غٲر مسلم شاعروتہِ رسول اکرم صلی اللہ علیہ وسلمن ہٕنٛدِس خدمتس منٛز عقیدتکی تہٕ محبتکی پوش ارپن

گٔری ٲسی۔ یِمَن شاعرَن منٛز چھِ فراقؔ گورکھپوری، جگن ناتھ آزادؔ، مہاراجہ سرکشن پرساد شادؔ، عرش ملسیانؔی، راج بھگوان داس بھگوانؔ، ہری چند، اختر قیس جالندھری تہٕ راجندر بہادر موجؔ خاص پٲٹھی قٲبلِ ذکر۔

کٲشرِ نعتیہ شاعری ہُند تنقیدی مطالعہٕ کرنہٕ برونٛہہ چھے عربی، فارسی تہٕ اردو زبانٕی ہنٛزٕ ن یِمَن شعری رٕوشن تہٕ رُجحانَن سام ہیٚنٛز لازمی۔

مطلبِ سُخن:

کٲشرِ زبانٕی ہُند ویٚو دادبی زمانہٕ چھُ پزنہٕ پٲٹھی ژودٲہمہِ صدی عیسوی پیٹھہٕ شرٛوع سپدان۔ اَمہِ دورِ کین دوشوٕنی نمایندٕ شاعرَن یعنی للِ دیدِ تہٕ شیخ العالمؒ ہَن ہُند کلامہٕ چھُ عقیدتی شاعری ہِندِس زُمرس منٛز یوان۔ تاہم چھُنہٕ للِ واکھَن منٛز کانٛہہ تہٕ تِیتھ نموٗنا نظرِ گژھان یُس نعتیہ شاعری منٛز شمار سپدِتھ ہیٚکہِ۔ اَتھ برعکس چھُ شیخ العالمؒ سٕندِس کلامس منٛز نعتیہ شاعری ہُند پوٚتر واریاہ وزن دار۔ زیادٕتر شُرکہِ رٕکس ہیٚتِس منٛز لیکھنہٕ آمٕت شیخ العالمؒ سُند کلامہٕ چھُ اَمہِ پتہٕ لیٚکھنہٕ آمٕژ کٲشرِ نعتیہ شاعری نشہِ واریاہ رٕنگی بیٚون تہٕ منفرد۔ اَکھ یہِ زِ اَتھ پیٹھ چھُ تَمہِ وقتہٕ کیو لِسٲنی تقاضو مطابق سنسکرت زبانٕی ہُند اثر۔ دوٚیِم یہِ زِ اَتھ منٛز چھُ وجدٲنی تہٕ عشقیہ پہلو کھوتہٕ زیادٕ استدلالی رنگ غالب۔ مثالہِ باپتھ وُچھتو کھوٗنہٕ کنہِ درج یِم شعر:

| | |
|---|---|
| محمدؐ ژور یار برحق گُنزرُکھ | تِمَن نِش اندی دُنیہِک نیاے |
| جان پان پُنُن تِمَن پیٹھ بٔنزرکھ | سوے چھے تور کٕرِش بُڈ رہکاے |

پزر وَنان پن زَن نٹگھ اَپُز ونان لگی رَس
محمدؐ ترأوِتھ ابلیس رٹکھ سُہ چھُے وُچھان کھٹگھ گس

○

پأری پأری لگی زِ تَس پأغمبرس یَس ہِنٛدِس دورس چھُے رحمت جأری
کأڈی ییٚلہِ ہکھ لگہِ روزِ محشرس تَس کُن وومیدوار آسن سأری

○

یَمَن شُرکَبن منٛز چھُ مدحِ رسول صلی اللہ علیہ وسلمُک مؤلہِ مقصد لُکھ تتھ آفأقی پأغامس کُن رأغب کرٕنی یُس أمی پایہِ بڈی پیغمبرن دُنیہَس برٛ ونٛتھہِ کُنہِ تھوو۔ یہِ تبلیغی عنصر چھُ شیخ العالمؒ ہَنٛ ہِنٛدِس کلہم کلامس اندرا کہِ یابیٚہِ رٔنگی موجوٗد۔ شاید چھُ اَمی کنٕی اَتھ کأشُر قرآن تہِ وَننہٕ یِوان۔ اَمہِ اعتبارٕ اگر وُچھو تیٚلہِ چھِ نعتکی آکارتہٕ انہار اکثر شیخہٕ شُرکَبن منٛز گِیتھ۔ غلام نبی گوہر چھِ أتھی پس منظرس منٛز لیکھان زِ ”ہرگاہ سنوحمن شیخہٕ سُنٛد سورُے کلامہٕ چھُ نعت۔ ییٚلہِ یہِ شأعر أخرتہٕ کہِ خوفہٕ کانٛپہٕ نیا متبن احساسَن زبو دِوان چھُ، سُہ سوزتہِ چھُ نبی تاجدارٕ ہِنٛدِ لولُک جذبہٕ مختلف اندازو تہٕ انمانو بار بار نمازِ ہِنٛدِس تأکیدس منٛز تہِ چھُے حُبِ رسُولٕچ سیٚدِ سیٚو دباوتھ۔ شمشیر دارِ کھوتہٕ تیزتہٕ مویہِ والہٕ کھوتہٕ زأوِلس پُلِ صراطس ترٕنُک ارمان تہِ چھُ نبیؐ ہِنٛدِ دیدار کہِ تلاشچ پرٛتھ۔ خوفِ جہنم چھُس شیتن ژانان مگر ڈر چھُس زِ تُتھنہٕ مسلمان ہِنٛدِ جہنمس گژھنہٕ کنٕی أہنٛدی دردِل تہٕ غمخوار پیش کردگار شرمندٕ گژھَن۔“[6]

شیخ العالمؒ ہِنٛدِ نعتیہ کلامچ پھیرہاو خصوصیت چھِے یہِ زِ پٔتم ساڑشےٚ ہَتھ

ؤری وأتی کأشرٕ بن وعظ خوانٕن ، دینی عألِمَن تہٕ عام لۄگن یہِ کلامہٕ اشتیاقہٕ تہٕ جوش وجذبہٕ سان وبزٕھناوان تہٕ ووکھناوان۔

شیخ العالمؒ سٕنٛدِ پتہٕ چھُنہٕ اَسہِ تقریبَن ڈوڈٕس ہتس ؤرِیَس کأشرِ ادبہٕ رٕنٛگی رِکہیں اتھہِ آمُت۔ تبلیغِ اسلامہٕ کہِ اعتبارٕ چھُ یہٕ اَکھ متحرک تہٕ اہم تأریخی مرحلہٕ تہٕ یہِ چھُنہٕ مُمکنٕے باسان زِ شیخ العالمؒ سٕنٛدِ ذٔسی شرۄع کرنہٕ آمٕژن نعت گویی ہنٛزٕن دلنوازتہٕ وُتشاوٕل روایژن کیاہ آسہِ نہٕ اَتھ طویل وقتس دوران تقویت تہٕ ترویج میچمٕژ۔ تیٛلہِ کیاہ زِ چھُنہٕ اَسہِ حبیب اللہ نوشہری حبیؒ یَس تام کانٛہہ تہِ نعت گو شأعر دریافت گرِتھ ہیۆکمُت ، سُہ چھُ اَکھ الگ موضوع یُس یِیمہِ مضموٗنکہِ مضموٗنہٕ نِشہِ بیۆن چھُ۔

حبیؒ (1555-1617ء) چھُ حافظِ قرآن آسنس سٕتی سٕتی فارسی زبأنی ہُنٛد مقتدر عالم، ادیب تہٕ شأعر مانہٕ یِوان۔ کأشرِس منٛز یُس یہُنٛد کم کاسہٕ کلامہٕ دٕرِدس آمُت چھُ تتھ اندر چھُ اَکھ نعتیہ گیت تہِ شأمِل:

| | | |
|---|---|---|
| کُن تہٕ کنزاً آو یے | | جلوٕ ماران دراو یے |
| نحنُ اقرب آو یے | | یارٕ گرٕھوو دپو یے |
| آشکارا دراو یے | | صورتَن منٛز ژاو یے |
| چھُس محمدؐ ناو یے | | یارٕ گرٕھوو دپو یے |



اَتھ کلامس چھِ کأشری تبرُک زٕ اَتھ اُچھَن متھان تِکیاہ زِ یہِ چھُ اَکہِ

طویل مُدتکہِ ژھٮ۪نہٕ پتہٕ دریافت سپُد مُت امہِ قسمُک گوڈنیُک نموٗنہٕ۔

حبیب اللہ نوشہری لیس پتہٕ بیٚیا کھ وَنہِ آمُت سون نعت گو شاعر چھُ سید محمد ہادی فاخرؔ۔ فاخرؔ سُند تذکرٕ کران چھُ نادِرتہٕ نایاب نعتن ہنٛدی نُسخہٕ جمع کرن وول محقق غلام محمد شاد لیکھان ''پرانین بُرزن تہٕ لوٗگ پھیرُتہٕ فاخرؔ بابا سُند کینٛہہ کلامہٕ خصوصَن نعت آیہِ بدٕس۔ کینٛژن چیزن ہنٛز سپٕز اہم نشاندہی''۔[7] فاخرؔ سٕنٛدی یم صرف زٕ ژور کاشری نعت اتھہِ آمٕتی چھِ، تِموٕ ستی چھُ اَمی سُند سٹائل مشخص سپدان۔ غنایت تہٕ فریاد چھِ یِہنٛدِ بن نعتن ہنٛدی مخصوٗص رنٛگ:

| | |
|---|---|
| یٚیتہٕ بویے نبیؐ چھُ یِوان | توٚت کونہٕ گژھو سأری |
| وِنی وِنی چھُ دیدار دِوان | یارس لگو نا پأری |

○

| | |
|---|---|
| یوٚد وَنی یار یأری ژٕرے | فاخرؔ گژھ تہٕ لادن چھے |
| شربتِ نامِ بقأ چھے | چینہٕ سے پأرِ لجایو |

اَتھی دورٕس اَندی پکھی چھِ میر سعد اللہ شاہ آبادی سعادتؔ تہٕ میر عبداللہ بیہقی تہٕ وٕتھی متی۔ سعادتؔ چھُ طویل نعت لیکھان اوسمُت۔ فارسی، عربی، ہندی، ترکی تہٕ کاشرِ زبأنی منٛز لیکھنہٕ آمتِس شیٚیٹھن شعرن پیٹھ مشتمل یِہنٛدِس نعتِ شریفس منٛز یِم کاشری شعر چھِ تِم چھِ نعت کِہ بنیأدی تقاضوعانِ مطأبق۔ عبدالاحد آزادؔ چھُ اَمِس کثیر الکلام شاعرٕس متعلق کرنہٕ آمتِس موخصر تذکرٕس منٛز لیکھان ''میر عبداللہ بیہقی کے والد کا نام میر عبدالرشید بیہقی تھا۔ صاحب علم و فضل اور اہل قلم

صوفی تھے۔ اِن کی تصانیف کی تعداد ساٹھ تک بیان کی جاتی ہے۔ کشمیری زبان میں 'عقائد منظوم' اور ترجمہ 'مختصر وقایہ' منظوم لکھے ہیں''۔ [8]

کأشرِ شأعری متعلق لیکھنہٕ یِنہٕ وول کانہہ تہٕ دستاویز ییٚہ نہٕ توٚت تام مکمل مانِنہٕ یوٚت تام نہٕ تَتھ اند رمحمود گأمی سٕنزٕ شأعری ہٕند بن مختلف انہارن متعلق تفصیلہٕ سان کتھ کرنہٕ ییٚہ۔ محموٗدُن زمانہٕ اوس کٔشیرِ منز فارسی ادبہٕ کہِ بہارُک تہٕ جہارُک دور۔ فارسی یَس منز لیکھُن اوس فأشن تہٕ محموٗد اوس فارسی زبأنی ہُند پزنہٕ پأٹھی ووستاد۔ اَمہِ باوجوٗد تہٕ ژأرُن تمہِ پننہٕ اظہارٕ خأطرٕ پنٕنی مادری زبان۔ روایت شکنی ہُند یہِ طرح پیوٚ کأشرِ زبأنی پھرِ یوٚژ تہٕ محموٗدس کر پننوٚ ہمعصروٚ تہٕ تس پتہٕ یِنہٕ والوٚ شأعرو تقلید۔ محموٗد چھُ کثیر البیان۔ غزل گویی، مثنوی نگأری تہٕ لولہٕ شأعری اندر چھِ تٔمی کینژہہ سنگِ میل ترأوی مٕتی تاہم چھِکھ نعت کمے پہن لیکھی مٕتی۔

اَمہِ باوجوٗد ہیٚکہِ نہٕ کانہہ یہِ ٹاکارٕ پزر گٹأوِتھ زِ محموٗد چھُ بحیثیت نعت گو تہٕ کأشرٕن منز سبٹھاہ مقبوٗل تہٕ زأئدازڈوڈ ہتھ ؤری ووت کأشرٕن یہِند بن نعتن ہُند وِرد مٔشیدٕ ن، گرن تہٕ باقٕے دینی مجلسن منز کران۔ اَمہِ بے پناہ مقبولیتُک اَکھ وجہ ہیٚکہِ یہِ أسِتھ زِ محموٗدُن نعت چھُ کأشرِس مزازس براہ یوان۔ نعتس پٮ۪ٹھ کأم کرن والوٚ کینژوٚ محققو تہٕ نقادو، یِمن منز رشید نازکی پیش پیش چھِ، چھےٚ محموٗ دگأمیس یہِ ڈٲلٕ زِ تہٕ پٹ کڈنٕچ کوٚشش کرٕمژ۔ یِہنز نعتیہ شأعری پٮ۪ٹھ تبصرٕ کران چھِ نازکی صأب لیکھان ''محموٗ دگأمین نعت چھُ أمی سٕنزٕ شأعری خاص کر غزل، ریختی، روف یا وَنہٕ وٕنس تہٕ مثنوی مقابلہٕ نہایت کم تر تہٕ مبتذل باسان۔ محمود گأمین چھُ نعت دراصل

روایت برقرار تھاونہٕ خاطرٕ یا روایت پاد کرنہٕ خاطرٕ لیو کھمُت ۔ أہنٛدِس نعتس اندرنہٕ چھُ گدازتہٕ نہ نغمگی ..........شاعر (محمودگامیؒ) ییلہِ نعت چھُ لیکھُن ہوان، تَس چھُ قلم بانٛبران، خیال چھُس بانہِ گرٛھان تہٕ ذہن چھُس رٲسی گرٛھان ۔ سُہ چھُ ہکان زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ وُنتھ''۔[9]

اَمہِ پتہٕ چھِ فاضل تبصرٕ نگارَن محمودگامی سٕنٛدِ ہن دون نعتن ہنٛدی کینٛہہ شعر پنٕنہٕ دعوہَس ہٕتی بطورِ دٔلیل پیش کٔری متی ۔ مثالہِ پاٹھی دِنہٕ آمتین شعرَن منٛز چھِ یِم شعرتہِ شامِل:

چھُ واللیل تعریف گیسوے تو رُخت والضحیٰ یا حیات النبیؐ



پرزلوٗنی نوٗرٕ برٕی دَہ ستارے سُہ تعریف چھُے ژٕے نمن یا محمدؐ

ووٕزلی وُٹھ چانٛی ڈیشتھ رنگ چھُ روٗٹھمُت گولابَن کوسمن یا محمدؐ



میٲنٛی ذٲتی راے چھےٚ یہِ زِ یِم شعر ہکو کھٲسی کاشرِ زبانٛی ہنٛدِ ہن گوڈنکہِ درجہِ کِہن نعتیہ شعرَن لرٕلوٗرتھ اوٚتھ ۔ میٲنٛی محترم ووستادتہٕ بزرگ نازکی صابن چھُ ژٕ کھہِ ہٕتس اندازس منٛز محمودٕنس نعتس اندبوٚر دِوان لیوٗ کھمُت ''بہرحال یہِ چھُ زِیوٹھ بحث، یتھ اگر کانٛہہ زیر دِیہِ جوابس پییہِ منٛز ۔''[10] جسارت کرنٕچ ہمت سپزٕ یِہنٛدِس أکس شاگردس ووُمید چھےٚ زِ جواب میلہِ ۔

محمودگامی لیس پتہٕ یِم شاعرنعتہٕ کہِ حوالہِ کاشرِ زبانٛی ہنٛدِس ادبی تارٲخس

منز ممتاز ماننہٕ یوان چھِ تِمَن منز چھُ قطب الدین واعظ، تہٕ مولوی محمد خضر مُقبلؔ خاص پأٹھی قابلِ ذکر۔ واعظ سٔندی نعت چھِ نفسِ مضموٗنہٕ رٔنگی تہٕ پُر مایہ تہٕ فنی اعتبارٕ تہٕ چُست۔ أمی سٔندِس کلامس چھِ تخلیقی محاسن، خوبصورتی عطا کران تہٕ یتھہٕ پأٹھی چھُ یہٕ أکِس Genuine نعت گو شاعر سٔندِ حٔثیتہٕ ادبی دُنیہس منز پنُن مقام متعین کران:

چھُ چانہِ نبر زلَن      پکان وَتہٕ سورمہٕ ہرَن

عالمہٕ کہِ نُندٕ بانے      نبیٔ مختارٕ میانے

○

دِل چھُ چشمہٕ تَے چشمہٕ فوارٕ      غمہٕ چانہِ دَم ہتھ اوش ہاران

نظرا کرتم چھُس لاچارٕ      حقہٕ سٔندِ یارے وَندٕ ہے جان

○

خضر محمد مُقبلؔ تہٕ چھُ اَکھ باریک بین سخنوراوسمت تہٕ دینِ اسلامس پیٹھ چھُس سرٕ نی تہٕ گنی نظر اُسمٕژ۔ یِہندی نعت پرِتھ چھُ انسان علمی تہٕ تأریخی نوکتن أنزی منزی گرٕھنَس ستی ستی وو لسنَس تہٕ یوان:

ژٕ ے چھے شأہی تہٕ سلطأنی      مسلم یا رسول اللہؐ

ژٕ چھکھ از لطفِ ربأنی      مکرم یا رسول اللہؐ

○

ولی اللہ متوتہٕ چھُ أمی دورُک شأعر۔ ادبس منز چھُ یہٕ زیادٕ ترٕ ’’ہی مال ناگرائے‘‘ مثنوی ہٕندِس خالق سٔندِ حٔثیتہٕ زانِنہٕ یوان،[11] تاہم چھُ أمی کینہہ معیأری نعت تہٕ لیکھی متہٕ۔

کأشرِ شأعری ہُنٛد سارۍ وے کھوتہٕ باڈۍ وارتہٕ مولُل باب چھُ صوفی شأعری ہُنٛد۔ لل دیٚدِ پتہٕ احد زرگرس تام یِم درجہٕ واد صوفی شأعر کٲشِرِ منٛز پأدٕ گٔے تِموٚ منٛزٕ چھُ واریاہَن ہُنٛد کلام معیارٕ کہِ اعتبارٕ ادبِ عالیہ ہس منٛز شمار کرُن لایق۔ کأشرِ صوفی شأعرو منٛزٕ چھِ واریاہو منٛزی منٛزی نعت تہٕ لیٚکھمٕتۍ تاہم چھُ یِموٚ منٛزٕ خالٕے کانٛہہ تِمہٕ پایک نعت لیٚکھِتھ ہیوٚ کمُت یِمہٕ پایک صوفیانہ کلامہٕ یِم تخلیق کران چھِ۔ بہر حال نعت لیٚکھن والین یِمن صوفی شأعرَن منٛز چھِ رحمان ڈار، وہاب کھار، واز محمود، اسد پرے، رمضان بٹ گنستان، صمد میر، شمس فقیر، احمد بٹہٕ وأری تہٕ احد زرگر بالخصوص قابلِ ذکر۔ یِوٚ دوٚے یِمہٕ شأعر پٔزی پأٹھی نعت لیٚکھنہٕ وِزِ تہٕ وحدت الوجودٕ کی قاعدٕ تہٕ پیمانہٕ ورتأوِتھ احدس تہٕ احمدس درمیان کانٛہہ فرقٕے تھاوان چھِنہٕ، تاہم چھِ یِہنٛدِ کلامہٕ منٛزِ تہٕ منٛزی منٛزی کینٛہہ تِتھی شعر نیران یِمن خألص نعتیہ شعرٕ ونِتھ ہیکو۔ مثلن:

چشمہٕ ڈیشِتھ یمبر زلہٕ پھوجہِ باغَن     چشمہٕ ڈیشِتھ آہو روٗدی کزل ون

جان وَنٛدٕ یو جانِ جانانہٕ لولو     چشمہٕ ڈیشِتھ پھولی گلستانہٕ لولو

احمد بٹہٕ وأری

○

دنٛدٕ قنٛدٕ پھٔلی کیاہ چھِ رٕتی یے     اَسہٕ وُن گنٛجہٕ دہان

لعل لب کیا رحمت یے     نیرِ اُتی یے روہ کران

شمس فقیر

○

قد چونٔے وُچھ مے بالا     یا محمد مصطفےٰ

حدو لاحد عرش اعلیٰ     یا محمد مصطفےٰ

نۆر چوٗنۍ شُہن طرفن      نۆرٕ بَرٕتیو چھُس وُچھن

حۆرٕ مند چھان اَدٕ دریاماہ      یا محمد مصطفےٰؐ

○

صمد میر

کینژَن صوفی شاعرَن ہِنٛدِس کلامس منٛز چھِ تِتھی شعرتہٕ میلان یِم نعتیہ شاعری ہِنٛدِس مقصدس تہٕ مزازس بالکل برعکس چھِ۔ یُہ تہٕ یوت نہٕ بلکہٕ چھِ کینٛہہ شاعر رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلمن ہُنٛد ذکر (نعوذ باللہ) اَکِس مجازی محبوبہٕ ہِنٛدی پأٹھی کران۔ یُو دوَے دِل مانان چھُنہٕ، مگر کتھِ پۆرٕ پأٹھی گیٖنی کڑنہٕ خأطرٕ چھے اَمہٕ قسمہٕ چہٕ اَکھ زٕ مثالہٕ دِنہٕ لأزمی بنان:

گاہ تُمی پیغمبر لوگونے      اِشارٕ سۭتۍن پھٔٹرن ماہ

ابو جہلن شکھ ترٛووُنے      سُہ اوس پانَے وَنے کیٚاہ

○

شاہ غفورؔ

کمان ابرو بے پروایہٕ      مجہٕ تیٖرٕ لأیتھم بے شمار

تُمے تیٖرِ الماس جگرس مے آیہٕ      لگیو ژھایہٕ ہا مدنو

○

رحیم صاب سپوری

تاجبس لایق کتھ چھے یہٕ زِ یِم دوشوَے وژَن چھِ ریاستی کلچرل اکیڈمی ہِنٛدِ طرفہٕ شایع کرنہٕ آمژِ ''نور آگُر'' تہٕ مظفر احمد فروتنؔ سٕنٛدِس ادارتس منٛز چھپے مژِ ''نعتِ مصطفےٰؐ'' ناوچن نعتہٕ سۆمبرَنن منٛز تہٕ شأمل کرنہٕ آمتۍ۔

مجأزی عشقس للہٕ کھۆل کرن وألی کینٛہہ مجأزی شأعرتہٕ چھِ کینژَن

جاےَن نعت لیکھنَس دوران پننِس مخصوص ژینن طرزس تہٕ باوٕژ طریقس منز تتھٕ کنٕی ہینہٕ آمتی زِ پرن وول چھُ ترٛٲون تہٕ ترُوٕہن گژھان زِ اگر تتھی شعرن تہٕ نعتیہ ادبک حصہٕ مانوکھ تیلہِ کیا گو ''با محمدؐ ہوشیار'' آسنک مطلب۔ اختصارس کآم ہیتھ کرٕ بہٕ رسول میرنہٕ اکہِ وژنک صرف اکھ بند پیش:

| | |
|---|---|
| وٕولنس عشقہٕ زُنارٕ ری یے | وولنس مدٕ تے زولنس نٲری |
| للہ کرِ نا یٲری یے | نٲری وَن قد چھُس جامہٕ گُلنٲری |



یہٕ چھُ پوٚز زِ امہِ قسمکی مگر پیتی بڈٕی نہٕ وشفہٕ چھِ امیر خسرؔوس سان باقٕے زبانَن ہندٕ بن بڈٕبن بڈٕبن شاعرَن تہٕ گاٮ۪متی مگر تمہِ ستی چھُنہٕ رسول اکرم صلی اللہ علیہ وسلمَن ستی عام محبوبہٕ ہندی پٲٹھی مخاطب سپدنَس جوازِ یتھ نیران۔ کاشرِ شاعری ہندِس سرمایس وٕون دِنہٕ پتہٕ چھُ نَنان زِ اَتھ زبانی اندر چھِ ہتہٕ واد شاعر نعت وٕنی ۂتی، بلکہ اگر یتہِ وَنو زِ کاشرہو شاعرو منز چھُ خالے کانہہ تیُتھ یَمی نہٕ نعت لیو کھمُت چھُ، مبالغہٕ چھُنہٕ۔ بہرحال یمو شاعرو منزٕ کراسہِ آدن کالکین کینژَن صاحبِ طرز نعت گو شاعرَن پیٹھ کتھ مگر یہِ سلسلہٕ روزِ توٚت تام نامکمل یوٚت تام نہٕ اَتھ منز مقبوٗل شاہ کرالہٕ وٲری، مقبول امرتسری، سیف الدین تاربلی تہٕ ثناءاللہ کریری سُند ناو ہینہٕ ییہ۔ مقبوٗل شاہ کرالہٕ وٲرِ یم سراپا نگٲری ہندی موٕللی نموٗنہٕ ''گلریز'' منز پیش کٔرِ ۂتی چھِ، تم چھِ بےٚ جورٕ تہٕ نہٕرِل۔ منظر کشی تہٕ جذبات نگاری منز تہٕ چھِ تم لاجواب۔ مجازی لوٚلچ پرکشش مثنوی لیکھن وول یہِ شاعر ییلہِ نعت لیکھن ہوان

چھُ، اُمِس چھِنہٕ رسول میرٕنی باٚش گرٛھان بلکہِ چھُ یہِ ہشیار مغزتہٕ باریک بین سخنور ہٕندی پاٹھی ساٚری آداب تہٕ بنٛدشہِ نظرِتل تھاٲوِتھ نعت نبی لیکھان:

تتھ جایہِ شیدا ذرّہ صفت ساسہٕ بُدی خورشید

یتھ جایہِ پرتو تراوِ سُہ مہروے مدینہ



ثناء اللہ کریری چھُ کاٲشرِ ہنٛد محبوٗب نعت گوشاعر۔ جامؔی ہٕندِ ''نسیما جانبِ بطحا گزر کُن ۔۔۔ زِ احوالم محمدؐ را خبر کُن'' شعرٕکس متنس پٮ۪ٹھ ''ہاواہٕ واتگھ نا توٗتے یٮ۪یتہٕ ڈاپھ تراٲوِتھ مصطفےٰ ؐ'' لیکھتھ اٲنی کرٕ رعلاقٕکی اٲمی سید زادن مراز و کمراز ساٚری کاٲشری وجدس۔ ''احوالِ آخرت'' ہِش کارآمد کتاب لیکھن وول یہِ عالمِ دین چھُ بہرحال پننہِ کم قلیلا نعتیہ شاعری ستی زِندٕ تہٕ جاوید۔

عبدالاحد ناظمؔ ہٕندِ پٮ۪ٹھہٕ چھُ کاٲشرِس منٛز معنوی لحاظہٕ نعت گویی ہنٛد اکھ نوٚو دور شروٗع گرٛھان۔ ناظمؔ ہٕندِ پٮ۪ٹھہٕ پیر غلام محمد حنفی سوپوری یَس تام یِم تقریبن زٕ درجن شاعر اَتھ زمانس منٛز نعت لیکھان چھِ، تِمن منٛز چھِ اَتھ صِنفہٕ کاٲشرِس منٛز عروٗج بخشن واٲلی عبدالاحد نادؔم تہٕ پیر عزیز اللہ حقانؔی تہٕ شاٲمل۔ کاٲشرِ نعتیہ شاعری متعلق کتھ وٚوتھنہٕ وِزِیُس ناو یکدم تہٕ ساروٕے گوڈٕ زیوٚ پٮ۪ٹھ یوان چھُ، سُہ چھُ عبدالاحد نادؔم۔ ''کاٲشرِ ادبٕک تواریخ'' لیکھن واٲلی ناجی منورتہٕ شفیع شوق چھِ نادِمَس کاٲشرِ زبانٕی ہنٛد ساروٕے کھوتہٕ بوٚڈ نعت گو قرار دِوان لیکھان ''تِمی کوٚر رومؔی، نظامؔی، سعدؔی تہٕ جامؔی ہٕندِ بو نعتو منٛزٕ تہٕ الہام حاصل تہٕ محمود گامؔی، فاخرؔ،

قطب الدین واعظؔ، ثناء اللہ کریری، عبدالاحد ناظم بیترِ کاشرِ بٕہلہِ پایہِ شاعرن ہنٛدۍ نعت پرِتھ ژاژرن پننہِ خاطرِ اکھ مخصوص لے ییتھ منٛز کاشرِ وَنونُک سوز وگداز، جذبُک مُرشجارتہٕ باوٕ ژھُنٛد بے پھرٕ یک اظہار چھُ۔ یوٚ دوٕے اُتھ لیہِ منٛز تمس بروٚنٹھ تہِ واریاہ نعت وَننہٕ اٚسی آمٕتۍ مگر نادمؔن تھووُنہٕ یہِ قافیس تابع بلکہ دِتُن معنی آفرینی تہٕ استدلالس کُن ژور توجہ۔ یہِ سپُد تیٚلی ممکن ییلہِ تمۍ آنحضرتَنٛ ہُنٛد جمال تہٕ کمال پرٛزنوو، تمَن ستۍ پانیارُک رِشتہٕ جوٚڑ تہٕ پنُن دِل تہٕ دماغ کوٚرُن نوٗرِ نبوتہٕ ستۍ آباد۔[12]

نادمؔ چھُ گوڈنیُک کاشُر شاعر یمۍ پننہِ تمام تر تخلیقی صلاحیژ تہٕ توجہ صرف نعت لیکھنَس پیٹھ مرکوز کٔرتھ اُتھ صِنفہِ نوٚو طرح دِیُت۔ سہ اوس پاٛدایشی طور شوژرُک قائیل تہٕ رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلمَن ہُنٛد لول تہٕ محبت اوسُس رُمس رُمس منٛز۔ دینی تہٕ علمی خاندانس ستۍ وابستہٕ آسنہٕ کِنٛز میوٚل تمس لوکہِ پانے مذہبی تہٕ ادبی کتابن ہُنٛد مطالعہٕ کرنُک ماحول۔ تمۍ پوٚر باقے کتابَن ستۍ ستۍ فارسی زبانۍ ہنٛدبن بٕہلہِ پایہِ سخنورَن ہُنٛد کلامہٕ تہٕ امہِ ستۍ لٔج تمۍ ہنٛدِس تخلیق شعورس زیرتہٕ ہیوٚتُن وَنُن:

مکی قمر تہٕ مدنی شمسہٕ    زانٛہہ ہوو تھمسہ ماہ روخسار



یہِ اوس آغاز عشقِ مصطفےٰؐ کین جذبن شعرِ وردَن وَلنُک۔ اَکھ تژھ باوَتھ یتھ اندر غنایت تہٕ چھےٚ تہٕ مانہِ ساوبن استعارَن ہُنٛد فنکارانہٕ ورتاوتہِ۔ نادمؔن کٔر

کأشرِ نعتیہ شأعری اندر وار یاہ رٔنگی جدت پأدٕ۔ تِمی أنی یہ کأشرِ ہنٛدِس مزازس نگھہٕ مگر تعظیم رٔچھرٔ چھ۔ رسول کریم صلی اللہ علیہ وسلمن ہنٛزِ معجزاتو سٟتی مالا مال شخصیتکی تعریف کرِ کھ کُنہِ مبالغہٕ ورأے تمہِ شأعرانہٕ ہُنٛرمندی سان زِ اسلأمی عقیدس پٹھ نہٕ پکن وألی لوٗکھ تہِ وَنَن یہِ بوٗزِتھ زِ زندگی ہُنٛد آیڈیَل Ideal اَے ؤنی زِ تہٕ أمی سِے شانہٕ بڈٕسٕ۔ شعرن ہنٛدِ خأطرٕ ژأرِ کھ عام استعمالچ سہل زبان تہٕ رواں انداز۔ لوٗلس تہٕ استدلالس درمیان کوٗرُکھ تیٚتھ امتزاج پأدٕ یُس شأعری ہنٛز ہُنر زانَن وول باکمال سخنورٕ ے کرِتھ ہیکہِ۔ مثالہِ باپتھ وُچھتو کھیم شعر:

نبی یَن تہٕ قوطبن ہیٚیہٕ اوتادن      سارِنی غوشن ژٕے رہبر

موٗرشد سپدأوی چأنی ارشادن      یا نبیؐ پادن وَنٛدٕ ہوے سر



تیٚتھ بخت آسیا بے اِقبالَس      ریٚتہٕ ہیٚیہٕ سالس سلیمان

سُہ تہِ کوٗت واتہِ ہے اَتھ جلالس      سوزٕ بہٕ استقبالس جان



روٗے تس تاباں موٗے عنبرٕ یے      والضحیٰ والیل پٔرٕی توسے

خوٗے تَس کوثر بوٗے اَدٕ فرٕ یے      ژٕ ریٚے درودٕ پٔرٕی توسے



دُنیہکیٚن ناماوار نعت گوشأعرَن ہنٛدِ کلامُک ہرترجمہٕ منہٕ منٛزشر ؤپرأوِتھ کوٗر نادِمن اَمیک اوٗہُر کأشرِ شأعری اندرٕ رٕتتھٕ کٔنی پیوست زِ اَتھ میوٗل اوٚبر گوبر، ودتھٕ واشر

تہٕ وُسجار۔ أتھی تنوظرس منز چھُ غلام رسول نازکی نادمَس یِمہِ آیہِ خراج پیش کران:

چھِ أکی ہیٚے نادمَس منز جمع گأمتیٚ

عراقیٚ، انوریٚ، جامیٚ، نظامیٚ



''کلیاتِ نادمؔ'' کِس دیباچس منز یُس طویل بحث رشید نازکی یَن نادمنِس کلامس پیٹھ کوٚر مُت چھُ، تتھ منز چھِ أمِس کثیر الکلام تہٕ قادر البیان شأعر ہِنٛدِ کلاہکو وکھرِ وکھرِ انہار گأشراونہٕ آمتیٚ۔ ''زمہجوری، شہر آشوب تہٕ شمائل نبوی'' صلی اللہ علیہ وسلمس پیٹھ چھُ نازکی صأب وبرٛھنتھ لیکھان تاہم چھِ اَتھ منز تِمن کینٛہہ وشفہٕ تہِ گأمتیٚ۔ لیکھان چھِ، زِ ''ترٛے شمائل چھِ مکمل، یِمن منز اَکھ مولوی صدیق اللہ سائِل سُنٛد چھُ، دوٚیِم وہاب کشمیری سُنٛد تہٕ ترٛیِم حضرتِ نادمہٕ سُنٛد چھُ''[13] صدیق اللہ (شانہٕ ساز) سائلن نہٕ چھُ شمائل نبوی لیوٚکھمُت تہٕ نہٕ چھُ اَمہِ قسمُک کانٛہہ مسودٕ وُنیستام دریافت کرنہٕ آمُت۔ وہاب کشمیری یعنی وہاب پرٛین تہِ چھُ بہر حال شمایل نبوی لیوٚکھمُت۔ فاضل محققن چھُ زِیوٚٹھ تقوبلی تبصرٕ وہاب پرٛے تہٕ نادم ہِنٛدِن لیکھِمتِن ''شمائل نبوی'' یَن ہِنٛدِ حوالہٕ کوٚر مُت۔ تاہم چھُکھ نہٕ مولوی صدیق اللہ حاجنی ہِنٛدِ لیکھِمتہِ شمائلُک تذکرٕ تمہِ انمانہٕ تہٕ اند ازٕ یاونو زِواش کڈِتھ کوٚر مُت یہِ زَن شوبہِ ہیٚے۔ مولوی صدیق اللہ حاجنی سُنٛد ''شمائل نبوی'' چھُ سانہِ نعتیہ ادبُک اہم باب۔ وہاب پرٛین چھِ البتہ زائد از ترٛہ نعت لیکھِمتیٚ یِمہ کِنٛہ سُہ صفِ اولہٕ کِبن پرٛ گو نعت لیکھن والین شأعرن منز شمار کرنہٕ یِوان چھُ۔ وہاب چھُ کأشرِ زبأنی

ہُند اولین صاحب دیوان شاعرتہٕ اُمی ہٕندی نعتیہ غزل چھِ دوٚیمہٕ قسمکہٕن غزلن ہٕندی پاٹھی اظہارٕ کہِ اعتبارٕ تہٕ فکری لحاظہٕ استدلالی:

عنبرتہٕ ادفر مُشکد ارعطرے چھُنہٕ کینہہ اعتبار
یِم چیز چھی درروزگار دراٚمتی زِ بوے آنجنابؐ



چھی گنہگار اُمتی تھاران ۔۔۔ تشنہٕ لب ووٚنی شفاعتس پراران
ہاوِ دیدار چاوِ آبِ کوثر ۔۔۔ محمد مصطفیٰؐ پیغمبر



وہابٕن کالہٕ بوج سید امیر شاہ کریری چھُ کاشرٕ ن نعت گو شاعرَن اندر اَکھ اہم مقام تھاوان۔ پزٕ رچھُ یہِ زِ امیر شاہَن اوس پنُن توجہ رزمیہ مثنوی نگاٗری پیٹھ مرکوٗز کوٚرمُت۔ یہِ چھُ شاعری ہُند سُہ صِنف یَتھ مبالغہٕ آرائی رنگ کھالان چھُے تہٕ امیر شاہَن چھُنہٕ سام نامہٕ تہٕ خاور نامہٕ لیکھنَس دوران یہِ ہُنر ورتاونس منٛز کانٛہہ کمی تھاوِمٕژ، ووٚں گوٚ ویٚیلہِ تِم نعت چھِ لیکھان خیاٗلی گُری چھِ یکدم روٚٹہٕ گژھان۔ تصورِ عشق چھُ پاکیزگی تہٕ تقدس رٕژھراوی رٕژھراوی صداقتکی لولہٕ بَرِتی تہٕ اثر کرِوٕنی آلوٚبٕنتھ اظہار پراوان:

اُمی چاٗنی نورِ مُطلقَن دیُت جلوٕ دردِلِ عاشقن
پیدا کوٚرُکھ حضرتِ حقَن کیا آفتاب اے نازنین



ظاہر سپُد آں والضحیٰ رُخسار زِ مکہ

پرٛ زلیٚاو سہٕ خورشید جہاں تاب مدینس



اَمہِ دورٕ کِین باقےٚ نعت گوشاعرَن منٛز چھِ عاشق ترٲلی، غلام احمد جید، پیر محی الدین مسکینؔ تہٕ پیر غلام محمد حنفیؔ یِس علاوٕ بیٚیہِ تہِ کینٛہہ ناو مگر پرٛ زچھُ یہ زِ ناد مُسؔ پتہٕ یوسہٕ سارِوے کھوتہٕ معتبر آواز اَتھ دورس اَنٛد رنمایاں سپٕز سو چھےٚ ''پیر عزیز اللہ حقانیؔ'' ہٕنٛز۔ بقولِ عبدالاحد آزادؔ ''محمود گامی کے بعد اگر خطۂ کشمیر نے کوئی مطلق العنان سخنور پیدا کیا ہے وہ حقانی صاحب ہیں۔''[14] حقٲنی چھُ تھدِ درجُک عاٲلم تہٕ قلمکار اوسمُت۔ ڈوڈ درجن پیٚٹھی کتابہٕ چھَن لیچھمٕژٕ۔ کاشُر زبٲنی یُس مولُل تہٕ متبرک گلہِ میوٕ ٹھاٲی دِید ورسخن سازن کوٚرتم چھِ اُمی ہٕنٛدی نعت۔ مقدارٕ رٛنگی چھِ حقٲنی صاٲبنٕ کےٚ نعت منظرِ عامس پیٚٹھ آمٕتی مگر اَمہِ باجوٗد تہٕ چھُ یہُند ناو گوڈنکی نےٚ دون ترٛین شاعرَن منٛز ہیٚنہٕ یوان۔ یہُند ین شعرَن پیٚٹھ گرٕی وار یاہو شاعرو طرحی نعت لیکھنٕکی تجربہٕ، خالےٚ کاٲنسہِ گیہِ کم کاسہٕ کامیاٲبی حاصل۔ یہُندِ نعتُک جمالیٲتی اِنہار چھُ قابلِ غور:

گوٚو جہاں تازٕ بہ رُخسارِ رسولِ عربیؐ

روٗٹ گلومشک زِ گُفتارِ رسول عربیؐ



مےٚ ستھ سورہم کُنس جانس موہر آسم مےٚ پرٛ تھ تانس

کرٕ ے تھف زورٕ دارانس مکمل یا رسول اللہؐ



کاشرِ شاعری ہُند ہمکال دور چھِ أسی عمومَن مہجور صابنہٕ پتہٕ شروٗع کران۔ یتھ دورس منز چھُ نعت لیٚکھن والین شاعرن ہُند تعداد ہتن منز۔ تتھن شاعرن ہُند تعداد تہٕ چھُ درجنَن منز یِم صرف نعتے یوت لیٚکھان روٗدی۔ اَتھ سلسلس منز چھِ کینٛہہ ضخیم شعرِ سۅمبرنہٕ شایع تہٕ گامٕژ یِمَن منز چھر انعت چھِ۔ أز کہِ دوہہٕ ییٚلہِ بہٕ یہ عبارت لیٚکھان چھُس واژمٕ نِشہٕ اَمہٕ قسمہٕ چہٕ ژ کتابہٕ۔ اَکھ چھےٚ نٔژ پورچہٕ فاروقہ پروینِ ہنٛز تہٕ دوٕیم غلام حسن وانی المعروف حُباب عاشقؔ سنٛز۔ کمےٚ دوہہ بژ وٕنہہ آس مےٚ نِش سٹیٹ بورڈ آف سکوٗل ایجوکیشنس منز کام کرن واجنہٕ مزمل ناوچہٕ اکہِ جواں سال خوتونہٕ پننہٕ نعتیہ کلامچ سۅمبرن ''گوڈ کتھ'' لیٚکھنہٕ خاطرٕ سۅزمٕژ۔ اَمہٕ قبیلٕکی اکثر شاعر چھِ شوقہٕ نعت لیٚکھان۔ یِم چھنہٕ شاعری ہٕنٛدین فنی زأوِ جارَن سنان۔ یِمَن چھُ یِژ پأٹھی یوتے مارٕ موٗت آسان زِ یہنٛزِ ڈالی گژھ نبیٔ سٕنٛدِس دربارس منز قبوٗل گژھنی۔ ادبی حلقن منز شوہرت پراون والہٕ موجودٕ دور کہٕ قریبَن سارِوے شاعروتہٕ چھِ نعت لیٚکھی مٕتی وٕں گو صاحب طرزِ نعت گوٕن ہنٛز تِژ یتھ پراوَن والین منز چھِ میر غلام رسول نازکی، عبدالاحد فیاضؔ، فاضل کشمیری، غلام حسن غمگینؔ، رشید نازکی، علی محمد شہباز، مرغوب بانہالی تہٕ غلام نبی گوہر گوڈ انواریوان۔

غلام رسول نازکی یَن ژأر کاشرِ شاعری منز پننہٕ تخلیقی اظہار باپتھ ''رُباعی'' یا وٕنو ''ژ مصرأے'' صنف۔ تِمی کوٗر اَتھ شعرِ قالبس منز واقعأتی، سیأسی، سمأجی تہٕ تأریخی موضوعن ستی ستی اسوہٕ رسول ﷺ تہٕ بیان۔ یہنٛدِس باوتس اندر

چھُ تیُتھ تأثیر زِ ''نمرودنامہٕ'' تہٕ ''کاوِ ییٚنہٕ وول'' [15] کتابن منٛز چھپے مژٕ اکثر نعتیہ رُبأعی چھٚے نعتیہ شاعری ہنٛد بٔہتریٖن نموٗنو رٕنگی پیش کرنہٕ یِوان۔ فکری تھزرس ہتہٕ ستی چھُ یمن رُبأعین [16] زبأنی ہُنٛد رٔسیُل ورتاوتہٕ مقبوٗلیت بخشان:

یو ہے عزت یہأے چھُم نیک نأمی
أمی چیزن کوٚرُس نامی گرأمی
کھورَن تل چھُم سکندر جم تہٕ دارا
جبیٖنس چھُم تہٕنٛد داغِ غولأمی



اگر ژھانڈکھ ژٕ دُنیا دین راوی
اگر دِیٖنے رٹکھ دُنیا گژھی ناش
دٕ چھِنٛی أچھ دین، کھوٚر أچھ چھُ دُنیا
محمد مصطفےٰ دوٚشؤنی أچھن گاش



محمدؐ بے کسن ہُنٛد کس محمدؐ
دِلُک آرام روحُک رَس محمدؐ
نجاتُک چھے کُنی وَتھ رٹھ یہأے وَتھ
محمدؐ بس محمدؐ، بس محمدؐ



عبدالاحد فیاضؔ چھُ بوزوٕے تہٕ اَویوٗ دشاعر حالانکہ پُرگویی تہٕ سلیقہٕ مندی منز چھِ یم یِیمہِ دورٕکین وارِیہَن ناماوار شاعرَن سٮ۪ٹھاہ برونٹھ۔ یِہنٛزٕ شعرٕ سوٚمبرنہٕ ''نوٗرِ منزل'' تہٕ ''ناگہٕ راد'' پرٕتھ چھُ یِہنٛزَن شاعرانہٕ صلاحیژن ہُنٛد اعتراف کرُن پیوان۔ یِہنٛد نعتیہ کلامہٕ چھُ تیُتھ اَنہٕ تیمی منزٕ پایہِ بُڈس پیغمبرؐ سٕنٛدِ شخصیژکی شیتَل تہٕ سِرسادی عکس ٹاکارٕ پاٹھی درینٛٹھ یِوان چھِ:

حضرتِ خضرسٕؑ پرٕ ژھتھ مولوٗم سپٕز م اصلیت
جاوِدانی ہُنٛد صفت آبِ حیاتس چانہِ ستی



نظارَن منز نمایاں جلوٕ تہنٛدُے
اِشارَن چھُس شق القمرُک تہٕ طاقت



وجود تیٚمی سُنٛد وجوٗدِ عالم
شہوٗد تیٚمی سُنٛد شہودِ آدمؑ
چھُ یتھ وجوٗدس خُدا ثناء خوان
سُہ صاحب شان رسولؐ سوٗنے



روے چون وِنہا چھُ اَکھ پھولہٕ وُن گولاب
نتہٕ یہٕ وَنہٕ ہا چمکہٕ وُن اَکھ آفتاب

پأدِ گائمتی پۆز چھِ دوٗنوٗ ے ژیٖے وُچھتھ

حُسن چوٗنے موٗختصر پأٹھی لاجواب



مےٚ چھُ پوٗر یقین زِ یِیلہِ سانہِ زبأنی منز غأر جأنبدارانہٕ، پُر خلوٗص تہٕ ادب نواز، نہ زِ ادیب نواز تنقید پھأپھلُن ہیٚیہِ فیاض یِیہِ یٚیمہِ دورکس بٔہلہِ پایہٕ نعت نگار سٕندِ حٔثیتہٕ بروٗنٹھ کُن۔

فاضل کشمیری یَس چھُ شعر لیکھنک اَکھ الگ سٹائل یٚیمی سٕہ شاعرَن ہٕنٛدِس بٔڈِس کاروانس منز منفرد بنوو۔ سٕہ چھُ دوہ دہنہٕ کہِ استعمالچ زبان نغمأتی لَیہِ منز تتھہٕ کٔنی جران زِ شعر تحتُ اللفظ پرِتھ تہِ چھے انزأنی پأٹھی زنتہٕ روٗنہِ وزنہِ لگان:

چوٗنے کرم دوٗن عالمن ژیٖے نِش شرف لوٗب آدمن

پیغمبرن تے مُرسلن ژٕ ے چھکھ اِمام اے نازنینؐ



والضُحیٰ روٗیس سوٗرِ پرٕہس استأ ے استأ ے

والیل موٗیس شانہٕ کرِ ہَس استأ ے استأ ے



اَز چھُ آمُت سالہٕ مدنی لالہٕ سون

ڈٕری گٔنڈِتھ صلِ علیٰ تس گوٚژھ پروٗن

سٔدرٕ منٛزی ما آسہِ تَس درگاہ تروٗن

تِہنٛدِ باپتھ ناوِ ہن جگرس گروٗن

سٔدرٕ کِہن پمپوشہٕ وُتھرَن گوٚژھ وَنوُن
چھکنہٕ باپتھ موختہٕ گوٚژھ کابن بروُن



نعت لیٚکھنَس کُن چھےٚ یَمن شُری پانہٕ پیٹھےٚ رغبت اَسمٕژ۔ ڈاکٹر تسکینہ فاضلؔ چھےٚ لیکھان ''فاضل صاحب نے اپنی شاعری کی باقاعدہ بسم اللہ نعت گوئی سے کی ہے۔ انہوں نے یہ نعت ہائی اسکول کی طالب علمی کے ایام میں کہی ہے:

بلبل ژٕ نالاں گژھ دواں، شاہِ مدینَس وَن سلامؔ
وَن تَس چھُ بیکَس مبتلا، صلو علیہ دایما[17]



زٕ ہتھ تہٕ نمنمتن صفَن پیٹھ مشتمل ''انوارِ محمدیؐ'' ناوچہٕ تھہٕژ نعتیہ شعرٕ سوٚمبرنہٕ ہنٛدی چھِ وُنِستام باہ ایڈیشن چھپےمٕتۍ۔ اَمہٕ ستۍ چھُ یِہنٛدِ بن نعتن ہنٛدِ مقبولیتُک اندازٕ گژھان۔

مرغوبؔ بانہالی چھُ موجوٗدٕ دورکِہن صفہٕ اولہٕ کِہن ادیبَن تہٕ شاعرَن منٛز شمار کرنہٕ یِوان۔ یِہنٛزِ طویل ادبی سفرس دوران کوٚر مرغوبؔن کأشُر ادب پننیو رنٛگہٕ وٕلی تجربو تہٕ تخلیقو ستۍ مالامال، یِم چھِ مشرقی طرزِ تمدنٕکی روادار۔ دینٛدأری ہنٛدِ بن اصولَن چیر تھف تھوٗن وأرِس کلاسیکی مزاز کس اأمس شاعرسٕنٛد ظوٗن پھیوٚر نعت گوٚیی کُن ہناپتے پہن۔ رومانیت تہٕ جدیدیتکِہن صحراوَن ژھأنٛڈ دِنہٕ پتہٕ کوٚر یِمو پَنُن تمام تر توجہ دینی، اخلاقی تہٕ روحانی موضوعَن پیٹھ مرکوز۔ پتٕم دہ پنٛداہ وٕری

وأتی یمن مسلسل پأٹھی نعت لیکھان۔ یِہنز نعتیہ شأعری اندر چھُ عشقِ محمدیؐ یس ستی سِتی اسلام کِہن تأریخی تہٕ تہذیبی پڑاون تہٕ واقعاتن ہُنٛد ذکر تہٕ لطیف اندازس اندر کرنہٕ آمُت:

پھُلے سیکہِ تہٕ ہیوٚک دِتھ سہ جان بہاراں
رٕہتھ محوِ حیرت چھُ کہسارِ ناراں



لتہٕ مونٛجہِ گمتِس لأنِس زٕوٗل ور، لوٚب زیدَن تہٕ ہلالن چاو
مدٕ ووٚتھ کسریٰ، مولہٕ ووٚتھ قیصر، یِیلہِ نوٚن عربہٕ سہ دلبر دڑاو



یِہنز نعتیہ شأعری ہِنٛدِ حوالہٕ کتھ کران چھِ منشور بانہألی لیکھان:

''آپ نے ندائی اور غیر ندائی نعوت کے عنوان سے حضرت رسالتمآب ﷺ کے تئیں جو عطر بیز اور والہانہ گل ہائے عقیدت پیش کیے ہیں، وہ بصیرت افروزی کے متبرک نمونے ہیں۔[18]

رشید نازکی ہِنز شخصیت چھے بسیار پاسل۔ أوِلین تہٕ زأوِلین رومانوی خیالن شأعری ہِنٛدی جامہٕ پأراونٕچ صلاحیت، جدید دورِکِس انسانہٕ سُنٛد ذہنی کرب ہنرمندی سان بیان کرنُک سلیقہٕ تہٕ فلسفیانہٕ نوکتہٕ ڈاکٹر اقبالنہٕ آیہٕ شعروسوٗخکی موضوع بنأوِتھ پیش کرنُک بتٕر، یم چھِ نازکی ہِنٛدِ شأعرانہٕ اظہارٕکی کیٚنہہ خاص گون۔ یِمو سارِوے حقیقژ وباوجود تہٕ چھُ رشید نازکی اکہِ بدل شعبُک مردِ

میدان۔ کأشرِس سِری تہٕ عقیدتی ادبس یہٕنٛد دِیُت چھُ میانہِ خیالہٕ یہنٛز سارِوے کھوتہٕ بٔڈ راش۔ یِمو چھے سیرۃ النبی صلعمس مرصع تہٕ منٛزی منٛزی مقفیٰ نثرس منٛز لیچھمٕژ زِیہِ چھُ کأشرِس نعتیہ ادبس انٛد رنوٚ وتہٕ نہٕرل اضافہٕ۔ اَمہِ کتابہٕ ہٕنٛدی دوشوٚ وے جلد پران پران چھُ انسان تیُتھ حظ تہٕ سرُوٗر محسوٗس کران زِ جملس جملس منٛز چھُ شأعری ہُنٛد بروٗنت گژھان۔ اَکھ مختصر اقتباس:

''یاہوٗ کوترن ہنٛدی ڈٔرئی أسی حرمکہٕ پشہٕ پیٹھٕ روبہٕ ہنٛدِ حمدٕچ اوراد دأیراوان، شمشاد تہٕ صنوبر أسی کاڈ کڈِتھ رحمتس پھیٚکی دأرِتھ۔ مٔنٛج وادی، مروہ ٹِک گنہٕ پل، بوقبیچہ سنگرمالہٕ تہٕ عرفاتُک مأدان اوس نورس لولہٕ متہٕ لاے کرنہٕ باپتھ بے تاب۔ نورن ہیژ سکھر کرٕنی۔ آمنس باسیوو زِ زمرُدٕچ توٗنتھ تہٕ یاقوٗتچہ پکھہٕ کُرِتھ آو سفید یاہوکوتر۔ آمنس رضہ نکھہٕ ووت۔ پأی تھپہٕ ہشہٕ پکھہٕ ڈٔاجنس تہٕ بختہٕ بوٗڈ گلالہٕ پیوٚ وتھنہٕ۔ صحراوس منٛز پھوٗل نوٗرُک گلاب، مُشکہٕ سرن ہنٛدی نافہٕ کتھی رٔتھہِ، یاہوکوتروٚ نج اوراد، ٹوٗرو کُملأوی وُٹھ، وأنکی دار سفید چھرِ ہنٛدی رٔنگی آو اوٚبرٕ زال نوٗمولوٗدس کُن ییران ییران تہٕ آس ہی تنہِ أنٛدی أنٛدی وَلنہٕ۔ کوترُوٚ پھوار گرِژھتھ بوٗز آمنن رضہ''۔[19]

رشید نازکی چھِ عالمِ دین آسنس ستی ستی زبان داں تہٕ۔ یِم چھِ فارسی اُردو، انگریزی تہٕ کأشرِ زبأنی منٛز بلارکاوٹ لیکھِتھ تہٕ ہبکان تہٕ بوٗلتھ تہٕ۔ یہنٛزِ

کلہم شاعری ہُند عموٗمن تہٕ نعتیہ شاعری ہُند خصوٗصن، ڈکشن چھُ عربی تہٕ فارسی آمیز آسنہٕ باوجوٗد شوٗد کاشُر باسان۔ یہِ چھُ ووستاد ے کرِتھ ہبکان، عام شاعرس اَندِ نہٕ۔ یِہندۍن نعتیہ شعرن اندر چھِ معنہ ساوی استعارٕ، تشبیہ، علامژ تہٕ پیکر استعمالس اندر اَنہٕ آمتۍ:

چوٗن گل رُخ چھُ بُلبلن اوراد
تھوٗد ووتھکھ سیوٗد تہٕ خم گرِتھن شمشاد



نوٗر لاگِتھ مے دارِ کنٕ آہم | پوٗش پھوٗلہم تہٕ وارِ کنٕ آہم
دین ودنیاوندے بہٕ پرٕتھ قدمس | یا مزمل سپارِ کنٕ آہم



چھُس بسر شوٗبہٕ وُن لعمرُک تاج
باج دِمہٕ ہا بہٕ چھُس نہٕ اَتھ لایق



''وہراتھ'' ناوچہِ نازکی صابنہِ شعرسوٗمبرنہٕ منٛز چھِ کہٕ نعت۔ شاید آسہِ یہِ یِہنزِ نعتیہ شاعری ہُند انتخاب۔

غلام حسن غمگین چھِ موجوٗدٕ دورُک سُہ نعت گو شاعر یَس پننہِ حیاتی بلکہ جوانی منٛزے پننہِ کلامُک بہار تہٕ جہار وُچھن نصیب سپُد۔ کیٛنژن نقادن ہُند وَنُن چھُ زِ غمگین چھُ زیادٕ پہن میچھہِ آوازٕہِند مدتہٕ ستی بوزن والین متاثر کران۔

گوڈٕ اُس میٲنی تہٕ یہاے راے مگر یہنٛز ''ثنائے نبیؐ'' ناوٕچ کتاب پٕرتھ پیٚیہِ مے پننٛی راے بدلاوٕنی۔ یہنٛدی اکثر شعر چھِ مزازس مُدراوان تہٕ وولساوان:

یمو خوٚنہٕ سٕری گری رسولِ خدا
حضورؐ تمن ہیوٚت نہٕ کانٛہہ انتقام

○

آفتابن گاش تھوونس آیہِ تَن
قدمِ پاکن زوٚن گیہِ قُربان بوز

○

وُہمہِ صدی ہُنٛد پرگوتہٕ ہُنر منٛد نعت لیکھن وول شاعر علی محمد شہبازؔ آو تمہِ وقتہٕ شہید کرنہٕ ییلہِ تمی سُنٛد شوق تہٕ فن عروٗجکی منٛزِل ژھنڈنس منٛز محو ٲسی۔ شہباز اوس پیدا ٲشی شاعر آسنس ستی ستی اَکھ پوٚرمُت لیوکھمُت قلمکار۔ تَس اوس خاص گٔرتھ فارسی، اردو تہٕ کاشرِ ادبُک وسیع مطالعہٕ۔ شہبازُن نعتیہ کلامہٕ پٕرتھ چھُ بہلہِ پایہِ گونماتن تہٕ زبان دانن تمی سٕندِس باوٕژبلس پیٹھ رشک گژھان۔ پٕرتھ کانٛہہ لفظ پننہِ جایہِ تیٚوٗتاہ موزون باسان زِ کوڈٕ کٲ کرِتہٕ دوٗدس گُنڈی ژارن وٲلی تہٕ چھِنہٕ رٕکھیں وٕنتھ ہیکان۔ یژھ آمد چھے خال کٲنسہِ تخلیق کارس باگہِ یوان۔ یہُنٛد شعر بوٗزتھے چھُ بوزن وٲلس زیوٚ پیٹھ آہ آہ تہٕ واہ واہ یوان:

لفظن تہٕ اچھرن معنہِ گٔرِن ساس مُفسر
اَسہِ نِش چھُ بڑوٗنہہ کُنہِ رحلہِ پیٹھ قرآن محمدؐ

○

محمدؐ گوژھ فقط محبوب آسُن

تہٕ تِہنٛدٕ ے نعت گوژھ مرغوب آسُن

غزل تے لیکھہِ ہے کانٛژھا سخنور

بباطِن گوژھ نبیؐ مطلوب آسُن



شہبازنبن نعتن ہنٛز کانٛہہ سوٚمبرَن چھنہٕ وُنِستام شایع سپز مٕژ ۔ یہ چھُ واریاہ بوٚڈ تغوفل ۔ حالانکہ امہِ باوجوٗد تہٕ چھِ یِہندی نعت سیرتی مجلسن اندر تہٕ ریڈیو تہٕ ٹی وی کہِ ذریعہ یہ فنکارَن ہنٛدِ مدرِہٹہِ اکثر پیش کرنہٕ یِوان ۔ رحمان راہیؔ چھِ یِہنٛزِ نعتیہ شاعری متعلق اظہارِ خیال کران لیکھان ''تِہنٛدِ دِلہٕ وُزیے کینٛہہ جذبہ شوٚدی ، روایت شناس تہٕ نوکتہٕ سنج کاشری نعتِ شریف ۔''[20]

موجوٗدٕ دوٗرُک ناموراد یب غلام نبی گوہرؔ یوٚ دوَے زیادٕ پہَن کاشرِ زبانٕ ہنٛدِس نمایندٕ ناول نگارٕ ہنٛدِ حٔثیتہٕ زاننہٕ یِوان چھُ ، تاہم چھُ کاشرِ شاعری خاص کر نعتیہ شاعری تہٕ یِہنٛد سبٹھاہ دِیُت ۔ یِہنٛزِ نعتیہ شاعری پیٹھ مشتمل ''زادِ راہ'' تہٕ ''ناوٕ تار'' کتابہٕ چھےٚ یِیمہِ کتھہِ ہنٛزٕ گواہ زِ حُب رسول صلی اللہ علیہ وسلم چھےٚ گوہرٕنی سارِوے کھوتہٕ بٔڈ ارزتھ ۔ یِہندی نعت چھِ وَنہٕ وَنکس فارمس منٛز تہٕ غزلہٕ چالہِ تہٕ ۔ عشق تہٕ التجا چھُ یِہنٛدین نعتن اندر رِملہٕ مِشہٕ نظرِ گژھان ۔ کینٛہہ مثالہٕ :

فلوٗ اے گرٕ ژھتھ گژھ بہٕ دِمے بابِ مدینس

دیولنہٕ چھُس یِنہٕ زانٛہہ تہٕ کھری لولہٕ منٛز میون

ناوٕ پأٹھی اگر غولأمی کٔر
عملہِ رٔستِس یہأے وسالت چھُم

○

داغ سینگ ژلسم نظر کٔری تو
باغ دوٗدُمت پھولسم نظر کٔری تو

○

رحمان رأہی چھُ عصری شأعرَن اندر پاسہٕ فنکار ہِندِ حٲثیتہٕ معروٗف۔ یم چھِ مٔنزی مٔنزی نعت تہٕ لیکھان بلکہِ چھےٚ یہنزَن نعتیہ تہٕ رثأنی منظوماتَن پیٹھ مشتمل اَکھ الگ سوٗمبرَن "شہہ رَگ وأتھ" شایع تہٕ سپزمٕژ۔ کأشرِ نعتیہ شأعری پیٹھ تفصیلی تنقید تہٕ تبصرٕ کرن وألِس کأنسہِ تہٕ نقادَس پیہِ بہرصورت یہندِس نعتیہ کلامَس پیٹھ اَلگ پأٹھی لیکھُن، تِکیازِ یہِ چھُ اَتھ ژُمرَس منز یِنہٕ واجنہٕ باقٕے شأعری نِشہِ بیوٗن۔

مرزا غلام حسن بیگ عارفؔ رٕ دتقریبَن ستہٕ تَن وٕرِیَن کأشرِس ادبَس خدمت کران۔ اَتھ طویل ادبی سفرَس دوران کٔرِ تِمو درجنہٕ واد کأشرِ کتابہٕ شایع یِمَن منز قرآن مجیدُک کأشُر ترجمہٕ تہٕ اَکھ نعتیہ شأعری ہِنز سوٗمبرَن "لولہٕ وہزار" تہٕ شأمل چھِ۔ عارفؔ صأبنہِ نعتیہ شأعری اندر چھُ فریاد تہٕ تہٕ عشقیہ اظہار تہٕ۔

صادق القولاً أمینا مصطفےٰ — شوقہٕ پَر صلےعلیٰ صلےعلیٰ
سُے دِلچ ستھ سے چھُ دیدن جلوٕ گاہ — شوقہٕ پَر صلےعلیٰ صلےعلیٰ

حضرت بلہٕ کس بوٚنہٕ شیٖہجارس  وَنہٕ سرٕدارس اُمتک حال

وَنہٕ سرٕدارس نبی مختارسؐ  وَنہٕ سرٕدارس اُمتک حال



عارفٕنٛی نعت چھِ کاشُر بوٚوچھن منٛز رچھِ گرٕی گرٕی تھاوٕمتی تہٕ یم چھِ اکثر گیوٚنہٕ تہٕ گنگراونہٕ یِوان۔

غلام نبی ناظرؔ چھُ بسیار نویس شاعر۔ یم چھِ مختلف زبانن منٛز لیکھان۔ یہنٛز کاشرِ نعتیہ نظمہٕ تہٕ غزلہٕ چھےٚ ''شٕلیچ پھٔلے'' ناوچہِ کتابہِ اندر چھپےمٕژٕ۔ یم چھِ تعشوقہٕ شاعری ہندی پاٹھی نعتیہ تہٕ رثایی کلامس منٛز تہِ مخصوٗص قسمُک ڈکشن ورتاوان:

رأژ کزٲلی موکھ پڑٕنن  موٗختہٕ فضا چھٕلتھ چھٕنن

ساز رُمس رُمس ٹٕبنن  سوز منٛج زبان وٕنن

صَلِ عَلیٰ نَبِینا صَلِ عَلیٰ مُحمَدٍ



ییٚلہِ انسانیت ظلم و جبر کین پنجن تل ہہنہٕ یتھ لاچارٕ گی محسوٗس چھےٚ کران، یژھ پژھ تھاون والین چھُ ظلم تہٕ جبر مٹاوَن وول محسنِ انسانیت صلی اللہ علیہ وسلم یاد پیوان۔ ظریف احمد ظریفؔ چھُ عصری کرب، بدعات تہٕ بدامنی ژینتھ تہٕ ژرٕ ژِتھ امن وسلامتی ہٕندِس علمبردارس عقیدٕ بوٚرُت آلو دِوان:

أنزراوِ اگر نٕیاے تہٕ أنزراوِ محمدؐ

رَتہٕ داٗوی سانٛہن آلوَن گن تھاوِ محمدؐ

پڑتھ کانٛہہ چھُ ماتم دار، بستی ہے چھُ ژھووا پاری
پڑُھ چھُم ظریفَس شادی اَسہِ برناوِ محمدؐ



وۄنہِ بیٛارِ کس مرحوم غلام حسن نحوی سُنٛد معیاری نعتیہ کلامہٕ چھُ سانہِ عقیدتی شاعری اندر قابلِ قدر اضافہٕ۔ یِہنٛدِ کلامکی کینٛہہ نموٗنہٕ وُچھتھ باسیوو مےٚ زِ تِتھے یِہُنٛد سورُے نعتیہ کلامہٕ منظرِ عامس پێٹھ یِیہِ یِم پَن یێمہِ دورکین اہم نعت گو شاعرَن منٛز شمار کرنہٕ۔

مشتاق کشمیری رُؤ دسأر ہے عمرِ دین فطرت، مذہب اسلام مکمل ضابطہ حیات رٔنگی پانناونچہ کتھہِ پننہِ شاعری اندر باوان۔ اَمیک ٹاکار اثر چھُ تِمن نعتیہ تخلیقن پێٹھ تہِ یِم یِمو تحریر کری مَتی چھِ۔ اَمہِ سٟتی چھا یِہنٛز نعتیہ شاعری ہُنٛد حسن بڈان کِنہٕ گٹان، سُہ چھُ الگ موضوع۔ مگر یِہ چھُ بہرحال واقع زِ اَمہِ رٔنگی چھُ یِہُنٛد نعتیہ کلامہٕ باقے نعتیہ شاعری نِشہِ مختلف۔

معاصر شاعرَن منٛز چھِ تنہا انصاری، سید محمد الدین نواز رتن پوری، سعدالدین سعدی، غلام محمد غمگین، محمد ایوب بیتاب، نظام الدین سحر، مشتاق فریدی، غلام نبی آتش، نشاط انصاری، عبدالاحد فرہاد تہٕ اعجاز غلام محمد لالو کینٛہہ تِتھی ناو یِمو سبٹھاہ ماری مٔنٛدی تہٕ معیاری نعت لیکھی مَتی چھِ مگر یِمَن سارِنٕے پێٹھ الگ الگ تبصرٕ کرنہٕ سٟتی لگِہ یِتھ مضموٗنس زیادٕ زیچھر۔



# حوالہٕ :

1. کانسٹائن ہنٛز ضخیم کتابہ چھُ اردوٗ وس منٛز شمس الدین احمدن ترجمہٕ کوٚرمُت تہٕ یہِ چھُ ''محمد رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم سے نئی پہچان'' عنوانس تحت شایع سپُد مُت۔

2. ''قصیدہ بردہ'' کہِ حوالہٕ چھُ نعتس متعلق لیکھن والیٚ کینٛژٕو کاشرٕ محققو اَکھ کنفیوجن Confusion پاٛدٕ کوٚرمُت۔ کعب بن زُہیرؓ سُنٛد لیوکھمُت قصید چھُ سُتمہِ صدی ہجری منٛز لیکھنہٕ آمتِس حضرت شیخ امام محمد شرف الدین بوصیری ہنٛدِس ''قصیدہ بردہ'' ہَس ستی رَل کرنہٕ یِوان۔ موخر الذکر قصید چھُ ''قصیدہ بانت سُعاد'' نِشہِ بالکل الگ تہٕ اَتھ چھُ کاشرِس منٛز رشید نازکی صابن ترجمہٕ تہٕ کوٚرمُت یُس ''زمزم'' ناوس تحت شایع تہٕ سپُد مُت چھُ۔

3. یہِ نعتیہ رُباعی چھےٚ جے اینڈ کے اکیڈیمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لنگویجز کہ طرفہٕ شایع کرنہٕ آمژٕ انتھالوجی ''نورٕ آگُرس'' منٛز عبدالرحمان جامی یس ستی منسوٗب کرنہٕ آمژٕ یُس سراسر غلط چھُ۔ وُچھو نورٕ آگُر صفہٕ 67۔

4. ''انہار'' نعتیہ نمبر، صفہٕ :72۔

5. یم نعتیہ شعر چھِ نورآگرس منٛز سعدی یس ستی منسوٗب کرنہٕ آمتی۔ وُچھو نوٗرٕ آگُر صفہٕ :66۔

6. شیخ العالم گوڈنیک کاشُر نعت خوان۔ شیرازٕ نعتیہ ادب نمبر، صفہٕ :64۔

7. انہار ''نعتیہ ادب نمبر''، صفہٕ :110۔

8. کشمیری زبان اور شاعر، جلد دوم، صفہٕ :277۔

9. کلیاتِ نادم، صفہٕ :17۔

10. کلیاتِ نادم، صفہٕ :19۔

11۔ تقریبَن سارِوے مثنوی نگارو چھِ پننِن مثنوی یَن ہِنٛدِس ابتدا ہس منٛز مناجات، نعت تہٕ منقبت لیکھِمتۍ۔ شاید برکت تہٕ کامیأبی ہِنٛدِ نیتہٕ۔ اَمہٕ قسمہٕ کیٛن نعتَن ہُنٛد تعداد چھُ کأشرِس منٛز وارِیاہ۔

12۔ نوٚوِ کأشرِ ادبُک توارِیخ، صفحہٕ :177-172۔

13۔ کلیاتِ نادمؔ، صفحہٕ :102۔

14۔ کشمیری زبان اور شاعری جلد دوم

15۔ میر غلام رسول نازکی ہِنٛدہِن کأشرہِن شعری مجموعن ہِنٛدی ناو۔

16۔ تکنیکی طور چھا یِم رُباعی رِکنہٕ نہٕ یہٕ چھُس نہٕ تتھ متعلق کانٛہہ دعواہ راوُن یژھان۔

17۔ ''بیادِ فاضلؔ''، گوشہ اردو، صفحہٕ :37۔

18۔ مرغوبؔ شناسی، صفحہٕ :84

19۔ سیرۃ النبیؐ، جلد :1، باب : میلاد۔

20۔ ''شہباز'' شمارٕ :ا، صفحہٕ 32۔

# لل دید تہٕ شیخ العالمؒ: تقوبلی جائزٕ

پتھ کالہٕ پیٹھٕ از تام کُل کٲشیر ہٕندِس تہذیبی تہٕ توٲریخی ارتقاہس سٟنتھ تہٕ سٟرِتھ ووٚن دِنہٕ پتہٕ چھِ لل دید تہٕ شیخ العالمؒ سبٹھٕے بارَستہٕ تہٕ کُنہِ حدس تام بے جورٕ (کٲشیر ہٕندِس تنوظرس منٛز) شخصیژٕ ہٕنتھ دید مان سپدان۔ یِمن دوشوٕنی چھِ الہٕ پَلہٕ سٲری کٲشری بلا لحاظہٕ مذہب وملت، رنگ ونسل، ورگہٕ تہٕ فرقہٕ حدٕ کھوتہٕ تہٕ زیادٕ تعظیمہٕ سان یاد کران۔ ژوداٲہمہِ صدی عیسوی منٛز یِہنٛدِ نمایاں سپدنہٕ پیٹھٕ از تام رٕوٗدی یِم دوشوٕے لُکن منٛز تیٚتی مقبوٗل زِ یِہنٛز زِندگی سٟتی وابستہٕ وکھرٕ وکھرٕ واقعہٕ، یِہنٛد کلامہٕ تہٕ قول بنیہٕ سانہِ لُکہٕ لورٕ کی حِصہٕ۔ دوٚیمَن لفظن منٛز ہَکو ییتھٕ پٲٹھی تہٕ وٕنتھ زِ یِمن سٟتی سپٕز لُکہٕ پرٕژھ وابستہٕ۔ ییٚلہٕ کانٛسہِ رٕوحٲنی بزرگس، لیڈرس یا وَنو زِ قومی ہیروَس سٟتی بے پناہ مقبوٗلیژ کُنہِ امہِ قسمٕچ پرٕژھ وابستہٕ سپدان چھےٚ، تمہِ سٕنٛز شخصیت چھےٚ اساطیری رنگ رٹان۔ تمِس سٟتی چھِ پزی سپدیمتو واقعاتو علاوٕ تِتھی معاملہٕ، ترٕژھ کراموژ، کتھہٕ تہٕ بیترٕ بیترٕ چیزٕ تہٕ وابستہٕ کرنہٕ یوان یِمن نہٕ کانٛہہ توٲریخی حوالہٕ یا واقعاتی شہادت ڈٕکھس چھےٚ آسان۔ یِم فرضی تہٕ قیاسی کھرٕ کڈنہٕ خاطرٕ ییٚلہٕ کانٛہہ ہُشیار مغز محقق کوٗشش کران چھُ، لُکہٕ پرٕژھ چھےٚ تس عموٗمن

ڈوٗلمت یا فتوٗری ذٕہن تھوٗن وول ؤنتھ ردکران۔ امہِ ردِعملک نفسیأتی اثر چھ علمی تہٕ تحقیقی سوٗتھرِس پیٹھ کأم کرن والین گٔنہ گٔنہِ شعوٗری طورتہٕ اکثر بے شوٗنکی پأٹھی ذٕہنس پیٹھ حأوی روزان۔ للہ دید تہٕ شیخ العالمؒ ہن پیٹھ کأم کرن والین وأنسٕتھ کیٛو جواں سال محققن تہٕ چھ یہِ نفسیأتی معاملہٕ اکہِ یا بیٛیہِ طریقہٕ آوٕرأوِتھ۔ معروف شیخ شناس اسداللہ آفاقی یٛو دوے ذأتی عقیدکہِ اعتبارٕ زبردس توحید پرس اوس، مگر یٛیلہِ علمدارٕسنٛدِ حوالہٕ کرنہٕ آمتہِ گٔنہِ حأران کُن انکشافٕچ ڈلیل منگہٕ ہوکھ، لوتی أسی یوٗہے سرٕ پأٹھی ہیٛو ونان ''یہِ چھ مےٚ پانہٕ وُچھمت''۔ کیٛژن کتھن تہٕ شُرکِبن متعلق أسی ونان زِ ''یم چھ مےٚ علمدارسے نِشہِ بوٗزِمتۍ''۔ نی توکھ ووٗنی گٔلہم پأٹھی بظأہر کم پرٕتھ تھوٗن وألی نوٚ پٔیہِ ہٕنٛدی لِکھأری تہٕ محقق۔ مےٚ سۭتۍ پی ایچ ڈی کرن وول اکھ جواں سال تہٕ گاٹُل سکالر نثار ندیم چھ پوٗرٕ اعتمادٕ سان ونان زِ ''شیخ العالمسؒ چھ بأطنس منٛز شیخ الفقراء ونان''۔ یورٕ پرٕژھی توس ''ژٕے کمی ووٚنُے یہِ؟''۔ اورٕ ونو زِ یا دے پٔہن اعتمادٕ سان ''نخص تہٕ بٔ پانہٕ وُچھتھ آس''۔ للہ دیدٕ متعلق تہٕ چھےٚ یِژھے پٔژھے کتھ سپدان روزان۔ معروٗف کأشُر شاعر، ووستاد تہٕ محقق شاد رمضان دپان ''بہٕ دِمہٕ تحقیقی طور ثابت کٔرتھ زِ للہ دیدِ اوس گٔلمہٕ پوٗرمت تہٕ سو أس مسلمان بنیمٕژ''۔ کأشرِ زبأنی ہُند بیا کھ بہلہِ پایہِ ادیب تہٕ مُفکّر غلام نبی گوہر دپان ''للہ دید چھنہٕ مُلہٕ مونجے أسمٕژ ے''۔ تِتھس صوٗرتِ حالس منٛز کم نٔرِ دِیہِ نارس یمن دون شخصیژن ہُند تقوٗبلی جأیزٕ پیش کرن وول، تمیٛک اندازٕ ہیکہِ پرٕتھ کانٛہہ بوزن وول تہٕ پرن وول زبر پأٹھی کٔرتھ۔

بہرحال یہِ ساآرے کُھری کانگر زیرِ نظر آسنہٕ باوجوٗد کرٕ بہٕ پننہٕ مُطالعہٕ تہٕ فہمہٕ حسابہٕ زیرِ بحث موضوٗع کہِ حوالہٕ کتھ ہنا منطقی طور برٕ وٗنٹھ پکناوِنٕچ کوٗشش۔

یہِ چُھ بلکُل واضح زِلل دیٚدِ تہٕ شیخ العالمس درمیان چھِ واریاہ چیزٕ نہٕ صِرف رلان بلکہِ یہِ ڈٕلِ زِ تہِ سروٗدی تہٕ۔ یِمن دوشوٕنی شخصیژن ہُنٛد زمانہٕ چُھ اَکُے۔ اکھ سُہ زمانہٕ یُس تہذیبی تہٕ عقیدتی تبدیلیَن ہنٛدِ حوالہٕ تاَریخی طور سیٹھاہ اہم مانہٕ یِوان چُھ۔ تبدیلیَن ہنٛدس اتھ دورس نِسبتھ للِ دیدِ تہٕ شیخ العالمہَن ہُنٛد رُویہِ چُھ دوٚن الگ الگ عقیدتی سِلسِلن سٟتی وابستہٕ آسنہٕ باوجوٗد دیٚیمہِ اعتبارٕ رلان زِ دوشوٕے چھِ منہٕ کُس شوٗزرَس پیٹھ زور دِتھ ہاوِ باوس ناپسند کران۔ دوشوٕے چھِ اعلیٰ قدرن ہنٛدی پاسدار۔ دوشوٕے چھِ پرٕتھ قسمہٕ کہِ جاہ وحشمتہٕ تہٕ چکہٕ چاوٕ نِشہِ لوٗب رٕوٗزِتھ سادگی تہٕ سیٚز رَس پزرس آے کانٛچھان۔ دوشوٕے چھِ محل خانوٕ تہٕ راژٕ دربارَو نِشہِ یِتھ حدس تام دوٗرٕ ژلان زِ تِمہِ دورٕ کیٛو مورِخو منٛزٕ چھنہٕ اُکی تہِ یِہنٛد ناوٕ کُنہِ تواَریخی نِوشتس منٛز درج کوٚرمُت۔ یِم دوشوٕے شخصیژٕ چھے فِکری طور کاشرِ بِن ہنٛزٕ تِمہِ اجتماعی سوچن ہنٛز نہٕ صِرف علامژ بلکہِ عملی پیکر بنِتھ برٕوٗنٹھ کُن یِوان، یِتھ تحت کشیرِ ریشی واَرِتہٕ پروَارَونہٕ یِوان چُھ۔ دوٚن الگ الگ مذہبن سٟتی وابستہٕ آسنہٕ باوجوٗد چُھ دوشوٕنی ہنٛدِس وطیرس تہٕ ورتاوس اندر تیٚتھ سمژار زِ کُنہِ جایہِ کانہہ مُژکری، ٹھمہٕ ٹھم یا اختلافِ راے پاَدٕ گژھنہٕ بجایہِ چھِ دوشوٕے زنتہٕ اکی عقیدِکی پاَروکار باسان۔ میٛانہِ خیالہٕ چھ امیُک اہم وجہ یہِ زِ یِمو دوشوٕیو کُر شِدت پسندی ردٕ کٕرِتھ عقیدٕچ پاَروی امہِ کُس حقیقی جذبس تحت تہٕ یہِ

بنوٗو کھ مُقامی لوٗکن ہِنٛدِ مزازچہِ کُلھم اٙڈ رٕنہِ مطابق لگہٕ ہارتہٕ وٕیہِ وُن۔ شیومتس تُرکہِ شاسترٕچ جہت بخشنٕچ تہٕ اِسلامس اندر ریشتیک انہار پھاپھلاون اٙسی کاشرس مزازس پھیکہِ پھیکہِ وٕیہِ وٕنی معاملہٕ۔ امہِ ستی گوٚ ویمن دون وکھرٕ وکھرٕ فلسفن تہٕ پرٛھن درمیان تیوٚتاہ ہشر پاہٕ دٕ زیٚنہِ کہِ مُسلمانوٚون لل دیدِ للہ عارفہ تہٕ بٹوٚ ہیوٚت شیخ العالمؒ سہزٕ انندناوٕ یادکرُن۔

لل دیدِ تہٕ شیخ العالمسؒ درمیان بیٚاکھ بلکہِ سارِوٕے کھوٚتہٕ اہم مُشترکہٕ خاصیتھ چھےٚ یمن دوشوٕنی ہُنٛد شاعر آسُن۔ شاعری چھنہٕ یم دوشوٕے شُہرت حاصل کرنہٕ یابدل گُنہِ مارٕمتہٕ کران بلکہِ چھےٚ یہِ یہنٛدِ باپتھ اکھ فطری مجبوری۔ اکھ امہِ سببہِ زِ یم چھِ پیدایشی سخنور آسنہٕ۔ کنٛی شعروٕنتھ بوس لوٗ ژراوان تہٕ دوٚیم یتہٕ زِ شعرٕ آہنگس منٛز چھےٚ یہنٛزٕ مولبہِ کتھ لوٗکن گنگراونہٕ تہٕ گنگرٕاٙوِتھ یادتھونہِ تہٕ یاد تھوٚتھ باقٕین تام واتناونہِ سہل گژھان۔ امہِ ستی چھُ سہ سِری فلسفہٕ تہٕ دِینی پاٗغام عام گژھان تیٚیچ ہنٛز باوتھ لل دبدتہٕ شیخ العالمؒ کران چھِ۔

یژھ پرٛژھ تھوٗن واٚلی لوٗکھ چھِ یہِ کتھ مانان زِ صاحبِ کمال ولی چھِ کرامٕژ ہاوان۔ لل دبدتہٕ شیخ العالمؒ دوشوٕنی ہنٛدِس باکمال روٗحانی بُزرگ آسنس پیٹھ چھنہٕ مےٚ ذاتی طورکانٛہہ شک تہٕ اوٚکنٛی چھُم یتہٕ یقین زِ یمو دوشوٕیو آسن واریاہ ناقابلِ یقین کمالات تہٕ کرامژٕ ہاوِمژٕ۔ تاہم چھِ یہنٛدِ اٙنیکھ رٕژرٕ، لگہٕ مزازس ستی ہشرٕ تہٕ سُخنوری ہنٛدِ خداداد صلاحِیتہٕ سببہِ یم کاشر بولکوٚ تہٕ پتہٕ لیکھن والہِ تتھ پاٹھی پیش گرٕمتی زِ دوٚنوٕے چھِ بالافطری مخلوٗق ہوٚی بنٛیمتی۔ سانہِ سماجی زِندگی اندر چھِ

یہنٚز حٲثیت تیٚژ اثر دار زِ پرٛتھ کاںٛہہ چھُ پننِس دعوٕہَس دربر عطا کرنہٕ خاطرٕ یہُند کلامہٕ مثالہِ رٕنگی پیش کران۔ حتاکہِ چھُ یتہِ سپدان زِ مُتضا دنظرِ یہن ہُند پرٛژار کرن وٲلی مِثالے اشترٲ کی تام چھِ یہُند کلامہٕ کوٹ (Quote) کٔرِتھ پننہِ کتھِ وزن ہُرراوُن یژھان۔ حبس ہوش تھاون وول تقریبن پرٛتھ کاںٛہہ نفر چھُ پننہِ سوچن تراےِ ہنٛزلل دید تہٕ پننہِ نظرِ یہِ ہِک شیخ العالمؒ تھُران۔ یوٗ دوَے یہِ بارستہٕ عوٲمی شخصیژن ستی سپدوُن معاملہٕ چھیی مگر کٲشرِ بوچھ لل دید تہٕ شیخ العالمؒ ہن ہنٛزن شخصیژن پیٹھ زیٛادَے یہن داستانوی رنگ کھولُمت۔ یہِ سِلسِلہٕ چھُ یمن دوشوٕنی ہنٛدِس ڈنٛب لگنس ستی باطنی بشارٕتکی واقعہٕ رلاوِتھ شروٗع گومُت۔ امہٕ پتہٕ چھُ شیخ العالمؒ ہن ہنٛدِ تولُد سپدَنہٕ پتہٕ پننہِ ماجہِ ہنٛزِ بَبہٕ دود نہٕ چوٗن تہٕ پتہٕ لل دیٚدِ ہُندِ لِس وَنُن "چےٚ مالہِ چےٚ، زہنہٕ مند چھوکھ نہٕ، چینہٕ چھُکھ مند چھان" تہٕ تسُند لل ماجہِ ہنٛزِ بَبہٕ دود چینُک واقعہٕ زبٲنی روایتَس منٛز تہٕ تہٕ لیٚکھِ پرٛ اندر تہٕ پھِری پھِری دوہراونہٕ آمُت۔ عقل تہٕ استدلال ورتاوِتھ چھُنہٕ یہِ پزر باسان۔ اکھاوٕ موکھ زِ شیخ العالمؒ ہن ہُند زایُن لبنہٕ وِزِ آس تحقیقی اَنکہٕ وٕنی موجوٗب لل دیٚدِ ہنٛز وٲنِس ژیتجی وٕری پیٹھی بیٛہِ چھُ لل دیٚدِ پانہٕ وۄنمت زِ:

زایس نہٕ تہٕ پیایس نہٕ
شوٗنٛتھ کھیوم نہٕ تہٕ ہنٛد کھیٚیم نہٕ



وُنٛیستام چھِ تقریبن سٲری محقق تہٕ یتھ کتھِ پیٹھ متفق زِ لل دید آس بے

اولاد۔ییلہٕ یہ پۄ زِچھ تیلہٕ کتہٕ آوسہٕ دودیُس علمدارن لل دیدِ ہنٛزٕ ببہٕ چھوٚ۔ عقل تہٕ منطق خرچاون وألی کرہن اتھ کتھِ محض لکہٕ وٕ تریٚگ اختراع وٕنتھ رد مگر شیخ العالمن چُھ امہٕ واقعہک پننس أکس شُرکس منٛز تمہٕ انمانہٕ تصدیق کوٚرمت زِ امہٕ کِس صحیح آسنس پیٹھ چھ بہرحال اقرار کرُن پیوان۔ یہٕ زبان زدعام شُرک چُھ:

لس پدمان پورچہِ للے

تمہٕ گلے امرِتھ پۄ

سو سأنی تہٕ اوتار لولے

تتھےٚ مےٚ ور دِتو دِوٕ



یعنی شیخ العالمؒ چھِ امہٕ واقعہٕ کِس تنوظرس منٛز لل دیدِ اعلانن اوتار تہٕ گور مانان تہٕ خُدا ایس تمِ سُندٕ ے ہیوٚ آے تہٕ پاے منٛگان۔ امہٕ اعتبارٕ چُھ یمن دون رۄحأنی شخصیژن ہنٛزِ فکرِ منٛز معنہِ سووہشر آسنگ اشارٕ میلان۔ بہرحال امہٕ قسمکۍ درجنہٕ واد کرامأتی معاملہٕ، مِثالے للہٕ ہُنْد ٹاکبن منٛز شریرژ ومراوُن، شیخ العالمؒ ہن ہنٛدِ توبۄ دُک وُڈوکرُن چھِ زبأنی رِوایتو علاوٕ تحریراتن منٛز تہٕ آمتی۔ یمن نوکتن ہنٛدِس تنوظرس منٛز چھ للہِ تہٕ علمدارس منٛز یکسأنیتکۍ معاملہٕ واریاہ زیادٕ تہٕ یوٚہے چُھ وجہ زِ یہُنٛد رلہٕ گومت کلامہٕ بیوٚن کڈُن چھ واریاہ مشکل گژھان۔ اتھ مسلس چھنہٕ وُنیکتام تہٕ موضوعی تنقیدکس مکتبِ فکرس ستی تعلق تھاون وألی نقاد اندٕ بوٚر دِتھ ہیکی متی تہٕ نہٕ چھ اتہٕ اسلوبیأتی عِلم زانن والین شبقہٕ پأٹھی کینہہ وُنن تگان۔

خاراتھ معاملس تفصیلی طور واش کڈنہٕ ستی لبہِ ییمہِ مقالُک ضمنی پہلوز تچھر، اوکنہٕ ییمہٕ تہٕ بییہِ مؤلہٕ موضوعس کُنۍ۔

عوأمی یاداشت کِس بُنیادس پیٹھ یُس کلامہٕ ییمن دون گونماتن ہندِ ناوٕ الگ الگ پأٹھی ووٚنی عالمانہٕ بحثا بحثی پتہٕ ذِمہٕ دار ثقافتی تہٕ ادبی اِدارن تہٕ کینٛژن بأریک بین شیخ شناسن ہُند تجزیہ پتہٕ شایع سپُد مُت چھ، تتھ تنقیدی نظرِ سام ہینہٕ پتہٕ چھِ ییم زِ بیوٚن بیوٚن طریقۂ عمل تہٕ الگ الگ اسلوٗب تھاوَن وألۍ شاعر بٔنتھ ووتلان۔ یہ چھ پوٚز زِ للہِ دیدِ ہندِس شایع کرنہٕ آمتس کلامس اندر چھِ مٔژی مٔژی تتھۍ کینٛہہ ژاکھ نظرِ گڑھان، ییم تمۍ ہندِ ژینَن طرز تہٕ باوٕژ طریقہٕ نِشہٕ مختلف بأستھ شیخ العالمؒ ہن ہندِس طریقۂ عملس تہٕ اسلوٗبس ستی رلان چھِ۔ برابر چھِ تِتھےٚ پأٹھی علمدارؒ ہندِ بن چھپے متین شُرکین منز تہٕ مٔژی مٔژی تتھۍ ژُ مصرأے نظرِ گژھان، ییم للہ دیدِ ہندِس اسلوٗبس ستی رلان چھِ۔ ضروٗرت چھ محسوٗس سپدان زِ شیخ العالمؒ تہٕ للہ دیدِ پیٹھ ضابطہٕ بند تحقیق تہٕ تنقید لیکھن والین جواں سال سکالرن پزن ییمن دوشوٚنی شاعرن ہندِ کلامُکۍ بُنیأدی پرٛزناوَن نِشانہٕ مُشخص کرٕنۍ۔ ستی گژھِ اسلوٗبیأتی مطالعکۍ اصوٗل لاگوٗ کرِتھ تمن شُرکین تہٕ واکھن ہنز نِشاندہی تہٕ سپدٕنۍ ییم ییمو قاعدو مطابق اورٕ یور گأمتۍ چھِ۔ گوٚ وکہ ییلہ کانٛہہ تہٕ محقق یا نقاد ییمن دون شخصیژن ہندِ کلامُک تقوٗبل کرِ، تمہِ وِزِ چھ ضروٗری زِ دوشوٚنی ہندِ کلامُکۍ اکھ أکِس ستی نہٕ رلہٕ وٕنی پھیرِ ہاوٕگون تہٕ پرٛزناوَن نِشانہٕ ژھٕن بدِ کڈنہٕ۔

شاعرانہٕ سوٚتھرِس پیٹھ للہ دید تہٕ شیخ العالمؒ ہن ہُند تقوٗبلی مطالعہٕ کرن

وأُلِس پڑتھ کأشرِ نقادَس یُس گوڈنیُک مسلہٕ پیش یِوان چھُ، سُہ چھُ یِمن دوشونی شاعرن ہِنٛز عموٗمن تہٕ شیخ العالمؒ ہن ہِنٛز خصوٗصن کوسہٕ ہِش شایع سپز مژ سۆمبرن بناوون بُنیاد۔ مے کۆر پنٛنہِ مطالعہٕ خأطرٕ ریاستی کلچرل اکیڈمی ہنٛدِ طرفہٕ جیالال کول سنٛز ایڈٹ کرمژ ''لل دید'' تہٕ اسد اللہ آفاقی ہنٛدِ ذٔسی ترتیب دِنہٕ آمژ ''کُلیاتِ شیخ العالمؒ'' ناوِ سۆمبرنن ہُنٛد انتخاب۔ یہِ زأنتھ نہٕ ہرگز زِ یِمن دون سۆمبرنن منٛز چھپاونہٕ آمُت کلامہٕ کیٛاہ چھُ مُستند تہٕ مکمل، بلکہِ اوٕ موکھ زِ یِم زٕ سۆمبرنہٕ چھےٚ میٛانہِ خیالہٕ باقے سۆمبرنَو مقابلہٕ واریاہس حدس تام بہتر۔ ''لل دید'' کتابہِ منٛز شأمِل واکھ پٔرِتھ یِم کینٛہہ بُنیأدی کتھہٕ بڑونٛٹھ کُن یِوان چھےٚ تِمو منٛزٕ چھےٚ گوڈنچ یہِ زِ لل چھےٚ شأعرن ہنٛدِس تتھ قبیلس ستی تعلُق تھاوان یتھ أسی کأشرِس منٛز وونی ''اسرأرِی'' ونان چھِ۔ أمی ہنٛدِس مِصرس مِصرس منٛز چھُ أندرٕ ونیُک سوز وُزان تہٕ یہِ چھےٚ پنٛنِس وجوٗدس اندر گژھتھ سرسأوی پرٕ وپرٕ زنأوِتھ تہٕ پرٕ زلأوِتھ اصلی تہٕ ابدی گاشہِ آگرس ستی لین سپدنچہ شرٕتہٕ سنٛز کران۔ کینٛہہ مثالہٕ:

پۆت زوٗنہِ وُۄتھتھ موٗت بولہٕ نووُم
دَگ لَلناوُم دَیہِ سنٛزِ پڑیے
لٔلی لٔلی کران لالہٕ وُزنووُم
میلتھ تس من شروٗژیوم دِہے

○

لل بو دژ ایس لولرے

ژھانڈان لۄسم دِ ن کیہو راتھ

وُچھم پنڈت پننہٕ گرے

سُے مےٚ رٹمس نیچھتر تہٕ ساتھ



سومنہٕ گارُن منز یتھ کنڈے

یتھ کنڈِ دپان سورُوپ ناو

لۄب، مُہہ ژلی شۄب ییہٕ کندے

پیتھی کنڈِ تیز تے سۄر پرٚکاش



گورن دوٚ پنم گُنےٚ وژُن

نیبرٕ دوٚ پنم اندر اژُن

سُے گوٚو للہِ مےٚ واکھ تہٕ وژُن

توٚے مےٚ ہیوٚتُم ننگےٚ نژُن



پننس ذاتس اندراتھ حدس تام گُم سپدتھ تہٕ عرفانہٕ ذاتھے پننہٕ رۄحانی تہٕ عقیدتی سفرُک معراج زانُن چھنہٕ امہِ انمانہٕ شیخ العالمؒ ہن ہنٛدِس کلامس اندر لبنہٕ یوان۔ وۄنی اگر اَسی برابری انہٕ باپتھ زورٕ زارٕ علمدارؒ سنٛدِ کلامہٕ منزٕ امہِ ژینن ترٛایہٕ

ہنٛدی شُرٕ کی ژھانٛڈنہٕ بہمو، زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ چھِ یمہٕ نوعیتکی گرٕ تام شُرٕ کی نیران:

لا اِلٰہ اِلا للہ سہی کوٗرُم

وٗحی کوٗرُم پنٛن پان

وجوٗد ترٛاۄتھ موجوٗد سوٗرُم

ہر موکھ وُچھُم پنٛن پان



نموٗنہٕ رٕنگی دِنہٕ آمتٮ۪ن للہ واکھن مقابلہٕ چھا علمدارِ سُند یہِ شُرٕک یُس کم

کاسہٕ تبدیلی گرِتھ لل دیدِ ہنٛدِس کلامس منٛز شامِل کرنہٕ آمُت چھُ، ژٕرٕتھ کڈنہٕ یِنہٕ

باوجوٗدتہٕ للہِ ہنٛدِ تعشوقہٕ تجربہٕ کِس منہٕ باوتس ستی واتھ کھوان؟ میانی کنہِ سبٕٹھاہ کم

تہٕ تمہِ نشہِ بلکُلے کم، یوٗتاہ شیخ العالمؒ سِری شاعر ثابت کرن والیو کینٛژ نقادو امہٕ

حوالہٕ لیوٗکھمُت چھُ۔ شیخ العالمؒ ہن ہنٛزِ فکر چھِ کلِہم پٲٹھی بلکل اتھ ژینن طرزس

برعکس۔ تِم چھِ تمام خارجی وجوٗدن (انسانی کنیو غار انسانی) ہنٛز حقیقت تسلیم گرِتھ

عقیدس عباداتو علاوٕ انسانی تہٕ سماجی نوعیت کٮ۪ن باہمی معاملن ستی جوڑان:

کر تو کرے تہٕ بہتو نٮ۪جے

موٗرکھو بوٗزی تو سنجہِ وتھ

عاشقو پُلہٕ تہٕ پوتو گنٛجے

یاوٕنی مدس ژٕلی رنجہِ دِتھ



اکہٕ ہوٚت سوٚنتھ چھُے نیر شِکارس
ؤہرس رِکیُت بابہٕ آسی رُتےٚ
ورگس تہنٛدِس دوٚر روز کارس
یارن ہٕتی آسی رُتےٚ

○

مُسلیوٗ مو کر کوٗلے
تتہِ غوٗسلس دوٗدچہٕ کوٗلے چھاو
زُوٗس یاد کرُن اوٗلے
یہٕ گرٕژھ کوٗلے تہٕ سولےٚ ترٛاو

○

شیخ العالمؒ چھُ أکس سنجیدٕ فِکر مُبلّغ تہٕ مُعلِّم ہٕنٛدی پأٹھی پانس، پننین خلیفن، طالِبن، عالِمن، ریٚشین تہٕ باقےٚ سارِنٕے کأشرِ ن وہرٛ ھنِتھ تہٕ مثالہٕ دِی دِی دٕ ہن تہٕ دُنیاہچہٕ بجأیی ہٕنٛدی طریقہٕ فِکرِ تاران۔ نیک و بدس درمیان فرق سمجاوان، اسلأمی فقہٕکی مسلہٕ فِکرِ تاران، دُنیہچہٕ بے ثبأتی ہٕنٛز ژینہٕ وَن دِوان تہٕ آخرَتہٕ باپتھ سٕنٛز سامانہٕ تیار کرنک حبس پاوان۔ چونکہِ شیخ العالمؒ ہٕن چھِ مقرر موضوعن پیٹھ باوتھ کٕرمٕژ۔ توَے چھنہٕ اسداللہ آفاقی یَس یہنٛدِ کلامٕچ موضوعی باگٕنےَ کرنس مٕنٛز کانٛہہ دِقّت آمٕژ۔ یہِ موضوعی باگٕنےَ تہِ چھےٚ قابلِ توجہ۔ دَیہٕ سٕنٛز اطاعت، حضرت محمد صلی اللہ علیہِ وسلم سٕنٛز اطاعت، آخرَتچ کل تہٕ بَے، عملہِ گُن ناد، حج تہٕ جہادفی

سبیل اللہ، توبہٕ، مومنہٕ ہنٛز تصویر، اسلام تہٕ رہبأنیت، حرام رِزق، اصلی تہٕ نقلی رێش، نفس پرست وعظ خوان، زٔنی تہٕ سماج، اسلأمی فقہٕ، رنٛگ بدلوٗن یہِ دُنیا تہٕ وغأرٕ۔لل دیدِ ہنٛدِس کلامس منٛز ہکو نہٕ امہِ قسمچہٕ موضوٗعی ضأبطہٕ بندی ہُند تصوٗر تہِ گٔرِتھ۔تمہٕ ہنٛدی واکھ چھِ ژینہٕ آمژن کیفیژن تہٕ اکایل خیالن ہنٛز حرارٕ ژ واجنی گرٛکھ یوسہٕ شعرٕ زبأنی منٛز نبر نیرِتھ اسہِ تام وأژ۔بقولِ رحمان راہیؔ:

''للہِ ہُند أندٕری جنگ تہٕ تسنٛز جدوجہد چھنہٕ تسنٛدِس کُنہِ تہِ تجرُبس منٛز بلکہِ وَنو کُنہِ تہِ وہژارس منٛز تسنٛز (Involement) یعنی آورٔنی ہُند سبب بنان تہٕ تمہٕ ستی چھ تسنٛدِس کلامس منٛز جایہِ جایہِ احساسک اکھ وُہہ وُن ناروٗزان تہٕ جذبٕچ اِکھ زوردار گتھ ہُران یوسہٕ تسنٛدٕن خیالن تہٕ وہژارن، ہٕرژن تہٕ داین، یَژھن تہٕ پرٛژھن، تسنٛدٕن لفظن تہٕ کتھن بہلہِ پایہِ شأعری ہُند انہار بخشان چھےٚ''۔[1]

أندٕری جنٛگک یہِ حسبِ حال چھُ دراصل لل دیدِ ہنٛزٕ مُسلسل تہٕ متوأتر روٗحأنی فِکرِ تہٕ ذِکرِ ہنٛدِ آگرٕ وُزِتھ شعرٕ صوٗرت اختیار کران تہٕ امہِ کِس لفظس لفظس منٛز چھےٚ تیژاہ اصلیت (Originality) حرکت تہٕ حرارت زِیرن وول تہٕ بوزن وول چھُ یہِ پوٗرٕ شدتہٕ سان محسوٗس کران۔

دیہچہ لرِ دارِ بر ترٛوپٕرم
پرانہٕ ژوٗر روٗٹم تہٕ دِیُت مَس دم

ہرٛ دیچھِ کوٚٹھرِ انٛدر گوٚنڈُم
اومکہٕ چوبکہٕ تُلمس بم
واکھ، مانس کول، اکول نا اتے
ژھوپہٕ مُدرِ اتہٕ نا پرویش
روزان شِیو شکتھ نا اتے
موتہٕ یے کُنٛہہ تہٕ سُے ووپدیش



أندری آیس ژٔندرٕے گاران
گاران آیس ہوٚبن ہِوی
ژٔرے ہے ناران ژٔرے ہے ناران
ژٔرے ہے ناران یم کم وِہر



للہٕ واکھ پٔرِتھ چھےٚ یہِ کتھ بِلکُل واضح سپدان زِلل چھےٚ شِیو متہٕ کس بأطنی تہٕ روٗحأنی پہلوٗ وَس پیٹھ یَژھ پَژھ تھوَن وازِجی یوٚ گنی أسمژ تہٕ تُمی ہِنٛدِس دھارٕمکی وطیرس اندر یوسہٕ لچک لبنہٕ یِوان چھےٚ، سو چھےٚ کُنہٕ تہٕ مذہب کس روٗحأنی پہلوٗ وَس ہِستی محوٗ گژھن والین فقیرن، سَنتن، قلندرن تہٕ صوٗفِین اندر پأنی پانے ووتلان۔ سلوٗکچ وَتہٕ ہِنٛدی وتہٕ گتھ چھِ شِدّت پسندی، دِیہ، دوٗ گنیارس تہٕ

ظاہرداری کاتھ سپدتھ لولک قول پالان تہٕ شاید چھُ یہِ اہم وجہ یِمہٕ کِنۍ پرٛتھ ہُنٛد یہِ طریقہٕ پالن تہٕ پانہٕ ناون والۍ لکِن منٛز سٮ۪ٹھاہ مقبوٗل چھِ سپدان۔ لل دیدِ ہُنٛد ''کرمنس تہٕ پونس سنگاٹھ''، ''موزان ہیوٚنٛد تہٕ مسلمان'' تہٕ ''برٛہمن تہٕ ژرالی یکوٹہٕ کھین'' ہوی مصرٕ تہٕ واکھ چھِ دراصل امی مذہبی باطنیتکی بُنیادی اصوٗل۔ اوٚ کِنۍ ہکون نہٕ اتھ بُنیادس پیٹھ لل دبد تِتھےٚ کِنۍ توحید پرس مسلمان مانِتھ یِتھٕ کِنۍ نہٕ شاستر ونن والۍ اکثر صوفی شاعر مذہب اِسلامکہِ دایرِ منٛزٕ خارِج کرِتھ ہکو کھ۔ مےٚ چھُ باسان زِلل دبد تہٕ شیخ العالمؒ ہٕن ہنٛزِ عقیدتی فکرِ منٛز یِم ہشرٕ کنیب میلان چھِ تِم چھِ للہِ ہنٛدِ اسرارٕ تہٕ علمدارٕ ہنٛدِ ریوٚش آسنہٕ کہِ وجہ، نہٕ زِ اوٚ کِنۍ زِ یِہنٛد تعلُق اوس أکِ سےٚ مذہبس ستی۔ شِیو، ناران، اوم، گوٗر، پرمیشور، پرٛان، شکتی بیترِ لفظ چھِ للہٕ واکھن منٛز بار بار استعمال سپدی متی یِیلہِ زن اللہ، خدائے، محمدؐ، ژور یارؓ، غسل، وضو، نماز، روزٕ تہٕ زکواۃ شیخہٕ شرُکن منٛز بار بار ورتاونہٕ آمتی الفاظ چھِ۔

یِمن دون شاعرن ہنٛدِ کلامکی فِکری تہٕ موضوعی ہشر تہٕ ہن بد کڈنہٕ باپتھ چھُ ہنا سہل طریقہ یِہنٛد ہن مُشترکہِ موضوٗعن نسبت یِہنٛدرٕ وِیہِ بد کڈُن۔ یِتھین موضوٗعن اندر چھِ نفس تہٕ موت زٕ اہم موضوع۔ شیخ العالمؒ چھِ نفس ساری کلہٕ ژٹنچ کتھ کران۔ تِم چھِ ہاوان نفس انسانہٕ سنٛزِ گمراہی ہُنٛد سبب زانِتھ یہِ اثنبا وٕنچ ترغیب دِوان:

نفس چھُے وٚنک اگہٕ زولے
نیر بس نہٕ پٔٹ کوٹ منٛزولے

تیمٕ ژوٗٹ، اوٚن گجہِ زوٗلے
تمی شرعِ محمدؐ پوٗلے



نفسی موٗرُس واے
أژِتھ روٗدُم گٔٹے
اتھ ییہِ ہم ہاے
کرتل ژھنہٕ ہس ہٹے



للہ دید چھےٚ یہِ موضوٗع ورتاونہٕ وِزِ اعتدالٕچ کتھ ونان ۔ یوہے اعتدال چُھ تہنٛدِ خیالہٕ نجاتچہِ مندورِ برٛ مُژ راوان:

کھےٚ تہٕ کھےٚ کران کُن نو واتکھ
نہٕ کھنہٕ گژھکھ اہنکاری
سوٚمُے کھےٚ مالہِ سوٚمُے آسکھ
سوٚم کھنہٕ مُژِ نے برٕنبن تارٕی



واضح چھُ زِ للہ تہِ چھےٚ نفسہٕ کِس غلبس تل ہنہٕ نہٕ ینچہٕ ئرٔ کران مگر تٔتھی حدس تام یُتھ نہٕ شریر کرٛیشہِ وُن روزِ ۔ تہنٛد عقیدٕ چُھ زِ نفسس مُلے کلہٕ ژٹنہٕ ستی ہیکہِ نہٕ آتما کھساؤچ وتھ رٕٹتھ ۔ تتھےٚ پأٹھی چھ موت للہِ ہنٛدِ خاطرٕ تقرٛیبن بےٚ معنے ۔ سو

چھےٚ لولہٕ نارس منٛز بھسم سپدتھ مرنہٕ برٛونٛھے ٲرتھ امر سپزٕ مژ:

لولُک نار للہِ، لولہِ للہٕ نوٗوم

مرٕنےٚ مویس تہٕ روٗزس نہٕ زرٕے

رنٛگہٕ رژِھ ذاتسے کیا نہٕ رنٛگ ہوٗوم

بو دپُن ژولُم کیا سنہٕ کرٕے



لل بو ژالیس سوٚمن باغہٕ برس

وُچھُم شِوس شکتھ میلِتھ تہٕ واہ

تٔتۍ لےٚ گٔرم امربتہٕ سرس

زِندے مرس تہٕ مےٚ کرِ کیا



یہِ چھُ زِندٕ مُرتھ پوشہٕ وِنی حیاتی پزٕ اوٚنک پروانہٕ یُس ووٛنٛدُک مل گالِتھ تہٕ جِگر مأرِتھ میلان چھُ۔ اتھ مقامس پیٹھ وأتتھ سریت کس دامنس تھف تھوٗن والین چھےٚ اطمِنانچ سو دولت اتھِ یِوان، ییٚمہِ کہِ برکتہٕ تمن ژھِنی کھوٗری سپدن وألی تمام زمینی معاملہٕ عارضی تہٕ أکھِتھ باسان چھِ۔ یُہےٚ مقام پزٕ أوِتھ چھےٚ لل دپان:

سمسارس آیس تپسے

بو دِ پرٕکاش لوٗبُم سہز

مرہِم نہٕ کوٚنہہ تہٕ مرنہٕ کانٛسہِ
مر نیچھ تہٕ لسہٕ نیٚچھ

موتس متعلق چھےٚ شیخ العالمؒ ہٕن ہنٛز سوچن نٔہج تہٕ باوٕ ژترٛ اے للہِ ہنٛدِس ظونہٕ بلس تہٕ باوتکٲری ہنٛدِس اندازس بلکُل برعکس۔ تِمن چھِ موتک احساس وو تلاوان تہٕ ژانان۔ تیُتھ بےٚ تہٕ ہیم پاۓدکران ییمہِ ستی بوزن وول ترٛہران تہٕ ژمان چھُ:

مرگ چھُےٚ[2] ہہہ تہٕ کوٚتوٚ ژٕلی زے
کھیلہِ منٛز کڈی ژاُرِتھ کھٕ
مرٕگچ شربت چینہٕ روس نہٕ ئلہٕ زے
سُلہِ کونہٕ گیوکھ ژٕینِتھ کتھ
کیاہ گری زِ مرنس تہٕ مرنہٕ نٔبن کانن
گو کمن جانن چھانگر گرِتھ
پٕونی زن ژٕمتھ گو نوبن بانن
گیہِ وانی وانن پھالو دِتھ



قیامتچ خوفناک شبیہہ کٲری، جنتک پُرکشش ماحول، جہنمک بیمانک تہٕ بڈیہہ ژھٹہٕ وُن منظرنامہٕ، قبرِ ہُند عذاب تہٕ کلہُم پاٹھی دوٚیمہِ دُنیاہچ تہٕ آخرتچ تصویرکٲری چھےٚ شیخہِ شُرکین اندر جایہِ جایہِ نظرِ گژھان۔ کلہُم پاٹھی تھی تنوظرس منٛز یُس قرآنِ مجیدتہٕ حدیثِ شریفن اندر بیان سپدمُت چھُ:

تتہِ کیاہ کرَکھ روزِ محشرَ ے

ییٚتہِ خاصن تہٕ عامن آسہِ تلواس

مول پلزِنہٕ گوٚبرس تمہِ گٹہٕ کارَ ے

صبر روزِ نہٕ صابرن تم تہِ کھٮ۪ن تڑاس



کوٚنگ چھُے گاسہٕ زمیٖن سوناہ

بنٛدٕ جنت ہےَ گرٛژھی کرٛے کر



للہٕ واکھن اندر چھِنہٕ امہِ قسمکی خیال تہٕ تصوٗر روو پدانٕے۔ تتہِ چھُ مسلہٕ صرف محبوٗبس ستی مَس میٖل تہٕ سُہ چھُ تیٚلی سپدان، ییٚلہِ عاشقس لولہٕ کہِ نارٕ وانٛج پٔشن تگہِ:

تتہٕ منہٕ گیٖس بہٕ لتس کُنۍ

بوٚزم ستچ گنٹا وزان

تتھ جایہِ دھارنایہِ دھارن رٕٹم

آکاش تہٕ پرٛکاش کوٚرُم سرٕ



وُنیُستام بڑ وَنتھ کُن آمتٮ۪ن نوکتن ہنٛدِ حوالہِ اگرأسی عالمی پیمانس پٮ۪ٹھ رأیج تنقیدی اصوٗل یمن دون شاعرن ہنٛدِس کلامس پٮ۪ٹھ لاگو کرَو، لل چھےٚ علمدارٕ سنٛدِ کھوتہٕ بڈٕ شاعر بٔنتھ ووتلان۔ اتھ پتہٕ کنہِ وجہٕ ہاتن اندر چھ میأنی کنٛز اکھ اہم وجہ

یہ زِ شیخ العالمؒ چھِ حسبہٕ ہُشیار پأٹھۍ اکھ ضابطہٕ بنٛد دِہن عام لُکن تام واتناونہٕ باپتھ امہِ کِنہِ بُنیأدی اصوٗلن ہُنٛد تبلیغ شعرن منٛز کران۔ چونکہِ یہِ اوس سہ زمانہٕ ییٚلہِ کٔشیرِ منٛز لُکن ہنٛز غألِب اکثریت ناخوانِدٕ آس۔ اِو کِنۍ آسہٕ ہن تمن اسلأمکی ظأہری کیٚو بأطنی پہلو سہل زبأنۍ منٛزٕ ے مثالہٕ دِتی دی فِکرِ تاران۔ یہِ چھ بُنیأدی وجہ ییٚمہِ کِنۍ علمدارِ سُنٛد بیشتر کلامہٕ بیانیہ تہٕ وضاحتی بنیوٗمُت چھُ، نتہٕ چھُ تمن اندر آفأقی ترٛاے گرٛاے تھاون وول اعلیٰ پایک تخلیق کار گُپتھ، ییٚمیُک یقین "ہہہ اکہِ سنگرتار زن وزن"، "گنبر پرکٹ کران چھم گاوٕ"، "سونٛدرِ کامہِ دِوٗن چاوٗن گوم"، "تلہٕ چھے زِیُس تہٕ پیٹھہٕ چھکھ نزان" تہٕ "دُنیہکس تِتس مِتس نارس" ہوِی شُرٕکۍ پٕرتھ تہٕ بوٗزِتھ سپدان چھُ۔ تاہم چھُ یہِنٛد بیشتر کلامہٕ تِتھ ییتھ اندر باوکھ، بوزکھس، اصوٗل، مسلہٕ تہٕ معاملات معنہٕ ژأری ژأری سمجاوان چھُ۔ کیٚنہہ مثالہٕ:

وقتٕچ نماز چھےٚ تختس رندو
وقتٕچ نماز چھےٚ بنٛدٕ گیے
بےٚ وقت نماز چھےٚ مذاق تہٕ ختدٕ ے
بےٚ وقت نماز چھےٚ شرمندٕ گیے



ییتھ جایہِ ڈٔف تہٕ دُمامہٕ وزان
تتھ جایہِ شیطان رضان آسی
تی آسن کران ینٛہٕ آسہِ پزان

تۄ۪ے صاحب بلایہٕ سوزان آسی
یتیم گرِ‍ھتھ گرٕ‍ھان چھُ حاۄران
یتیم مۆت زن پھیران آسے
یتیمس مول موجی سوران
یتیم ودل مہٕ گرِ‍ھن کاۄنسے



یِتھ پاٹھی مے گوڈٕ تہٕ اِشارٕ دیُت شیخ العالمؒ ہَن ہُنٛد سورُے کلامہٕ چھُنہٕ ناصحانہٕ تہٕ وآعِظانہٕ یوت، اتھ اندر چھِ واریاہ شُرٕ کی یِمن اندر لل دیدٕ ہِنٛزٕ ہِش خودکلاٗمی تہٕ نظرِ گرٕ‍ھان تہٕ یِتھےٚ پاٹھی چھِ للہِ ہِنٛدِس کلامس اندر کُنہٕ کُنہٕ یِتھی واکھ نظرِ گرٕ‍ھان یِمن اندر درسی زبان تہٕ خطابتُک لہجہٕ ٹاکارٕ چھُ، مگر یِم دۄشوٕے چیز یعنی علمدارسٕنٛز خودکلاٗمی تہٕ للہِ ہِنٛز خطابت چھِ بہر حال استثنٰی (Exceptions) نتہٕ چھُ شُرکِن ہُنٛد غالِب رنگ سُے یِتھ منٛز سوچہِ ناوُنک، سمجاوُنک لہجہٕ چھُ یِیلہِ زن للہِ ہِنٛدِس کلامس اندر محسوٗس سپدٕ نُک تاثیر موجوٗد چھُ۔ للہٕ واکھ چھِ متٕنکہِ حوالہٕ خالِص روٗحانی فِکرِ تہٕ ذِکرِ ہِنٛزِ کونٛدِ منٛز پینہٕ آمتی تم تجرُبہٕ یِمن ہُنٛد عقلہِ تہٕ اِدراکس تہٕ حظ پرٛاونہٕ کِس احساس آورن ودل خودزاو باوٕژ بل پرن وآلِس تہٕ بوزن وآلِس وسیع تہٕ باڈوٗدار سوچہِ سٕندرِس سآل کرٕناوان چھُ۔ اکثر واکھن ہِنٛدِس باوتس اندر پاٗدٕ سپدیمٕژ ڈرامایی صورتِ حال چھےٚ پرن وآلی ہٕنٛدی ساٗری حسبس وُزٕناوِتھ تہٕ داۄرِین سٕنٛز کل کڈان:

ٲژسس تہٕ ساعتس پٲژسس نہٕ رُمس

سُہ مس للہِ چھوٚ مےٚ پنٕنُے واکھ

أندرِیُم گٹُکھ زٕٹھ تہٕ وولُم

ژٕٹھ تہٕ دِتُھمَس ٲتی چاکھ



ناہٕدی بارس اٹہٕ گنٛڈ ڈیوٚل گوم

دیہہ کاڈ ہوٚل گوم ہیٚکہٕ کٲہ یو

گورٕ سُنٛد وَنُن راون تیوٚل پیٛوم

پہلہِ روٗس کھیوٚل گوم ہیٚکہٕ کٲہ یو



للہِ ہٕنٛدِس کلامس منٛز ورتاونہٕ آمٕژ شبیہہ، استعارٕ، علامژٕ، تلمیح، پیکرٕ تہٕ اتھ ستیٚ ستیٚ ژھوٚٹین لفظن منٛز موچہِ تہٕ زیچھِ کتھ باونٛچ پرکاری تہٕ أکی ہیٚے واکھس منٛز استعمال سپدیمٕژن وکھرٕ وکھرٕ ترکیبن ہُنٛد زیرٕ بس ربط چُھ یہنٛدٕ بن اکثر واکھن اندر تیُتھ انگہٕ یکُت پاٛدٕ کران یُس سٕبٹھٕے کم شاعرن تہٕ سُخنورن باگہِ یوان چُھ۔ بحیثیتِ باوَتھ کار چھےٚ للہِ ہٕنٛز سارِوٕے کھوتہٕ بڈٕ خوٗبی یہاے زِلتس پٮ۪ٹھ چھنہٕ زمان ومکانُک قاۤدلگان۔ تمہٕ سُنٛد ژینن طرز چُھ انسانہٕ سٕنٛدِ فطری تہٕ جبلی وجوٗدُک ترجمان۔ اتھ چُھ روٗحانی وگ آسنہٕ باوجوٗدتہِ فناتہٕ بقاہ کس تتھ بُنیاۤدی سوالس ستیٚ تعلُق یُس مختلف خیالن تہٕ نظریہِ ہن ستیٚ وابستہٕ آسنہٕ باوجوٗد پرٛتھ انسانی ذِہنس

اندر وۄتھان رۄٲد تہٕ تہٕ روزِتہٕ۔ امہٕ اعتبارٕ ہکو للہٕ ہنٛز شاعری میانہٕ خیالہٕ وارِیاہس حدس تام تہٕ رحمان راہی سٕنٛدِ لیکھنہٕ مطابق پۄرٕ پاٹھۍ ''غارارضی'' وُنتھ۔ تاہم چھُ ''دۄشوٕنی ہُند فِھا چھُ غار معمولی تہٕ ماورأیی''[3] جملہٕ لیکھتھ راہی ین شیخ العالمؒ ہن ہُند کلامہ تہٕ غارارضی تہٕ ماورأیی قرار دیُتمت۔ شیخ العالمؒ ہن ہٕنٛدِ حوالہٕ چھُنہٕ یہٕ میانہٕ خیالہٕ صحیح۔ اتھ پیٹھ چھُ مزید غور و فکر کرنُک ضرورت۔ تتھے کٔنی چھ شفیع شوقن لیُو کھمُت زِ ''شیخ العالمؒ ہٕندی کٔنی چھےٚ نجاتچ اکےٚ وتھ تہٕ سو یہٕ زِ انسان پھرِ ہمیشہٕ خاطرٕ دُنیاہس کُن تھر''[4] یتہٕ چھُ میأنی کٔنی وُتاولی منٛز لیکھنہٕ آمُت جملہٕ تہٕ اتھ کُن پزِ لِکھارِس بیٚیہٕ توجہ دِیُن۔

کأشرِ تہذیبہٕ کہِن یمن دۄن معمارن تہٕ سانہٕ زبأنی ہٕنٛدِن اولین تہٕ بُلند پایہٕ شاعرن ہُند صحیح صوٗرتس منٛز تقوبل کرُن بنہٕ تیٚلی ممکن ییلہٕ تقوبل کرن وألِس تأریخی، تہذیبی تہٕ تنقیدی شعوٗر آسنس ستی ستی پننس پانس پیٹھ یتھ حدس تام مکمل اعتماد آسہٕ زِ سہٕ ییہٕ نہٕ لگہٕ پڑِھ ہٕنٛدِس نفسیأتی غلبس تل۔ ستی چھُ یتہٕ ضروٗری زِ یم دۄشوٕے شخصیژ گژھن نہٕ محض عقیدتی اعتبارٕ ےیوت مولوٕنہٕ ینہٕ۔ تقوبل کرن وول گژھ نہٕ پنٕن مخصوٗص عقیدٕ یا عقیدچ بدگُمأنی کھوٗٹ بناوِتھ یہٕندِ پأغامُک تہٕ کلامُک تول مین کرُن۔ سارِوے کھوتہٕ اہم چھُ یہٕ زِ تحقیقُک بُنیأدی ماخذ ''Primary Source'' گژھ یہٕنٛد کلامہ بناونہٕ یُن۔ امہٕ برٛونٛہہ گژھن دۄشوٕنی ہٕنٛدِ کلامکی بُنیأدی پرٛزناون نِشانہٕ اسلوٗبیأتی تجزیکی اصوٗل ورتأوِتھ مُشخص کرنہٕ یِنۍ یتھ اورٕ یور گومت تہٕ لأگتھ تھوٗنہٕ آمُت کلامہ چھانٹنہٕ ییہٕ۔ یہے آسہٕ

یٚمن دوشٕونی ہٕنٛدِ خاطرٕ بوٚڈ خراج، تِکیازِ دوشٕونی ہٕنٛدِس کلامس اندر چُھ یٚمو پانٔے وَننہٕ آمتی پدبأریک ہٕنٛی سان وُچھنک تہٕ پدن وہٕرارٕ بخشنُک توقع ظأہر کوٚرمُت۔



حوالہٕ:

1. ''کھوٚٹ''، رحمان راہیؔ، صفحہٕ 125
2. میانہِ خیالہٕ چُھ ''مرگ'' لفظ شیخ العالمؒ ہٕن ہٕنٛدِ ڈِکشنہٕ نبر۔ چوٗنکہِ آفاقیؔ صأب چُھ یہٕ درج کران۔ اوَ کنۍ ڈول نہٕ مےٚ کُنہِ جایہِ کانٛہہ لفظ، تکیازِ مطالعہ خاطرٕ رٕود مے یوٚ ہے نسخہٕ زیرِ نظر
3. ''کھوٚٹ''، رحمان راہیؔ، صفحہٕ 127
4. ''کھوٚٹ''، رحمان راہیؔ، صفحہٕ 130

# کأشُر ادب تہٕ نوٚپُیہ ہٕنٛدی ادیب

کأشرِ زبأنی منٛز لیٚکھن والین نوٚپُیہ ہٕنٛدٕ بن ادیبن تہٕ شأعرن ہُنٛد کلامہٕ تہٕ باقے تخلیقہٕ مولوٗنہٕ وِزِپہٕن اسہِ کیٚنٛہہ بُنیأدی کتھ زیرِ نظر تھاونہٕ۔ اکھ یہ زِ امہِ زبأنی ہٕنٛدِس یتھ ادبی روایتس یم نوجوان گوڈ بران تہٕ برٛونٛٹھ پکناوان چھِ تمکی نمایاں خدوخال، موٗل تہٕ معیار کیا چھِ۔ دوٚیم یہ زِ یتھ وقتس منٛز یمو پٔنٛنہِ تخلیقی ظوٗنہٕ بلکہِ اظہارٕ باپتھ کأشرِ زبأنی ہُنٛد انتخاب کوٚر، تمہِ وٕقتکی تقاضہٕ کیاہ چھِ۔ ترٛیٚیم تہٕ اہم ترین کتھ چھےٚ یہ زِ نوٚپُیہ ہٕنٛدی ادیب کمن وٕنو۔ سکوٗلن تہٕ کالجن منٛز پرن والین نونہال لڑکن تہٕ کورٕ بن آکنہِ تمن سارِنے ادیبن یم نہٕ وُنہِ بُڈٕ ہمتی چھِ۔ اتھ موضوٗعس پیٹھ مقالہٕ لیٚکھنہٕ خأطرٕ چھُ مےٚ بہرحال کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ حد مقرر کرُن تہٕ یہٕ گرٕ امہِ باپتھ ژٕتجی وٕری بوٗن بوٗن وأنٛسہِ ہٕنٛدٕ بن قلمکارن پیٹھ اکتفا۔ امہِ ٹٕکہ کٕین قلمکارن تام یُس ادبی سرمایہ سانوٕ بہلہِ پایہ گومُت تو، فِکشن لیٚکھن والوٕ، محققو تہٕ نقادو واتنومُت چھُ، سُہ چھُ معیارٕ کہِ اعتبارٕ تھٕیکن لایق آسنس ستی ستی مقدارٕ کِنہِ تہٕ باگہِ بوٚرُت تہٕ اکھ زیوٗٹھ ارتقأیی سفر چھس ڈٔکھس۔

کأشرِ زبأنی ہُنٛد ویوٗ دادبی توأریخ چھُ ژوٗدأہمہِ صدی عیسوی پیٹھ شرٗوع

سپدان حالانکہِ لل دیدِ ہُندہ تہٕ شیخ العالمؒ سُند فکری تہٕ فنی عروٗج وُچھتھ چھ باسان زِ شعروٚنیٚج روایت آسہِ ہے ییٚتہِ امہِ بروٚنہہ خبر کوٚت کال شروٗع گامٕژ۔ یہِ چھ توارٟیخی پزر زِ کشیر چھےٚ صدیہِ وادو پیٹھٕ سیاسی افراتفری، سماجی ولہٕرشہٕ تہٕ ناگہانی بلاین ہٕندٮ۪ن جٔٹہٕ جوشن تہٕ گٹہٕ کارن منز گیر روٗزمٕژ۔ زٕو زٕو کرنہٕ کس اَتھ صوٗرتِ حالس منز چھ تمدُنی میراث تہٕ علم وادب رٔژھراوُن اَنی سُند خواب ہیوٚ باسان۔ بہرحال اگر أسی وَنہِ آمتین تہٕ بدِ کڈنہٕ آمتین شاعرن تہٕ ادیبن ہٕندٮ۪ن سے دِتس سام ہمو، سہ تہِ چھنہٕ کم کینٛہہ۔

زیرِ بحث جواں سال شاعرن تہٕ ادیبن نِشہِ یوسہٕ ادبی روایت وأتژمٕژ چھےٚ تتھ چھ فکری سوٚتھرِس پیٹھ ریشت، کأشرٮ۪یت، تصوف، رومأنیت، ترقی پسندی، جدیدیت تہٕ باقےٚ روٗحأنی تہٕ دنیوی فلسفہٕ، فکرٕ تہٕ تحریکہٕ موضوٗعی رنگارنگی عطا کران، ییٚلہِ زن فنی اعتبارٕ تہِ کأشرِس ادبس اندر درجن پیٹھی نثری تہٕ منظوٗم ادبی صِنفہِ پھاپھلیمٕژ چھےٚ۔ یمن ادبی قالبن اندر چھِ غزل، نظم، وژُن، واکھ، شُرک، رُباعی، مثنوی تہٕ مرثیہِ (منظوٗم) تہٕ افسانہٕ، ڈراما، ناول، انسے، تنقید، تحقیق، تأریخ، سوانح، تذکرٕ، سفرنامہٕ (نثری) خاص پأٹھی قابلِ ذکر۔ ادبی ترجمو علاوٕ چھِ وونی کأشرِس منز علمی موضوٗعن پیٹھ تہٕ کتابہٕ دٔسیاب بلکہِ چھےٚ درسی ضروٗرٕژ پوٗرٕ کرنہٕ خاطرِ نصأبی کتابہٕ تہٕ مُہیا۔ نوِ پُیہٕ ہٕندِس سأنس ادیبس بٕرٛونٛٹھ کنہٕ چھ ووٚنی کأشرِ ادبک سہ مقام تہٕ پڑاو، ییٚتِھن اَتھ بھارتک سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ ادبی اعزاز گیان پیٹھ تہٕ عطا سپدُمُت چھ۔ اَتھ تنوظرس منز ییٚلہِ أسی نوِ پُیہٕ ہٕندٮ۪ن

ادبین ہنزن ادبی صلاحیژن تہٕ کوٗششن موأ نکوٗن کران چھِ صوٗرتِ حال چھُ کینژھا تشویش ناک تہٕ کینژھا امید افزا بنان۔ تہِ زن گوٚ واگراٗسی کاشرِ افسانچ کتھ کرَواتھ باوٕ ژھ طریقس ووتھ کاشرِس منز 1950 ءیس منز دس مگر کرٕژن تام وٕرِین اندرووت معیارٕ کہِ اعتبارٕ یہِ تتھ مقامس پیٹھ زِ "ڈریایہِ ہُنْد بیزار"، "دَنٛدٕ وزُن" (اختر محی الدین) "کوکر جنگ"، "پھاٹک" (امین کامل) تہٕ "تاپھ" (ہری کرشن کول) ہوی افسانہٕ دِتی نقاد وادبِ عالیہ ہَس منز شامِل کرنس لایق قرار۔ اختر محی الدین سنزِ "سَتھ سنگر" ناوِ چہِ افسانہٕ سوٚمبرنہِ میوٚل 1958ءمنز ساہتیہ اکیڈمی ایوارڈ۔ تمہِ وِزٕ اٗس اختر سنز واٗنس 31 وٕری۔ ازیم نوٚ پیہِ ہنٛدی کُل بُیل ژور پانژھ ہنا نئی افسانہٕ نِگارے دید مان چھِ تمن تمہِ وقتہٕ کِس بِلا روایت افسانہٕ نِگار اختر محی الدینس تہٕ باقے افسانہٕ نویسن ستی مقابلہٕ کرِتھ چھُ باسان زِ یہِ چھُنہٕ کانہہ مقابلے۔ کینہہ وٕری بروٚنہہ آیہِ "نائدی بار" ناوِ چ اکھ لوٚکٹ افسانہٕ سوٚمبرن بازرس منز تہٕ اچھ تخلیق کار چھےٚ سوپور علاقس ستی تعلق تھاون واجینیٚ شاہدہ شبنم۔ یوسہٕ "نائدی بار" چھپنہٕ وِزِ کشمیر یونیورسٹی ہندس کاشرِس شعبس منز زیرِ تعلیم اٗس۔ 2003ءمنز چھپیمژِ 84 تن صفن پیٹھ پھلیتھ 19 ہن موٚخصر افسانن ہنزِ امہِ سوٚمبرنہِ ہنٛدِ سرورقٕ کِس أندرِمِس صفس پیٹھ چھُ لیکھتھ:

پننہٕ واجنہٕ کتابہٕ......

1۔ وچھکھ وتھ (شعرِ سوٚمبرن)

2۔ سہٕ زولکھ زِنٛدے (ناول) حقیقتس پیٹھ مبنی۔

3۔ زندگی تہٕ تجرُبہٕ (سوانح حیات)

4۔ ترٛیش تہٕ صحراو (شعرِ سوٚمبرن)

اَمہِ فہرستہٕ منٛز چھیپے یہٕ ''وَچھُکھ وٕٹھ'' تہٕ ''ترٛیش تہٕ صحراو'' ناوچہِ شعرِ سوٚمبرنہٕ۔ اَمہِ علاوٕ چھے شاہدہ شبنم سٕنٛز ''زہنہٕ پنہٕ نے منٛد چھایَس'' کتاب تہٕ کینٛہہ کال برٛونٛہہ بارَسَس آمٕژ۔ یہٕ چھُ پزرٕ زِ اَمِس میوٚل 2011ہ منٛز سنسکرتی ناٗوی قومی سطحُک اعزاز تہٕ مگر ستی چھُ یہِ تہٕ پزرٕ زِ کاشُر بو نقادو منٛز چھُنہٕ وُنہِ بوزوَے کانٛسی تہِ اَمی سٕنٛزَن تخلیقاتَن پیٹھ قلم تُلمُت۔ یُہٕ تے یوت نہٕ بَلکہِ چھُ سانٛین بُزرگ لِکھارین تہٕ نقادن ہٕنٛدِ نُو پُیہٕ ہٕنٛدین قلمکارن ستی لاتعلُقی ہُنٛد یہِ عالم زِ 2008ہ منٛز ییٚلہِ مےٚ شاہدہ شبنم گوڈٕ ساہتیہ اکیڈیمی ہٕنٛدِس ''مُلاقات'' پروگرامس تہٕ پتہٕ ادبی مرکز کمراز چہِ 29 /مہِ سالانہٕ کانفرنسہِ منٛز افسانہٕ پرٕناو، اکثر لِکھاربو وون زِ اَسی چھِ یہِ آواز گوڈنچہِ لٹہِ بوزان۔ اَمی سٕنٛدین افسانن چھےٚ کینٛہہ ترٕٛژھ پھیرِ ہاوخصوٗصیژٕ یِم کاشرِس افسانوی ادبس اندر بہرحال اکھ بُرٛژر مانٛنہٕ ییِن۔ سارِوے کھوتہٕ اہم خاصیت چھےٚ یِمن اندر لبنہٕ یِنہٕ وول نِسواٗنی رنٛگ۔ چاہے اَسی ''گرٛاو'' افسانہٕ نمو یا ''انہِرٛش ہَش''، ''وچھُکھ وٕٹھ''، ''تلُو ون'' یا ''بنگرِ''۔ یِمن سارِنے افسانن اندر چھےٚ زنانن ہٕنٛدین تہٕ خاص کٔرِتھ گامی تہٕ پسماندٕ طبقن ستی وابستہٕ زنانن ہٕنٛدین اَنٛدرٕ ریٹھن زِ بو دِنچ کوٗشش کرنہٕ آمٕژ۔ شاہدہ شبنمِ چھےٚ افسانس منٛز ییٚلہِ ہنٛز روایت رٔژھراٗوِتھ پُلاٹ وونان۔ زباٗنی پیٹھ تہٕ چھس کم کاسہٕ دِس رَس مگر اَکی سے کہاٗنی منٛز واریہَن

واقعاتن تہٕ کردارن گنٕی گیڈ کرنہٕ چہٕ کوٗششہِ منز چھ یژٕ پاٹھی اٗمی ہِندِ افسانٕک وحدتِ تاثُر راوان، یُس زن امہِ ادبی صِنفہِ ہُند سارِوٕے کھوتہٕ اہم فنی گوٗن مانَنہٕ یِوان چھ۔ مثالہِ پاٹھی کرٕ بہٕ ''نابدٕی بار'' سوٗمبرنہِ منز چھپیمتہِ گوڈنکہِ افسانٕک ابتدأیی حصہٕ پیش:

''تتھ گرس منز اٗسی نو (9) باٗژ۔ ہَش، ہِہُر، دُژٕے زٕ، زام، خانہٕ دار، کوٗر، نیچوٗ تہٕ بینہِ اٗس فاطہٕ پانہٕ۔ غریبی اوس اَتھ گرس نال وولمُت۔ بُڈ زٕ اٗسی ہمیشہِ بیمار روزان۔ سلامہٕ تہٕ رزاق (دُژٕے زٕ) اٗسی قائلینہٕ کاٗم کران مگر دوٗنوٕے بیہوال۔ زام (جانہٕ) اٗسس ناتوان مگر سُرفنی تہِ کتھا۔ ٹوپہٕ ستی اٗس کرٕیہنہٕ ماز زالان۔ جمالہٕ (فاطِن خانہٕ دار) اوس چرس اَندری ربابہٕ بنوومُت۔ دوہی دوہس اوس ڈبہٕ پیٹھ تاپس زنگہٕ شیرتھ ہِندٕ رکران۔ فاطس اوس اَتھ گرس منز یِنہٕ پتھٕ زُزرژامُت۔ ووٗنی اگر کانٕسہِ ہِنز آش اٗسس تہٕ، سو اٗسس کُنِس نیچوِ سِنز یُس نہٕ غریبی موکھہٕ اٗٹھمہِ جمأژ ہیوٗ رپُرتھ اوس ہیوٗ کمُت۔ ووٗنی اوس کاکس ستی شہر موٗزوٗرِ گرشھان (یُس ہمسایہِ تہٕ اوُسس تہٕ ہہر بابہٕ تہٕ اوُسس بنن وول)۔ سبزار اوس وٗہ گنوٗہ وُہراکھ خوبصورت نوجوان......''۔

پرن وول چھ گوڈنکیٚن جُملس اندر پیش کرنہٕ آمتِس افسانوی زبأنی ہِندِ اعتبارٕ مُہمل کردارن ہِندِس ہجوٗمس منز راوان۔ ترٛیٚیمس جُملس اندر چھِ افسانہٕ

نگارس کردارن ہنٛز وضاحت دِنہٕ باپتھ برٛیکٹ استعمال کرٕنی پیوان۔ دٔہن جُملن
اندر چھِ دہ مَسلہٕ وۄتلاونہٕ یوان۔ پرٛن وول ہیٚے وۄنی اندبۄ ردِیہ تہٕ کتھ کتھ دِیہِ۔

یِمو سارِوٕے کتھو باوجوٗد پزِ اسہِ پننہِ زبٲنی ہنٛدِ افسانوی ادبہٕ کہِ موجوٗدٕ صوٗرتِ
حالٕکس تنوظُرس منٛز اَمِس جواں سال کورِ ہنٛز یہِ افسانہٕ سۄمبرن اَچھن مَتھنی۔
شبنمؔس ہَنا کوٚنس بیاکھ جوان سال افسانہٕ نگار تیمی ہنٛز ''موٗللی رشتہٕ'' ناوٕچ افسانہٕ
سۄمبرَن 2010ءیَس اندر چھپیہٕ، چھُ رِنکوکولؔ۔ رِنکوکولؔ چھُ پننہِ پُیہٕ ہٕنٛدین
کٲشرین بٹن اندر شاید وٲحد لکھٲرِ یُس کٲشرِ پٲٹھی افسانہٕ لیکھان چھُ۔ اَکھ
ہَتھ تہٕ ژۄن صفن پیٹھ مشتمل رنکوکولؔ سٕنٛزِ اَتھ افسانہٕ سۄمبرِنی منٛز چھِ سداہ افسانہٕ
شٲمِل کرنہٕ آمتۍ۔ یِمن افسانَن ہٕنٛدی موضوع چھِ عصری زندگی ہنٛدین مسلن
ہنٛز عکٲسی کران تہٕ بقولِ اومکار کولؔ ''یِمن افسانَن منٛز چھِ سمٲجی رشتہٕ، عام
واقعہٕ، حادثہٕ، تیز بدلونہِ قدرٕ، تازٕ احساس تہٕ ماحولی بٕنٛدشہِ دزٕ پیٹھی گژھان''۔[1]
رنکوسٕنٛدین افسانَن اندر چھُ روایتی ڈٲلیلہِ ہُنٛد عنصر قٲیم لبنہٕ یِوان۔ اَمی سٕنٛز زبان
چھےٚ ترسیلی۔ ژھوچہِ کہٲنی، ژھوٚٹین جملَن تہٕ عام فہم لفظن اندر۔ اکثر افسانَن
اندر چھےٚ بدس زندگی ہٕنٛدی کھُری دار مسلہٕ تتھہٕ گنٛی باونہٕ آمتۍ زِ افسانہٕ چھُنہٕ افسانہٕ
اَستھ تہِ افسانہٕ بلکہِ اَنہِ حقیقت باسان۔ پۄژھ، پھیرِ وول، خاب تہٕ نشہٕ بیترِ
افسانہٕ چھِ اَندی پکھس اندر سپدَن والین دوہ دِنکین واقعاتَن ہُنٛد عکس باسان۔
یِمن افسانَن اندر چھِ جدید زندگی ہٕنٛدی نوٚہنہٕ تہٕ ساٲدٕر وار سٕنٛز سامانہٕ مثالے
انٹرنیٹ، موبائیل فون، ٹرین، ہوٲئی جہاز تہٕ بٲقی چیز واقعاتَن ہُنٛد ہیٚنی ووٚنن

بُنتھ پزنہٕ پاٹھی تازگی ہُند احساس ووتلاوان۔ افسانہٕ نگارٕ سٕنٛد تازٕ دَم سوچکی طرح چھِ اکثر جایَن بزرگن ہٕنٛد بن وَکھر قسمکٮ۪ن وبوہارن سٟتۍ متصادِم سپدان۔ تاہم چھُ نہٕ یہِ نوٚو سوچ باغی بنان، بلکہِ چھُ رواتچ زائدالمعیاد کرٕتھ اَنٛدری شروٗراوِتھ زِٹھن ہٕنٛزِ کتھہِ کَن تھاوان۔ ''پوٚژھ'' افسانک رادھا کرشن چھُ دِلہٕ بسان تہٕ تتہٕ پیٹھہٕ چھُ ٹرینہٕ منٛز جوٚم واتان۔ ریلوے سٹیشنہٕ پیٹھہٕ چھُ سُہ صبحٕ ٹے رایِ ویس سکوٗٹرس پیٹھ انُن پیوان تہٕ وتہِ چھُس سُہ ''لوٚت پکھ، بریک دِ، دٕچھنٕ ژٕھتہٕ کھوفری نیر'' بیترِ ہدایت بار بار جاری کرِتھ جیرِ ٹلان تہٕ گرواتتھ چھُ اَمی ہٕنٛزِ ماجہِ نشہِ شکایت کران۔ اَمیک چھُ اَمِس نوجوان لڑکس سخ گرٕشان مگر اَمہِ باوجود تہٕ چھُ ژالان۔ افسانُک یہِ اقتباس وُچھو:

> ''میانہِ ماجہِ خبراتر پرٕ ژھتھ وونس تَمہ، ''چانس لڑکس نبی چھُنہٕ سکوٗٹر چلاوُن تگان۔ یہِ کرِ کُنہِ وِزِ کانٛہہ اَتر۔'' اَمی سُنٛد یہِ وَنُن گوٚومے سخٕ تھاہ مُشکل، مے سوٚنٛچ یہِ کوسہٕ شُہمَتھ آیہِ سون گرٕ۔ وُنہٕ بوٚٹھ نہٕ کُنہِ تہٕ اورک یورُک ہیوٚتُن وَنُن۔ دراصل اوس رادھا کرشن میانہِ ماجہِ ہُند ماسٹر بووے یُس اَکِس کھانٛدرس خاطرٕ اوس دون ترٕہن دوہَن خاطرٕ جوٚم آمت۔ یہِ کھوٚتُس پننس کمرس منٛز تہٕ شوٚنگُس بیہہ۔''[2]

رِنٛگوٚسٕنٛدی اَمہِ قسمکی افسانہٕ پرِتھ چھِ پرَن والی سٕنٛدِس ذہنَس منٛز کیٛنہہ سوال ووتلان۔ گوڈنیک سوال چھُ یہِ زِ یمِہِ قسمک کردار افسانُک راوی چھُ، کیا سٲنۍ نوجوان چھا پزی تِتھی؟، تِم چھا شرارت تِتھے پاٹھی اَنٛدری شروٗراوِتھ زِٹھن

ہٕنٛز غلطی برداش کران؟ یہِ ماچھُ رنکوکول (راوی) اَکھ مثألی نونہال؟ أکِس مثألی کردارِ سُند وطیرٕ ہیکہٕ وونا أسی غأر مرکوٗز کردار واجنہِ کہأنی اندر اَمہِ انمانہٕ ورتأوِتھ؟ رنکوچھُ زبأنی ہُند ماہر مگر زبان ورتاوِنہٕ وِزِ چھُنہٕ ہُشیأری کأم ہوان۔ مثالہِ باپتھ وچھتو ہیرِ کنہٕ دِنہٕ آمتہِ اقتباسکہِ اکہِ جملُک أخری حصہٕ ''کھاندرٕ خأطرٕ اوس دوٗن ترٛن دوہن خأطرٕ جوٗم آمُت۔''خأطرٕ'' لفظ چھُ دوٗن جایَن ورتاونہٕ آمُت یُس جملس منٛز سقم پأدِ کران چھُ۔''کھاندر''لفظُک اِملا چھُ غلط تِکیازِ یہِ چھُ خانہٕ دأری سٟتی تعلق تھاوان اوٚکنی گوٚ ژھ ''خاندر'' پأٹھی لیکھنہٕ آمُت آسُن۔ غلطی چھےٚ بہرحال تُسی گژھان یُس کینٛہہ کرِ۔ رِنکوا گر لیکھہٕ پرٕہُند سِلسلہٕ جأری تھوِ أمِس اندر رِچھےٚ جان افسانہٕ نگار بننٕچ صلاحیت لبنہٕ یِوان۔

کُلہم پأٹھی چھُ اَمہِ پیٚیہ ہٕنٛدِ بن أدیٖبَن منٛز افسانہٕ لیکھن والین ہُند تعداد تشویش ناک حدس تام کم۔ ژھأنڈ دی دی تہٕ پےٚ پتاہ کڈی کڈی یم کینٛہہ ناوٕ بدِ کڈٕی تِمن منٛز چھِ لنگیٹ ہندوارِکی فاروق شاہین، سرینگرس سٟتی تعلق تھوَن وألی اظہار الحق، نصرت جان تہٕ کینٛہہ طالب علم یِہندی افسانہٕ ہوی نثری لیکھہٕ یونیورسٹی، کالج تہٕ سکوٗل میگزینَن منٛز چھپان چھِ۔

فاروق شاہین چھُ زبر شأعر، پُرمغز محقق، ہُشیار نقاد تہٕ منہٕ موٗن افسانہٕ نِگار۔ شاہینن چھِنہٕ زیادٕ افسانہٕ لیکھی متی مگر أمی ہٕندی پانٛژھ شےٚ افسانہٕ پٔرِتھ چھُ پرن وول یِیمہِ کتھِ ہُند اندازٕ کٔرِتھ ہیکان زِ شوقل شوٗنڈ ہُند مألک یہِ جوان سال تخلیق کار اگر دِل دِتھ تہٕ ڈاڈ کٔرِتھ افسانہٕ لیکھان روزِ، أمِس اندر رِچھےٚ زبر افسانہٕ

نگارٕ بنٕنچ صلاحیت موجوٗد۔ ''انجام''، ''ییٚلہِ نار چھُ لگان''، ''کُنرٕ'' تہٕ ''عذاب'' عنوانن تحت لیٚکھنہٕ آمتی شاہینٕنۍ افسانہٕ پٔرِتھ چھُ پرن وول پزنہٕ پأٹھۍ گھیے وِسان تہٕ وولسان تہٕ گراتہٕ ہران تہٕ تمبلان:

''آنن فانن اوس سأرِے علاقس گیرِ سپُد مُت تہٕ لُکن آسہٕ جایہِ جایہِ أڈجہِ پھُٹرا اونہٕ یِوان۔ بلکُل شام وقتس ییٚلہِ گیرٕ ختم سپُدمُت اوس، سمیٚا ولُکہٕ ارساتھا فاطہٕ آپٕنس آنگنس منٛز۔ فاطہٕ آپس اوس نہٕ کینٛہہ فکرٕ تران زِ لُکھ کیاہ کرنہٕ چھِ یور آمتی تہٕ نہٕ اوسُس کانٛہہ ونان تہٕ أتھی ستی آوا کھ سجأوِتھ تہٕ پوشہِ مالہٕ ترٛأوِتھ توٗ بوٗدِ لُکن ہنٛد بٔن پھیکٕن پٔتھ واتنأوِتھ فاطہٕ آپٕنس آنگنس منٛز ترٛ اونہٕ......''

(افسانہٕ......ییٚلہِ نار چھُ لگان)

اگر شاہین زبأنۍ ہنٛدِس ورتاوس کُن ظوٗن دِیہ یہ ہیٚکہِ جان افسانہٕ نگار بٔنِتھ۔ باقٕے افسانہٕ لیٚکھن وألۍ نو جوان چھِنہٕ أتھ صِنفہِ سنجیدگی سان پانہٕ نأوِتھ پننہِ اظہارُک ذریعہِ بناوان۔ ووٚں گوٚو منٛزی منٛزی چھِ افسانہٕ ہنا شوقہٕ خأطرٕ لیٚکھان۔

یوٚ تام زن شأعری ہُنٛد تعلُق چھُ۔ أتھ مأدانس اندر رٕچھےٚ نِوِ پُیہ ہنٛز کینٛہہ مُتأثرکُن آوازٕ کنن گژھان۔ نوٚ پوٗر سوپرُک 38 وُہر شبنم گلزار چھُ أکِس اوسط درجہِ زمیندار گرس ستی وابستہٕ مڈل پاس نوجوان۔ کم تعلیم یافتہٕ آسنہٕ باوجوٗد چھےٚ أمِس شأعری خاص گٔرِتھ غزلہٕ کٕن فنی تہٕ تخلیقی لوأزِماتن ہنٛز اطمینان بخش حدس تام مہارت۔ أمۍ سٕنٛدٕن شعرن ہنٛز سارِوٕے کھوتہٕ اہم تہٕ مُتأثرکُن خوٗبی تہٕ

خأصیت چھےٚ موضوعن تہٕ خیالن ہنٛز سرتازگی تہٕ سأدٕ روار بر:

ڈُبر گنٛڈِتھ مےٚ آنگنس ہڈُر تہٕ گاسہٕ پأر بس
یہٕ ونتہٕ ڈل بٹھِس پیٹھن بناوٕ کتہٕ بہٕ لرٕ تِمس



دپُس سأ بنگرِ پھٹُر پٔنٛز پوٗژ وال تہٕ وَد
سہٕ یہنٛزٕ مایہٕ ژٕ سیٚجہٕ ہکھ سہٕ چھےٚ نہٕ وارٕ دپُس



شبنم چھُ لفظن ہُنٛد انتخاب ووستادٕ ہٕنٛدی پأٹھی کران تہٕ برمحل قأفیچ ژأر
تہٕ استعمال چھُ أمِس منہٕ مون شأعر بناوان:

گیٚوس وأنسہِ اتھٕ تُلِتھ قبوٗل دُعایہٕ خأر اکھ
خدائے زانہِ رٹنہٕ وِزِ ژھوٹیایہِ کیٛازِ نٔر تِمس



اگر شبنمس یہٕ تخلیقی تیٛہہ امی انمانہٕ قأیم روٗزتہٕ سہٕ شعر لیٚکھنس پیٹھ ڈاڈ گرِتھ روٗد، تِمس اندر چھُ نُمایندٕ شأعر بننُک امکان موجوٗد۔

کمراز علاقس ہٕتی وابستہٕ شبیر ماگأمی چھُ موٗلہٕ تلہٕ انگریز زبأنی ہُنٛد سُکالر۔ 30 وُہرِس أمِس نوجوان شأعرس چھےٚ شعروٕنٛج قابلِ رشک صلأحیت۔ شبیر چھُ غزل لیٚکھان تہٕ پزتھ شعرس اندر ڈرامأیی صوٗرتِ حال ووتلأوِتھ چھُ پرن وألِس پانس کُن رأغب کران:

موٗنچھِ منٛز تہٕ زن رأچھ کرِتھ تھاوِ سمندر
پےٚ ما چھےٚ تٔمس ناو لٔبتھ راوِ سمندر



وُچھان کأنسہِ کُن زانٛہہ سُہ اوسا ژیٚوہا
درس تس تہِ لٔج پٔت نظر لٔکھ دِپان



شبیرس چُھ غزل لیکھنک Idiom کینٛژھا پننس تخلیقی مزازس راس آمُت تہٕ کینٛژھا چھےٚ اَتھ منٛز اَمی سنٛز فنکارانہٕ ہُنر تہٕ مشقت تہِ شأمل۔

نِو پیٖیہِ ہِنٛد بن کأشرِ بن شأعرن انٛدر چھےٚ بیا کھ زوردار خوش کرٕنی تہٕ توجہ طلب آواز نثار اعظم سنٛز۔ کأشرِ زبأنی انٛدر 2011 ءیَس انٛدر ساہتیہ اکیڈیمی ہُنٛد گوڈنیک "یُوا پُرسکار" پراوَن وأجنٛی "تہٕ پتہٕ لٔج زۄن درس" ناوِچ یہنٛز شعرٕ سۄمبرَن چھےٚ کأشرِ شأعری ہٕنٛدِس شاندار آینٛدٕ کالس متعلق پژھ دِررادان۔ ڈٔنگی وژھیک نثار اعظم چُھ سِول سیکریٹیس انٛدر نوکری کران۔ نثارٕنی شعر چھِ اَمی سنٛدِ پوٗز، پیدأیشی تہٕ قلبی شأعر آسنٕچ شہادت فراہم کران:

آکھےٚ نہٕ اگر راس یہِ ڈٕریاو کیٚاہ کرن
پھٹ زن بٔتھس پیٚٹھے وۄن تمن ناو کیٚاہ کرن



کٔتجن زن گیہِ ہردِچ لےٚ
پتہٕ کُس ونہِ اسہِ سوٗنٛتُک پےٚ

دِلُک صحیفہٕ دِمٕ ورقہٕ ورقہٕ پرٕی زِ مگر

مےٚ سوٚمبرُمت لگےٚ یہِ آیہِ آیہِ رأچھ کرُس



فاروق شاہین تہِ چھُ نثر لیکھنس ستۍ ستۍ غزل تہِ لیکھان تہٕ نظم تہِ۔ یہٕنٛدی کینٛہہ بأتہٕ مصرعہٕ چھِ پزٕنہٕ پأٹھۍ ترِتھ گژھان:

پھولِہ ہےمےٚ گاش زِندگیہِ ییہِ ہےمےٚ أچھن گاش

تُل پرٕدِ أچھو پتھ ژٕ گژھن سیرٕ خدا فاش

یرٕونِ چھےٚ یہٕنٛز ناو پکان کوٚت چھُ یہِ دٔریاو

ہے میانہِ خدایا ژٕ کرکھنا وۄں عطا آش



2013 ءیَس اندر چھپےٚ یہِ نذیر ساگر سنٛز شعرٕ سوٚمبرٕن ''تھرآ نگنچ''۔ ساگر چھُ وُنہِ لوکُٹ تہٕ پنٛژٕ ؤری وأنسہِ منٛزٕ ےزٕ آیدازٕ اکھ ہتھ صفن پٮ۪ٹھ مشتمل قابلِ غور کتاب بازرس کڈِتھ چھُ یہِ نوجوان ادبی حلقن تہٕ ادیبَن ہُند توجہ پانس کُن پھِرنَس منٛز کامیاب سپُد مُت۔ ساگر چھُ أزکہِ حسابہٕ بوزوَے تہٕ اَن پرمگر دلچپٕن أچھن ہنٛز بیناأری چھَس باگہِ آمٕژ۔ أمی سنٛزِ شاعری ہٕنٛدی موضوع چھِ پزٕی پأٹھۍ روایتی۔ محبوبہٕ سنٛزٕن وتن ؤنی دِنی، لولہٕ خابَن لولہٕ کھوٚل کرُن تہٕ یارٕ سنٛدِ دوٗر رِرچ دَگ وبتر أوِتھ باکھہ ژھٔٹنی، تقریبَن چھِہ ییٚمٕ أمی سنٛزِ لولہٕ شاعری ہٕنٛدی موضوع۔ تاہم چھُ أمی کأشرِ شاعری منٛز کیٚہہ پہَن وۄکھناونہٕ آمٕت بیاکھ موضوع

یعنے پتھ کالچ مارے تہٕ پرانئن چیزَن ہُنٛد راوَن تیوٗل تہٕ پنٕنِن شعرَن اندر بوومُت۔ یہِ موضوٗع چھُ دُنیہکو بڈٕ بڈٕ تخلیقکارو ورتوومُت تہٕ اَمکہِ علاقُک وُسعت چھُ شاعرِ سٕنٛدِ وسیع مشاہدچ تہٕ تجربچ منگ کران۔ ساگرِ سٕنٛز وٲنس تہٕ تجربہٕ نظرِ تل تھوِتھ ییٚلہِ ٲسی ٲمی سٕنٛدی امہِ قبیلکی شعر پران چھِ، مسرت محسوٗس سپدنَس سٕتی سٕتی چھےٚ ٲمی سٕنٛدِ جان شاعر آسنٕچ پژھ تہٕ گنان۔ کینٛہہ مثالہِ:

تھجِ کادطیس اوس تہٕ مےٚ پیوٚ ویاد تہٕ پرٕ ژھمکھ
تھ ڈورِ چھا ازکل تہٕ تمےٚ کورِ رُوان تھَل



کوٚت گوٚو ژھنگرس تل بوٚ میلان ینٛدرُک نیب
کمی نیوٚ پھُٹرِتھ ہنہِ ہنہِ دانس منٛز زوٗلکھ



ساگرِ چھُ موٗلہِ تلہٕ غزلُک شاعر تہٕ شوقہِ خاطرِ چھُ منٛزی منٛزی نظمہِ ہناتہٕ لیکھان۔ یہِ چھُ پوٚز زِ ٲمی سٕنٛدٮ۪ن شعرَن منٛز چھِ کُنہِ کُنہِ وزنٕکی قبوٗح لبنہٕ یوان تہٕ کمزور شعرتہٕ چھِ نظرِ گژھان مگر کُلہم پأٹھی چھےٚ ٲمی سٕنٛز تخلیقی کوٗششہِ اُمیدافزاتہٕ میانہٕ خیالہٕ چھےٚ ٲمِس اندر بوٚڈ شاعر بننٕچ سکتھ تہٕ صلاحیت موجوٗد۔

جنوٗبی کشمیرٕس اندر چھےٚ وُنیستام دون نوجوان شاعرَن ہنٛز ترےٚ شعرِ سوٚمبرنہٕ منظرِ عامس پیٹھ آمژٕ۔ اظہار مبشرَن گرکینٛہہ وٕری برٕ وٕنہہ "ویوٗر" ناوٕچ پنٕنی شعرِ سوٚمبرَن شایع یوس ادبی حلقن اندر زیرِ بحث روٗز۔ اظہارٕنی یہِ کتاب

پرِتھ چھُ پرن وألِس أمی ہندِ باریک مشاہدُک اندازِ سپدان۔

سیاہ تارکھ نبس انہار بدلے　　زمین و آسمان ماہ پار بدلے

وارِ وولمُت چھُ شہر آسیٖن　　شامہٕ ژھایَن از ووہار بدلے



رئیس جان نثار چھُ مراز علاقُک بیا کھ جوان سال شاعر یٚمی ہنزٕ ''شیہلتھ'' تہٕ ''حأری ثاتھ'' ناوچہٕ زٕ شعرِ سومبرنہٕ شایع سپدیمٕژ چھےٚ۔ یمَن دوشوٕنی کتابَن اندر چھِ منزی منزی تتھی مأری مندی شعرِ نموٗنہٕ نظرِ گژھان یمَن منز تخیل چہٕ پرمایگی ستی ستی زبأنی ہُنذ ہُنر مندانہٕ ورتاوتہٕ لبنہٕ یوان چھُ۔

گُلشن حأران، بُلبُل لنجہِ پیٹھ پچھتاوان　　سونتس منز تروو ہردَن پرتو چھےٚ ناپے



یتھ جایہِ زمین آسہِ ووٗنی احترام کری زبس

تتھ جایہِ دفن آسہٕ نے گمنام خبر کأتی



یمَن غزلہٕ شعرَن اندر چھُ تغزل تہٕ تفکُر ستی ستی نظرِ گژھان۔ یہِ چھُ سُہ گُن یُس پابند شاعری خاص کٔرِتھ غزلس اندر رتہٕمنے شاعرن باگہِ یوان چھُ یم پزنہٕ پأٹھی شاعر آسن۔ اظہار تہٕ رئیسس ستی ستی چھِ مراز علاقکی مشروع نصیب آبادی، مظفر دلبر، افتخار انجم، مسرت نور پوری، سکندر ارشاد، پرویز گلشن، شائستہ شفیق تہٕ روبی نساء ناوی نوجوان شعر لیکھان۔

شمالی کشمیرُک منظور یوسف یہنزٕ ''لفظ لفظ اضطراب'' ناوٕچ کتاب تہٕ منظرِ

عامَس پیٹھ آمٕژ چھے، تہٕ چھِ نٔو و جوش تہٕ ولولہٕ ہیتھ ادبی دُنیہس اندر شامل سپدٕ مٕت تہٕ اُمی سُند کلامہٕ تہٕ چھُ اُمید افزا۔ امہٕ علاوٕ چھِ اطہر بشیر، شوکت صوفی، فیروز مقبول، اشرف عقاب، الیاس آزاد، ظہور اظہر، گلزار جعفر، معراج بنِ سیف تہٕ ساگر سرفراز تہٕ محفلن منز گاہ بگاہ پنُن کلامہٕ بوٗزناوِتھ پانس کُن متوجہ کران۔

نمونہٕ خاطرٕ کرٕ بہٕ یِموَمنزٕ دون شاعرَن ہنٛز زٕ مثالہٕ پیش:

راز ما روٗد رازٕ ے	مےٚ زوٗلم اَتھ تہٕ مازٕ ے
بہٕ وُڈٕ وُن شہبازٕ ے	مےٚ ہیتھن مان کرٕ کھا

○

فیروز مقبوٗل

دِل چھُ راوان خُدا ے خاڑ کٔرِن	موٗت چھُ کمرس اندر اَسان خالی
اَز تہٕ راوان پھے وَتھ تتھن واتھ	پٔریہ وَنہٕ وُن ییتھن گرٕ ھان خالی

○

الیاس آزاد

گوڈنتھ دِنہٕ آمٕژ شعرٕ مثال چھے اَکھ خوش آیندٕ ژینہٕ وَن یہٕ دِوان زِ صوٗفی لےیوس سانہٕ شاعری ہُند بوزوٕ ے تہٕ گہنہٕ چھے، چھے نِوٕ پُیہٕ ہُندٕ بن شاعرَن اندر تہٕ درٕ ینٛٹھی گرٕ ھان۔ یٔو دوٕ ے اَمہٕ لیہٕ ہُندی شاعرٕ اَتھ پُیہٕ منز زیادٕ تعداد س اندر موجوٗد چھِنہٕ مگر تہذیبی منظرنامَس کُن نظر ترٛاوِتھ اگر نونہالو منزٕ اَکے زٕ ے جان لیکھَن وٲلی شاعرٕ اَتھ شاندار روایژ گوڈ برن، غنیمتھ چھُ۔

نوِ پُیہٕ ہُندٕ بن شاعرَن اندر چھے کینہہ خوش کرٕ ونہٕ نِسوٲنی آوازٕ تہٕ گرٛزنہٕ لگمٕژ۔ شمیمہ فردوس، عارفہ آرزوٗ، روبی نساء، شائستہ، عشرت امید، افروزہ رشید

بیترِ واریاہ کورِ چھےٚ کأشری پأٹھۍ شعر لیکھان۔ تاہم سپز امہِ پیٚہ ہنز وشأعراتو اندر شاہدہ شبنم، صباشاہین تہٕ نگہت صاحبہ نُمایاں۔

میأنی ذأتی رائے چھےٚ زِ شاہدہ شبنم چھنہٕ وُنہِ تمہِ انمانہٕ دریافت سپز مژِ ییٚچ سوحقدار چھےٚ۔ شبنمنہِ ز شعرِ سوٚمبرنہٕ "وَچھکھ وَٹھ" تہٕ "ترٛیش تہٕ صحراو" ظون دِتھ پرِتھ چھأمۍ سِندِ پرٛاعتماد باؤژ بلکہ اندازِ سپدان:

ژِ کوٚت واتکھ تخیُل کِمن زوٚبن منز
مےٚ کوٚر پرواز ہیٚرِ بوٚن کأنٛتس
ژِ روٗدُکھ ناگہٕ پوکھرِ ہن راد ژھانٛدان
بہٕ آیس سٔدرٕ سٔنزٕ رس وٚنت میٚنتھ

○

ژِ ٹیوٚٹھ ٹٹھہٕ وَن ٹیچھر، ژوک ژوش ژاشر
بہٕ نابد کٔنۍ مٔدرٕ، مٔدریر، میچھر
ژِ روٗدُکھ دَم دِوان نمروٗدنی بس
بہٕ بصرِج رالعہ بیٚیہ چھم ندامت

○

شبنمنہِ اکثر ژھوچہِ نظمہٕ تہٕ کینٛہہ غزلہٕ شعر پرِتھ چھُ زنانہٕ ذأژ ہُند بل بتوٚر تہٕ أچھن بزوٚنٹھہٕ کنہِ وٚتلان تہٕ تم ورو أرِ داتھ تہٕ یم أمِس نوزُک بدن تہٕ زیرٕک خیال مخلوقس درپیش چھِ۔ شبنم چھےٚ مخالف جنسچہِ بُلھوسی "جواب" ناوِ نظمہِ اندر رتتھہٕ کٔنۍ چورتہٕ کران زِ عقل چھےٚ اَتھ نسوأنی جُرتس تہٕ اصولس شابش کران:

مسجد چھے دۄر نِماز وٲژم

سُہ بانٛبر یوٗمت وِنان اوٗسم

مےٚ دامنس واش کۆڑُم

تہٕ دوپمس

اگر پژی من

یہِ آیتَن چھے

نظر تجُن اَکھ سوال پرٛژھنم

؟

مےٚ کورٕ گی اَتھ کڈٕ ےنہٕ اَزتام

مےٚ قہرٕ ہۆت زَن جواب دِتمَس

یہِ اوس پیاران نِماز ِچانے

دِ سجدٕ عرشس کھسی عبادت

سُہ اوس أندری وٕ وان تہٕ لونان

یۆ تام وقتِ زوال سپد یو

پۆلتس ہیٚرٕ ژن ووٚنی نماز لاگنٕ

مےٚ دامنس وۆٹ أنٛدٕ ے انٛد رٕکُن

نظر تُلِتھ ییٚہ سوال کۆرنم

؟

مےٚ قہرٕ بُرٕژواۍ چھووچھس بس

قضا نماز نہٕ میوٚن دامن



مےٚ چھےٚ پزٕ زِ اگر شبنم شاعری ہُنٛدٚ بن فنی زاۍ وِچارَن کُن ہنا توجہ دِیِہ (یِہ نہٕ سو دِوان چھےٚ) سُہ ووتلہِ اَکھ بارسہٕ شاعر بنِتھ۔ بیٚیہ اگر سو واریہَن چیزَن کوم کرنہٕ بجایہِ مثالے کاشُر صوفی شاعری اردو ترجمہٕ کرنہٕ، سوانح لیٚکھنہٕ تہٕ باقے نثری ادب تخلیق کرنہٕ بجایہِ شاعری پیٹھے پنُن توجہ مرکوز کرِ ہے، سانہِ زبانی تہِ واتہِ ہے فایدٕ تہٕ اَمس جوان سال خوتونہِ ہُنٛد ادبی قدتہِ روزِ ہے دوہہ کھوتہٕ دوہہ بڈان تہٕ تھدان۔

صبا شاہینٕنٛز ''وولہٕ کالی راوٕے'' [3] شعرٕ سوٚمبرن چھےٚ کاشرِس شعرٕ سرمایس اندر اکھ قابلِ قدر برٕژر۔ صبا چھےٚ غزل تہِ لیکھان تہٕ نظم تہِ۔ اَمی ہنٛدٚ بن غزلن ہنٛدی شعر چھِ امارٕ کی ژاۍ نگی بنِتھ دِیِہ ہنٛدٚ بن گٹبٕن گاشراوان۔ اکھ ساد کاشُر گامہٕ کوٗر کستام سٔنز ژوٗرس وٗنی دِوان تہٕ وفکی وعدٕ یاد پاوان:

پران بہٕ چون محبت ہُران مےٚ اَچھن گاش
لیکھان بہٕ چانٛی رفاقت تہٕ جاوِدان سپدان



سوٗنتہٕ کالس اندر تہِ چھس گنٛز ژٔنی
از تہِ للہٕ وان صبا بہارٕچ دگ



أز ئیک شب تھاوی زہن رئژھرِتھ أچھن منز

یہٕ چھس نا چانہٕ بڑأنژے شب کرأنی



نیرِ ہم سینس مے شر ییہٕ ہم اگر

پھیرِ ہم سبزار دِلہٕ ہِکس ڈ دونس



بیٛاکھ جوان سال زنانہٕ شاعِر ییمی پٔتمین أکس دون وٕرین دوران مشاعرن اندر کلامہٕ پرٕتھ تہٕ فیس بُکس پیٹھ پننی شعر منزی منزی پوسٹ کرٕتھ کأشرِ شاعری ستی تعلق تھون والین اکثر ادیبن تہٕ ادب نوازن ہُند ظون پانس کُن پھیُر چھے نگہت صاحبہ۔ أمی ہندی شعر پرٕتھ چھُ باسان زِ یہٕ چھے پننہٕ وأنسہِ کھوتہٕ واریاہ بڈ۔ سرون مشاہدٕ تہٕ خۄبصورت باوتکأری۔ شوخ فکری ہُند سرساوبر مدٕ ماتین مورو ضن اندر پیش کرٕتھ چھے نگہت أکھ جُدا اگانہٕ آواز بٔنتھ وو تلٕن ہوان:

نیٛبری چھے کرٕتھ حقیقت أندری چھے خوشبوٗ چأنی

برس اپارِ ہِرہُن شب، یپارِ تارٕکھ نب

اسہٕ وِنہٕ بُتھہِ ییلہٕ سمکھان اوس

شہرُک موسم بدلان اوس



کأشرِس ادبی سرمایس بٔرژر کرن والین ادیبن تہٕ شاعرن اندر رچھِ وادی

ہِنٛدبن شاعرن لرٕلوٗر بالہٕ اپاَرِم قلمکار تہٕ سُخنوٗر ہر ہمیشہ بۄ زرٕ کران روٗدی مٕتی۔ اَتھ علاقس انٛدر روزن والین نوٗ پُیہٕ ہِنٛدبن شاعرن تہٕ قلمکارن انٛدر رتہِ چھ یہ شوق، ذوق تہٕ صلاحیت موجوٗد تہٕ ہنزلہ حُسین ثاقبؔ، بہار احمد بہارؔ بانہالی تہٕ ساحل مسرّتؔ بیترِ جواں سال ادیب چھِن کاشرِ ادبہٕ کس آکاشس پیٹھ پرٕزلنی ییتی مٕتی۔

وقف یاوُن کوٗرُم زیٖلی پتھ ژٕ روٗدُکھ بیٖیہٕ خُمارس منٛز

مےٚ وَنتم دلبرو کُس جذبہٕ چھُنہٕ میانِس امارس منٛز



ثاقبؔ

عتابن چانٛی وولنٛس بہٕ امیک چھُنہٕ کانٛہہ مےٚ غم لیکن

تمنا چھم یوہے وَنتم بہٕ کُس تقصیر ہیتھ اوُسس



بہارؔ

بالہٕ اپاَرِمبن نوجوان شاعرن انٛدر چھُ ساحل مسرت سُند دیُت تہٕ قابلِ ذکر تہٕ آنکوٗنی پاَٹھی ہکو وٕنتھ زِ بیٖیہٕ تہٕ آسن واریاہ نونہال تہٕ نوجوان شاعر تہٕ ادیب یِمن بالن انٛدر رمولہ لبن لالن ہِنٛدی پاٹھی گیتھ تہٕ وومید چھےٚ زِ وقت بۄ وٕنتھ پکنس ستی نیرن وار وارٕ نٕی۔

تنقید تہٕ تحقیق کین شعبن ستی چھُ تِمن ریسرچ سُکالرن ہُنٛد زبر تعداد وابستہٕ یِہنٛدِ باپتھ خاصکرٕتھ کشمیر یونیورسٹی ہٕنٛدِس کاشرِس شعبس تہٕ شیخ العالمؒ سینٹرس ستی وابستہٕ آسنہٕ کِنی تحقیقی تہٕ کُنہِ کُنہِ تنقیدی نثر لیکھن اکھ درسی مجبوٗری تہٕ چھےٚ۔ یِمو سکالرو منٛز چھُ کینژن انٛدر اَمہِ قسمچ کاَم کرنک فطری رجحان تہٕ لبنہٕ

یوان۔ نثار ندیم، عادل محی الدین، ارشاد شمسی، سمیر محی الدین، شاہدہ شبنم تہٕ اظہار الحق چھِ تم سنجید فِکر ریسرچ سکالر یِمن ہٕنز وومیدوابستہٕ کرنہٕ ہیکہِ یِتھ۔

کأشرِس املاہس پیٹھ لیکھنہٕ آمٕژ ارشاد شمسی ہٕنز کِتاب چھےٚ اَتھ سبٕتھۍ نوزُک موضوعس پیٹھ کرنہٕ آمٕژ قابل غور کأم۔ تِتھے پأٹھۍ چھےٚ اظہار الحق ہٕنز تازٕ ژٕتہِ کأشرِس افسانوی ادبس پیٹھ اَکِس تازٕ دَم نوجوانہٕ ہٕنز مأرۍ مٕنز خیالہٕ آرأیی۔

فاروق شاہینس میوٚل ''گاشہٕ ملر'' ناوچہِ کتابہِ پیٹھ ساہتیہ اکیڈمی ہٕندِ طرفہٕ 2012ءیک یُواپُرسکار۔ یہِ کتاب تہِ چھےٚ تنقیدی مضمونن پیٹھے مشتمل۔

ریاض نائک ناوۍ جنوبی کشمیرٕکۍ جوان سال نقادن چھےٚ عبدالغنی ٹھوکرٕ ہٕندِ ادبی کارنامَن پیٹھ اَکھ تنقیدی کِتاب لیچھمٕژ یوس طباعت کہِ مرحلومٕنزۍ گُزران چھےٚ۔

یِمن لِکھارین ہٕنزن تخلیقی صلاحیژن تہٕ کوشِشن سام ہینہٕ پتہٕ چھےٚ زٕ ترٕ ے اہم تہٕ توجہ طلب کتھ برٕونٹھہ کُن یوان:

اَکھ یہِ زِ کأشری بٹہِ لِکھأرۍ یِم کأشرین ادبین اندر مُسلمانن مقابلہٕ آبادی ہٕندِ تنوسُبہٕ کھوتہٕ واریاہ بڑس تعدادس اندر تقریبن پرٕتھ دورس اندر پیش پیش روٗدۍ ہٕتی اُسی چھنہٕ ووٗنی کأشرِس مٕنز لیکھان تہٕ رِنکوکول، تیمی سُند تفصیلی تذکرٕ گوڈٕ تہٕ آو، چھ سارِوے کھوتہٕ کوٚنس بٹہِ لِکھأرۍ تِمس پتہٕ چھُنہٕ تِتھ پأٹھۍ کانٛہہ لڑکہٕ یا کوٗرٕ نُمایاں۔

دوٚیِم شُمالی کشمیرس مقابلہٕ چھُ جنوٗبی کشمیرس تہٕ وسطی کشمیرس خاص کٔرِتھ شہرِ سرینگرس اندر نوجوان لِکھارین ہُند تعداد تشویشناک حدس تام کم۔

ترٕیِم تخلیقی نثر خاصکٔرِتھ افسانہٕ تہٕ ڈراما لیکھن والۍ لِکھأرۍ چھِ اَتھ پُیہ مٕنز

سبٹھاہ کم۔ ووُنی اگر کانٛہہ لیٚکھان تہٕ چھُ سُہ چھُنہٕ معیارٕ رٔنگی تیوٗت زبرٕ زِتتھ پیٹھ ہیکہِ فخر کرنہٕ یتھ۔

بہر حال زندگی ہنٛدی بدلوٕنی تقاضہٕ، نٔوی مَسلہٕ تہٕ نٔوی رُجحان نظرِ تل تھٔوِتھ پزِ اسہِ نوِ پُیہِ ہنٛدین[4] تمن لکھارین پزنہٕ پأٹھی تربیت تہٕ دِنٕی تہٕ حوصلہٕ تہٕ بڑاوُن یَمَن اندر تخلیقی صلاحیژ موجوٗد آسن۔



حوالہٕ :

1. موٗلُک رشتہٕ، صفہ:6
2. موٗلُک رشتہٕ، افسانہٕ پوٗژھ، صفہ:19
3. یہِ کتاب آس ساہتیہ اکیڈیمی ہٕنٛدِ طرفہٕ 2013 کہ یُوا پرسکارٕ باپتھ ژارنہٕ آمژ تاہم آوا تھ ایوارڈس کیا ہتا متھ تکنیکی کوس۔
4. یتھ مقالس منٛز نوِ پُیہِ ہنٛدین لِکھارین ہٕنٛدِ باپتھ عُمرِ ہُنٛد حد ژتجی وٕری مقرر کٔرتھ چھُ مطلب تِم لِکھأری یِم جنوری 2014 ہیس تام ژتجی وٕہری یا امہِ کم وأنسہِ آسی۔

# کأملنہِ کلامکۍ پھیرِ ہاوگون

امین کامِل چھُ اکھ ادبی شخصیت یُس بِسیار پاسل۔ کأشرِ زبأنۍ ہندِس یتھ ادبی دورس ستۍ یم وابستہٕ چھِ، تتھ اندر چھےٚ یمن اکھ امتیأزی حیثیت۔ اکھ یِیمہِ کِنۍ زِ یموٚ کٔر وارِیاہن نثری تہٕ منظوم ادبی صِنفن اندر پننہِن خیالن ہنٛز باوتھ تہٕ افسانہٕ، ڈراما، ناول تہٕ خاکہٕ بیترِ لیکھنہٕ علاوٕ لیوٗکھ تحقیقی تہٕ تنقیدی نثر تہٕ۔ شأعری منٛز رأیج مختلف ہیٔژ تہٕ ورتاوِکھ۔ یمن تمام ادبی قالبن ہنٛد استعمال کرنس دوران روٗدی نہٕ یم اکثر لیکھن والین ہنٛدی پأٹھۍ محض شوقہٕ ہنا کران یا بأرو والین ستۍ تھکھ دِوان بلکہِ چھےٚ ٹاکارِ حقیقت یہِ زِ یتھ تہٕ صِنفہِ یموٚ اتھ ڈول، تتھ ہُریوٚو مول تہٕ آبرو۔ یِہنٛدۍ ''کوکر جنگ''، ''پھاٹھ'' تہٕ ''سوال چھُ کلُک'' افسانہٕ چھِ کلہم کأشرِس افسانوی ادبس اندر پننہِ نوعیتکۍ منفرد تہٕ معیأری تجربہٕ۔ شأعری چھُ یِہنٛد منہٕ مون تہٕ خاص مأدانِ عمل تہٕ یِہنٛدِ ظونہٕ بلہٕ تھنہٕ پیٚمتۍ اکثر شعر چھِ تازگی ہُنٛد احساس دِنس ستۍ ستۍ ادبِ عالیہ کِہن مولن تہٕ معیارن ہنٛدی ناک نقشہِ ہیتھ بڑ وٚنٛتھ کُن یوان۔

1950 ء پتہٕ یم زِ ترٛے نمایاں تہٕ نمایندٕ آوازٕ کأشرِ شأعری اندر رووٕ تلیہٕ

تِمن منٛز چھِ امین کامِلَن پننِہ کلامہٕ چوکینٛژ وچھیرِ ہاوخصوٗصیژ وتہٕ خوٗبیوٗ کٔنی خاصہٕ توجہ منگان۔ مقدارِ حسابہٕ وُچھو تہٕ یِم چھِ پننِہ وُ پھوارستی باجن منٛزٕ زیادٕ پرٕ گو۔ یِہنٛزٕ چھےٚ ''مس ملر''، ''لوٗ تہٕ پزٕ وٕ''، ''پیٚہ سُہ پان''، ''پدس پوٗ دژھاے'' تہٕ ''یِم میأنی سوٗخن'' ناوچہٕ پانٛژھ شعرِ سوٗمبرنہٕ چھپیمژٕ۔ دلچسپ تہٕ توجہ طلب کتھ چھےٚ یہ زِ یِمن پانٛژٕونی کتابن اندر رچھنہٕ تیٚنتھ کانٛہہ غزل یا نظم نظرِ گژھان یَتھ متعلق پرن وول یہِ محسوٗس کرِہے زِ یہِ چھ بٔلی کتابہِ ہُنٛد باڈوٗہراونہٕ باپتھ یا بھرتی خاطرِ اَتھ اندر تھاونہٕ آمُت۔ یہِ چُھ پوٗز زِ معیارِ اعتبارِ چھےٚ یِمن سارِنٕے کتابن اندر شامِل منظوٗماتن اندر روَسہٕ کھس لبنہٕ یِوان مگر یِہنٛدِ معیارِ مطابق کمزور شعرن تہٕ منظوٗماتن متعلق تہٕ ہکونہٕ یہِ وٕنتھ زِ ''یہِ چھےٚ محض تُک بندی''۔

کامِل چُھ کمالہٕ وول تخلیق کار۔ اکھ سُہ پیدأیشی شاعر یَمی سُنٛد رُم رُم تخلیقی سوزٕ تہٕ سرٕ دٕہتھ گژھان چُھ۔ اکھ اکھ کتھ، اکھ اکھ موضوٗع تہٕ اکھ اکھ مضموٗن چُھ ووٕنٛدٕ وُزیوٗمُت تہٕ اصلی۔ کامِل چُھ پننِس کلُہم کلامس اندر اَکِس انسانہٕ سٕنٛدی پأٹھی ظاہر سپدان۔ تمام بشری تہٕ انسأنی کمزوری ہیٚتھ۔ بُنیأدی انسأنی جبلژن تہٕ جذبن ہُنٛد اظہار کٔرِتھ چُھ تِمہٕ کتھہٕ باوان یِمہٕ بشری کمزوری تھاون وٲلین انسانن ہنٛزٕ کتھ چھےٚ۔ تِمن سارِنٕے انسانن ہنٛزٕ یِہنٛدِس وجوٗدس اندر اکھ حیوان بٔستھ چُھ۔ یِمن نفس اکِہ وٕنہٕ وٲلان تہٕ بیٚیہ وٕنہٕ کھالان چُھ۔ یِمن وِزِ وِزِ وکھرِ وکھرِ قسمن ہنٛزٕ بوٗچھِ لگان چھےٚ۔ یِم پننِہ آرزوین ہنٛزٕ ترٛیش ہُمراونہٕ خاطرِ گاہے ٹاسرِ تہٕ گرا لطیف تہٕ نفیس اندازٕ چہٕ ژھومبہٕ کران چھِ:

وائے یتھ وٲراگہٕ وٲرانس اندر گُزراوِ کتھٕ کٔنہ زندگی

زن نہٕ زانٛپُن، گُنہٕ نہٕ کانٛہہ

تژیشہٕ ہوٚت تہاہرن ژھاران بہٕ چُھس کانٛہہ ناگہٕ راد

وائے بیٚیہٕ "آدم" بہٕ چھس کژ یشان سٕے ازلی امار

سوٕے مسرت لولہٕ ہٕژ ابدی "حوا"

یوٚسہٕ مےٚ کانٛہہ کٔنہ شیٚچھ وٕنتھ بژ بمہٕ راوِ ہے

بیٚیہٕ نٔوس گُنہٕ عالمس دِیہٕ ہے زنم



(ابدی حسرت)

یُس وِ سُے بے ضمیر بے آواز

یُس وِ سُے ہٮ۪تھ پنُن شِکم بایوٚ



نیرِ تاپس تہٕ سنمبٕ سپنس تب

بیٚہمہٕ شِہلس تہٕ شِشٹھبٕ بدنگ رتھ

کانٛہہ تہٕ موسم چُھنہٕ تسکینگ سوٗنتھ



(پگاہ کور گرٕژھ)

عشق چُھ ساد حقیقت ژِ یکھ تہٕ نالہٕ رٹتھ

مےٚ تژ آوی تلمہٕ کٔرِتھ فلسفکی نقاب ہیٚے



کاملِنہِ تخلیقی شعوٗر چہِ اَڈ رَنہِ منٛز یِم اہم محرکات مِلہِ مِشہِ گُپتھ چھِ، تِمن اندر چھِ آفاقی مسلن تہٕ معاملن ءستۍ ءستی پنٕنہِ میٖژ ہٕنٛدی تہذیبی، سماجی، روٗحانی، ثقافتی تہٕ تاریخی انہار تہٕ اثرات تہٕ شامل۔ مقامی قدرن ہُنٛد ظوٗن، اعلیٰ اثاثک راون تیوٗل تہٕ پنٕنہِ واریاہن مولہٕ لبن چیزن متعلق فخرُک احساس چھ یِہنٛزِ شاعری اندر بیانیہ بنہٕ ورأے تاثرُک تِرتھ گرٛھن وأنِس اندازس اندر برٛونٛٹھ کُن یِوان:

سُے خانہٕ زِ یتھ پأدٕ مےٚ ہیوٗ گوٗو کاملؔ
للؔ موج تہٕ نُنٛدٕ ریوٗش چھِ تیٚمِس لولہِ للون
یوٚت تام چھُ بُرأژ تہٕ افتابس سنٛگ
شاداب یہِ ریٚشیٕ وأر تہٕ یِم میأنۍ سخن



ژھوکہِ میأنۍ فکر روٗسی کیٚچن ڈلہِ رفتار
تھکہِ میأنۍ نظر زوٗن اَچھن لگہِ زوٗنن
غم میوٗن چھُ گُل خنٛدٕ بشارت پیٚچھ
کُس زانہِ یہِ کُس زان کران چھُس حرفن



ترٛیشہِ ہُتۍ دٕراِیہِ بے سوکھ یأ گی خیالن ہٕنٛدی ہَرن
وُٹھ پھیشان، پیہم کھمان، نارن وسان، سنگرن کھسان

نیلہٕ ناگگ پے کڈان دوران دَوان

پھیرِ پھیرِتھ پیٚیہِ ژھینٛتھ سپدے ووداٗسی

(نیلہٕ ناگ)

○

کامِلنہِ کلامٕچ بیا کھ اکھ اہم پھیرٕ ہاو خصوٗصیت چھےٚ موضوٗعن ہنٛز رنگارنگی۔ یِہنٛزن پانژٕونی شعرٕ سوٗمبرنن ہُند اکھ اکھ صفہٕ پھرنہٕ پتہٕ چھےٚ خیالن تہٕ فکری نٔبجن ہنٛزِ سرتازگی ہُند لطف ظوٗنس ویان تہٕ مٔنس پرٛیٚیان۔ موضوٗع تہِ تِتھی یِم پرن وٲلِس پننہٕ تہٕ پننہِ مزازٕکی ترجمان باسان چھِ۔ کامِلس چھ امیک اِدراک پانس تہٕ تہٕ امیک انداز چھُ یِہندٮ۪ن اکثر غزلن ہنٛدی یِمہِ تژ ایہِ ہنٛدی لِکھٕتی پٔرِتھ سپدان۔

یہِ موٗت شاعر، یہِ توٗت انسان، یہِ کامِل

کھوتو روٗستے سوٗتھر گنجینہٕ بابا

○

بہلہِ پایہِ ادبی نقادن ہُند گُف چھُ زِ تخلیقی ادب، خاص کٔرِتھ شاعری چھےٚ لفظن ہنٛدِ ورتاوٕچ سوٗموزوٗن تہٕ شوٗبہِ دار عمل یِمہِ ستی عام فکری تژ ایہِ تہٕ سوچن نٔبج تہِ اتھ یِوان تہٕ رتھ کھسان چھےٚ۔ دُنیِہس منٛز چھنہٕ کتھ کرنہٕ باپتھ موضوٗعن ہنٛز کانٛہہ کمی مگر کانٛہہ موضوٗع تمہِ انمانہٕ ورتاوس اندرانٛن زِ تمہِ کہِ افادیت تہٕ اہمیت ڈٔلیل پیہِ دید مان۔ سُہ گوٚو زبانٕی ہُند تخلیقی ورتاو۔ یہِ چھنہٕ کانٛہہ الگ تہٕ استعمالس اندر نہٕ یِنہٕ واجینٛز زبان آسان بلکہٕ عام تہٕ دوہ دِنچہِ زبانٕی ہنٛدٮ۪ن لفظن ہُند سُہ ورتاو یِمہِ ستی یِمن ہنٛدی تہذیبی، تٲریخی، جذبٲتی تہٕ احساسٲتی معنے تمہِ صوٗرتِ

حالہٕ کِس تنوظرس منز وۄتلن ، یِتھ اَند رشعروننہٕ آمُت آسہٕ ۔ کامِلؔ چھُ امہٕ حوالہٕ زبانٕی ورتاوس اَند رمیٲنہٕ خیالہٕ سارِنٕے کاشرٚ ہن شاعرن اَند رمنفرد تہٕ بےٚ جوڑ۔ یہٕ کرٛ امہٕ دعوٕہچہٕ دٔلیلہٕ رٔنگی ترٛٚ ےشعرنمونہٕ پیش :

یوٚر چھا پاٚرِم سیاست کانٛہہ چلان

یَتھ دپان جے کے ریاست تاٚے تاٚے

ہم کو کیا مانے گا تم کو لاٹھ صاٚب

اسہٕ کھسان اردٕو شرارت تاٚے تاٚے



یٔوت ظاٚلم تہٕ یٔوت بے مُروّت

یٔوت اٚستھ تہٕ خوش کران جنگل

شانہٕ ووگنان وُچِھتھ اِمکی سبزار

پڑانہٕ وسران اگر چھوٚنان جنگل



دُنیا چھاوان حُسنٕک باغ

کوٚب گُل میٔونُے دِل پامن



کہنٕے لفظ چھُنہٕ لغوی معنیَن ہٕنزن ہانٛکلن منز گنٛڈِتھ بند لبنہٕ یِوان۔ تقریبن پرٛتھ کُنہِ لفظس ستی چھُ اکھ وسیع تہٕ گنٛڈِتھ ژوٚپرِتھ بیان نہ کرنہٕ یِنہٕ وول تاثُر تہٕ احساس

جُرتھ۔ لفظ اداسپدنس ستی چھِ تم ساری محسوٗسات، جذبات تہٕ تہذیبی مُضمرات بڑ وٚنٛتھ کُن یِوان یِم اٚمی صدِیہ وادن ہنٛدِ ورتاوٕ کِس سفرس دوران پانس ستی تھٲوِتھ گرٕ متی چھِ:

''یور چھا پأرِم سیاست کانٛہہ چلان''

یِم چھےٚ تژ ے عام فہم ترکیبہٕ یمن ہُنٛد استعمال تمہِ پُرکاری سان کرنہٕ آمت چھُ زِ معنےٚ کِہن تعلُقاتن ہُنٛد انٛدرُوٗنی نظام تہٕ سلسلہٕ چھُ تمہِ رژرٕ تہٕ معنہٕ ساوٕ رسان بڑ وٚنٛتھ کُن یِوان زِ کأشر زبان سمجن وول، پرٛتھ کانٛہہ قٲری تہٕ بوزن وول چھُ یکدم مُتوجہِ سپدِتھ وُٹھوٚ تلی اسنہٕ ہنا گٔرِتھ دِپان ''واہ۔ پوٚز ہے چھُ''۔ یہِ چھُ دراصل زبأنی ہُنٛد محاورأتی ورتاوIdiomatic Usage۔ یُس تخلیق کارس یہٕ اتھہِ یِوان چھُ تمی ہنٛز باوتھ چھےٚ کُنہِ قبیلہٕ وقالہٕ ورأے رتھِ کھسان۔ ناپوٚختہٕ کار یا نوٚ زادٕ لیکِس مُڈلیکِس شأعرس چھےٚ عموٗمن کانٛہہ جان مِصرٕ ہنا موزوٗن سپدنہٕ پتہٕ قلمس زنتہٕ زیو ژھنان۔ سُہ چھُنہٕ اظہارُک تژرتہٕ میچھر اکی انمانہٕ قأیِم تھأوِتھ ہیکان۔ کامِل چھُ امہِ حوالہٕ اکھ پُرمغز، پُرہُنر پوٚختہٕ کارتہٕ دیدورشأعر بنِتھ بڑ وٚنٛتھ کُن یِوان۔ زیرِ بحث شعرکہِ گوڈنکہِ مِصرُک تاثُر چھُ دوٚیمس مِصرس انٛدر عروٗجس واتان۔ ''یتھ دِپان جے کے ریاست تأے تأے'' اظہارٕچ روٗانی، آہنگ تہٕ میچھر، خودزاواٚسنس ستی چھےٚ پرٛتھ کانٛہہ ترکیب تأریخی تہٕ تمدُنی آگرن ہُنٛد بل بُتر ہیتھ معنین ہنٛدی منہٕ مأنی سمندر بڑ وٚنٛتھ کُن انان۔ سارُوے کھوتہٕ اہم کتھ چھےٚ یہِ زِ شعرُک معراج تہٕ مُنتہا Clixmax چھُ امیک ردیف ''تأے تأے'' بنان۔

کاملنہِ لفظہٕ ورتاوٕ کہِ حوالہٕ چھےٚ سانہٕ نقادو مختلف رایہِ دِژمٕژ، یِمو منٛز کینٛژن پیٹھ نوسرٕ غور کرنٕچ ضروٗرت محسوٗس سپدان چھےٚ۔ مثلن حامدیؔ کاشمیری سُنٛد ''جدید کاشُر شاعری'' ناوٕ چہِ پننہٕ تنقیدی کتابہِ اندر ریہِ لیکھن زِ ''سُہ چھ وُنہِ نادٕمنٛزٕ پاٹھی بےٚ وایہِ تہٕ فیاضی سان لفظ استعمال کران تہٕ یِہ کتھ (نظمہِ منٛز خاص کٔرتھ) مُشراوان زِ فنٕک تاثُر چھ اختصارٕ ستۍ ووتلان''[1]

حامدی سنٛزِ رایہِ ہنٛدِس تنوظرس منٛز چھ مجروح رشیدؔ تہِ ہنا محتاط پاٹھی تقریبَن یِژھے ہش باوتھ کران '' کاملؔ یتھےٚ ترقی پسند نظریہِ نِشہِ دوٗر ڈیو، تمۍ یٚتۍ نٔوۍ خیال دٲیراوٕنۍ تہٕ مُشاہدس دِژن باقے کتھو کھوتہٕ ژٕ راہمیت۔ یِم نٔوۍ خیال تہٕ مُشاہد آسۍ نٔو زبان ورتاونٕک تقاضہِ کران تہٕ امہِ خاطرٕ کٔر کاملن پزی اکھ نٔو زبان استعمال۔ تہٕ کٔرتھ تہِ ہیوٚک نہٕ سُہ گوڈٕ گوڈٕ پننہِ خیال آرایی شعرک زوٗز تہٕ عطا کٔرتھ''[2]

ناجی منورؔ تہٕ شفیعؔ شوق چھہِ ''کٲشرِ ادبُک توٲریخ'' ناوٕ پننہِ کتابہِ اندر خاص کٔرتھ لفظٕ ورتاوٕ کہِ حوالہٕ کاملسؔ متعلق مختلف تہٕ مستحسن راے قایٚم کران لیکھان زِ '' کاملنٛز شاعری ہٕرتھ چھ باسان زِ زنتہٕ تمٕس لفظس لفظس پیٹھ اختیار چھُ، یِمہ آیہِ خوش کرِس تمہِ آیہِ ورتاوِکھ''[3]

لفظن ہنٛدِس ورتاوس پیٹھ یہِ حدٕ رٕوس قدرت چھےٚ کاملسؔ نظم تہٕ غزل دوشوٕنۍ صِنفن ہُنٛد شہسوار بناوان، تاہم چھےٚ یہِ کتھ ووٚنۍ تقریبَن کھرٕ کرنہٕ آمٕژ زِ غزل گو کاملؔ چھُ نظم لیکھن وٲلِس کاملنہٕ کھوتہٕ وارِیاہ بوٚڈ شاعر۔ پزر چھ یہِ زِ کاشرِس غزلس چھُ کاملنہِ قلمہٕ نیرتھ بوش کھسان۔ ''لوٕ تہٕ پزٕو'' منظرِ عامس پیٹھ

یِنٛس ہِتی گٔے یِم ادیٖبن تہٕ ادبی حلقن اندر أکِس صاحبِ طرز غزل گوٚ سٕنٛدِ حیثیتہٕ مقبوٗل۔ یِہُنٛد اسلوٗب یُس اوتام غزل لیکھن والین سارِنٕے شاعرن ہنٛدِ اسلوٗبہٕ نِشہِ بیوٚن تہٕ بدٕلن اوس آو شاعری ہنٛدِس فنس ہِتی لوٕے خوٕے تھاون والین شاعرن تیوٚت پسند زِ اکثر وٕنتی کامِل ہوی غزل گوٚ بنٕنکی خاب وُچھنہِ۔ حقیقت چھےٚ یہِ زِ اگر کانٛہہ دوٚیِم کامِل بٔنِتھ ہیوٚک نہٕ مگر یِہنٛدِ غزل لیکھنُک انداز بنیوٚ واکھ ٹائپ تیٚمِچ چھاپ قریبَن پٔژھن ؤرِین قایِم روزِ۔

واضح چھُ زِ کامِلن لہجِہ چھُ زیادٕ پہن أمی سٕنٛدِ غزلہٕ ہِتی نوٚن نیران۔ اَتھ لہجس درپردٕ چھُ اکھ سُہ راوی تیمی سٕنٛدِ بن سخنن محبتُک منس مٔدراوان چھُ تہٕ طنزٕچ ترٛاے معنہِ ساوٕرتہٕ تہہ دأری عطا کران چھےٚ۔ کأشرِ زبأنی ہنٛزِ غزلہٕ شاعری منٛز نمایاں سپدن وول یہِ شوخ تہٕ پُر اعتماد مردانہٕ لہجِہ چھُ لمہِ انمانہٕ گوڈنچہِ لٹہٕ ٹاکارٕ سپدان:

میانہِ روٗٔچ اگر یہِ رٟہہ ساکھ
ٹوٗرٕ ہن چھکھ، پھولکھ، گولاب بنکھ

○

تاپھ ترٛاوِتھ شیٚہلی شیٚہلی تُل پٔدرٕ
ناگہٕ جوٕے چھکھ، تتکھ، حُباب بنکھ

○

وقت ژیٚنے اووے برس تل مٔژی ژٕ نِندرِ چھکھےَ
ہِنےَ ملالہٕ رٔٹِتھ یہِ پوٚت ژٔلی کیٛاہ گوس

○

وتہِ پٹھ سمکھے یگھ ، دڑایگھ

وٗنی تھےٚ گرٕھی زے محلک ناو



ژیٚے بہٕ راوے تہٕ کیاہ سنا مولہٕ وکھ

ژٕے مےٚ راوکھ ہمتھ بہٕ شعرن مٔلی



کانٛہہ تہِ سنگلابہٕ ہوس آو نہٕ بامل ہے ہے

زِتھر گگرایہِ وہکی واو نہٕ یتھ شہرس منز



کلام کاملیچ بیاکھ خوشوٗنی خوٗبی چھےٚ اتھ اندر وَرتاونہٕ آمتی تخلیقی محاسن۔
یِہنز شاعری اندر وَرتاونہٕ آمتی استعارٕ، تشبیہہ، شبیہہ، پیکر، تہٕ تلمیح بیترِ چھِ زنتہٕ غار ارادی طور شعرن اندر آمتی تہٕ باسانہٕ چھُنہٕ زِیم ساری چیز استعمال کرنہٕ باپتھ کیاہ آسہِ شاعرس کانٛہہ جکھ یا زورلڑاوُن پیوٚمُت:

صُبح پھوٗل زن گامہٕ یاوٚن نالی ژھٕن دوٗبی دڑاو پوٗژھ

یا اُکس انہِ ماجہِ یِنٛک گاشدار اَچھ گاش زاو



یُس شہہ تہِ ابسوو چانٛی یادن

سُے شہہ مےٚ باسیوم اوم پن ہیوٚ



کاملنس کلامس چھُ سٲتۍ ریٛ، موسیقی ہُند سرگم تہٕ بڈٕ پایہِ اسہِ تہٕ سائنس سرزمینس درپیش حالات و واقعاتن ہُند سِرٕ ساو برا اکھ منفرد رنگ عطا کران۔ کلٲم پاٹھی چھُ یہِ اکھ تیُتھ شاعر یٚمی سِنٛز شاعری اندر رسانہِ اجتماعی تحتِ شعوٗرٕچ تہٕ لاشعوٗرٕچ باوتھ زاینٛ لبان چھےٚ:

ٔوہراو ریشس لوٗگ نِشہِ للہِ

اند پُجراوِتھ تھاوِس اسہِ



کھاو آدم اُسی پشاژ سائٔ

پیوٚند جنٛدٕکر تمی چھِ اُسی



کاملن کرِ غزلہِ شاعری اندر ریٚنہہ ہیٖتی نزاکژ پاد، یم اکھ باکمال ووستادٕ سے کرِتھ ہیٚکہِ۔ مثلن یہِ زِ ژھوچہِ بحرِ منٛز لیکھن، متحرک قافیہِ ورتاوٕنی، قافیہِ أندٕری بیا کھ قافیہِ ورتاوُن۔ یمن تجرُبن ہنٛز خاصہٕ خوٗبی تہٕ اُس یی زِ یمو أندٕر باسیوٚ ونہٕ کٕنی منٛز کانٛہہ پھِہریٖ، ٹاسر یا تگن گری۔ یہِ سورُے چھُ تتھٕ کنٕ سپدان زِ تہٕ اَتھ بہرحال سپدُن اوس۔

کاملن ہیکون نہٕ گنٛڈِتھ ژوٚپرتھ پاٹھی کُنہ خاص ادبی تحریکہِ، رُجحانس یا نظریہس ہستی ٹھی کرِتھ۔ یہِ چھُ اکھ تیُتھ پوٚز شاعر یٚمی سِنٛز فکر تہٕ فن کمہٕ تام اوٚچھ آگرٕ وُزِتھ تیز رَوناہکی پاٹھی بےٚ شونٛگی تہٕ بےٚ فکر پاٹھی روان دوان چھےٚ۔ أمی چھُ

"لوٗ تہٕ پڑوٗ" ناوٕچہ پنٕنہِ شعرِ سوٗمبرنہِ ہٕنٛدِس سرنامس اندر کأشرِ شأعری ہُنٛد لہجہِ بدلاوُنُک خود بذات دعواکوٗرمُت ، حالانکہِ اَکِس شعرس اندر چُھن یہِ معاملہِ بدل پأٹھۍ تہِ بوومُت:

کأملن لہجہِ کأشرس بدلوو

رایے ظأہر کران چھِ کم تامَتھ



کأشرِ شأعری متعلق تنقید لیٚکھن وألۍ تقریبن سأری قلمکار چھِ مانان زِ کأملن بدلوو کأشرِ شأعری ہُنٛد لہجہِ مگر امِچ خوٗبی تہٕ خوٗبصورتی چھےٚ یتھ اہم حقیقژ منز درپردِ زا اتھ لہجس اندر چھِنہٕ کانٛہہ بغاوت نظرِ گژھان تہٕ یہِ چھُنہٕ کُنی جایہِ باسان زِ یہِ نوبر چھُ نوبر پأدِ کرنہٕ خأطرِ ورتاونہٕ آمُت تہٕ امِکۍ موٗل چھِنہٕ ہرگز تہٕ سانیٚ شاندار روایژ و نبر۔ بقولِ محمد یوسف ٹینٛگ "اتھ منز چھُ وارِیاہن تارن ہُنٛد تِس تِس شأمل تہٕ یہِ چھےٚ اَکِس تِتھِس شأعرِ سنٛز آواز یُس پرٛانِہِ تہٕ نٕوِ ٹیٚٹھ وَنہِ تہٕ نابدِ چہِ مِلوٕنہِ سٕتۍ اکھ سہٕ عأرق بناونس منز کامیاب چھُ سپدمُت یُس اَزِکِس انسانس مزازس گوٗتہٕ تسنٛدِ بن وأری داتن تن دِنٛچ اہمیت تھاوان چھےٚ"۔[4]

مشعل سُلطانپوری چھُ "کأشرِ شأعری منز کأملُن لہجہِ" عنوانس تحت لیکھنہٕ آمتِس مقالس منز اکہِ خوددار زخمی مزازٕچ آوازٕ ینتھ کأملنس مقالمأتی سٹائلس تہٕ طنزیہ طرزِ اظہارس ووکھنےٚ کران کأملس عہد ساز شأعر مانان۔ بہرحال کأملنس کأشرِ شأعری ہُنٛد بارستہٕ تہٕ نمایندٕ شأعر آسنس اندر چھُنہٕ کانٛہہ فِ۔

تمیک سارؤے کھوتہٕ بۆڑ ثبوت چھِ یِہُند منفرد اسلوٗب۔ یِہُند اندازِ بیان چھُ
تیوٗت نرل زِ عصری شاعری سٟتۍ زان تھاوَن وول کانٛہہ تہٕ نفر ہیکہِ یِہُند شعرناو
حوالہٕ بغٲرتہٕ پرزناٲوِتھ۔ یہِ خوٗبی چھےٚ سٮ۪ٹھاہ ہے اہم تہٕ نمایندٕ حیثیت تھاوَن
والین شاعرَن ہٕنٛد ہے کلامَس آسان۔

یَمَن سارنے کتھَن ہُنٛد او ہر کڈِتھ چھ یہِ احساس پزنہٕ پاٹھی سپدان زِ
کاٚملِ چھُ پننہِ دورُک سٮ۪ٹھاہ بۆڑ شاعر۔ یِتہِ چھُ محسوٗس سپدان زِ یُوٗتاہ مولوٗن
لایق یہِ بہلہِ پایہِ شاعر تہٕ ادیب چھُ تیوٗتاہ چھُنہٕ مولونہٕ آمُت۔ بیٚیہِ تہٕ چھُ
کینٛژَن وشفن یاونو زِ غلفت شعاری کُن ظوٗن گرژھان یم یَتھ تنقیدی مضموٗنس
اندر زیرِ بحث انٛنۍ مناسب روزِنہٕ۔ تاہم چھُ توتہِ پزتھ کُنہِ خیالہٕ کہِ اضافی آسنکہِ
حوالہٕ یہِ بحث تہِ یَتھے کُنۍ اڈلیوٗ کےٚ یِتھہٕ کُنہٕ تنقیدس اندر ربدل کانٛہہ بحث تہِ حتمی
تہٕ آخری بٔنِتھ ہیکان چھُ بامے تنقید نگارکۍ تاتہٕ بۆڑ اٟسی تَن۔ کاملنہٕ کلامکِن
پھیرِ ہاوگوٗنن سٟتۍ ہیکَن اَتھ اندر موجوٗد منفی ٔنوٗ ٹکۍ نوکتہٕ تہِ اَستھ یَمَن پیٹھ
گتھ کرِنی پز۔ مثالے یہِ زِ یِہُندِ شعرن اندر لبنہِ یِنہٕ وانٛجۍ نرگیست چھےٚ
تقریبَن خودنمأیی بلکہِ غرورُک تاثر دِوان۔ یِتھے پاٹھی چھِ شاعری ہٕنٛدِ تکنیکہٕ
تہٕ موضوٗعی وہراوِ اعتبارٕ تہِ کینٛہہ معاملہٕ زیرِ بحث انٛنۍ لایق۔ تاہم چھُس بہ
کاشرِس تنقیدس سٟتۍ وابستہٕ قلمکارَن ژینہٕ وَن دِنی یژھان زِ کاٚملِ چھُ وُنہِ پزنہٕ
پاٹھی مولہٕ وُنے تہٕ یِہُند بن بسیار ادبی کارنامَن ہٕنٛدی ؤکھر ؤکھر انہار بدِ
کڈان کڈان یِن واریاہ تم کتھہٕ تہٕ برٛونٛٹھ کُن یَمَن کُن نہٕ وُنہِ اَسہِ ظونے

گوٚمُت چھُ۔

کامل شناسی نسبتھ تغوفلکی یا گوٚش دِنکی چھِ میانہِ خیالہٕ کینٛہہ اہم وجوہات تہٕ۔ اکھ یہِ زِ یِم چھِ فطری طور تُند مزاج۔ حالاتن ستی سمجھوتہٕ کرنس سوٚمب چھکھ نہٕ ژیٚڈ۔ پرٛتھ کانٛسہِ شخصس ستی اَکھتھ ماَکھتھ یارانہٕ لاَگتھ پنٛنہٕ زٔڈ کڈنی چھُکھ نہٕ تگان۔ بێیہِ یہِ تہٕ زِ باقین ہُنٛد چھکھ ویان تہٕ ویٚپان تہٕ کمےٚ پہن اِدکتھ اَستن قابلِ قبوٗل بٔلکہ تقلید کرنس لایق تہٕ۔ یِم سارٕی انہار چھِ کاملنس شعرِ لبس منٛز تہٕ نمایان تہٕ زندگی گزارنکس وطیٖرس اندر تہٕ:

حرام چھکھ اگر ہے قبرِ میانہِ پیٚور تھوٚن

مےٚ ستی گےٚ تہٕ زن یِم میأنی شعر ضایہِ مےٚ کیٛا



حوالہٕ:

1. جدید کاشُر شاعری، صفحہٕ:126
2. عصری کاشُر شاعری، صفحہٕ:107
3. کاشرِ ادبُک توأریخ، صفحہٕ:85
4. رنٛگن ہنٛز پارٕ زانُ بێیہِ سے پان''، محمد یوسف ٹینگ

# موجوٗدٕ زمانَس منٛز

# صوفی شاعری ہٕنٛز لگہٕ ہآری

رِنٛدٕ زِنٛدٕ مَر سَرٕ کر حیاتی

سوے حیاتی چھَے ساتی ساتی

سوے حیاتی سَرٕ کونہٕ گَرس

کیازِ مرس بہ کیٛازِ مَرس

رِنٛدنٕے ستۍ زندگی مےٚ ہیچھٕم

پرچِہ موٕتنٛز دیدَو مےٚ وُچھِم

سرٕ کوٚر میٛے نِشہِ رہبَرس

کیٛازِ مرس بہ کیٛازِ مَرس



شخص چھُ وُہمہِ صٔدی ہُنٛد اکھ عام قسمُک صوفی شاعر۔ شاہ گُنڈ سونہٕ وارِ ہٕنٛدِس محمد کھار یہٕ
ناؤِ اَمِس شاعرٕ سُنٛد کلامہٕ تیٚمی سٕنِتھ تہٕ ئسُزِتھ پوٚرمُت یابٕوزمُت آسہِ سُہ وَنہِ یقیٖنہٕ سان زِ
یہِ چھُ اکھ تیٚتھ آفاقی شاعر تیٚمی مَن سَرِس لَند رٕڈ نگ دِتھ تتھی اَسرار بأوِتی چھِ یِم عام انسان
سٕنٛدِ سوچہِ تہٕ باوزٕبلہٕ نبر چھِ۔ یہِ گوٚو محمد کھار ہوٚبن عام قسمہٕ کیٚن صوفی شاعرن ہٕنٛز فِکرِ ہُنٛد
رفتار تہٕ تأثیر۔ شمس فقیر، رحمان ڈار، سوچھِ کرال، نعمہٕ صأب، شاہ غفور، وہاب کھار، موٗمن
صأب، اسد پرے، احمد بٹہٕ وأری، صمد میر تہٕ احد زرگر ہوٚبن شہسوارن ہٕنٛز چھَنہٕ گَتھے۔

ادبِ عالیہ یا وَنو زِ آفاقی ادب چھُ پرٛتھ زمانس لَند رتہٕ پرٛتھ مقامَس پٮ۪ٹھ سرتاز،
ساآدٕ روار تہٕ لگہٕ ہار آسان۔ چونکہِ شعرٕ ادبُک تعلق چھُ سیٚدِ سیوٚد اِنسانی فِکرِ تہٕ سوچَس سٟتؠ،
امہِ کنؠ چھُ اَمکہِ اعلیٰ تہٕ آفاقی آسنُک بُنیادی گون امیُک وُتشاول تہٕ فرحت بخش اٟسُن
مانہٕ یِوان۔ انسان ووت تَوأریخی تہٕ تہذیبی اِرتقاہکی بِسیار پڑاو مانڈان گَتہِ کور۔
گنہِ وِتبرِ سٟتؠ زٟین پھلوَن وول انسان چھُ ووٚنؠ فضہَس منٛزٕ وُڈوکران۔ سائنسن کٔر تیٚژ
ترقی زِ طلسمأتی آلات چھِ سانہِ دوہدٕ نچہِ زندگی ہٕنٛدی عام قسمکؠ سٔنٛز ساملنہٕ بنیمتؠ۔ ڈٔیوٚ
سوٗرُے کیہنہٕ چھُ بدلیومُت مگر تبدیلی ہٕنٛدِس اَتھ بارٕ تہٕ ناقابلِ یقین انقلابَس اَنٛدر
یُس اہم تہٕ بُنیأدی چیز بدَلنے چھُ، سو چھےٚ انسأنی فطرت۔ انسان با مے مَشرِقُک اٟسِن
یا مغربُک، شمالُک اٟسِن یا جنوبُک، غریب اٟسِن یا امیر، اعلیٰ التعلیم یافتہٕ اٟسِن یا ناخواند۔
اَمِس منٛز چھےٚ کیہنہٕ جبلژٕ مُشترکہٕ تہٕ اَکی انملنہٕ لبنہٕ یِوان۔ انسأنی وطیرٕ چھُ دُنیأوی لبہہٕ
لاوس تہٕ ویوہارس آویزٕ۔ أمی سُنٛد اصل چھُ أمی سُنٛد أندرُون۔ ہاوباو تہٕ ژٕلہٕ لارِ ہٕنٛدِس
مصنوعی دُنیاہَس لَند رچھِ اَمِس أندرِم أندرٕ ٹؠ یژ پأٹھی مُشدٕ ے گرژھان۔ تُتھے

أمی سنۄ بن یمن أنٛد رٹِن تہٕ سَر بستہٕ فِکرَن، دولابَن، جذبن تہٕ احساسَن کانٛہہ زِیر دِوان چھُ، یہِ چھُ تمِس پٔنٛن ترجمان مانٛنتھ تمی سنٛز باوٕژ پُشنٛے کران۔ امہِ قسمُک ژینَن بَل چھُ سانہِ صوفی شاعری ہُنٛد نمایاں انہار۔ مثالہِ پأٹھی وُچھتو کھیٚم شعر:

یہِ شمع لا طمع رأتی راتس چھےٚ پٔژ زلانو
شب گو آو صبا گاش گأشس نِشہِ مند چھانو

(احمد بٹہ وأری)



وولو عشقو کیٛا چھکھو دِلدار میٚے
جلوٕ چانے گوٚو بخت بیدار میٚے

(واز محموٗد)



مِلہٕ وَن چھےٚ مےٚ تہٕ تَس رٕکتھ تراون تےٚ
لُکھ چھِم مٔژراوَن

وپان چھُس نہٕ میٚون لُکھ کیٛاہ دَپن تےٚ
تنہٕ چھُس زہر ژاپَن

دپان أسَس میونے سپن تےٚ
منٛزٕ پیم دلال دُپن

(رحمان ڈار)



صوفی شاعر چھِ سلوکچہِ وَتہِ ہنٛدی وَتہٕ گتھ۔ یہنٛدِ رُوحانی سفرک منٛزِل تہٕ مدعا چھُ حقیقت سرٕ کرٕنی، پزرس تام واتُن۔ اَمہِ باپتھ نہٕ چھِ یِم کتابن ہنٛدی علمہٕ

دفتر دوٗنژھراوان تہٕ نہٕ چھِ جدید ساز وسامانہٕ ستیٚ لیس تجُربہٕ گاہن منٛز اژان۔
اَمہِ باپتھ چھےٚ مَنہٕ کس سٔدرس منٛز ڈٕنگ دِنی پوٚوان یوسہٕ اَکھ خاۂلص
داۂخلی کیفیت چھےٚ۔ حقیقت ژینٛنگ بل تہٕ بٔرییلہِ ساۂلکس اندرپاٚڈٕ چھُ سپدان،
سُہ چھُ اَنہِ گٹہِ چہ نَنہِ کتھ وَنہِ ہوٚوان:

تیٚلہِ اوس آدم بوٗد گرٕ ھنےٚ تَس تہٕ مےٚ اَس زان
اَدِ لوٚدنہٕ جنت، کعبہٕ، جہنم بیٚیہٕ ہا بُت خَانےٚ

(وہاب کھارؔ)



أچھو بوزکھ تہٕ گَن وُچھنَے مقام محمود سپدی ظہور
رفتار گُفتار تتھ جایہِ چھُنے بہٕ کیاہ وَنَے یِی گوٚوظہور

(شمس فقیرؔ)



گوٚوسکندر ساۂلس دَرظُلمات تتہِ یکساں ڈیوٗڈھم دوہ تَے رات
گٹہِ منٛز گاہ پیٚو نوٗرِ انوٗرِ یے کینہٕ میون تراو چینٛچ سوندرِ یے

(احمد بٹواریؔ)



پرزگارٕنچ کَل تہٕ حقیقتَس تام واتنُک ظوٗن گس چھُنہٕ۔"کینٛہہ نَے اوس تہٕ بہٕ گُس
گوس" ہِوی فقرِ چھِ منٛکرن تہٕ لادینَن تہِ شَشِ پنجس منٛز تراوان۔ ازلی تہٕ ابدی حقیقتس
متعلق انسانٔی سوچس اندر بار بار ووتلَن والین سوالَن ہُنٛد جواب چھُ صوفی شاعرن ہٕنٛدِس
کلامَس اندر تِتھس لطیف اندازَس منٛز میلان یُس پرتھ اعتبارٕ بٕزل تہٕ بےٚ بدل چھُ۔
اگر ژٕ تھ دِتھ وُچھو صوفی شاعری اندر چھُ یوہےٚ موضوع غاۂلب پاٚٹھی

ورتاوِنہٕ آمُت تہٕ یہِ چھُ اکھ تیُتھ موضوع یُس برابر توٚ تام سرتازٕ تہٕ ساٲدٕ روار روزِ یوٚ تام یہِ کاینات قایمِ چھےٚ۔ انسان کرِ شاہ تہٕ ترقی کری تن، قدرتی تہٕ فطری طاقتس برٛونٹھ گنہِ چھس بہر صورت پننہِ لاچارگی تہٕ بےبسی کنی سر خم کرُن۔ بقول لل دید:

آمہِ پنہٕ سۄدرس ناوِ چھس لمان

کتہٕ بوزِ دے میون مے تہٕ دِیہ تار



سمندرس منز ہٮ۪نہٕ آمہٕ ناو آمہِ پنہٕ کہِ مدتہٕ ستی بوٚڈ لاگنی چھےٚ ناممکن کتھ۔

یعنے ناو چھےٚ بہانہٕ، تار لگہِ تیٚلی ییلہِ تارِ وُن تارِ۔

دُنیہکہِ پرٛتھ چیز کہ عارضی آسُن تہٕ چھیکرس ختم سپدُن چھُ فطرتک محکم اصول تہٕ یہِ پھٔرِ اوٚنک طاقت نہٕ پرووکانٛسہٕ تہٕ نہٕ پراوِ کانٛہہ۔ دُنیا سٕتھٕ چھےٚ ناپایدار بلکہ کاوِیٚنہِ وول زانُنک یُس موضوع کاشُر بوصوفی شاعرو پننس کلامس اندر ورتوومُت چھُ، تمہِ کہِ پروں نہٕ گژھنک چھُنہٕ امہِ کنی کانٛہہ اِمکانے تِکیازِ یہِ ناپایدار دُنیاہیکہِ نہٕ پایدار بنِتھ زانٛہہ۔ اتھ موضوعس نسبت صوفی شاعرن منز سرٛئی تہٕ گنی پرٛتھ چھےٚ یہندِس کلامس اندر اکھ تیُتھ پوشہِ وُن تاثیر پاٲدکران زِ اَچھ لگہٕ ہاری سوری نہٕ زانٛہہ۔ یم کینہہ شعر مثالہٕ وُچھتو کھ:

| | |
|---|---|
| یٚیہِ سوران آم یاوُن ییٚ | برٕ گرنٛس گلِ انار |
| ژام باغس واو ہردُنیے | للہٕ وُن ییٚ تھوونم نار |

(واژ محمود)



وِیرِ ہُنٛد دوٗدُر ژام ژیرِ ہنٛد رنگ گوم

دبدربو پیری ہم اَلِی یے لو پوش ہولاگے ووزالِی یے لو

(نعمہٕ صاؔب)

○

بوٗنہٕ کِتھ گے اَتھ ہاوَن تے

یہِ چھُ دُنیا تاوَن

(رحمان ڈارؔ)

○

سانہِ صوفی شاعری ہنٛز لگہ ہارِی ہنٛز بیاکھ ٹاکارٕ ضمانت چھےٚ یہِ حقیقت تہِ فراہم کران زِ امیُک فِکری سوز چھُ کاشرٕ بن ہندِ اجتماعی لاشعور کِہ ناگراد وُزان۔ اَتھ چھےٚ سانہِ روٗحانی روایژن سٗتۍ سانہِ سماجی، نفسیاتی تہٕ معاشرتی قدرٕ تہِ ڈکھ کران۔ یہِ شاعری درلیہِ موجوٗدٕ زمانکِس تیز رفتار سائنسی دورس اَندر تہِ ادبی کھوچہ پیٹھ پاسہٕ سونکھی پاٹھی۔ محمد یوسف ٹینگ چھِ صوفی شاعری ہندِ گوڈنکِہ جِلدٕ کِس سرنامَس منٛز لیکھان:

"وونی چھِ اَسی ذہنی طور تیتھۍ بالغ سپدی متۍ زِ اَسی کھوژونہٕ اَتھ شاعری امہِ کِنۍ زِ یہِ چھنہٕ اَزکِس فاشنس قریب یا نوٗ دور کِین تِمن ٹاسر بن میزانن نکھٕ یم اَسہِ پہہٕ اَتھ ہنٛزرکی پاٹھی پَنہٕ نِس ادبی مزازس نالی تراوی متۍ چھِ۔ سانۍ صوفی شاعر چھنہٕ صرف سانہِ ادبی روایژ ہنٛز سمِ گوچھے یوت،، تِتھ منٛز ادبی لالن تہٕ جواہرن ہنٛدی امبر نپہٕ کران چھِ، بلکہ چھُ امیُک گاہ سانِن فاشن زَدٕ نظرن تہِ مائشر اوان تہٕ پنٕن اصل انہار مانٕز اوان"۔ [1]

موجوٗدٕ زمانس منٛز صوفی شاعری ہنٛز لگہٕ ہاری ہُنٛد ٹاکارٕ تہٕ عملی ثبوٗت چھُ یتہٕ زِ
یہٕ شاعری چھےٚ ازتہٕ جدید ترقی پسند تہٕ رومانی بیترِ پرٛتھ قسمچہِ شاعری ہندِ مقابلہٕ زیادٕ
پرنہٕ تہٕ بوزنہٕ یِوان تہٕ امکۍ عاشق چھِنہٕ صرف دوٗر درازتہٕ پوٗت کھورِ گامن گٹھن
اَندٕرٕ یوت لبنہٕ یِوان بلکہ چھُ امکہِ سوزٕک سرود شہری علاقن ہنزن بجن مندورہن
اَند رتہٕ شوقہٕ والین وجدس انان۔ کلچرل اکیڈمی ہنٛدِس کتاب گھرس پیٹھ یمہٕ کتابہٕ از
تہٕ تتھن لواسن ہنٛدی پاٹھی چلان چھےٚ تمہٕ چھےٚ صوفی شاعری ہنٛزٕ سوٚمبرٕنہٕ۔ کاشرٕ ہن
صوفی شاعرن ہُنٛد کلامہٕ للوٗ لوٗ کو ہتہٕ وادٕ ؤرِین پٔننین وٕچھن منٛز تہٕ واریاہن شاعرن
ہُنٛد کلامہٕ ووت اَسہِ تام سینہ بہ سینہٕ۔ یہٕ چھُ امہِ کلامُک سُہ پھیرٕ ہاوگوٗن یُس امچہِ
لگہٕ ہاری ہنٛز سند پیش کران چھُ تِکیازِ وننہٕ چھُ یِوان زِ یُس کلامہٕ ترٕہن ہتن ؤرِین
پھرنہٕ، پرنہٕ یا گنگراونہٕ ییہِ، تمہِ کس آفاقی نہٕ آسنس متعلق گژھہٕ نہٕ سوچنےٚ۔

اکثر کاشری صوفی شاعر چھِ اَن پرٕ اَسی متِۍ۔ امہِ کنۍ اَسی نہٕ تمِ شاعری
ہنٛدہن تمن محاسنن واقف یمن اَسی عروض، ردیف، قافیہِ، استعارٕ، تشبیہہ یا
علامژ بیترِ ونان چھِ۔ یمِ چھِ تمِ گوٗن یمِ شاعرٕ سنٛدِس کلامس اَتھِ انان تہٕ رتھِ
کھالان چھِ۔ پوٗز شاعرانہِ آمدٕچ گرٕکھ تہٕ تجربٕچ تیہہ چھےٚ صوفی شاعرن ہنٛدِس
کلامس منٛز یمِ چیز پانی پانےٚ بےٚ شوٗکۍ پاٹھی وۄتلاوان:

پننہٕ نےٚ خوٗن گژھِ تریشہِ کنہٕ چوٚن ییے
سُے گژھِ ژانگہِ زالُن ییے لو

تمہِ کے گاشہِ گژھِ پان پژزُنن یِیے

رژھِ رژھِ مژھِ ماز کھیون یِیے لو

(موٗمن صاۓب)



نُورِ چہِ پچہِ پیٹھ روپہِ ہنٛدی قُبہِ چھی

ژھوپہِ کر بوزِ ما کانٛہہ

(رحیٖم صاۓب)



دپیوٚمَس کونہِ چھُکھ پرواے وہنداں

تمۍ دوٚپنم چھُس بہِ پروایَس تہِ گنداں

دپیوٚمَس اَتھ طریقس ہیٚمے زاگے

تمۍ دوٚپنم ہرنہِ چشمَن سورمہِ لاگے

دپیوٚمَس سورمہِ لاۓگتھ کیا چھُ بناں

تمۍ دوٚپنم پوٗز تہِ اَپُز اِد چھُ نناں

(سوچھِ کرال)



یِمن شعرن ہنٛدِس معنیس کانٛسہِ واتُن تگہِ یا نہٕ تگہِ۔ اکھ کتھ چھے بہرحال شیٚچہِ زِ یِمن لفظ رلبنہِ یِنہِ وول باوتک زور تہِ تاثیرُ وچھتھ ہیکہِ نہِ کانٛہہ نفر" آہ آہ تہِ واہ واہ" کرنہِ روٚس رُوزِتھ۔ دوٚیمِن لفظن منٛز ہیکو یِتھہِ کٕنۍ تہِ وٕنتھ زِ یِمن شعرن ہُنٛد سطحی تاثیر تہِ چھُ یِرَن واۓلس یا بوزن واۓلس وۄسنس اناں۔ معنے ہیکیس پتھ اکھا پَن پننہِ حسابہٕ کڈِتھ۔ یہِ تہِ چھُ اعلیٰ تہٕ آفاقی شاعری ہنٛدِ پرزنٔشہُنٛد اکھ اہم اصول۔

"باطنی نظامَس پیٹھ یَژھ پَژھ تھاون والین صاحبِ حال لُکن ہُند وُنن چھُ زِ دُنیہس اندر چھےٚ ظاہری حکومتس ستی ستی اکھ باطنی حکومت تہِ چلان تہٕ یہِ "روحانی سلطنت" چھےٚ سانہِ ظاہری دُنیچ نِگران تہٕ ہرگاہ یہِ نظام اُکس ژٕہس تہِ کام کرٕنی تراوِ، یہِ سورُے دُنیا سپدِ فنا"۔ [2]

اَمہِ اعتبارٕ تہِ روزِ سرِ یت تہٕ سرِیتس پیٹھ بنی کانہہ تہِ باوتھ پرٕتھ زمانس منز (Relevant) تہٕ اَمکہِ زاید المعیاد سپدنُک چھُنہٕ سوالے۔

یُتھ یُتھ دُنیہس منز دِے دوگنیار، کینہٕ، فند، فریب، جعلسازی، دل آزاری، بُغض، ذاتیات تہٕ جُرم عام گژھِ تیُتھ تیُتھ بنہِ صوفی شاعری زیادٕ لگہٕ ہار۔ وجہ چھُ صرف یُتے زِ امہِ شاعری ہُند فکری ہرتَر چھُ امہِ قسمہٕ کین تمام منفی رجحانن ہُند ضِد:

کینہٕ روٗس عاشق کینٛس گالے سینٛس تہندِس روزِ نہٕ دِے
لاکر پانس کیا واوِ ہالے تمہِ ستی درِ دُرٕ مالے پَن
(شمس فقیرؔ)



○○○

حوالہٕ:

1. کاشُر صوفی شاعری، جلد 1، جموں و کشمیر کلچرل اکیڈیمی۔
2. (روحانی فلسفہٕ۔ امین کامِل ص۔ 187)

# غلام نبی فراقؔ تہٕ کاشُر غزل

اکثر مشرقی زبانن اندر سارٕوے کھوتہٕ زیادٕ مقبوٗل تہٕ منہٕ موٗن شعرٕ قالب غزل چھُ وونی کاشرِ شاعری ہُند تہٕ ڈیکہٕ ٹِکہٕ بنیومُت۔ کاشرِس منز غزٕلکس چلے جاوس چھُ میانہٕ خیالہٕ سارٕوے کھوتہٕ بوٚڈ وجہ یہ زِ اتھ چھےٚ سائنس مزاجس ستی مطابقت تہٕ یہ چھُ سائنس لُکہٕ ہِنزس تہٕ لیہ سبٹھاہ نزدیک۔ کاشرِ شاعری منز تُل غزل لیکھنس محموٗد گامین دَس تہٕ تمی ہندی اَکی کٔنسی ہم عصر رسول میرن واتنوو کمسے کالس اندر یہِ تھدِس معیارس تہٕ مقامس پیٹھ۔ امہِ پتہٕ بوٚر سانوٕ رومانوی صوفی تہٕ انقلابی شاعروتہٕ اَتھ شعرِ صنفہِ پنٕنہٕ پنٕنہٕ انمانہٕ گوڈ تہٕ موجوٗدٕ دورچہِ کاشرِ شاعری ہُند بیشتر حصہٕ چھُ غزٕلکیے فارمس منز لیکھنہٕ آمُت۔ غلام نبی فراقؔ چھُ ہم کال غزل گوٚو شاعرن ہِندِس کاروانس اندر رہنمائی کرن والین تژٕ بن ژون شاعرن اندر شامل۔

فراقؔ چھُ موٗلہٕ تلہٕ انگریزی زبانٕ ہُند وِستاد تہٕ یہ زبان تہٕ اَتھ منز لیکھنہٕ آمُت ادب پرنوو یموٚ ریہِ وادن مسلسل کشیرِ ہِندین مختلف کالجن اندر۔ انگریزی ادبُک سروٗن تہٕ گوٚن مطالعہٕ آسنہٕ باوجوٗدٕ رٔود یم پننس طویل ادبی سفرس دوران پیٚہم تہٕ محکم پاٹھی کاشرِ زبانٕ اندر شعر لیکھان۔ یمو چھےٚ الگ الگ باوٕژ طریقن اندر

باوتھ کرہٕ۔ کأشرِ شأعری اندر معریٰ تہٕ نثری نظم یا سانیٹ بیترِ ادبی صنفہٕ رأیج کرنس اندر چھُ یہُند رول نمایاں تہٕ تھیکُن لایق۔ جدید غزل پھاپھلاونس تہٕ نوبن سرحدن ہُند سأل کرناونس اندرتہِ چھُ غلام نبی فراقؔ سُند دیُت ہاوُن تہٕ باوُن لایق:

غزل بۆزم فراقا اکھ وَتھا ہش آیہِ ارمانن
بُستھ چأنس شعورس منز تہِ کأنہہ خابا پرٕ زِھتھ ہکوا

○

فراقؔ نہِ غزل گویی ہُند سفر چھُ زأید از شیٹھن وٕرین پیٹھ پھٲلتھ۔ اَتھ طویل سفرس دوران یمہٕ ہتہٕ واد غزل یِموٕ ونی تمن اندر چھ اکھ ٹاکارٕ ارتقأیی عمل نظرِ گژھان۔ یہِ سوٗرے چھُ شأعرسنٛزِ زندگی ہِندبن مختلف مرحلن، وکھرِ وکھرِ ادبی رُجحانن تہٕ تجربہِ چہِ کوند منز پَینہ پَینہٕ والبن فکری نجن ہِندِس تناظرس منز دیدمان یوان:

چھُ آدم از تہِ زھاران لولہٕ ہُتی شام وسحر ساقی
یِمن منز زندگی پھولہِ ہے تمے پمپوشہِ سرساقی

○

اگر از آسِہا جمشید جامس ہارٕ پھٲلی کرِہے
سُہ دِی ہے یام چانبن ہرنہٕ چشمن کُن نظر ساقی

○

ستمبر1956ء

یس آسہِ مہربان گۆمُت حُسن سُہ محبوٗب
تَس لأگی تو متہٕ لأگِ تو زرباف تہٕ کمخاب

○

مقتل چھُ گندَن جاے بنان شوقہٕ والین نِش

واللہ فراؔقا لول ہیٚچھناوان چھُ تم آداب



1958ء

یمن شعرن ہُند موضوع چھُ لول۔ لولُک مول تھیکہٕ ناوُن تہٕ عقل تہٕ ڈلیل عشقس تہٕ وجدانس مدِ مقابل تھٲوِتھ ژھوٚ ژی تہٕ ژھوٚنبل ثابت کٔرِتھ دِنی۔ یہِ چھُ رومانوی شاعری ہُند خاصہٕ گوٚن تہٕ فراؔق نبن ابتدٲیی دورِکبن غزلن پیٹھ چھُ یہِ رنگ غالب۔ عقلیتہٕ کہِ مکتبِ فِکرُک سوٚرُے زور تہٕ شورآ کھِتھ ثابت کرُن چھُ شاۂ نِکتھ یا بےٚ شوٚنکی پاٚٹھی اکثر لکھارین خاص کٔرِتھ مشرقی زبانن ستی وابستہٕ تخلیقی قلم کارن ہِندین تحریرن ہُند خاص رنگ تہٕ انہار۔ فراؔق چھُ پننہٕ ابتدٲیی دور کہِ کلامکہِ اَنہٕ مُنزٕ اَکھ شوق فِکر موٚت مجنون بٔنِتھ وتلان۔ خیال ادراکچہِ ترکرِتولنہٕ بدلہٕ چھُ وِجدس ہِتھ خاب وونان، تخیل تہٕ وجدِ کبن زوٚبن ہُند سآل کٔرِتھ تہِ ونان یِنہٕ عام پاٚٹھی بنہٕ وُن چھُ:

دِلن ہُند ووٚنت سارَن والہِ یارا

یہ چھا سوٚدرا، سرا، ژھاروس ساحل

لٔبتھ تراوُن، کرُن وُچھنا تہٕ زوٚ دیُن

چھُ ہیٚچھناوان تہٕ باوان آدمس دِل



دسمبر 1959ء

وُنیُستام مثالو رٕنگی پیش کرنہٕ آمتی سارٕی شعر چھِ فراقن تتھ دورس اندر لیکھمتی ییلہِ کشیرِ اندر ترقی پسندی ہنٛز تحریک طیس پیٹھ وٲتتھ ژھوٕکنی ہوان اُس۔ یہنٛزِ کُلہم شاعری، یتھ اندر غزلیہ شعرو علاوٕ باقی فارمن اندر لیکھنہٕ آمتی باقی منظومات تہِ شامل چھِ، سٕنتھ تہٕ سام ہتھ چھُ نَنان زِ یہ چھنہٕ ترقی پسند تحریکہِ ہنٛدِس جذبہٕ جوشس منز باقی شاعرن تہٕ تخلیقکارن ہنٛدی پأٹھی ییرِ گومُت۔ اگر یتہِ وٕنو زِ مخصوص موضوعی بٔندشن اندر قأدفار مولٲیی شاعری چھنہٕ فراق نٕس کلامس اندر مٔوجودٕے، میأنی کٔنی چھُنہٕ اَتھ منز کأنہہ مبالغہٕ۔ بغاوت تہٕ طُمطراقی چھنہٕ مٔولہ تلہٕ یہنٛدِس مزازس اندر توٕے اگر یموکم کینٛژھا ترقی پسندی ہنٛدِس اثرس تل لیوٕکھمُت تہِ اوس تہِ چھُکھ یہنٛدی ونہٕ مُطأبق ضابہ کوٚرمُت تہٕ بازرکوٚ ڈکھنہ۔

فراقؔ چھُ غزل لیکھنہٕ وِزِ امہِ شعرِ ذأژ ہنٛدِ مزازک پوٚرِ پوٚر پاس تھاوان۔ اَمچین تراین، طرحن بناوٹس، گاچس تہٕ باقی تکنیکی زأو جارن ہُنٛد خیال تھوٚنس ستی چھِ امہِ کٕنی روایتی موضوٗعن تہِ موزوٗن تہٕ برپوٗر جاے دِوان۔ تاہم چھےٚ اظہارس تہٕ وکھرِ وکھرِ فنی لوٲزماتن ہنٛدِس ورتاوس دوران شاعر سنٛز پننٛی شخصیت، پننٛی نفسیات، پنُن ماحول، تہٕ پننہِ سماجی، تہذیبی تہٕ اخلأقی قدر بیترِ دخل انداز سپدِتھ باوتس اندر معنہِ ساو برتہٕ پأدٕ کران تہٕ میچھرتہِ:

بُلبُلس نِش مےٚ ہیٚچھ یہے اکھ کتھ

باو کیا چھےٚ ژٕے باو دِل مُشراو

ہاے میۆن دِل تۂ چانہِ لوٚلچ کتھ

نارٕ ڈیرِس چھُ شولہٕ ناواں واو



واے یاوَن پێنٛجہِ پێٹھ بێیہِ زار لوٚگ

واے سۆنٛبرأوِتھ یہِ چھےٚ تھوومُت تہِ اَن



واے ستوٚمَس خانہٕ ماجر بێیہِ کوٚرُم

واے پانس کیٚتھ بنووم بوٚمبرٕ گن



یِم شعر چھِ نَنہِ وانہٕ پأٹھی ہأوِتھ دِوان زِ فراق چھُ سراپا لول تۂ فقط لول۔ تیٚمِس محبوبس سۭتۍ ژھاین تۂ گگراین وُچھ وُچھ أتی وولسان، أتی ووشلان، أتی ٹران تۂ أتی تنٛبلان چھُ، سۭتۍ محبوب تہِ چھُ تتھی زمینس پێٹھ لسن بسن وول اکھ خوبصورت تۂ پُرکشش آدم زاد۔ یتھ زمینس پێٹھ شاعر پانہٕ تہِ روزان چھُ۔ فرق چھےٚ صرف ییٚژے زِ محبوب چھُ بےٚ نیاز تۂ شاعر چھُ نوزُک مزاز، حساس تۂ آنٛتہٕ آسنہٕ کِس حدس تام جذبأتی۔ سۭتۍ چھُ اَتھ زارس اندر سورٕے کینٛہہ داش نداش داوس لاگنس پێٹھ شوقہٕ سان تیار۔ تِمس چھُ پنٕن دِل شولہٕ مارٕ وُن نارٕ ڈیرٕ تۂ محبوبہٕ سٕنٛدِ امارُک ذکر سۭتۍ واو باسان یُس اَتھ نارٕ ڈیرِس جمکہٕ ژھٹہٕ ناوان چھُ۔ غزلہٕ شأعری ہٕنٛد حوالہٕ اگر کتھ کرو یِم چھِ سبٹھاہ پرأنی تۂ گہہ آمتی موضوع مگر اظہارِ کہِ

حوالہٕ چھُ امہِ ستۍ شاعر کاشرِ شعرِ زبانٕی اندر ساد ر وارِ رُک احساس وۄتلاونس اندر کامیاب سپدان۔ وُنیستام چھُ امہِ زمانچہٕ کاشرِ شاعری پیٹھ تبصرٕ تہٕ تنقید لیکھنس دوران سانہِ اکثر نقادو یہ تاثُر دیتمُت زِ کاشرِ شاعری اندر نۄینہٕ فکرٕ تہٕ لے بارسس انس یُس دٕسلابہٕ رحمان راہی تہٕ امین کامِلن کۄر، تتھ کر غلام نبی فراقن پاٚشنے۔

میۄن ذاتی خیال چھُ زِ امہِ دورکۍ ژۄر اہم شاعر دینا ناتھ نادم، رحمان راہی، امین کامِل تہٕ غلام نبی فراق چھِ منفرد اسلوٗب ہٕنڈۍ شاعر تہٕ یِم ژۄشوے چھِ پننہِ پننہِ فکری تہٕ فنی طاقتہٕ تۄ نگرِ مطابق کاشرِ شاعری اندر اٚکس نۆوِس دورس دٲس تُلان۔ یِمن شاعرن ہٕنزِ کلامُک تقوبلی جایزٕ ہیکہِ پرٕنہٕ پاٚٹھۍ تنقیدُک سٮ۪ٹھاہے دِلچسپ موضوٗع بٔنتھ۔ اَتھ تقوبلس منز کتھ مقامس پیٹھ روزِ فراقن غزل یہ چھُ بہرحال اکھ الگ موضوع تہٕ یہ موضوع یِمہِ مقالہٕ کِس عنوانس ستۍ رل کرنہٕ ستۍ لگہِ اکہِ اَنِہ کتھِ وار یاہ طۄول تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ سپدِ نہٕ اصلی مضموٗنس ستۍ انصاف۔

فراقنہِ غزلکِن فکری سرحدن وۄن دِلس دوران چھے کینٛہہ دِلچسپ کتھٕ برونٹھ کُن یوان۔ یِمن اندر چھے اکھ دید مان حقیقت یہ زِ پننہِ ادبی سفرِ کِس آغازس دوران چھُ فراق اٚکس شۆد دِس رۄمانوی شاعرٕ سنٛدِ حٲثیتہٕ برونٹھ کُن یوان تہٕ یتھٕ پاٚٹھۍ ذٔن مے گوڈٕ تہٕ ذِکر کۄر اَتھ دورس اندر چھنہٕ یہنٛدِس غزلس اندر استدلالس تہٕ ادراکس کانٛہہ خاص عمل دخل مگر ہنا برونٹھ پھِن پکتھ چھُ یِموتہٕ وۄنمُت یینہٕ عام پاٚٹھۍ رومانوی شاعری ہٕنٛدِ قبیلکۍ سخنور تخلیقی مزرچہٕ دیوانگی دوران ونان چھِ۔ مثالہِ پاٚٹھۍ وُچھتۄ کھ یِم شعر:

خیالٕے چون تھاوان شوق محکم
وون گوٚو گاہے چھُ تیز ان گاہ گرٛشان کم

○

ہاے کم افتابہٕ قبرن منٛز بٕرِکھ
ژٕوو کمٕی ونہٕ وُن تہٕ کمٕی کٕر کاٰم بند

○

مےٚ چون لول تہٕ منٛزی منٛزی چھُہم مشد تہٕ گرٛشان
ژےٚ میانٕی ماے، ژٕ ما چھکھ مےٚ نش یوان زانہہ تنگ

○

یمن ترٛ ہن شعرن اندر باونہٕ آمتی ترٛ یشوے خیال چھِ تتھی پٕز ژیمن نہٕ کانٛہہ نکار کٔرِتھے ہیکہِ مگر گوڈنکس تہٕ ترٛیمس شعرس اندر چھےٚ حقیقت بیانکی (Statement) پاٹھی پیش کرنہٕ آمٕژ ییٚلہِ زَن دوٚیمس شعرس اندر باونہٕ آمت خیال اکھ شاعرانہٕ تاثر ہیٚتھ بروٚنہہ کُن یوان چھُ۔ اکثر بڈٕ شاعرو چھےٚ زندگی بلکل تتھے پاٹھی پیش کٔرمٕژ یژھ یہِ چھےٚ مگر تمہِ انمانہٕ زِ پرن وول یا بوزن وول چھُ یکدم ونان ''کاش میٚتہ تگہِ ہے یہ کتھ یوسہٕ میانہِ زندگی ہنٛز حقیقت تہٕ چھےٚ تتھے پاٹھی وننٕ''۔ مثالہٕ پاٹھی وچھتو وکھ غالبؔ سندی یم ژٕ شعر:

کاوِ کاوے سخت جانی ہاے تنہائی نہ پوچھ
صبح کرنا، شام کا لانا ہے جوے شیر کا

○

چھوڑا نہ رشک نے کہ اُس کے گھر کا نام لوں

ہر اِک سے پوچھتا ہوں کہ جاؤں کدھر کو میں



یہ گوٚو سمبٕھِتھ ٹیوٚٹھ پزرپیش کرنک سہ اندازِ بیان ییتھ منز لفظس مُدریرٕ تہٕ میچھر پریڈان چھُ۔ یوہے چھُ غزلکہِ ہیتک کمال۔ یعنی سوٚ کتھ یوسہٕ بظاہر ٹیٹھ، ناپسندیدٕ بلکہِ کُنہ کُنہِ غاراخلاقی تہِ باسان چھےٚ تہِ چھےٚ غزلس اندر ییتھ پرن وأنِس تہٕ بوزن وأنِس واہ واہ کرٕناوان۔ غرضِ کلام چھُ یہ زِ استدلالی خیال آرایی کرنہٕ وزِ چھُنہٕ فراقؔ غزلہٕ کِس گاچس تہٕ مزازس ستیٖ انصاف کرِتھ ہکان یہنٛدین رومانوی غزلہٕ شعرن ہنٛدس شفقہٕ ژھٹہٕ وٕنِس تہٕ اُچھ ناٹہٕ کرٕونِس شعرانبارس اندر چھِ اَمہِ دوٚیمہِ قبیلکی اکثر شعر سوٚتی، بےٚ رنگ تہٕ نبتہٕ موٚمنی باسان۔

فراقن تخیٖل چھُ غزلس اندر آدن کالچن میچھن، مُدربن تہٕ معنے داریادن پھُیر دِنہٕ وِزِ برجستہٕ پھوٚلِتھ یوان تہٕ اَمہِ سوٚنزِ لی رنگہٕ تہٕ نافہٕ ژھٹہٕ وِنہِ خوشبویہِ ستیٖ چھُ پرن وول تہٕ بوزن وول سمبٕھاہ محظوٗظ سپدان:

ہا رقص کرن والہِ ہنا تیز ہنا تیز

تم شوق تہِ نے روٗدی اَتھ بیزار تہِ نا چھُس



ژِ تہِ شِکوٕ تے شکایت، بہٕ تہِ شِکوٕ تے شکایت

ژٕیتہِ رووُمت آرام میٚتہِ رووُمت آدم



اَسی تیٚلہِ نیٚنٛدرِ ہُنٛد تلان آننٛد

لۆکھ از شبِ بیدار سڑکن پیٚٹھ



پتھ کال پرستی چھُ کلہم دُنیچہِ شاعری ہُنٛد اکھ اہم موضوع تہٕ کاشرِ زبانیٚ اندرِ تہٕ چھِ شاعرواَتھ موضوعس پیٚٹھ ہتہٕ واد شعر لیٚکھی متی۔ فراق ہٕنٛد بن غزلن اندر موجوداَمہِ قسمکیو شعروٚ اندرٕ ہکیو وکھ میانہِ خیالہٕ سبٹھے کم شعر ادب عالیہَ کِس زمرس منٛزٕ اَنتھ مگر کاشرِس شعرِ سرمایس اندر چھِ تقریبن یِم ساری شعر اکھ تھٲکن لایق اضافہٕ۔ یِمن چھُ مطالعہٕ وسیع سُتہِ زیادٕ تر مغربی علوٗمن ہُنٛد۔ اَمہِ سببہٕ چھُ یِہنٛد راوَن تیٚوٚل تِمن معاملاتن، روایژن، اصوٗلن تہٕ قدرن نسبتھ زیادٕ یِمن دُرس دُنیہکی تہٕ سارِنے انسانن ہٕنٛدی سروٚدکی تہٕ مشترکہٕ معاملات وٕنتھ ہکیو۔ اَتھ تنوظرس منٛز چھُ پتہِ ممکن زِ یِمہِ انمانہٕ یِم غارکاشرِبن قارین پننیو اَمہِ قسمہٕ کیوٚ شعروٚ ستی متاثر کرِتھ ہکن، تمہِ اندازٕ ہکن نہٕ سانی تِم شاعر کرِتھ۔ یِہنٛزِ اَمہِ قسمچہٕ شاعری پیٚٹھ مقامی معاملاتن ہُنٛد رنگ غالب چھُ ییٚلہِ زَن اَسی تِہنٛدی اَمہِ قسمکیٚ شعر بۆزِتھ زیادٕ مُتاثر گژھان چھِ۔ بہر حال یہِ چھُ تخلیقی ادب آفاقی تہٕ عالمی مولو ہٕتی مولونک موضوع تہٕ فراقؔ نبن غزلن اَتھ پسِ منظرس منٛز سام ہیٚتھ چھنہٕ یِہنٛز اہمیت ہرگزتہٕ چھوٗنان بلکہِ چھُ اَتھ اندر یژنہٕ پاٹھی ہُر برسپدان۔

فراقؔ ہٕنٛدِس غزلس تنقیدی سام ہینہٕ وِزِ چھنہٕ یِہنٛدی مختلف دورن اندر لیکھنہٕ آمتی غزل الگ الگ ادبی روجانن مثلن روایتی غزل، ترقی پسند غزل تہٕ

جدید غزل بیترِ خانن منز بأ گراونچ ضروٗرت محسوس سپدان ۔ یہندٕ ن ''صداتہٕ سمندر'' تہٕ ''سہ اکھ صداتہٕ'' شعرِ سوٗمبرنن اندر شایع سپدے ءتی ڈاے ہتھ پیٹھی غزل یوٗ دوٕے یک رنگ چھِنہٕ مگر فراق صابن الگ نٔویتک باوٕژ طریقہٕ ،لفظہٕ ورتاوتہٕ یہندِ مزاز چ اۆڈرن چھےٚ یمن سارِنٕے غزلن اندر تقریبن اَکی انمانہٕ درینٹھی یوان تہٕ یہاے چھےٚ یہنٛز غزلیہ شاعری ہنٛز اہم پرٛز ناون نشانی تہٕ بنان ۔ مثالہِ پأٹھی ونو کہِ حُسن وعشقُک مضموٗن یُس زن یہنٛزن غزلن ہُنٛد خاص موضوٗع تہٕ ہرترچھُ ورتاونس دوران چھِنہٕ یم کُنہِ جایہِ تتھی لفظ، ترکیبہٕ ،تشبیہہ ،علامژ یا استعارٕ ورتاوان یمن اندر یائندی پکھی حیاشکنی ہُنٛد برٛونٹھ گژھِ ہے ۔ یہ چھُ پزر زِ عشق تہٕ حُسن چھِ تتھی موضوٗع یم نہٕ شاید کلٕہم پأٹھی الگ تھٕوتھ ہکوٕ وکھ ۔ تہٕ ہیوٚک نہٕ سانوٚ صوٗفی شاعرو تہٕ کٔرِتھ مگر فراقؔ چھُ جنسی جبلژن تمہِ انمانہٕ اظہار بخشان زِیہِ چھِنہٕ عشقہٕ دأدِس منز مُبتلا کأنسہِ یاوٕمستانہٕ ہنٛز آوارٕ گی ،مژرتہٕ ورفتأری باسان بلکہِ زندگی ہنٛدِبن لطیف تہٕ نفیس انہارن ہُنٛد نفاستہٕ بوٚرُت جمالیأتی تہٕ فنکارانہٕ اظہار ۔ بقول حامدی کاشمیری، ''بدٕلونبن حالاتن منز ہیکہِ جنسہِ کین خارجی شکلن منز تبدیلی ییتھ مگر اَمچ بُنیاد چھےٚ سوے یوسہٕ آس ۔ فراقؔ چھُ عشقس منز جنسہِ کھوتہٕ جمالیأتی نہج ورتاوان تکیازِ یہِ چھُ تمی ہنٛدس مزازس ویہِ وٕن ۔ تمی سُنٛد لہجہِ یمس وصلہٕ بجایہِ فراقُک زٕلہِ وٕن نارللہِ ناوٕن تقدیر اوس''۔ [1]

دوٚیمین لفظن منز ہکو یہِ کتھ ییتھ پأٹھی تہٕ وٕنتھ زِ فراقؔ ییتھ پانہٕ چھُ تتھے چھُ تہنٛد غزل تہٕ ۔ یہنٛدی خیال چھِ یہنٛدِ وطیرٕ کی تہٕ وِوٕہارکی پأٹھی سوٚمی شوٚدی

تہٕ سیٚدی ۔ اتہٕ نہٕ چھےٚ رِکھ ماٹھ نچہٕ دلاوٕری ہُند دعواتہٕ جا من منٛز نہٕ وچھُنس لایق گُنہٕ بجہٕ کامیاٖبی ہنٛدِ جسنک گرٛز تہٕ غروٗر ۔ اَتھ برعکس چھےٚ یہند ہن غزلن ہٕند ہن شعرن اندر محسوس کرٕنی لایق دگ پریڈان ۔ دگ انسانہٕ ہنٛز بے بسی ہنٛز ، دگ انسانی قدرن ہنٛدِ چھلہٕ چھانگر گژھنچ تہٕ دگ انسانہٕ ہنٛز لاچاٖری تہٕ مجبوٗری ہنٛز :

توٚگےٚ نہٕ أنہٕ بچارس حریف ہزار بٕنن
قتل تہٕ گوٚو سُہ خطا اوس زیادٕ ترتٕمی سُنٛد



دوٚپمس تتہٕ وونی آسکھ چھاوان راحت سوکھ
دوٚپنم تتہٕ تہٕ چھےٚ کوٚراں أندری کوستاں کل



دوٚپمس غم مےٚ چھُ ٹوٚٹھ تہٕ زانہہ ارزاں تہٕ گژھیا
دوٚپنم سوٚن چھُ زمینس ووپدان اورے کم



محلس محلس کوچہٕ گلبن تام مُشکہٕ بدن
یوٚت نس یوٚت نس واتکھ تتہٕ افتابہٕ کھسَن



یوٚ تام زَن غزلہٕ کین فٕنی لوٚازماتن ہُند تعلق چھُ ، فراق چھُ واریہس حدس تام تِمن واقف ۔ تاہم چھِ عروضی بنٛدشن ہنٛدِس سلسلس منٛز یمن تہٕ سوے رائے یوسہٕ رأہی یَس چھےٚ ۔ کانہہ تہٕ خیال جاں شعر بناونہٕ باپتھ چھےٚ یہٕندی کٕنٛز

موزون تہٕ مناسب شعرِ زبان ورتاوٕنۍ ضروٗری۔ زبان سوے، یوس أسی ساری بولان چھِ مگر استعارو، علامژو، پیکرو، تلمیحا تو تہٕ تشبیہا تو بٔرِتھ۔ پزر چھُ یہ زِ یمن تخلیقی محاسنن ہُنٛد چھُ فراقس شبقہٕ شعور تہٕ ادراک۔ تتھ چھُ وجہ یہ زِ یمن چھُ انگریزی ادبک سرون مطالعہٕ۔ امہِ حوالہٕ ییلہِ یہنٛد غزل وُچھان چھِ کینٛہہ فی تہٕ پھیرِ پینہٕ باوجوٗد چھےٚ صورتِ حال کلہم پأٹھۍ فرحت بخش باسان۔

غزل چھُ موٗلہ تلہٕ مشرقی دُنیہس ستی وابستہٕ شأعرن ہُنٛد باوٕژ طریقہٕ تہٕ غنائت تہٕ نغمگی چھُ امیُک بنیأدی حُسن۔ ٹأسرِ پھٔہرِ تہٕ وچاپہٕ خیال تہٕ الفاظ چھِنہٕ اَتھ شعرِ قالبس ویان۔ روانی، رس، ستریر، میچھر تہٕ سادگی چھِ تغزُلکۍ بُنیأدی جُز۔ ییلہِ کُنہِ غزلس اندر ریم ساری چیز یعنی شوٗدی، سرٕنی تہٕ نوزُک خیال تہٕ جذبات، پوٹ ہیوٗس نرم تہٕ نپہ نپہٕ کرٕ ونس لفظہٕ وردنس وٕلتھ پیش کرنہٕ ین سہ چھُ پزنہٕ پأٹھۍ اکھ شاہکار بٔنِتھ برونٛہہ کُن یوان تہٕ أکس أکس مصرس پیٹھ چھِ بوزن والۍ آہ آہ، واہ واہ تہٕ رقص کران۔ فراقؔ سٕنٛد بن واریاہن غزلن ہٕنٛد بن اَڈٕ بن شعرن اندر چھِ امہِ قسمکۍ شولہٕ وٕنی شعر شفقہٕ ژھٹان مگر باقی اکثر شعر چھِ اکہِ یابیہٕ خوٗبی ہنٛز کمی کِنی زنتہٕ اڈلیکۍ ہوی روٗدی متی۔ گوڈٕ کر بہ بہترین شعرن ہنٛز کینٛہہ مثالہٕ برونٛہہ کُن أنِتھ تمن مولانکون کرنچ کوشش:

یا گوٚو پشمینچ نرمی دِکھ آرٕ پلن

یا گوٚو انہٕ ہن لیہِ منٛز کانٛہہ جانانہٕ ژیٚہا

دپان سہ اوس تمن کیٚت کرامتھ باران

یقینہٕ کیٚن تمن گامن چھُ سوٚن اثر تمی سُنٛد



انسان أستھ دیوتا سیرت بہٕ کتہٕ انہٕ ہا

لیکن ایا گوٚ ہیوٗ گرہن کردار تہٕ ماچھُس

وُچھ گس یم انہٕ گوٚٹ ہاوان

سیٚنس منٛز یُس للوان گاش



دأدی ساسا چھُ پرٛتھ اکھا للہٕ وان

دوٗد ہرگہہ بوٚلے نہٕ ووٚنی کیا گوٚو



صُبحکہٕ واوو وَنہٕ ہے کتھ

ژٕ تہٕ ما گومُت چھُکھ سرکأری



یمن شعرن سام ہیٚتھ چھُ واضح سپدان زِ پرٛتھ شعر چھُ اکھ مکمل مضموٗن۔ تقریبن پرٛتھ شعرُک پرٛتھ کانٛہہ لفظ چھُ پنُن الگ وجود ہیٚتھ نمودار سپدان یُس دوٚیمہِ لفظہٕ کِس ووجودس ستی رٕلِتھ تصوراتن، فکرن تہٕ فہمن ہنٛز اکھ کائنات بارسس انان چھُ۔ یہندی امہِ قسمکی شعر پرٕتھ چھےٚ ناجی منور تہٕ شفیع شوٗقنی یہ کتھ واضح

سپد ان زِ ''فراق چھُ فطرت کِس پرٛتھ کُنہِ چیزس منٛز روح ژینان تہٕ تووے چھُ یِمن چیزن شخصیت دِتھ پیش کران'' ۔ [3]

موروضن تہٕ استعارن ہُند ورتاو چھُ خوشیوٗن تہٕ امہِ ستی چھِ شعر معنی تہٕ تاثرٕکہِ اعتبارٕ بسیار پاسل بنیمتی ۔ طنزٕ چ ترٛاے تہٕ چھےٚ سبٹھہٕ لطیف تہٕ خوشیوٗنی ۔ اگر امہِ معیارٕکی صرف زٕ ے ہتھ شعر فراق نوٕ سارٕوے غزلو منٛز اُسی ژٕارِتھ ہکو وکھ، تیلہِ تہٕ پیٚیہِ نہٕ کاشرٕ بن سخنورن ہٕندِس سارٕسے کاروانس اندر یُہُند ناو نمایندٕ گونماتن منٛز پیش کرنس کہنی پھیرٕ ۔

فراق چھُ پٲدایشی شاعر تہٕ امہِ قسمہٕ کِبن اکثر شاعرن ہٕندی پٲٹھی چھےٚ بسیار نوٕیسی یِمن تہٕ باگہِ آمٕژ ۔ پُرگو آسنس ستی چھِ یم شاعری منٛز فنکارانہٕ ہُنر ورتاوٕکی شعوری طور قایل مگر شاید سہل انگاری یا بدل کُنہِ وجہ کِنی چھِنہٕ اکثر شعرن پوٗرٕ پٲٹھی اَتھ ڈٲلتھ ہکی متی یا ونویہِ زِ نزاکتن پیٹھ چھُکھ نہٕ بارٕیکی سان غور کوٚرمُت یِیمہِ سببہٕ خامی روزٕمژ چھےٚ ۔ سارٕوے گوڈٕیُس وشفہٕ اَتھ سلسلس منٛز دیدن تل یوان چھُ، چھُ یہِ زِ قافین ہنٛز ژٕار چھِنہٕ اکثر جاین مناسب ۔ محض ہم آواز لفظ قافیہ بناونہٕ ستی چھِ یِہندی کِتی شعر اُژھی بنیمتی ۔ اکھ مثال چھےٚ ''صداتہٕ سمندر'' کتابہِ ہٕندِس صفحہٕ نمبر 339 ہس پیٹھ چھپے متہٕ غزٕلکی یم قافیہ پوٚژھ، گوٚژھ، وٕوٚژھ، پوٚژھ، نوٚژھ، لوٚژھ، ژھوٚژھ، ہوٚژھ تہٕ گوٚژھ ۔ یِمونو وقافیو منٛز چھِ زِ دوٚہراونہٕ آمتی پانژھ چھِ بالکل غلط ۔ شاعرس چھےٚ محض برابری اننہٕ باپتھ نوٚژ، لوٚژ، ژھوٚژ، ہوٚژ لفظن صورت بدلاوٕنی پیٚمژ تہٕ یم چھِ یہِ ڈٕپی زِتہٕ مہمل بنیمتی

۔ تتھے پاٹھی وچھتو محض ''وٚوژھ'' قافیہ ورتاونہٕ ستی چھُ اَکھاہل شعر چھلہٕ چھانگرِ گژھتھ مذاق ہیوٗ بنیومُت:

شک تہٕ شُبہٕ اَسی اندر تمن چھج وہرأوِتھ

نتہٕ ماونہٕ ہن کیا گژھِ کیُتھ گژھِ اَسُن وٚوژھ



غزلچہ زبانٕی منز ''وٚوژھ'' ہوی لفظ تہٕ خاص کٔرِتھ قافیہ ورتاونی چھُ معیوب باسان۔ نتہٕ گژھِ سیاق وسباق تیُتھ بنُن یُس اَتھ لفظس تہٕ جمالیاتکی جامہٕ نٔتھی کرِ۔ فراغنی خیال چھِ سبٹھاہ تھٔدی مگر یمن اعلیٰ تہٕ معیأری خیالن لفظن ہندی جامہٕ ولنہٕ وِزِ چھِ یم خاص کٔرِتھ غزلس اندر کُنہٕ کُنہٕ گرارادژھوٚڑاوان تہٕ گہے ہوٚنز زیٹھراوان۔ یہٕ کرِ ''صداتہٕ سمندر'' کتابہِ منز چھپیمژ اکھ غزل مثالہٕ رٔنگی پیش:

سُہ خاب زنتہٕ امارن شمار آمُت اوس

طُفان دار سرس اکھ قرار آمُت اوس

مےٚ ناگہاں سُہ پیوٚو یاد اٚوند پوٚکھے یِرِ گوٚو

نتے مےٚ زوٗنہٕ پچھن ووٗنی شمار آمُت اوس

ژِھمبا کُرن تہٕ خبر ووٗنی یِیاتہِ زانٔہہ یپأری

یہٕ نیری تھے چھِ دپان بار بار آمُت اوس

اگر وُچھی نہٕ مےٚ تَس تٔمی مےٚ منز پننی ذاتھے

یہٕ دِل چھُ اَنہٕ تہٕ اَنن غبار آمُت اوس

کلہم پاٹھی چھُ فراق سانہِ زبأنی ہُند بارستہٕ غزل گوتہٕ کأشرِ غزلُک دامن وسیع کرنس اندر رچھُ یِہُند رول قأبلِ تعریف تہٕ تہٕ توجہس لایق تہٕ۔ مگر یِہُندِ غزلُک وُنیستام کرنہٕ آمُت تنقیدی مطالعہ چھُ سرسری نٔویتُک۔ اتھ موضوعس پیٹھ چھےٚ سنجیدگی سان کأم کرنٕچ ضرورت۔ یہِ ہیکہِ یونیورسٹی سوٚتھرس پیٹھ کأنسہِ ہُشیار مغز ریسرچ سکالرہٕندِ تحقیقی مقالُک عنوان تہٕ بٔنِتھ۔



حوالہٕ:

1. جدید کأشر شأعری ص142۔
2. شیکسپیر بیرہٕندِ اوتھیلو ڈرامہُک کردار۔
3. کأشر ادبُک توأریخ ص:200

# کأشرِ ادبُک سونہٕ ہرٕ دور

# 1950 تا 2000ء

عصری اَدبکہِ حوالہٕ ییٚلہِ تہٕ گژھ سپدِ 1947ءچہِ بارٕ سیأسی تبدیلی ہُنٛد ذکر پیٚیہِ لأزمَن کرُن۔ امہِ تبدیلی پتہٕ گیہِ کٔشیر تہٕ کٔشیرِ منٛز روزَن وٲلی لۆکھ شخصی راجکہِ ظُلمہٕ نِشہِ آزاد۔ عوامچہِ مأدی، سمأجی تہٕ ذہنی ترقی خأطرٕ آیہِ أیٖنی ضمانت فراہم کرنہٕ۔ دوٚیمبِن لفظَن منٛز ہکَو ییتھہٕ پأٹھی تہِ وَنتھ زِ امہِ تبدیلی پتہٕ گیہِ بأقے چیزَن ستی ستی کأشرِ زبأنی تہٕ ادبَس سرکأری سرپرستی حاصِل تہٕ بقولِ بشیر اختر:

"کٔشیرِ ہنٛدِس توأریخَس انٛدر آس یہِ گوڈنچ وِز ییٚلہِ سرکأری کاکذَن انٛدر تہٕ سرکأری اعلان نامَس انٛدر کأشرِ زبأنی ہُنٛد ناوہینہٕ آو۔ امہِ برونٛہہ چھَنہٕ کٔشیرِ ہنٛدِس أٹھ شَتھ وٕہرِس تحریری توأریخَس منٛز اَکھ تہِ مثال ییٚتہِ شأہی ایوانَن أنٛدرٕ کنہِ یا راز دربار نبر لیکھنہٕ آمتِس کُنہِ تہِ تحریرِس منٛز یا مسودَس منٛز کأشرِ زبأنی ہُنٛد ذِکر تہِ گَرنہٕ آمُت چھُ"۔ [1]

ریاستی قونوٗن ساز اسمبلی ہٕنٛد طرفہٕ کاشُر زبانِٕ آئینی ضمانت فراہم سپد نہٕ برونٛٹھ اوس اَمہِ نٔویتگ بارٕ فاصلہٕ مُلکی سطحَس پیٹھ نہٕ آمُت ۔ آئینِ ہنٛد کہِ دفعہ 344 تہٕ 351 ہکس تناظرس منٛز اُس یہِ زبان تمَن ژودہَن زبانَن ہنٛزِ اوٗٹھمس جدولس منٛز شامل کرنہٕ آمٕژ یمَن ہنٛز سفارِش آئین ساز اسمبلی ہٕنٛدِ طرفہٕ قایم کرنہٕ آمتی لسانی کمیشنَن کٔرمٕژ اُس۔

کُنہِ زبانِٕ ہنٛزِ ترقی متعلق ییلہِ سرکارٕ تاہ سنجیدٕ پاٹھی وعدٕ بنٛد سپدِ، تمہِ کہِ وسجارٕ کی آثار چھِ نمایاں سپدان۔ نتہٕ اگر متعلقہٕ زبانے کھوٗتہٕ کم مایہ آسہِ تیلہِ چھِ تِتھی فاصلہٕ تہِ بے سوٗدٕ ثابت سپدان۔ کاشُر زبان یوٗ دوے اَمہِ آئینی حیثیتہٕ باوجود تہِ ترقی ہنٛدی تمہ منزل تہٕ مقام پرٲوِتھ ہیچ نہٕ یم بنگالی، آسامی، تلگو تہٕ تامِل بیترٕ امی قبیلہٕ چو باقے زبانو پرٲوی مگر تتھ چھُنہٕ اَمیک لِسانی اعتبارٕ یا ادبی سرمایہ رٔنگی باقے زبانَن مقابلہٕ کم مایہ آسُن وجہ بلکہ چھِ بدل بدل وجوٗہات۔

لسانی اعتبارٕ چھے کاشُر زبان اَکھ وانسٹھ زبان۔ ماہرن ہنٛد خیال چھُ زِ یہِ زبان چھے قدیم دورٕ پیٹھہٕ ییمہِ جنت نشان علاقہٕ کِن لگن ہنٛدِ ترسیلک تہٕ وونٛدٕ باوتگ ذٔریعہٕ اُسمٕژ تہٕ اَتھ منٛز چھے ییرٕ اہ توژھ تہٕ بٔرزِیہِ گیہِ نہٕ سنسکرت، فارسی تہٕ انگریزی زبانَن ہنٛد بن طاقتور تمدنی یلغارَن اندرتہٕ مغلوٗب بلکہِ روٗد امیک وجوٗد قایم تہٕ اَتھ اند ررٕوٗداد بی سرمایہ رٔنگی مانہٕ سوو برٔژرسپدان۔

لل دید تہٕ شیخ العالمؒ ہَن ہنٛدی عرفانی تہٕ آفاقی آلو، صوفی شاعرن ہنٛدی باطنی تجربہٕ، محموٗد گامی تہٕ اَمہِ قبیلہٕ کِن باقے گونماتن ہُنٛد مشرقی نٔویتگ ژینَن

طرز تہٕ رسول میر، مہجور تہٕ عبدالاحد آزادٕنی شوخ فِکری تہٕ بغاوت چھے اَتھ طرحدارتہٕ بسیار پاسل بناوان۔ تاہم چھے یہِ رنگارنگی فِکری سطحس پیٹھ زیادٕ تہٕ فنی اعتبارٕ کم نظرِ گژھان۔

کأشرِ زبأنی ہندِ بن ابتدأیی شعرٕ قائلبَن منز چھِ واکھ تہٕ شُرُک خاص پأٹھی قابلِ ذکر۔ تاہم لوگ وژُن سانہِ اَمہِ دورٕ پتہٕ کیو تقریبَن سارٕوے شأعرو شیرٕ تہٕ یہِ سلسلہٕ رُود مہجورَ تہٕ آزادَس تام لگاتار چلان۔ وژُن چھُ کأشرِ س لکہٕ مزاژس وارِیاہ نکھٕ اَوَ کِنہِ آوِ یہِ سانہِن گونماتن تہٕ براہٕ تہٕ عام لُکو تہٕ گرِس پأٹھنے۔ وژنس ستی یِم رزمیہ تہٕ بزمیہ مثنوی سانہِو منز کالکو گونماتو لیچھہٕ تِمو منز چھے اکثر فارسی ہُنٛد ترجمہٕ۔ موختصر پأٹھی ہیکو یہِ وٲنتھ زِ زایدٕ از ساڈن شین ہتن ؤرِیَن ہندِس طویل ادبی سفرس دوران یوسہٕ فنی رنگارنگی کأشرِ زبأنی اندر رووتلے ہرٕ آمژ گژھ، سو و وتلے یہِ نہٕ۔ اَمہِ کِنہِ وجوہاتن پیٹھ ہیکہِ الگ پأٹھی بحث سپدتھ۔

کأشرِ ادبہٕ کِس فِکری تہٕ فنی ارتقاہس منز یوسہٕ انقلابی تبدیلی رونماسپز، سو سپز 1950ء پتہٕ۔ 1947ء چ تبدیلی یوٗ دوے بظأہرٕ اکھ سیأسی تبدیلی اَس مگر امیک اثر پیو زِندگی ہندِس پرتھ کُنہِ شعبس پیٹھ۔ یہِ تبدیلی بنیہِ ذہنی بیدأری ہُند اہم باعث تہٕ تخلیقی ادبس ستی وابستہٕ قلمکارو تہٕ دأنشورو ہیوٚت زندگی ہندِ بن مختلف روہ رکانن تہٕ بدلونِن حالاتن منز ادبہٕ ہندِس رؤیس متعلق حبسہٕ ہشارٕ پأٹھی سرُن سوچُن۔ وونی یُس ادیب تہٕ شأعر کأشرِس منز ووندٕ باوتھ کران اوس سُہ اوس یژ پأٹھی اعلیٰ تعلیم یافتہ تہٕ کأشرِس ستی ستی أسس اردو، ہندی، انگریزی

تہٕ باقٕے زبانَن انٛدر لیکھنہٕ یِنہٕ وٲلِبن ادب پارَن ہنٛز پٲری زان۔ سہٕ اوس تِمَن ادبی تہٕ فکری تحریکَن وٲقف یِم نہٕ صرف مُلکس انٛدر بلکہِ مُلکہٕ نبر تہِ کاڈ کڈٕن تہٕ پھانپھلُن ہوان آسہٕ۔ امیک منطقی نتیجہ دژ اوسہٕ زِ نظریاتی نہجہٕ ہیرٕژن شوٗدِس تخلیقی شعوٗرس پیٹھ حاوی سپدنہٕ۔ فارمولایی ادبک یُس فاشَن دوٗردوٗر تام چلان اوس کاشُر جوشِل تہٕ تیشل نوجوان قلمکار تہِ گوٚو تتھ مُتیٚ مُتیٚ تہٕ نتیجہ دژ اوسہٕ زِ ترقی پسند آسُن بَنیہِ ییٚتہِ تہٕ ادیبہٕ سنٛز پچھان۔

ترقی پسند تحریکہِ دوران آو کاشرس ادبَس منٛز فِکری سطحَس پیٹھ اکھ باڑ انقلاب۔ کملبن تہٕ موٗزوٗرن ہنٛز طرفدٲری تہٕ جاگیر دارانہٕ نظامچن خامیَن ہنٛز عکاسی کران کران ووت سون ادیب تخلیقی ڈیٚنہکبن نوٚینہٕ سرحدَن تام۔ یہِ انقلابی تہٕ باغی سوچ اوس عبدالاحد آزادنہِ شاعری منٛز گوڈے اثر دار طریقَس پیٹھ وتلیومُت مگر ترقی پسند تحریکہِ ہنٛدِ برکتہٕ پرٲوٲمی اکھ منظّم شکل۔ یہِ تحریک آیہِ 1935 ءہس پیٹھہٕ اکہِ ضابطہٕ بند سیاسی لائحہ عملکی پاٹھی چلاونہٕ۔ 1935 ءیس منٛزٕ سپز پیرسہٕ ترقی پسند لِکھارِبن ہنٛز بین الاقوامی کانفرنس تہٕ ہندوستانس انٛدر آیہِ 1936 ءیس منٛز انجمن ترقی پسند مصنفین قائیم کرنہٕ ییمہِ کِس اعلان نامَس منٛز بڈِتھ تہٕ بوٗلِتھ وَننہٕ آو زِ ''أسی چھِ وبژھان زِ ہندوستان کِس نٔوِس اَدبَس منٛز یِن سانہِ زندگی، ہنٛدی بنیاٗدی مَسلہٕ موضوع بناونہٕ۔ یِم چھِ بوچھ، سفید پوشی، سماجی پستی تہٕ غولامی ہنٛدی مسلہٕ۔ أسی کرو تمن تمام آثارَن ہنٛز مخالفت یِم اَسہِ لاچاری، سُستی تہٕ وہمہٕ پرستی کُن نِن''۔ بلکُل یوٗہے اجنڈا اِبتھ

آو 1947ہس پتہٕ کشیٖرِ اندر کلچرل محاذتہٕ کلچرل کانگریس بناوَنہٕ۔ یتھہٕ پاٹھی آے اَتھ تحریکہِ سٍتۍ وابستہٕ کاشری ادیب باضابطہٕ پاٹھی اکہِ فورمکس جنڈس تل تہٕ لاجکھ رضاکارن ہٕندی پاٹھی کام کرٕنۍ۔ اَتھ پلیٹ فارمس پیٹھ گےٚ ادیبَن سٍتۍ سٍتۍ مصور، فنکارتہٕ ادب نواز دانشور تہٕ جمع یِمہٕ سٍتۍ اَتھ اہمیت تہٕ بڈے یہ تہٕ وسجارتہِ لوٚگ۔ میٖٹنگن ہُند اکھ لگاتار سلسلہٕ گوٚو شروٗع تہٕ پرٕتھ میٖٹنگہِ منٛز آسہٕ تازٕ تخلیقہٕ پیش کرنہٕ یِوان یِمَن ہنٛز مولانکون ترقی پسندی ہند بوٗگنڈٕ تھ ژوٚپرٕتھ قاعدٕو مطابق سپدان آس۔ اَتھی دوران آو کونگ پوش رِسالہٕ تہِ جاری کرنہٕ یتھ منٛز ادیبَن ہنٛز نظمہٕ، غزل تہٕ افسانہٕ بیترِ چھپنہِ لگی۔ اکھ کتھ ونٕنۍ چھےٚ سپٕداہ ضروٗری زِ موضوعی تبدیلی سٍتۍ سٍتۍ پرٕ واَتھ دورس اندر کاشر زبٲنۍ ہیتی رنگارنگی تہِ۔ شاعری اندر آیہٕ خاصکٕرتھ نظم رنگہِ وَلہِ ہٕندی پاٹھی پھوٚلتھ۔

نظم نِگٲری ہُند باضابطہٕ ڈسلابہ کوٚر کاشر زبٲنۍ منٛز مہجورتہٕ آزادَن۔ مہجوٗر سٕنٛز گریسی کوٚر، آزادی تہٕ یِمبرزَل بیترِ نظمہٕ پرٕتھ چھُ قٲری تہٕ بوزَن وول پزٕنہٕ پاٹھی نوبر محسوس کران۔ اکھ سُہ نوبر یتھ منٛز زبٲنۍ ہُند علامتی اظہارتہٕ باوتھ مانہِ سأو ترٲے ووٚتلتھ یِوان چھےٚ:

بہارن سوٗزنس شیٚچھ ہتھ دوان منٛزل ژٕتھ آیس
بہارس چھُم نہٕ یِیتہِ روزُن بہ ہارس شراوِنس وَنہٕ کیٚا
یِوان یِم نازنین مہمان پرٕژھان چھِم پوشہِ موٚت یِیہ کر
بنفشس بانٛلس تےٚ ٹیکہٕ بٹہٕ نےٚ سُنبلس وَنہٕ کیٚا

پریشان دلِ یہٕ چھِس بُلبُل دِپان چھُم وَن خبر توٚرٕ چ

بہانا کانٛہہ تمِس وَنہٕ ہا مگر پنہٕ نِس دِلس وَنہٕ کیٛا



یمبرزلہِ ہنٛز زیوٗ اظہارٕ چ یہِ نیزمی چھے پرَن وٲلس سوچنَس پیٹھ مجبوٗر کران تہٕ واریاہ کینٛہہ سوچہِ ناوان۔ یہِ علامتی رنٛگ چھُ عبدالاحد آزادنہِ شاعری اندر تہِ ٹاکارٕ پأٹھی لبنہٕ یِوان مگر تتہِ چھُ زور باوٕتکہِ نزاکتہٕ کھوتہٕ زیادٕ عملی جدو جہدس پیٹھ۔

ترقی پسند تحریکہِ دوران یُس بوٚڈ نظم نِگار کأشر شاعری باگہِ آوسہٕ اوس دینا ناتھ نادِمؔ، نادمن کٔر نظم واریاہو پابندیوٚ نِشہٕ آزاد تہٕ زبأنی ہُند رٔسیٖل ورتاو بارَسس أنِتھ کوٚرُن آزادنظمہِ اندر تہِ تٔرِتھ گرٕھنٛگ تأثیر تہٕ ہٹہِ وَسنُک جوٗد پأدٕ۔ نادمَس لرِ لوٚررِٕ دِی راہیؔ، کاملؔ، فراقؔ، مظفر عازِمؔ، محی الدین گوہرؔ، غلام نبی خیالؔ، موتی لال ساقیؔ، غلام احمد گاشؔ، محمد احسن احسنؔ، چمن لال چمنؔ تہٕ باقے شاعرتہِ اَتھ شعرِ ذٲژ اندر روونٛدٕ باوتھ کران تہٕ پابند نظمہِ ستی ستی آیہِ آزاد نظم تہٕ نثری نظم تہِ بٔرٕ وٕنٛتھ گٔن۔ کیٚنٛژو شاعرو لیٚکھی سانیٹ تہٕ بحرِ طویل تہِ۔ غرض نظمہِ رٔنٛگی چھُ اَسہِ واریاہ شعرِ سرمایہ بہم سپُد مُت۔ اکثر ادبی موٗرخ تہٕ نقاد چھِ اَتھ کأشرِ شاعری ہنٛز اہم تہٕ معتبر شعرِ ذاتھ مانان ییٚلہِ زَن کیٚنٛژن ہُند خیال یہِ چھُ زِ یہِ چھُ اَکھ پھہہ اونمت شعرِ قالب تہٕ اَتھ نہٕ چھے سأنِس مزازَس ستی مطابقت تہٕ نہٕ چھُس سأنِین رِوایژن ستی کانٛہہ واٹھ۔

روایت پسند نقاد چھِ نغمگی کاشُر شاعری ہُنٛد اہم گون تہٕ گھنہٕ مانان تہٕ ونہٕ چھُ یِوان زِ اَتھ چھُ سائنس لگہٕ مزازس ستی واٹھ۔ نوِ قسمچ نظم چھےٚ امہِ نشہٕ فرار تہٕ (بقول امہِ تڑ ایہِ سوچن والی نقاد) توے سپز نہٕ یہ عوامس منٛز مقبوٗل تہِ۔ بشر بشیر سُنٛد مقالہٕ ''پنٛژہَن وریَن ہنٛز کاشُر نظم'' چھُ امہِ قسمچَن تلخ حقیقژن وُرن تلان تاہم چھُ تمو کینژن جایَن قلمس ہناتیز ے پہَن کش کڈتھ یِتہٕ وونمت زِ ''اَتھ دورس منٛز یہ کینژہا کاشرِس منٛز نظمہٕ رنٛگی لیکھنہٕ آو تمیک زِیادٕ ترحصہٕ چھُ آوارٕ گردی۔ ہٕہنے نظم نگار ہیوٚک نہٕ پزنہٕ پاٹھی کاشرِ ادبی تواریخک میلہٕ کنٛز ٲنتھ تہٕ نہٕ روایژ ستی پنٛنن پان ہم آہنگ کٔرِتھ''۔[2]

بشر بشیر نِن خیالَن ستی اختلاف تہٕ اتفاق کرنُک معاملہٕ اوک پاسے تراوِتھ چھےٚ زِ حقیقژ پننہٕ جایہِ مُسلم۔ اَکھ یہ زِ کاشرِ شاعری اندر نظمہِ ہُنٛد قالب متعارف سپد نہٕ ستی گوٚ امہِ زبانی ہُنٛد دامن واریاہ وسی۔ سانہٕ شاعرو ہیوٚت امہِ پتہٕ شاعری لیکھنَس ستی ستی مختلف زبانَن خاصکرِتھ انگریزی تہٕ اردو وَس منٛز لیکھنہٕ یِنہٕ واجنِن نظمَن ہُنٛد مطالعہٕ تہِ سنجیدگی سان کرُن۔ امہِ حسابہٕ اوس یہ اکہِ تِتھہِ دورُک آغاز یتھ کینٛہہ نقاد باغی، کینٛہہ انقلابی تہٕ کینٛہہ آوارٕ گردی ہُنٛد دورتہِ ونان چھِ۔ اَتھی تنوظرَس منٛز چھےٚ یہ دویم حقیقت تہِ دیدٕ مان سپدان زِ جدید نظم یمہِ چکہٕ چاوٕ سان سانہٕ شاعرو شیرلاجے، سُہ ژھو کیو وجلدٕ ے تہٕ سانٛی شعر مزازن کر نہٕ یہ صنف یتھہٕ کنٛز قبوٗل یمیک ابتداہَس منٛز اندازٕ سپدٕ مُت اوس۔

زیرِ بحث دورچہِ کاشرِ شاعری ہنٛز اصل شوٗب تہٕ شان چھُ کاشُر غزل۔

یہِ شعرٕ ذاتھ کرتہٕ کتہِ پٹھٕ آیہِ کاشرِس ادبَس منٛز سُہ چھُ الگ موضوع۔ تاہم اُسی موجود دورِس تام واتان واتان غزلہٕ شاعری وار یاہ منزلِ طے کرِ ٕمتی۔ محمود گامیَس پتہٕ یُس تغزل اَتھ روٗسُل میرَن عطا کوٗر سُہ چھُ ازتہِ سرتازتہٕ ساٮ۪ن روار باسان۔ آزادتہٕ مہجوٗرنٕی فکرتہٕ فن تہِ چھ اَتھ شعرٕ قالبس وار یاہ وسعت بخشان:

آوٕلُن ژھوٗر پیالہٕ ہتھ پھیرانٕ نژان راتس دوہَس

دُیت نہٕ آسن وٲلی ذٕریاوَن تمِس اَکھ قطرٕ آب



(مہجوٗر)

تُل میٲنی پانَن سارِ سمیک بور کلس پٹھ

ملکَن تہٕ فلکَن لرزٕ ووتھ ڈیشتھ یہِ جگر میوٗن



(آزاد)

امہِ دورٕ کیو نمایندٕ کاشر بوشاعرو منٛز چھُنہٕ سُہ کہنے شاعر یمیٚ نہٕ غزل لیکھی۔ اِدٕ سُہ دینا ناتھ نادم اُسی تَن یا مشعلؔ سلطانپوری، اینن کامِلؔ اُسی تَن یا رفیق رازؔ، رحمان راہیؔ اُسی تَن یا نسیم شفائیؔ یمَن سارنےٚ شاعرَن ہنٛز پچھان چھ چھیکرٕس پاٹھی غزل بنان۔

مختلف منٛزلو تہٕ مرحلو منٛزی گزرنہٕ باوجود پروو کاشری غزلن اصلی بہار تہٕ جہار، وُہمہِ صدی ہٕنٛدِس دویمس نصفَس دورانےٚ۔ اَتھ منٛز آے ساٮ۪ن روار موضوع شامل کرنہٕ۔ عصری کرب تہٕ زندگی منٛزلبنہٕ ینہٕ والہِ غار یقینیتُک اظہار پتھٕ کٔنی یمَن وٕرین دوران کاشرِس غزلس اندر رسپد تتھٕ کٔنی سپد نہٕ ییٚہِ کُنہِ شعرٕ

قائلبس اندر۔ اظہارٕ رٕنگۍ تہٕ سۄڈۍ غزلہٕ شاعری اندر ییمَن پٔژہَن وٕرٖین دوران لطیف تہٕ حسین تجربہٕ، ییم نہ اَمہٕ برٕ ؤنہہ سۄڈۍ ہِتۍ آسۍ۔ مثالہِ خاطرٕ کینٛہہ شعر:

چھیپے ہٕش آسہِ تمۍ ہٕنٛز کتھ کُنہِ کُنہِ ساتہٕ اخبارس
اچھاٸی تَس نِشن محفوظ، کینٛہہ دفتر ہکٕن اَستھ

(غلام محمد غمگینؔ)



داستانَن پھیرٕ دِنٛک، کتھ باوٕنٛک وق آسہِ ہا
لولہٕ کٔبن آمٕن پٔنٛن گنٛڈ تراوٕنٛک وَق آسہِ ہا

(نسیم شفائیؔ)



اَکھ جنگ سپُد دوہلہِ تَمَن تاپہٕ ٹیٛکن پٔتھ
وونی گوٚ ژھنہٕ گرٕژھُن بیاکھ ییمَن موم بتٕن پٔتھ

(شہناز رشیدؔ)



ژُ مصری شعرٕ ذاتھ چھےٚ کاشرِ زبأنی منٛز واریاہ کالہٕ پٔتھٕ راٸج۔ لل دید تہٕ شیخ العالمؒ اَس یہِ واکھ تہٕ شرکہِ کِس صورتس منٛز متعارف کرٕمٕژ تہٕ نوبو شاعرو کر فارسی نِشہِ متاثر سپِدتھ یہِ رُباعی ہٕنٛدِس صورتس منٛز قبول۔ پزٕ چھُ یہِ زِ فارسی رُباعی ہٕنٛدِ خاطرٕ ییم فنی اوصول تہٕ پابندیہِ وضع کرنہٕ آمٕژ چھےٚ، تمَن پٔتھ چھنہٕ کاشرِ رباعی وُتران۔ اَتھ چھِ کأشرۍ شاعر گہے رُباعی، گرادُ بیتی، کُنہِ وِزِ ژاکھ تہٕ کُنہِ ساتہٕ ٹُکھ وٕنتھ ورتاوان۔ خالے کانٛہہ ہم عصر کأشُر شاعر آسہِ سُہ ییٚمی نہ یہِ شعر ذاتھ ورتاوس اَنتھ ووٚنٛدٕ باوتھ کرٕمٕژ چھےٚ مگر منٛزی منٛزی تہٕ نموٗنہٕ خاطرٕ۔ اَتھ شعر قائلبس دِیت

پرٛنہٕ پاٹھؠ مرحوم میر غلام رسول نازکی یٖنہٕ ووتھہٕ واشرٕ۔ تہٕنزٕ نمرٛود نامہٕ، کاوِ ینہٕ
وول تہٕ آوازِ دوست کتابہٕ سپزٕ وارِیاہ مقبوٗل تہٕ آوازِ دوست کتابہِ پیٹھ میوٗل تمن
ساہتیہ اکیڈیمی ایوارڈ تہِ۔ اَتھ شعرٕ ذٲژ چھُ تاثیر تہٕ یہٕ زبانؠ یاد تھوٚنؠ چھےٚ سہل
گژھان۔ شاید چھُ یوہے وجہ زِ نازکی ہنزٕ اکثر رُباعیہٕ چھےٚ زبان زدِ عام:

پرژھُم زار بن دوٚیُکھ چالا چھُ دُنیا
پچھِن ہنٛدی کنٛز اوٚڈر مالا چھُ دُنیا
دَپان دانٛدٕرؠ ندٕرؠ والا چھُ دُنیا
قرانَن ووٚن زٕلرؠ زالا چھُ دُنیا



مرزا غلام حسن بیگ عارف چھُ موجوٗدٕ دورُک ژُ مصرأے لیکھن وول
اہم شاعر۔ بٔلکہِ اگر یِتہِ وَنو زِ یہِ صنف کٔر گوڈنچہ لٹہِ تمی متعارف کانٛہہ مبالغہٕ
چھنہٕ۔ موتی لال ساقی ہنٛدی ژاکھ تہٕ چھہِ کاشرِ شاعری ہنٛدِس اَتھ صنفس بٔرژر
کران۔ محی الدین نواز رتن پوٗرؠ چھُ رُباعی ووستادٕ ہنٛدی پاٹھؠ لیکھان۔ یہٕ گَتھ
چھےٚ قابلِ ذکر زِ یپرٛا یہ صنف کاشرِس شعرٕ مزاجس نکھہٕ چھےٚ تیوٚتاہ موزوٗنہٕ اَتھ یٔمہِ
دورکیو شاعرو، شاید او موکھہٕ زِ یہِ آس ووٚنؠ تمن زاید المعیاد out of
fashion شعرٕ ذاتھ باسان۔ یا یہِ زِ اَتھ قالبَس منٛز شعرونَن وأرِلس گژھہِ زبانؠ
تہٕ فنس پیٹھ پوٗرٕ دسرس آسٕنؠ یُس نہٕ پرتھ کانٛسہِ شاعرس آسان چھےٚ۔

بیٚیا کھ خاصِ کاشر شعرٕ ذاتھ "وژُن" تہِ لوگ نہٕ معاصر کاشرؠو شاعرو شیرِ

حالانکہِ یہِ چھُ پننہِ نغمگی تہٕ لگہٕ مزازس نکھہٕ آسنہٕ کنہِ کاشرِ بن وار یاہ وَیان۔ زیرِ بحث وٕریَن دوران لیکھنہٕ آمژٕ وژن شاعری منز چھِ عبدالاحد زرگرتہٕ صمد میرنی صوفیانہٕ وژن قابلِ ذکر۔ امہِ علاوٕ یوٚ دوٚے فاروق نازکی، غلام نبی فراق، فاضل کاشمیری، دینا ناتھ نادم، امین کامل تہٕ رحمان راہی بیترِ شاعرتہٕ منژٕ منژٕ وژنہٕ ہنا لیکھان روٗدی مگر یہِ اوس محض شوقیہِ تہٕ سنجیدگی سان پانہٕ ناوُنہٕ ساںو ہمکال شاعروِ یہِ شعرٕ ذاتھ۔

کاشرِ شاعری منز چھُ اَسہِ نعتیہ شاعری ہُند جان سرمایہ۔ ظاہر چھُ زِ کاشرٕ شاعر چھِ پتہٕ وتھ پیٹھہٕ نعت لیکھان روٗدی متی۔ زیرِ تبصرٕ پنژٕ ہوٕ ریوٚ منز چھِ اَمہِ حوالہٕ پتم دہ وٕری یعنے 1990 ہٕ پیٹھہٕ 2000 ہٕ تام قابلِ ذکر۔ یمَن وٕریَن دوران آو کاشرِس منز نعتیہ شاعری ہُند باگہِ بوٚ رُت سرمایہ بارسس۔ اَتھ وقتس دوران لیکھنہٕ آمژِ نعتیہ شاعری ہُند رنگ تہٕ انہار چھُ بائے وقتس دوران تخلیق سپزٕ مژِ عقیدتی شاعری نِشہِ اکثر جاین بیوٚن، یتھ پیٹھ الگ پاٹھی تہٕ وبژھنتھ کام کرنچ ضرورت چھے۔ اشارٕ پاٹھی یم مثالہٕ:

بے سوکھ، دٕ دِ متن، پارٕ گمتن دِلَن
بلاشک تہی اِطمنان یا نبیؐ
(رنجوٗر تلگامی)



سیاہ سورفو مے خٕص چھم نال ووٚلمُت
سیاہ چشمن ژٕہان چھم گاش راتس

سمبٹھاہ مجبور حٔض لاچار چھُس حٔض

ہے چھُس پھیٖہہ پھیٖہہ کران بیٚیہِ ڈیڈِتل از

سیاہ ہلمس مے ترٲوم گاشہِ موٗٹھ اَکھ



(مجروحؔ رشید)

وہراتھ ذِ دوٗدمت چھُ گلستان جہانٕک

بُراتھ ژھانٛڈان ترلیش از بارانِ محمدؐ



سعدالدین سعدیؔ)

ییتھہِ کٔنی زٕن گوڈٕ تہِ اِشار کرنہٕ آو زیرِ تبصروقتس منٛز سپز کاشرِس نثرس اندر تہِ مولوٕنی لایق کام۔ امہِ بروٚنٛہہ اوس کاشرِس منٛز سبٹھاہ کم نثر لیکھنہٕ آمُت۔ 1950ءیس آس پاس آے نثرِکی واریاہ گاچہٕ بوزوے تہٕ یِکوٹہٕ بارسس۔ افسانہٕ، ڈرامہ تہٕ ناولہٕ ستی ستی لوگ ادیبو تنقیدی، تحقیقی تہٕ مولوٕماتی نثر تہِ لیکھن۔ ڈراماٚنٛگی اَسی امہِ بروٚنٛہہ ''سیٚچ کھوٹ'' تہٕ ''پرِچھ کہوٹ'' ناوکی دھارمک ڈرامہو علاوہِ محی الدین حاجنی سُند ''گریسی سُند گرٕ'' ناوٕک ڈراما لیکھنہٕ آمتی تہٕ بس۔ 1950ءپتہٕ گیہِ کشیرِ اندر باضابطہٕ پاٹھی اکھ ڈراما تحریک شروٗع۔ ڈراما آے نہٕ صرف لیکھنے یاتی بٔلکہِ گنٛدنہٕ تہٕ۔ شہری علاقن تہٕ گامن اندر آے ڈرامٕک کلب قایم کرنہٕ یم کھلہِ مٲدانن منٛز تماشہٕ وُچھن والین ہنٛدِس بڈس تعدادس بروٚنٛہہ کنہِ ناٹک گنٛدان اَسی۔ 56-55ءیس منٛز چھپے یہ کاشرِ بن ڈرامہن ہنٛز سوٚمبرن ییتھ ''کٔنی کتھ'' ناو اوس۔ علی محمد لون، اخترؔ محی الدین، سومناتھ زُتشی تہٕ

امین کاملؔ آے بحیثیت نمایندٕ ڈرامہٕ نگار منظرِ عامس پیٹھ۔ جشن کشمیر شروٗع سپدنہٕ ستی گوٚو کشیرِ اندر را کھنوٚ و تمدنی ماحول قایِم تہٕ اَتھ منٛز میوٗل ڈار مہکس فنس خاص پاٗٹھۍ ووتھہٕ بوٚ۔ کٲشرِ ہندۍ نمایندٕ تھیٹر گروپ سپدۍ 1973ہٕ یَس اندر کشمیر تھیٹر فیڈریشنکس جنڈس تل جمع تہٕ ڈراماین ہُند اہتمام ہیوٚتُن ضابطہٕ بنٛد طریقَس پیٹھ سپدُن۔ جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز، ریڈیو کشمیر سری نگر تہٕ دوردرشن کیندر سری نگرن یُس رول کاشُر ڈرامہ پھاپھلاونس منٛز انجام دیُت سُہ چھُ ناقابلِ فراموش۔ ریڈیو کشمیر سری نگر تہٕ دوٗردرشن کیندر سری نگر پیٹھہٕ پیش کرنہٕ آمتۍ ڈرامہ آسن ہتَن منٛز۔ یوٚ دوٚے یِمو منٛزٕ کیٛہہ سکرپٹ تِتھۍ نیرِن یِمَن پرنہٕ پاٹھۍ معیاری وٕنتھ ہیکو مگر کینٛہہ تہٕ نیرن ضروٗر۔ کاشُر ڈرامہ نگار چھُنہٕ وُنہ تِہ ٹیلی پلے، ریڈیو ڈرامہ تہٕ سٹیج پاٗٹھۍ الگ الگ تکنیکی تقاضو عانہ مطابق پیش کُرتھ ہیکان۔ بہرحال یہِ چھُ ترٛیچ کمی تہٕ خٲمی سپدن تجرباتی مرحلہٕ طے کران کران وارِ وارِ دور۔ عالمی شہرت پراوَن والۍ واریاہ ڈرامہ آے کاشرِس منٛز ترجمہٕ کرنہٕ تہٕ یِمو منٛز آے کینٛہہ سٹیجس پیٹھ گندنہٕ تہِ۔ ڈرامہ لیکھُن تہٕ گندُن ہیچھناونہٕ خاطرِ آے وِزِ وِزِ ورکشاپ تہٕ تربیتی پروگرام منعقد کرنہٕ تہٕ ووٚنی چھِ اَتھ سبجکٹس پیٹھ لوٗکھ پی۔ ایچ۔ ڈی تہٕ کران۔

جدید کاشرِس ڈرامہس پتہٕ کنہٕ چھےٚ لُکہٕ تھیٹرٕچ سٮ۪ٹھاہ جاندار تہٕ طاقتور روایت۔ کلہن سنٛزِ راج ترنگنی منٛز چھےٚ کینٛہہ تِرتھہٕ ژینہٕ وٕنۍ میلان یِمو ستی کٲشرِ اندر واریاہ بڑونہہ پیٹھہٕ تھیٹر موجود آسنٕچ شہادت فراہم سپدان چھےٚ۔ کاشرِس لُکہٕ

تھیٹرس دِیت زیرِ تبصرٕ ؤریَن دوران موتی لال کیموٗ تہٕ محمد سبحان بھگتن اَکھ نوٚو طرح۔ یِہ پاٹھر آوگنڈتی قائبو منٛز کڈِتھ نو ترایہِ پیش کرنہٕ تہٕ عصری مسلہٕ آسے اَمِکۍ موضوع بناونہٕ۔

محبوب کلچرل سوسائٹی بارہمولہ، سنگم تھیٹر سرینگر، انڈین تھیٹر ایلینز، آزاد ڈرامٹک کلب گاندربل، کالیداس تھیٹر، مراز کلچرل اینڈ آرٹ سوسائٹی، ینگ ڈرامٹک سوسائٹی، مقبول تھیٹر کرالہٕ واری، کلامنچ تھیٹر، منصور ڈرامٹک کلب، مانس مویز صفاپور تہٕ حاجنکۍ وہاب ڈرامٹک کلبن کٔری نوٚو پٔیہ ہٕنٛدبن لِکھاربن ہٕنٛدۍ ڈرامہ Physical Theatre تہٕ بٲقے نٔوینہٕ تہٕ روایتی تکنیکہٕ ورتٲوِتھ کٲشِرِ منٛز تہِ تہٕ کٲشِرِ نبر تہِ پیش۔ یِمو ڈرامہو منٛز آس وارِیاہن ہُنٛز ہیت بانٛڈٕ پاٹھرس ستۍ تہِ رلان۔ کاشرِس لُکہٕ پاٹھرس دِیت پتمبن وُہن ؤرین دوران اکنگامکہِ بھگت تھیٹرٕ پتہٕ واتھورٕ کۍ نیشنل بھانڈ تھیٹرَن وارِیاہ ووتھہٕ بوٚ۔

ہمکال نثر نگارن اندر رچھِ کینٛہہ لکھٲرۍ کینٛژن خاص صنفن ہُنٛد بو نمایندو رٔنگۍ زانہٕ تہٕ مانہٕ یِوان۔ غلام نبی گوہر چھِ شاعر تہِ تہٕ محقق تہِ، مراسلہٕ نگار تہِ تہٕ نوکتہٕ دان تہِ تاہم چھے اَمی سُنٛز اصل پرزنتھ ناول نگٲری۔ گوہر سٕنٛز ''مجرم''، ''دمس میُل''، ''پُن تہٕ پاپ'' تہٕ ارگِ اشُد'' ناولہٕ سپٕز کٲشِرِ منٛز مقبوٗل تہٕ ''پُن تہٕ پاپ'' ناولہِ پیٹھ میوٗلُس ساہیتہ اکیڈیمی ایوارڈ تہِ۔ گوہرس علاوٕ لیچھ کاشرِس منٛز علی محمد لون، امین کامل، اختر محی الدین، بنسی نِردوش، امر مالموہی، پران کشور، چمن لال ہکھو، عادل محمد افضل تہٕ بشر بشیرَن تہِ ناولہٕ۔ ووپرزبانَن منٛز لیکھنہٕ آمژن

شہرۂ آفاق ناولن تہٕ آو کاشرِس منز ترجمہٕ کرنہٕ۔ ناول لیکھنس ووتھ زیرِ تبصرِ پنژہن ؤریِنے دوران دس تہٕ یُس سرمایہٕ ناولہٕ رنگی اَسہِ نِش موجوٗد چھُ تمیُک بیشتر حصہٕ آو اتھی وقتس دوران لیکھنہٕ۔

افسانہٕ تہٕ آو کاشرِس منز یمنے پنژہن ؤرین دوران بارسس تہٕ جان معیارچہِ کتابہٕ چھپے ییہٕ۔ محمد زماں آزردہ سنز فکرِ ہنز ٹکر، افسانہٕ تہٕ ننہٕ پوش کتابہٕ چھپے افسانہٕ سوٗمبرنے۔ آزردہ چھُ کاشرِ زبانی ہُند نمایند افسانہ نگار تہٕ یہنز "افسانہٕ" ناوچہ کتابہٕ چھُ ساہتیہ اکیڈمی ایوارڈ تہٕ میوٗلمُت۔ اَمہِ علاوٕ لیکھی رسول پوٗمپُر، عبدالاحد حاجنی، ظریف احمد ظریف، منظور ہاشمی تہٕ بییہٕ کینژہ ونثر نگاروتہٕ افسانہٕ۔ تاہم چھے مختلف افسانہٕ نگارن ہند بن افسانہٕ ین ہندی انہار الگ الگ تہٕ افسانہٕ یچہ ہیژ متعلق چھُ افسانہٕ نگارو منز تہٕ کینژن کنفیوژن یمیُک انداز افسانہٕ کس ناوس پیٹھ لیکھنہٕ آمتی تہندی نثر پارِ پُرتھ سپدان چھُ۔

کاشرِ نثرچ سارِوے کھوتہٕ موثر، معیاری تہٕ مقبوٗل صنف چھے افسانہٕ۔ سانہِ افسانچ وانس یوٗ دوٕے زیادٕ چھنہٕ مگر قلیل مُدتس دوران تہٕ چھے اَمی وارِیاہ ترقی کرمژ۔ اَتھ میوٗل اختر محی الدین ہیو اعلیٰ پایک افسانہٕ نویس یمی سندی افسانہٕ عالمی سوٗتھرِس پیٹھ تسلیم کرنہٕ آے۔ ہری کرشن کول، ہردے کول بھارتی، امین کاملؔ، بشیر اختر، رتن لال شانتؔ، فاروق مسعودی، اوتار کرشن رہبر، شنکر رینہ، شمس الدین شمیم، گُلشن مجید، غلام حسن تسکین، رحیم رہبر، یعقوب دلکش، محی الدین ریشی، محفوظہ جان تہٕ مشتاق احمد مشتاق بیترِ رُدی اَتھ باوٕژ

طرزس پن پننہٕ آیہٕ مانہٕ سوو برٕ زرٕ کران۔ وُنکین چھُ کأشر افسانہٕ برصغیرچن باقے زبانن منز لیکھنہٕ یِنہٕ وألس افسانس لرٕلوٗر پکان۔ کأشرس افسانس منز چھے موضووَن ہنز رنگارنگی تہٕ ہیتکہٕ اعتبارٕ آے اَتھ منز واریاہ خوبصورت تجربہٕ کرنہٕ یِم کامیاب تہٕ سپدی۔ کأشرِس افسانس متعلق چھے یہِ کتھ اَمہٕ زبأنی ہنٛدِس ادبس ہستی دلچسپی تھاوَن وألس پرٕتھ قأرِیَس خبرٕ زِ اَتھ یُس ووتھہٕ واشر 1950ہٕ پیٹھہٕ 1980ہٕ تام میوٗل، سُہ اوس تقریبن غأر یقینی۔ افسانہٕ آے اَمہٕ پتہٕ تہِ لیکھنہٕ، بلکہٕ چھہٕ ازتہِ لیکھنہٕ یِوان مگر ابتدأیی ؤرِین منز لیکھنہٕ آمتین افسانَن مقابلہٕ چھہٕ ووٗنی کم معیارٕکی افسانہٕ برٕونٛہہ کُن یِوان۔ پنٛژہَن ؤرِین ہنٛدِس ارتقأئی سفرس دوران وُچھ کأشری افسانَن واریاہ تیکنیکی تبدیلیہٕ۔

کأشرِ زبأنی منز یِم ترجمہٕ وُنیستام کرنہٕ آمتی چھہٕ، تِمو منزٕ چھہٕ بیشتر أتھی سونہأری دورس اندر کرنہٕ آمتی۔ یِمَن ترجمَن منز چھہٕ ''جنگ تہٕ امن''، ''حاجی بابہٕ''، ''موج''، شیکسپیر ہنٛدی اکثر ڈرامہ تہٕ ہندوستأنی زبانن اندر لیکھنہٕ آمژٕ واریاہ ایوارڑ یافتہٕ ناولہٕ، افسانہٕ سوٗمبرنہٕ تہٕ شأعری ہنزٕ کتابہٕ تہٕ شأمِل۔ کیٛژن اہم مذہبی کتابَن ہنٛدی ترجمہٕ تہٕ آے کرنہٕ یِمَن ہُنٛد تفصیل یِتھ کتابہِ منز شأمِل ''کأشرِس منز مذہبی نثر'' مقالس اندر دِنہٕ آمُت چھُ۔ کُلہم پأٹھی اگر وُچھوٚ یِمو ترجمو ہستی گوٚو سانہِ زبأنی تہٕ اَمکِس ادبس اندر کأفی برٕزرتاہم چھنہٕ وُنہٕ أسی ہُنز مندتہٕ ترجمہٕ نزاکژٕ زانن وألی ترجمہٕ کار زیادٕ تعدادس منز پأدٕ گرتھ ہیٛکی ہِتی یِمہٕ کُنی اکثر ترجمہٕ کرنہٕ آمژٕ کتابہٕ پرن والیو زیادٕ پسند کرِنہٕ۔

زیرِ تبصر پنژہن ؤرین دوران لیکھنہٕ آمتِس نثری ادبَس منز چھُ تنقیدی تحقیقی نثر تہٕ شامل۔ تحقیق کِس شعبَس منز کر ریاستی کلچرل اکیڈیمی تہٕ کشمیر یونیورسٹی ہنٛدی کاشرِ شعبَن شوبدار تہٕ تھٕکنی لایق کام۔ کینژن غار سرکاری رضا کار اَدبی انجمنن ہنٛد رول تہٕ چھُ اَتھ سلسلس منز ناقابلِ فراموش۔ محققن ہنٛز وذاتی کوشش تہٕ سپد یہٕ واریاہ کام۔ پروفیسر محی الدین حاجنی، محمد یوسف ٹینگ، موتی لال ساقی، اوتار کرشن رہبر، غلام نبی آتش، شفیع شوق تہٕ ناجی منور ہوی بہلہِ پایہِ کاشرِ ادیب چھِ مؤلہٕ تلہٕ محققے۔ درسی سوتھرِس پیٹھ یُس تحقیق کشمیر یونیورسٹی ہنٛدین مختلف شعبَن منز سپد سہ یوٗ دوے مقدارٕ حسابہٕ واریاہ چھُ مگر تمیک معیار بہتر بناونچ چھے ضرورت۔

تنقید نگاری ہنٛدِس شعبس منز تہٕ چھے واریاہ کام سپز مگر تاہم چھِ اَتھ اندر کینہہ سقم یم ہم عصر ادیبن پیٹھ لیکھنہٕ وِزِ زیادٕ نمایاں سپدان چھِ۔ چونکہ اَتھ موضوعس پیٹھ تہٕ چھُ یتھ کتابہِ اندر اکھ الگ مضموٗن شامل اوٚنی روزنہٕ کتھَن طوٗل دِین یا کے کتھ پھِری پھِری وننی جان۔



حوالہٕ:

1۔ کلچرل اکیڈیمی تہٕ کاشر زبان، بشیر اختر، شیراز جلد 3، شمار، 1-2
2۔ پنژہن ؤرین ہنٛد کاشر ادب، ساہتیہ اکادمی نئی دہلی، ص 49

## رٔسلہِ اظہارٕچ شاعر.......... رخسانہ جبیںؔ

زانہِ دَے کیازِ ژأنگو ریٚہہ زأنتھ

لانہِ لیوٚکھنم مےٚ وارِ وارِ دزُن



یہِ شوٚ ز، روان، ساد مگر مانہِ سأو باوتھ چھےٚ سانہِ دورچہِ تمِس شوخ فکر خاتوٗنہِ ہنٛز یوس 1980ءلیس آس پاس کٔشیرِ ہنٛدِس ادبی آکاشس پیٹھ نمودار سپدِتھ گاہ ژھٹنہِ لٔج ۔ رُخسانہ جبیں ییمی کشمیر یونیورسٹی منٛز اردوٗ تہٕ فارسی لیس منٛز ایم۔اے تہٕ ایم فلچہِ ڈگری پراونس دوران اردوٗ زبأنی منٛز شعر ونٕنۍ ہیٚتی، گیہِ پننہِ ادبی سفرٕکس آغازس اندر ےٚ برصغیرکین ادبی حلقن منٛز یتھو ہیوٗ مأری مندوٗ تہٕ توجہ طلب شعر ونٕتی ویٚز:

اُتر چکی ہوں میں ترے لہو کے دریا میں

تو اپنے جسم کے ساحل پہ اب پُکار مجھے



اب کے اِس جھیل میں پھینکوں گی میں ایسا پتھر
شور گہرائی میں اور سطح سلامت ہوگی



مِری ہی طرح یہ خاموش سا مِرا ہم شکل
سمجھ میں آتا نہیں آئینہ کہ پانی ہے



شاعری متعلق چھےٚ دُنیہکو مختلف مُفکر و، فلسفیو تہٕ ادبی نقادو پننہِ پننہِ انداز
رایہِ دِژِمژ تہٕ اعلیٰ شاعری نسبتھ چھےٚ چھیکرٕسئ پأٹھی یہ راے متفقہٕ تہٕ مُسلمہٕ پأٹھی
بروٚنٹھ کُن یوان زِ "یہ گیہِ سو شاعری یوسہٕ انسانس پرنس یا بوزنس دوران آوٕراوِ تہٕ
پتہٕ یاد وٕ تریک حِصہ بِنتھ حض دِیہِ"۔ رخسانہٕ جبین ہنز شاعری بامے سہٕ اردوٗ
پأٹھی چھےٚ یا کأشرِ پأٹھی چھےٚ اتھ کھوچہِ پوٚرٕ پأٹھی کھسان تہٕ سو چھےٚ پزٕی پزٕ سخنور
بِنتھ ووتلان۔ أمی سُنٛد اکھ اکھ شعر پرُتھ چھُ انسانس ووٚنٛدٕ وولسان تہٕ من
مٔدران۔ یِم لوٚکھ رُخسانہ جبین زانن، تِم ہیکن یِتہِ وٕنتھ زِ میچھر، نزاکت، نفاست
تہٕ زأوِجار چھِ أمی سٕندِ شخصیتکی تہٕ مزازٕ کی فطریٕ پہلو۔ عام کتھ باتھِ دوران تہٕ یِم
لفظ سو ورتاوان چھےٚ، یا کتھ کرنٕک یُس اندازٕ تِمس چھُ، سہٕ چھُ ہأوِتھ دِوان زِ یہِ
شخصیتھے چھےٚ سراپا شعرٕ انہار ہیتھ بروٚنٹھ کُن یوان۔ یہِ انہار ییلہِ شاعرٕسنٛز پوٚرٕ
پوٚرٕ تخلیقی توژھ تہٕ فنکارانہٕ ہُنر ہیتھ شعرٕچ صورت پراوان چھُ، زبأنی پتھ چھِ بے
پھرٕ وک پأٹھی "سبحان اللہ تہٕ واہ واہ" ہوی لفظ یوان:

ہیوٚر کھسہِ وُنےِ یہِ ماژ وُنم وٕنی پوٚتےِ وسکھ
مےٚ ہاشرِ مزاژ چھےٚ تہٕ ونی ہامےٚ گرٛشھی سِکھ



تماشہِ وألی تماشا کوٚرُن تہٕ تنٛبلوٗوُن
غریب ماجہِ چھُ ژھل بل کرِتھ یہِ شُر ساوُن



دوشوٕنی شعرن ہُنٛد بنیأدی موضوٗع چھُ لول۔ یہِ چھُنہٕ شأعری خأطرٕ کانٛہہ نوٚو موضوٗع۔ سُنٛن لایق اگر چھُ تہٕ سہُ چھُ شاعرسُنٛد نرل تہٕ سأدر وار ورتاو۔ "مےٚ ہاشرِ مزاژ چھےٚ تہٕ ونی ہامےٚ گرٛشھی سِکھ "چھُ اکھ تیُتھ لوٚبہٕ وُن تہٕ خوش کرٕوُن اظہارٕیُس پزنہٕ پأٹھی دِلس تھف دِوان چھُ، اتھ مصرعس منٛز چھُ، "ہا" لفظُک تکرار باوکھ سُنٛد جنس تہٕ اتھ جنٛسس ستی وابستہٕ نیرٛمی، سادگی، پانہٕ نیاٗرک جذبہٕ تہٕ بےٚ پناہ لولچہِ خأصِیژ بروٚنٛٹھ کُن انان۔ معشوقس پٔنٛن شوٗژ تہٕ شٹیتل لول بأوِتھ تہٕ ملالہٕ گرٛشِنچ ژیٖنہٕ وَن دِتھ پوٚت کھوری واپس نہٕ ژلنُک تہٕ پانس ستی کیٚنٛژس کالس بیٚہناوٕنُک نوٗزُک خیال باوُنُک یہِ اندازٕ چھُ بلاشک اَچھوٗ۔ دوٚیمس شعرس انٛدر رباوٕنہٕ آمُت راوی سُنٛد حزٕرتہٕ لاچأری تہٕ چھےٚ اکھ تژھ طاقتور شمیٖہہ ورتأوِتھ پیش کرنہٕ آمٕژ زِ یہِ منظر نامہٕ چھُ پرن وألی سٔنٛدِس ذہنس منٛز سوٚتھوس حقیقت عکساوان یوسہٕ شعر پرنہٕ بروٚنٛٹھ کٕنی زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ بےٚ شوٗنکی پأٹھی ژٕننی مٕژ آسہِ ہے۔ تِتھی ہوی شعر یِیلہِ بأوژ بلکی تاثیر کرٕونی قوٚوتھ ہیٚتھ دیدِ ماں سپدِتھ

پرن وألی سنٛد حبس وُزِ ناوان چھِ، سہ چھُ بےٚ پھرٚ وک پأٹھی ژینہِ لگان زِ:

دیکھنا تقریر کی لذت کہ جو اس نے کہا

میں نے یوں جانا کہ گویا یہ بھی مرے دِل میں ہے



رخسانہ جبین ہُنٛدی یم ترٕہ کأشری غزل یہِ مضموٗن لیکھنہٕ وِزِ مےٚ برٕ ونٛٹھ کنہِ چھِ، تِمن ہُنٛد باریک بینی سان مطالعہٕ کرنہٕ پتہٕ چھُ یہِ تاثُر فوری طور گنان زِ پٔنن بیشتر تخلیقی بتٕو راردوغزل گوٚیی پٹھ صرف کرن واجنی یہِ شأعر چھےٚ پننہِ ماجہ زبوٗ اندر روٗدٕ باوتھ کرنہٕ وِزِ زیادٕ متأثر کُن انداز ہتھ بروٚنٛٹھ کن یوان۔ أمی سٕنٛد بن کأشر بن شعرن منٛز ورتاونہٕ آمتی لفظ چھِنہٕ ڈکشنری معنیَن منٛز قأد۔ اتھ برعکس چھِ پرٛتھ لفظس تہٕ پرٛتھ ترکیبہِ تِم تہذیبی، احساسأتی تہٕ جذباتی معنے وسعت عطا کران یِمن ہُنٛد سوٗن تہٕ گوٗن شعوٗرشاعرس اکھامہِ سببہٕ چھُ زِ" کأشر زبان "چھےٚ أمی سٕنٛز مادری زبان، دوٚیِم یتہِ زِ لفظ چھِنہٕ انہِ کھلہِ تہٕ موقٕہ محلہٕ ورأے ورتاونہٕ آمتی۔ یِم کینٛہہ مثالہٕ ہیٚکو وکھ بطورِ دلیل پیش کٔرِتھ:

وُچھو دُبارٕ اگر آو زانہہ ووٚں یتھ موسم
ژٕ بٔنی زِ شینہٕ کھستاں بۓ آفتاب بنے



زز رِس پٔنس چھےٚ واو وُچھِتھ ترٕ ہِش پھٹاں
ہرٛنگ سوال چھُس تہٕ یوہے لاجواب ہیوٚ



موت شاید عطا کرِہس شیچار

زندگی بایہِ بونہِ نارِ دزُن



یمن شعرن اندر ورتاونہٕ آمتی شینہٕ کوہستان تہٕ بونہِ نار ہوی موروض اگر کانہہ کوٚچ شاعر استعمال کرِ ہے یِہُند مانے آسہِ ہے محدوٗد مگر رخسانہٕ جبین چھےٚ پننہِ زمینہِ ہٕندی واقاتھ تہٕ پننہِ زبانٕی ہٕندی الفاظ تمہِ ہٕنز مندی سان ورتاوان زِ شعرس منز ووتلن وول سوال نہٕ چھُ کشیرِ ہٕندِ اکہِ خاص موسمک سوال روزان تہٕ نہٕ بونہِ پنکہِ لوٚت لوٚت تہٕ سوٚت سوٚت دزنک انداز۔ تخلیقی باوِ تکس اتھ پُر کار طریقس اندر رچھِ مقامی مشاہداتن ہٕندِ مدِ ہٕ ستی زندگی متعلق تم آفاقی سوال ٹُلنہٕ آمتی یمن ہنز لگہِ ہٲری پرٛتھ زمانس منز تہٕ پرٛتھ مقامس پیٹھ محسوٗس کرنہٕ ییہِ۔ گوڈنکہِ شعرِ چ حسُن کاری چھےٚ لفظن ہنٛدِ موزوں ترتیبہٕ ستی اتھِ یوان تہٕ رتھِ کھسان۔ دٔسلابہٕ کے لفظ "وُچھو" چھُ شعرس ہمہ جہت بناوان۔ یِوٚ دوے منظر نگٲری تہٕ مکالمہٕ شاعری ہندی ترکیبی جُز چھِنہٕ، شعرس اندر مٲری منز رتہٕ مانہِ ساوبر پاٛدِ کرنس اندر رچھِ یم وَل سٔبٹھاہ مددگار بنان بشرطیکہِ شاعرس تگن ورتاوٕنی۔ زیرِ بحث شعرس اندر رچھُ باوکھ بوزکھس، اکھ موسم موٚکلنس (یمہِ رِکس انداوتنس پیٹھ تِمس کانہہ افسوٗس چھُنہٕ) پیٹھ یِہ مشورٕ دِوان زِ اگر دُبارِ یُتھ موٚسم آو تمہِ وِزِ نٔی زِ ژٕ شینہٕ کوہ تہٕ بٔ بنے آفتاب، اگر اتھ معنے کڈنہِ یہمو، واریاہ امکان ہن بدس۔ اکھ ہیکہِ یتہِ آستھ زِ باوکھ

چھنہٕ عاشق ٔبلکہٕ اکھ ٔبتھی پھیرٕ معشوق یُس عاشقہٕ سنٛدِس اظہار عشقس پٹھ تٕمس مشوٗر دِوان چھےٚ زٕ کینٛہہ چھنہٕ اگر بیٚیہٕ یتھ ہیٚو موقہٕ میلہِ تمہِ وِزِ وبگلاوتھ ژٕ بہٕ پنٛنہِ تٕتٕ رٕستی لوٚت لوٚت تہٕ سوٚت سوٚت ییٚتھٕ کٕنی زٕ فکری تٕری نہٕ زٕ کپاٚری موکلکھ۔ معنیٚک بٕیاکھ امکان چھُس یتہِ زِمیوٚن وٕشُن وجوٗدٕ کملاوِچون ہنٛد ریارتہٕ روانی کری عطا۔ ییٚتھے پاٚٹھی چھِ دوٚیمِس شعرس اندر ذٕزریمِتس پٕنٛس ہزٕنٛک لاجواب سوال تٕر پھاٹہٕ ناوٕن وول معاملہٕ سطحی طورتہٕ ذٕہنس زیر دِنہٕ وول ول تہٕ معنے تلاش کرنہٕ وِزِ چھُ یہِ اکھ بسیار پاسل شعر بنان۔

کاشُر زبانٕی منٛز موجوٗ دلکہٕ شاعری ہنٛدِس سرمالیس سام ہینہٕ پتہٕ چھُ انسان یتھ نتیجَس پیٚٹھ واتان زٕتقریبن پرٕتھ کانٛہہ کاشُر زنانہٕ چھےٚ گونماتھ۔ کاشُری ونہٕ وٕنی ہٕری، روٗفی باٚتھ، منٛزٕلی باٚتھ تہٕ شُری باٚتھ، بوٗزِتھ تہٕ پتہٕ یمن پیٚٹھ ہنا غور کٔرِتھ چھُ انسان حاٚرتن پیٚوان زِ سانیٚو ان پرٕتھ تہٕ انتہایی سادٕ زندگی گزارن واجنیٚ مستیٚ راتو کتہٕ چھُ یہِ تخلیقی جوہراوٗمت۔ یمن لکہٕ باٚتن اندر چھُ سہ سورے دوکھ تہٕ تٕم ساٚری مصیبت باونہٕ آمٕتی یم عام کاشرٕن عموٗمن تہٕ زنانہٕ ژاٚژ خصوٗصن صدیہِ وادن ژالنی تہٕ ویٚترٕنی پیمٕتی چھِ۔ یہِ المناک صورت حال باونہٕ وِزِ چھےٚ شاہی تختس تام رسایی پراون واجنہِ حبہٕ خوتوٗنہ تہٕ برژھان تہٕ باکہٕ ژھٹان۔ از کاٚلچ ساٚنی نمایند زنانہٕ شاعر نسیم شفایی یوٚ دوے رواٚیتکی پردٕ ژٕٹتھ بغاوت کرنٕچ ہٕرش کرنہِ ہیٚوان چھےٚ مگر تسنٛدی یتھی ہوی شعر پٕرتھ چھُ باسان زِ اصلی معاملہٕ نشہِ چھنہٕ سوتہِ مکمل پاٚٹھی ژٕلتھ ہیٚکان:

وأنسن ہنز کتھ رسہٕ رسہٕ پرٛژہنم مےٚ تہٕ ونہِ مس
کاٗژا ساد تہٕ رٕکژھ لاپرواہ بہٕ تہٕ درالیس



بہٕ ژھانڈ ہتھ نہٕ زہنے منٛزی یہِ دِل چھُ جیرِ انان
بہانہٕ چھُس نہٕ بنان کانٛہہ مگر چھُ پھیرِ انان



یِتھن شعرن مقابلہٕ چھ رخسانہٕ جبین ہِنٛدی یم ہوی شعر پرٛتھ باسان زِ روایت شکنی تہٕ بڈ ہٹہِ کتھ کرنس منٛز چھےٚ سوسانٛبن زنانہٕ شاعرن بروٛنٛہہ نیران:

چھُکھ یوٗت لاوٗبالی پنٛن چھےٚ نہٕ کانٛہہ خیال
ژھنیا یہِ نالی پننہِ زوٗک یونہِ یتھ لسکھ



پھُٹیٚ متیٚ چھِ کیٛدِل ناو تہِ یروٗنی تہٕ ہوا سخ
گٹہٕ پچھ چھُ طیس پیٛٹھ تہٕ وولو تار ترکھ ما



گدوم چھا یہِ گنٛڈِتھ یونہِ اوژھ چھُ یتھ یِنٛدرس
تہٕ اوم پن یہِ تصوٗر مگر چھُ ابساوٗن



رخسانہ جبین ہنٛزِ دوہ دبنٛچہِ زندگی منٛز لبنہٕ یِنہٕ واجنی خوداعتمادی تہٕ خودآری

چھے تخلیقی سوٚتھرِس پیٹھ نرگسیت بٔنتھ ووتلان:

وُچھان وچھان گیہِ کرامتھا اکھ دارِ پیٹھے
پھٗلے مےٚ پانس لٔجم تہٕ چھاون واجنی بے



لاٗے تن کٔنی نِتس تہٕ پھٕٹتن نوٚٹ
اسہِ چھُ اِستادٕ ووٚنی یہِ آب تھوٗن



گرِ میانے پھوٚلُمت گِلہِ ٹوٚرا
ییہِ کستوٗر دارِ تہٕ بٔری یے لو



موٚلجن قدرن ہُنٛد ڈبہٕ ڈاس تہٕ عصری کرب تہِ چھِ رخسانہٕ جبین ہندِ بن کاشرِ بن غزلہٕ شعرن ہِنٛدی موضوٗع۔ یمن موضوٗعن تہٕ مضموٗنن شعرٕ وردن وٕلِتھ چھے یہِ پُرہنُر شاعر سودگ تہٕ دود پرن واٗلِس ژیٖنہٕ ناوان یُس شعر لیکھنہٕ بروٚنٛہہ امہِ پانہٕ محسوٗس کوٚرمُت آسہِ ہے۔

کیٚنٛہہ مثالہٕ:

ووٚنی کتھن ترٛوو اسہِ تہِ وارٕ سَرُن
گوٚو مٔشتھ گامہٕ کبن تہِ آرٕ گرزُن



چھِ کتی لۄکھ پکان بازرس کفن وٕلی وٕلی

شہر یہِ سون بنیومُت مزار ہیوٚ کیاہتام



شاعر سندِس کلامس آفاقی صورت دِنہٕ خاطرٕ چھُ ضرٗوری زِ یوسہٕ کتھ سہُ باوِ سو گژھِ تجربچہ کوٚنڈِ منز پیٚنہٕ آمژ حقیقت آسٕنۍ۔ رخسانہٕ جبین ہنٛز کاشر شاعری اندر چھِ یتھٕی مضموٗنن پیٹھ باوٕنہٕ آمتۍ واریاہ شعر یِم تجربہٕ متاثر کن اندازس اندر ربروٗنٹھ کن یوان۔ کینٛہہ مثالہٕ:

زمانہٕ آو اتھس منٛز تہٕ وتھ پکان پانے

زمین آسہٕ کھورن تل بنان مکاں پانے



گژھان چھُ دٗور ژٕلتھ زانھہ اگر سہُ ووسہٕ دروسہٕ نِش

کُنے بہتھ تہِ چھُ انسان پتو تھکان پانے



زنانہٕ شاعر سندِس کلامس اندر نسوانی نزاکت تہٕ نرمی نہٕ آسٕنۍ چھےٚ اکھ غٲر فطری عمل۔ یوٚ دوے رخسانہٕ جبین عام زنانن ہنٛدی پأٹھی احساسِ کمتری ہنٛز شکار چھنہٕ تمہِ باوجوٗد تہٕ چھُ اُمس زوٗنہِ آفتابہٕ نہٕ سمکھنہٕ ستی گرون لگان:

چھُکھے ژٕ ہرِ یہِ تہٕ آسمان چھےٚ کتیوٚ آسان

ژٕ ے روٗس چھُ زوٗنہِ لگتھ گرون ون کتیوٚ ژھارتھ



مےٚ پننہِ چشمہِ وتن چانہِ نےٚ چھےٚ وتھراوِتھ
یکھاژ سالہِ از ووں سون وَن کتیوٚ ژھارتھ



رخسانہِ جبین ہندی غزل پرنس دوران چھُ کینژن جاین یہِ تأثُر تہِ وۄتلان زِ سوچھےٚ کم گنجائیشہِ وٲلی قافیہِ تہٕ غزلِکس مزازس نہٕ وِیہٕ وٕنی ردیف تہٕ کُنہِ کُنہِ الفاظ تہِ استعمال کران یِمہِ ستی امہِ نرم تہٕ مدرِ صنفہِ ہنٛدِس مزازس میزان ڈلان ہیوٚ چھُ۔ مثالہِ باپتھ وچھتو وکھ یم شعر:

ہرُد متیاوپنس پننہِ وتھرِ وتھرِ گوٚو سوٚری
چھوٚ کُتھ یہِ نچہِ ونس کُن یہِ نارِ کھل ہیوٚ کیا



سِر یہِ گوٚ ناٲلی مےٚ، تس آیہِ وُنل گوٚ ژھ نہٕ وُنن
وکھ تتھے گوٚو زِ تمس وژھ تہِ وتل گوٚ ژھ نہٕ وُنن



از چشمہِ تالوس چھےٚ لگِتھ مغفرتھ منٛگان
اعمال نتہٕ چھِ تتھی زِ کران دارِ بر تہِ ووہ



بہر حال چھِ تتھی شعر ژٲری ژٲری کڈنی پیوان تہٕ اڈِ کُنی چھُنہٕ یہِ شاعر ہنٛدِس کلامس اندر پھِری پھِری لبنہٕ ینہٕ وول تہٕ مستقل معاملہٕ تہِ کینْہہ۔

رخسانٕنۍ سارٕوے کھوتہٕ اہم خوٗبی چھےٚ اُمۍ سُند بیوٗن تہٕ بدوٗن اسلوٗب۔
سوٗ کٔرِ ابڑ شاعرٕ یتھ وۄتلہِ کأشرِ زبأنۍ ہنٛدِس ادبی تأرٟخس اندر، تتھ متعلق وُنی کینٛہہ
شبۂ پأٹھۍ وَنُن چھُ مشکل تاہم چھےٚ یہِ کتھ واضح زِ پننہِ وکھرٕ اسلوٗبہٕ بیانہٕ کِنۍ گژھِ نہٕ
سوٗ ہتہٕ واد شاعرن ستۍ رلِ بلکہِ پیٚیہ ادبی نقادن تِمس نسبتھ الگ پأٹھۍ ضروٗر کینٛہہ
لیکھُن اِدسہٕ اُس تن اکھ جملہٕ۔ یہِ موٗخصر مضموٗن واتناوَن بہٕ رخسانٕنِ یمن دۄن
شعرن ہنٛد حوالہٕ ستۍ اند یم اُمۍ سنٛدِ اسلوٗبکۍ پرٕزناون نشانہٕ چھِ:

ینا ژٕ سرٕ گُلکۍ پأٹھۍ تس تتی پرارکھ
سو ہا چھےٚ واوِ رِنگاہ ہش یوان گژھان پانے



اکھ پرأنۍ چھٹیا چأنۍ اُہم راتھ پرکھ ما
بیٚیہِ زوٗنہِ تہٕ اختابہٕ ووٚں دامانہٕ جرکھ ما



# وُہمہِ صٕدی ہُنٛد وکھٕر ادیب: محی الدین حاجنی

رٔنٛز آرٕ ہیٛو شوٗرش بدامن مردِ قلندر
پۆز دیدٕ ور ییٚمہِ پتھرِ ہُنٛد شاہکار حاجنی
مشہِ رٕستمن کینٛژن سُخن پۆز مشہِ نہٕ کأشرٕ بن
ییٚمہِ ماجہِ زیٚوِ ہُنٛد محسن و غمخوار حاجنی



علی محمد شہباز

تأریخ اوس 16/جنوری 1993ء۔ سرینگرٕ پیٹھٕ ژوٕ یہٕ ترٕہ کلومیٹر دوٗر شمألی کٔشیرِ ہنٛدِس ادب نواز قصبہٕ حأجنس اند رسپُد وُہمہِ صٕدی ہُنٛد وکھٕر کأشرٕ ادیب محی الدین حاجنی رحمتِ حق۔ یہِ گۆو سُہ وَق ییٚلہِ سأرٕے کٔشیر یہِ ڈٕلِ زِتہٕ ترٕٹہٕ برٕنس تہٕ گٹہٕ کارس منٛز ہیٚنہٕ آمٕژ اُس۔ پرٛتھ دوہہ اُسی درجن وادنفر از جان گژھان۔ پرٛتھ اند دھماکہٕ، فائرنگ، گولہٕ بأری، کریک ڈاون، کرفیوٗ تہٕ ہرتال بیترِ۔ مرن اوس معمولہٕ کھوتہٕ زیادٕ معمول بنیومُت تہٕ وارِیہن ہٕنٛدِ مرنٕچ اُس نہٕ پَے تہِ لگان۔ اتھ وولہٕ ہٕرشہِ تہٕ افراتفری منٛز ووتُس یہِ تتھٕ تتھہِ حأجنہٕ پیٹھٕ شہر۔ حاجنی صأبنہِ انتقال کرنٕچ خبر واتنأوِم ریڈیو کشمیر سرینگر، کلچرل اکیڈمی تہٕ بییہِ کینٛژن

ادارن تام۔ مےٚ اوس خیال زِ اد خبرن منز ونَن مگر یہِ اوسُم نہٕ ہرگزتہٕ اند از زِ شبن

ۂ ریَن بسترس لاٚرِتھ روزن وٲلس اٚمِس قلندر صفت قلمکارٕ سٕندی قدردان نیٚرن

یہِ خبر بوٗزِتھے حاجن کُن دیوانہٕ وار۔ پیشِن نمازِ تام اوس حاجن ہائر سیکنڈری

سکوٗلُک بڈٕ بوڈ گراونڈ لکوٚ سٟتی برِتھ آمُت۔ جنازٕ پرن والین منز اٚسی زندگی ہٕندِس

تقریبن پرِٹھ طبقس سٟتی وابستہٕ لوٗکھ۔ تعزیت کرن والین منز اٚسی ریاستی گورنرس[1]

سان حکوٗمتکین بڈٕ بڈین عہدارن تہٕ نامادار مین سٹریم سیاستدانن سٟتی علیحدگی

پسند لیڈر، قایدتہٕ کمانڈرتہٕ شامل۔ یہِ سورُے منظر نامہٕ اوس تمہِ وقتکہِ ماحولہٕ تہٕ اتھ

ماحولس منز اوسناتم کہِ میانہٕ ذٲتی مشاہدٕ کہِ اعتبارٕ کیا ہتام تھ ناقابلِ یقین ہیوٗ۔ اتھ

صورتِ حالس کُلہم پاٹھی سٕنتھ سپدُ مےٚ یقین زِ محی الدین حاجنی چھُ عوٲمی مقبولیتکہِ

اعتبارٕ پننہٕ دورٕ کین تقریبَن سارنے ادیبَن اندر روکھرٕ۔ محی الدین حاجنی سٕندِس

ژوٗرِمس پیٹھ سپز حاجنہٕ اَکھ بڈٕ تعزیتی مجلس یتھ اندر حامدی کاشمیریس[2] پیٹھ نذیر

فداہس تام درجنہٕ وادٕ دانشورو، ادیبو، وکیلو، ڈاکٹرو، صحافیو، سیاسی قایدو تہٕ سماجی کارکنو

نثری تہٕ منظوم تاثرات باوان، حاجنی صابنہِ شخصیتکی تمہ گوشہٕ گاشراوی، یمَن ہٕندِس

تنوظرس منز سہ پننہٕ پاٹھی وُہمہِ صدی ہُند بیوٗن تہٕ بدون عالم تہٕ ادیب بُنتھ ووتلان

چھُ۔ یہِ تاثر چھُ یہنِدِ مرنہٕ پتہٕ شیرازٕ، وولرکی ملر، پرٕ وتہٕ بأقے رسالن تہٕ میگزینَن ہٕندی

حاجنی نمبر پرنہٕ پتہٕ سنجید پرن وٲلی سٕنز پرِٹھ بنان۔ حاجنی سٕند ہمہ جہت شخصیت کین

باقی انہارن تہٕ پاسَن پھیر دِنہٕ برٕ ونھہ یمہِ یہِ سٕندِ سیوٗ دگوڈٕ اٚمی سٕندِس تتھ ادبی دِتس

کُن یُس تیوٗت زیادٕ نہٕ[3] آسنہٕ باوجودتہٕ سٹھاہ اہم تہٕ نبرل چھُ۔

حاجنی چھُ میانہِ خیالہٕ پننوٕ ہم عصرو منٛز ساروٕے کھوتہٕ زیادٕ پۆر مُت ادیٖب ۔ عربی زبان تہٕ ادب، قونون تہٕ صحافت اَسی اَمی درسن تتھ وقتس منٛز پری متی ییٚلہِ کٲشرِ منٛز کانٛسہِ ہُنٛد میٹرک پاس کرُن تہِ لاس لبنس برابر اوس ۔ پٔنٕنی درسی مضموٗن امتیازٕ سان پاس کرنہٕ علاوٕ آس مشرقی مزاز کِس اَمِس دانشورس تہٕ لِکھارِس فزکس، ریاضی، تاریخ، انگریزی ادب، سماجیات، فارسی ادب، اردو ادب، فلسفہٕ، مذہب تہٕ نفسیات بیترِ وارِہہن علمن پیٹھ سرٛنی تہٕ گنٛز نظر۔ کینٛہہ لُکھ ہیکن میانِس اتھ اظہارس عصبیتُک ٹیگ Tag لٲگِتھ محض اَکھ بیان قرار دِتھ رد کٔرِتھ۔ میانہِ خاطرٕ چھُنہٕ یہِ ممکن زِ امہِ تژلیہِ ہُنٛد بن کٔتھ کڈن والین ہُنٛدِ خاطرٕ کرٕ بہٕ ہیٚر کنہِ دِنہٕ آمتین سارنٕے سبجکٹن (Subjects) پیٹھ حاجنی ہٕنٛدی الگ الگ لیکھہٕ تہٕ تقریر شہادژ تہٕ مثالو رنٛگی پیش تِکیازِ تمہِ ستی لگِہ یتھ مقالس واریاہ زیچھر۔ تاہم کرٕ بہٕ یہنٛدِ اکہِ مضموٗنُک اوڈ پیریگراف پننہِ دعوچہِ دٔلیلہِ خاطرٕ پیش، ییمہ پتہٕ شاید بیٚیہِ کانٛہہ دٔلیل درٕنچ ضرٛورتھ روزِنہٕ " ۔۔۔۔۔ تہٕ اَتھ آنتہٕ رٔستس کائناتس اندر بہٕ چھُس کیا۔ ہتہٕ واد کہکشانو منٛزٕ، اکہِ کہکشانکوٕ، ساسہٕ واد نظامِ شمسی یو منٛزٕ، اکہِ نظامہِ شمسی کہ اکہِ سیارکوٕ ژورارب انسانو اَنٛدرٕ اَکھ گمنام انسانا، یُس ارسطوٗرن حیوان ناطق ناو دیُت ۔۔۔۔۔ پزٕس کُن گرٕ ھتھ چھُے انسانہٕ ہٕنٛز یہاے اَکھ تعریف یوسہٕ پتمو ژٕ وہو شتو ؤری پیٹھہٕ اکی ڈٔنجہ روٗز تِکیازِ انسان چھُ سہ گُنٕے حیوان یُس کتھ کٔرِتھ ہیکان چھُ۔ ارسطوٕون تھوونہٕ پننس ووستاد افلاطونہٕ سُنٛد یہِ درس یادٕ ے زِ انسان چھُ پانہٕ کُمہِ تام عالمِ مثالُک پرتو نتہٕ گُنہٕ پتمہِ زنمُک نوٚ وروٗپ یُس بقولِ سینکا (Seneca) ساریٕے وُمرِ غم تہٕ

پریشانی ژالان بُتھ بتھِ دِنی چھِ۔ یا بقول ایپوکورس (Epicurus)
کیژِہ ن دوہَن اسنا تژ پنا کرِتھ میرِ منز چھُ شرپُن۔۔۔۔۔ تہٕ بتہِ اے اکھ انسانا
چھسُ۔۔۔ آخر یِہ انسان چھا ڈارونہِ ونہٕ موجوٗب ترقی پسند واندُر۔۔۔۔ کِنہٕ
زوال پسند بنی آدم، یَس حیوانیتہِ نشہٕ بچاونہٕ خاطرٕ اکھ لچھ تہٕ ژوٗوہ ساس پیغمبر آے۔
مےٚ چھا ووٚنی حضرتِ زرتُشتہٕ سٕندِ ارشادٕ مطابق اہرمن پتھر پاوِتھ نوٗرانی بنُن کِنہٕ
حضرتِ موسیٰؑ سٕندی پاٹھی عالمِ بالاہکس مشیتس پیارُن تہٕ تجلّی پراوُن۔ کِنہٕ بقولِ
میکاولی شیطانس ستی یارٕ زلاگتھ دوہ دوہ کڈُن۔ مےٚ چھا حضرتِ عیسیٰؑ سٕندی پاٹھی
عیالہِ جنجالہِ نشہٕ قطعن فارغ روٗزِتھ آسمانی بساوژھانڈُن کِنہٕ کانسہِ خُدا بیزار خلاباز
سٕندی پاٹھی زوٗنہِ پیٹھ جنڈ لگاوِتھ بیہِ یوٗری ین تہٕ پننس عیالس منزٕ لُسُن بسُن۔ یتھ
سماجس منز بسان بسان چھا مےٚ سُہ مثٲلی سماج بناونس منز مدد کرُن یُس نہٕ پتمو
اروٗنژ ہوؤریو پیٹھہٕ روٗسس منزٕ تہٕ بنیاو کِنہٕ ساری ترٲوِتھ اَکِس بودھ سادھ سٕندی
پاٹھی صِرف پننے خاطرٕ نجات ژھانڈُن تہٕ کُنہِ گوپھہِ منزٕ ریہِ وادن عینٛدٕ رکرٕنی۔ آخر
میانہِ سونچک محوری قوت چھُ کیا؟ بوعلی سینا دپان عقل، رومی دپان عشق، برگسان
دپان وجدان تہٕ لینن دپان طبقاتی کشمکش، یعنی تیمی یپاری ڈٔنگ دِژ، تِمی اَنی پننی پننی خبرا۔
مگر یمَن قوتَن ہُند محرک Motive, Force کُس چھُ؟ ابوالحسن اشعری دپان
تقدیر، تھامس ہارڈے دپان اَنی توکل Blind Faith مارکس دپان ب وچھ،
فرائڈ دپان شہوت، ایڈلر دپان غلبہ لبنک آرزو تہٕ اقبال دپان خودی۔۔۔۔"[4] اکہِ
غاٚر سرکاری گامہٕ سوٗتھرچہِ ادبی انجمنہٕ ہٕندِ طرفہٕ شایع سپدن وٲلس رسالس منزٕ چھپے متہٕ

حاجنی ہنٛدِ اکہِ مضموٗنک یہِ مختصر اقتباس چھُ تمہِ کلہم فلسفیلنہٕ ، مذہبی تہٕ دأنشورلنہٕ
رٔوِیک اوہرِیُس انسانہٕ ہنٛدِ وجوٗدکہِ حوالہِ ، پتہٕ وتھ پیٹھہٕ بالعموم تہٕ سورٕ ونہِ وُہمہِ صٔدی
دوران بالخصوٗص زیرِ بحث روٗد۔ یمَن کرٛ ن تان جملَن منٛز چھُ دُرٛس دُنیہس منٛز مانٛنہٕ
تہٕ زانٛنہٕ یِنہٕ والین زتوٚ ہَن بارستہٕ مذہبی ، سائنسی ، سماجی تہٕ علمی شخصیٔژن ہُنٛد ذکر تہنٛدِ
فلسفہٕ تہٕ فکرِ ہنٛدِ حوالہِ میلان۔ صرف یمہٕ کرٛ تام سطرٕ پرٛتھ تہٕ چھُ زبرپاٗٹھی فکرِ تران زِ
حاجنی ہنٛز علمی بصیرت کرٛ ا اچھے۔ وَکھرٕ وَکھرٕ نظریاتَن ، فکرن ، فلسفن ، عقیدن ،
اصولن تہٕ تہذیبن ستی تعلق تھاوَن والین یمَن مُفکرن تہٕ گاٹلین ہُنٛد گاٹہٕ جار تہٕ فکر
چھانٹان چھانٹان چھُ مصنف کینٛہہ تِتھی سوال تُلان زِ سہ چھُنہٕ محض اَکھ تذکرٕ نویس بلکہِ
پانہٕ اَکھ باریک بین فلسفی ہُنٛتھ برٛ ونٛہ کُن یِوان۔ کمال چھُنہٕ یوٗتے یوت زِ مصنف
سُنٛد مطالعہٕ چھُ وسیع تہٕ تمی چھُ مختصر زندگی دوران تیتین علمَن لٹہٕ کوٚرمُت یُس عام
انسانٔی بترٕ نبر چھُ۔ قابل غور نوکتہٕ چھُ یہِ زِ مصنف چھُ پنٛن عقل واستدلال ورتاوِتھ
انسانٔی وجودکہِ حوالہِ کائناتس اندر مختلف دورن اندر روو پد یمتین تہٕ پھاپھلے متین
فلسفن ، فکرن ، تحریکَن تہٕ طریقَن زول دِتھ نتیجہٕ اخز کرٛ ن وبڑھان۔ یہِ چھُنہٕ عام
لکھاری سُنٛد طریقہٕ بلکہِ پاڈاشی تہٕ بہلہِ پایہِ مُفکر سُنٛد تجسس تہٕ گاٹہٕ جار۔ اَتھ چھُنہٕ
کانٛہہ شک زِ وُہمہِ صٔدی دوران گٔے کأشرِس منٛز اظہارِ خیال کرن والی کینٛہہ بڑٕ ی
شاعر تہٕ ادیب پاؠدٕ یِہنٛد کأشرِ زبأنی تہٕ ادبس وارِیاہ دِیُت چھُ۔ محی الدین حاجنی تہٕ چھُ
امی کاروانک اَکھ فرد مگر سہ چھُنہٕ یمَن سارنے منٛز اَکھا ، بلکہِ یمو سارٕوے منٛزٕ اَکھ۔
سہ چھُ اَکھ شٔتھہٕ ، شدت پسند تہٕ ضدی باغی یَس پنٛنہِ سوچن ترٛ لیہ ستی سمجوتہٕ کرٛ ن پنٛن

ضمیر مانس برابر باسان چھُ۔ اَمیک تاثُر چھُ یِہنز کانٛہہ تہٕ کتاب، مقالہٕ، مضموٗن، تذکرٕ یا نوشتہٕ پرنہٕ وِزِ سپدان۔ ''مقالات'' ناوچہِ یِہنز مشہوٗر کتابہِ ہُند سرنامہٕ چھُ مصنفہٕ سٕنٛدِ امہِ وطیرُک بڈٕ تھ تہٕ بوٗلتھ اعلان ''یمو (ڈٕنٛڈٕ زورٕ حکوٗمت کرن والیو کاوٕ گاٹلیو) منٛز چھُ خالے کانٛہہ یہِ مانس تیار آسان زِ جمہوری دورس منٛز عارضی حکوٗمت چھاوُنک شُری خیال یا بریٹھ آرزوٗ چھُ واریاہہ پھِرِ انسانٔی شعورس اندرا اَکھ غیر شعوری أنٛدرٕ ور (Obsession) بنان یتھ تل لِگتھ انسانس پأری زان تام چھے راوان۔ ناپأری زانی ہٕنٛدِس عہدس منٛز چھُ لوکٹن حاکمَن بتھس ہنگہٕ منگہٕ ہُتھ پیوان کھالُن تہٕ نکوأرکی چارٕتھ (یہِ ٹلی بوش) پیوان ہاوُن زِ اگرنہٕ أسی توٗہہ ''عقل نما'' ہاووِ پگاہ کھسہِ نہٕ (تیٚلہِ) اکھتابے''۔[5]

بہٕ چھُس نہٕ ہرگز تہِ یہِ وَنُن یژھان زِ یہِ سہٕ ونان اوس تہٕ سورٕے اوس ٹھیکھے ٹھیکھ مگر یہِ دعواہ رٕ راونچ کوٗشش کرٕ بہٕ ضروٗر زِ سہٕ اوس اَکھ توژھِ وول ادیب، یَس زندگی متعلق پنُن مخصوٗص نظریہ اوس۔ جیل گژھُن تہٕ تکلیف ژٕلنٕی اوس تَس پننین خیالن تہٕ نظریَس ہٕتی سمجھوتہٕ کرنہٕ کھوتہٕ لوکُٹ سزا باسان۔ یہِ أس نہٕ ضرف تسنزٕ لسن ترٲیہِ ہٕنزی یأژ پرٕزنتھ بلکہِ یِیٚلہِ أسی تمی ہٕنٛدی تخلیقی، تحقیقی تہٕ علمی مضموٗن تہٕ کتابہٕ پران چھِ اَکھ خود دارتہٕ باغأرت باوٕژ بل چھُ پرٕتھ جایہِ نظرٕ گژھان۔ حاجنی سُنٛد ادبی دُیت تنقیدی ترٲیہِ پرکھاونکِ حوالہٕ چھُ امہِ قسمکی نیب کٔ تمی ہٕنٛد بولیکھو منٛزٕ بدِ کڈٕنی سبٹھاہ ضروٗری۔ تمی ہٕنزِ لیکھن ترٲیہِ ہٕنزٕ سام ہینٛس دوران چھے تمی ہٕنٛد پُر اعتماد اسلوبِ بیانچہِ کینٛہہ خاص خصوٗصیژ بروٗنٛہہ کُن یوان۔ ساد، سہل تہٕ عام لفظ، ٹکسألی محاورٕ تہٕ عام

کاشرِ ہندِس مزازس ویہِ ژُن طنزیہ لہجہٕ، ژھوٚٹؠ ژھوٚٹؠ جملہ۔ ئمۍ اوٚرک یوٚرک رلاونہٕ بجایہِ سیدِ سیوٚد موضوعس پؠٹھ تہٕ مقصدٕچ کتھ۔ نہٕ کانٛہہ مصلحت تہٕ نہٕ کانٛسہِ ئمۍ مخرج کھاچنچ چاپلوسی۔ قابلِ توجہ علمی تہٕ تاریخی شعور، عقل تہٕ استدلال تہٕ اتھ سارِسے ستۍ کتھ باوٕنس اندر سائنسی اپر وچ۔ یہِ اپر وچ چھُ یہندِس تنقیدی، تحقیقی تہٕ معلوماتی حتاکہ تخلیقی نثرس اندر تہِ میلان۔ کینٛہہ مثالہٕ۔

''یِم شاعر مجازی عشقہٕ نشہِ سبٹھاہ بڑونٛٹھ تہِ وڑاے تہٕ عشقِ حقیقی ژھانڈنہٕ لگۍ، تِمن یُتھے شعورس ''نظریہِ وحدت الوجوٗد'' بُتھہِ پیوٚو، تِہُند تخیُل گوٚاتھی مُتۍ مُتۍ ۔۔۔۔حالانکہ روٗحانی بجرٕکۍ چھِ امہِ تھدۍ تہِ واریاہ مقام، مثلن وحدت الشہوٗد، حقیقت کبریٰ، حُسنِ مطلق، عبودیت وغار۔ یِمن مقامَن ہٕندۍ پرتوٕ پیٚے سبھہٕ ہے کم شاعرَن ہٕندِس تخیلس ییمکۍ کینٛہہ پیٚٹھۍ پیٚٹھۍ نموٗنہٕ اَسۍ چھِ لبان رحیم صابس، شمس فقیرس، وہاب کھارس، اسد پریس تہٕ احمد بٹوٲرِس منٛز تہٕ تِمہٕ روٗز عام پاٹھۍ سائنس فلسفیانہٕ تخیلس یا تہٕ خاصن ہنٛزٕ رش تہٕ نٹھنتہٕ گاٹہٕ جارس پیٹھ بےٚ پرٛژھی''۔[6]

''اَکِ گامی نیم خوانٛدٕ جوانَن کوٚر پٹھان حاکمس ستۍ (پنٕنۍ موروثی چاپلوسی قائیم تھاونہٕ خاطرِ) فارسی کلامہٕ تہٕ وَنُنس:

ما ہمہ ہا کہ واریم وشما سگ است

پٹھان حاکم وُوٗتھ تہِ دِژن یَڈ بٔرتھ چوب تہٕ تام آے امہِ عہدٕکۍ حلقہٕ پرٛزیڈنٹ تہٕ دوٚپہس اَمِس غریبہ سُند چھُنہٕ کانٛہہ قصوٗر۔ البتہٕ آبیاری بدلہٕ ووٚن اَمۍ سگ ییمیک مانے پٹھانَن فارسی پاٹھۍ زوٗن تہٕ اَخرس سپُد فاصلہ زِ نیم

خوانٚد گامی اوس اَکھ بے قصوٗر چاپلوس تہٕ اَتھٕ پیٹھ بنیو محاورٕ ''اگر کاشُرس فارسی تگہٕ نہٕ مارُن ماواتہٕ۔''[7]

کائنسہِ تہٕ جنون لکھاری سُند اسلوب چھُ تمی سٕنٛدِ شخصیتک اَنہٕ آسان اتھ اَنس منٛز چھُ تمی سٕنٛز سوچن ترائے منعکس سپدان۔

حاجنی سٕنٛدِ عبارتک غارتہٕ وول اعتماد تہٕ اعتبار ہیٚکو وۄکھ امہِ دعوہچہِ دٔلیلہِ رٔنگۍ پیش کٔرِتھ۔

تہنٛدِس باوٕژ بلس پیٹھ کنہِ چھُ اَکھ بے غرض عالم یُس منگنہٕ بجایہ تہٕ ردکران چھُ یہِ تَس حق چھُ مثالے یہ کہِ یہ شخص چھُ پننہِ وارِ پیٹھ ڈگری کالجک پرنسپل بناونہٕ یِوان مگر یہِ چھُ بڈ بن حائ کمن یمن اندٕ روتتک وزیرِ اعلیٰ تہٕ شامل اوس ہٕنٛدِ بار بار اصرار باوجودیہ ترقی ٹھکراوان۔ بے نیازی یَتھ حدس تام زِ منسٹری تام نہٕ فکرِ کھسان۔ اَمہِ حوالہٕ چھِ شیرازٕ کِس ''حاجنی نمبرس'' منٛز غلام نبی گوہر سٕنٛدِس مضموٗنَس اندٕ رشامل عبارت قابلِ توجہ یَتھ منٛز سہ لیکھان چھُ زِ ''1975ءیَس منٛز ییلہِ شیخ محمد عبداللّٰہ نوسرِ اقتدارس منٛز آو، تہنٛد بن کینٛژن خاص الخاصن اوس خیال زِ حاجنی صاب تہٕ پیہِ محدوٗد کابینہ ہس منٛز بحیثیت وزیرِ تعلیم شامل کرنہٕ۔ تہنٛد ردِ عمل دریافت کرنچ آیہِ مےٚ ذمہٕ دأری عاید کرنہٕ تانیکہ پیٹھ تُلن تم بڈ دربارٕ کتھ تہٕ مےٚ تُج بہ دربارِ حاجنی کتھ۔ جواب کیا اوس۔۔۔۔۔ گوہرا، مےٚ چھُ لوکچارس ءستی ٹیچن، سنز لنگس تہٕ کیٹس گنڈتھ پوٗرٕ انصاف کوٚرمُت۔ یاونس ءستی چھُم انصاف کوٚرمُت بچہٕ نغمہٕ وُچھتھ تہٕ لڑلیہِ مٔلی ہیتھ۔ بجرس ءستی انصاف کرُن گوٚ خُدائے سرُن۔ پس گو سیاست دان، تَس نہٕ لوکچارنہٕ یاوُن

تہٕ نہٕ بجر۔'' [8]

حاجنی چھُ وُہمہِ صدی ہٕندبو کأشربو قلمکارو منٛزٕ سہ وأحد ادیب یٔہندی شخصیتن حیأتی دورانے اساطیری رنٛگ روٹ۔

یہِ چھُ پزر زِ صاف گو، تنٛد بیان تہٕ حاضر جواب آسنہٕ کنٛیٔ آسی تٔمی ہٕندی کلام تہٕ قول مثالو رٔنٛگی پیش کرٕنی لایق مگر کأنسہِ ہنٛزٕ لکہٕ سوٗتھرس پیٹھ زبردس مقبولیت حأصل کرٕنی سوتہٕ سورٕ نہٕ وُہمہِ صدی دوران، یہِ چھُنہٕ گف کتھ۔ اتھ پتہٕ کنہِ چھُ میأنہِ خیالہٕ تٔہنٛدِس علمی تجربس ستی تسنٛدُ بےٚ غرض Selfless تہٕ سٕبٹھاہ جراتمند آسنٕ تہٕ وجوہات۔ بییہٕ اوس اَکھ اہم وجہ یہِ تہٕ زِ تٔمی اوس پنٕن پان عام کأشرٕ ستی نٔتھی Identify کوٗرمُت۔ سٕبٹھاہ بوٚڈ عالم، ووستادتہٕ اعتبارٕ وول ادیب آسنہٕ باوجوٗد تہٕ اوسنہٕ سُہ سرکأری دربارن تہٕ غأرادبی جلسن تہٕ محفلن لور۔ سٕنٛزی لایق کتھ چھےٚ یہِ زِ ریڈیو، ٹیلی ویژن تہٕ پبلک ستی ہٕندبو باقے تمام وٚسیلو نِشہٕ دوٗر روزن وول یہِ شخص چھُ از عام وخاص محفلن تہٕ مجلسن منٛز یاد کرنہٕ یوان۔ اتھ حدس تام زِ بقولِ غلام نبی آتش ''یہِ اوُسس ٹیچرن ہٕندِس اَکِس تربیتی پروگرامَس منٛز کأشرٕ زبان سکوٗلن منٛز پرناونکہٕ حوالہٕ تِمن ستی ہم کلام تہٕ اَتھی منٛزٕ ژھ حاجنی صأبٕنٛ کتھ۔ ناوبوٗزِتھ پرٛژھ یکدم اَکی نوجوان ماسٹر جین حاجنی صأب چھاخص پیر اوسمُت۔ ستی آیہ بیا کھ آواز دپان خص سُہ یِیلہِ جیل نیوٗکھ ہتھکرِ آیس پانے مٔشرنہٕ۔ گوڈنکی نوجوان ٹیچرن ووٚن بییہٕ، تٔمس اوساخص شیخ صأب تہٕ بخشی صأب سلامہِ گژھان۔'' [9] سأرے وُمرِ عقلہٕ تہٕ استدلالس پیٹھ زور دِنہٕ وألِس یِتِس بٔڈس عالمہٕ سٕنٛزٕ شخصیژ پیٹھ اساطیری رنٛگ

کھسُن چھاٹھیک کِنہٕ غلط ،یہِ چھُ اَکھ الگ بحث مگر قابلِ غور کتھ چھےٚ یہِ زِ یہِ سپُد ہمکال کأشرِ یو ادیٖبو منٛز محی الدین حاجنی ہسے یوت نصیب۔

محی الدین حاجنی ہٕنٛدِ باغی ادیٖب آسنک ثبوت کوٗر تٔمی طالب علمی ہٕنٛد ہسے زمانس کأشرِ زبأنی ہُنٛد گوڈنیک حقیقی ڈرامہ "گریسی سُنٛد گرٕ" لیکھتھ فراہم۔ بظاہر اوس تٔمن ڈرامہ وچھُن کھران تہٕ ڈرامہ کرن والین فنکارن تہٕ آسی ٹیٛتھ ژٹان۔ اَتھ سلسلس منٛز پرٛژھ مےٚ تٔمن اَکِس ملاقاتس دوران تہٕ توٗر وونٛکھ "گریسی سُنٛد گرٕ" چھےٚ مےٚ پننو سارِوے کتابو منٛز زیادٕ ٹاٹھ، اَکھ اَمہِ کِنٛز زِ یہِ چھےٚ میٲنی گوڈنیچ باقاعدٕ تصنیف تہٕ بیٚیہ میوٗل مےٚ اَتھ منٛز استحصالی کھڈ پیٚنٛچن پأزار دِنٛک موقعہٕ تہٕ ادبچ تہٕ سیزٕ خدمت۔"[10]

گریٖسی سُنٛد گرٕ چھُ اولین تجربہ آسنہٕ باوجوٗد کأشرِس منٛز ڈرامہ نگأری ہنٛز اَکھ تھیٚکنی لایق مثال۔ شیکسپیر ہٕنٛدِس تکنیکس منٛز لیکھنہٕ آمٕت یہِ ڈرامہ پرٛتھ چھُ ٹاکارٕ سپدان زِ ڈرامہٕ نگار چھُ ڈرامہ نگأری ہٕنٛدِس فنس پوٗرٕ پأٹھی وأقف آسنس ستی ستی تخلیقی صلاحیت تہِ تھوان۔ منظرکشی اصل ماحولک آنہٕ تہٕ عکس تہٕ مقالمہٕ کردارن ہٕنٛدِ معیارِ مطأبق۔

محی الدین حاجنی ین کرِ کأشرِ زبأنی ہنٛز تحریک منظّم کرنہٕ باپتھ ضابطہٕ بند کوٗششہٕ۔ یوٗ دوٚے اَمہِ قسمچہِ کوٗششہٕ وُہمہِ صدی ہٕنٛدبو باقے کینٛژو کأشرِ یو ادیٖبو تہِ کرِ مگر تِم گیہِ کمسے وقتس اندر تھامہ۔ یہِ چھُ وُہمہِ صدی ہُنٛد سُہ وأحد کأشر ادیٖب یٔمی ہٕنٛدی دٔسی قایم کرنہٕ آمٕژ ادبی تہٕ ثقافتی انجمنہٕ تہنٛد انتقالہٕ پتہٕ تہِ کُنہٕ تھکہٕ ورأے تہٕ منظّم

طریقس پیٹھ کاۄم کران چھے۔ ادبی مرکز کمراز ک قیام چھُ محی الدین حاجنی سُند بیا کھ اہم امتیاز یُس تس پننین ہمعصرن منز وکھرٕ بناوان چھُ۔



حوالہٕ:

1. یمن دوہن اوس کشیرِ منز گورنر راج۔
2. حامدی کاشمیری آسہ امہِ وِزِ کشمیر یونیورسٹی ۂندی وایس چانسلر۔
3. وُہمہِ صدی ۂندی بین الاقوامی شہرتکی گیان پیٹھ ایوارڈ یافتہٕ گجراتی ادیب یم مرکزی ساہتیہ اکیڈیمی ۂندی صدر تہِ آسہ اوما شنکر جوشی چھ اکہِ مختصر ملاقاتہٕ پتہٕ حاجنی صابس متعلق پنُن تاثر باواں ونان "He is iving and moving encyclopedia of knowledge." (شیراز حاجنی نمبر ص:62)۔ امہِ قسمکی تاثر چھِ بییہٕ تہِ وارِ یہوٗ عالموتہٕ ادیبو پاوِ متی مگر امہِ باوجود چھے حقیقت یہِ زِ یہُند بیشتر وقت گوٚو غار ادبی کامبن پیٹھ خرچ تہٕ یُتاہ لیکھنچ توژھ capacity یمن اندر موجوٗد آس تیُت لیو کھٕکھ نہٕ۔
4. پانٔی پانس کُن: وولرٕ کو ملر، جلد:3، شمارٕ:3 (1975ء)، حلقہ ادب سوناواری، ص:9-10۔
5. مقالات: پروفیسر محی الدین حاجنی
6. کأشرِ ادبچہِ کینہہ روایژ۔ سون ادب (1959)، کلچرل اکیڈیمی، ص:49۔
7. کشکولہٕ منزٕ۔ وولرٕ ملر، جلد:8، ص:11۔
8. حاجنی اکھ تہہ دار شخصیت، از غلام نبی گوہر، شیرازٕ حاجنی نمبر۔ ص:63، ناشر جموں وکشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز۔
9. یہِ گفتگو بوز نووٕمے آتش صابن فونس پیٹھ پننہِ اکہِ مضموٗنہٕ منزٕ رٕتھ۔
10. شیرازٕ 1987ء، کلچرل اکیڈیمی، ص:60

# کٲشرِس منٛز مذہبی نثر

کٲشیرِ منٛز چھُ بڈشاہی دور علم و ادبکہِ حوالہِ اکھ سونہٲری دور مانہٕ یوان تہٕ
شری ور چھُ لیکھان:

"بڈشہس أس پڑھ زِپرتھ کٲنسہِ پزٕ تٕھی زبٲنی منٛز ہدایت دِیُن
یوسہٕ زبان سُہ زانان آسہِ۔ امہِ کنٛی کرٕنوو تٔمی سنسکرت، مقامی زبان
تہٕ فارسی زانن والین عالمن اتھِ مختلف الہامی کتابن ہُنٛد ترجمہ۔"[1]

چونکہ اسہِ تام چھُنہٕ امہِ نٔویتُک کانٛہہ مسودٕ یا نُسخہ ووتمت اِوِکنٛی چھُ اتھ پیٹھ
بحث کرُن ٹھیک۔ شہمیری دورٕ پتہٕ چھُ ژکن ہُنٛد دور کٲشیرِ ہنٛدِ تٲریخُک اہم تہٕ پُر
آشوب دور مانہٕ یوان۔ دپان اتھ دورس منٛز اوس مُلا احمد مہرینن قرآنِ مجیدُک
کٲشُر ترجمہٕ کوٚرمُت مگر یہِ ترجمہٕ چھُنہٕ دٔسیاب سپُدمُت۔ اتھ دورس دوران رُوٗد
یٚتہِ شیعہ مسلکُک بول بالا۔ مرثیہ گویی لوٚب کٲفی وُسجار۔ کٲشرِ ادبُک تٲریخ
مرتب کرن والی ناجی منور تہٕ شفیع شوق چھِ یِمنے مرثین کٲشرِ نثرٕ کی پرٲنی تہٕ اولین
نمونہٕ مانان۔ اکہِ کلاسیکی مرثی ہُنٛد اکھ بند مثالہِ رٔنگی پیش کرنہٕ پتہٕ چھِ فاضل
ادبی مورخ لیکھان:

''یِم چھِ پرٛتھ قاعدٕ کنۍ نثری جُملہٕ تہٕ رِوٲن والٕبن ہنٛز نیاز مندی تہٕ جانبٲزی چھےٚ یِمن منٛز جذبٲتی شدت پٲدٕ کران، یوسہٕ مخصوص آرٹس منٛز ظٲہر اَس سپدان''۔[2]

مرثی ہنٛدِس تٲرٛخس تہٕ فنس پیٹھ سرٕ نی تہٕ گنٕ نظر تھاون وٲلی محقق تہٕ نقاد چھِ اتھ برعکس سونٛچان۔ نشاط انصاری چھِ مرثی ہنٛدِس تٲرٛخس تہٕ فنس متعلق لیکھنہٕ آمژِ ''کاشُر مرثی'' ناوچہِ پننہِ کتابہِ اندر کلاسیکی مرثی پیٹھ کتھ کرنہٕ وِزِ اتھ اندر موجوٗد اکہِ ضابطہٕ بند عروضی نظامچ نشاندہی کران:

''کربلاکین شہیدن متعلق یِم تہٕ کاشُر مرثی شہیری دورٕ پیٹھٕ ڈوگرٕ مہاراجہ، پرتاپ سنگھنس دورس تام یِسلہٕ پٲٹھۍ تخلیق چھےٚ کرنہٕ آمژ یِمن ہنٛز ہیت چھےٚ فارسی تہٕ عربی شاعری ہنٛزِ مرثی نگٲری ہنٛدِ فارمہٕ نِشہِ بلکل منفرد۔ مرثین ہنٛدِس اَتھی وافرتہٕ مخصوص حِصس چھِ کلاسیکی مرثی ونان۔ یِمن مرثین ہنٛدِ عروضی نظامُک یُس تام تعلق چھُ، سُہ چھُ انتہٲئی پیچیدٕ تہٕ اکہِ خاص گاچھک، تِکیازِ اَکِس کلاسیکی مرثی اندر چھِ امکۍ پانٛژھ حِصہٕ حمد، نعت، مدح، معجزٕ تہٕ درد۔ یِمن ہکو اَسۍ اکہِ مرثی ہنٛدۍ اجزائے ترکیبی تہٕ وٕنِتھ۔ یِمن اجزائے ترکیبن اندر چھُ پانٛژِ قسمہٕ عروضی نظام آسنُک دعوا کرنہٕ یِوان۔ مثلن مضمونِ کتابُک حمد چھیرِ ہُنٛد برخاست:

یااللہ کرتم فضلاکرٕ واحمدٕ چٕ بٕ کتاب

تہٕ امیُک دُنبالہ..........

تھاوتم قبول ہدیہ ٔشکر ہمہٕ تعلیما

نعت چھیر ہُنٛد گوڈنیُک برخاست

کوٚرُتھ خاتمِ رسالہٕ مرسلن انتخاب

امکی دُنبالہٕ ، کتاب خانہٕ قدرت لس بوٗتسلیما[3]



منظور ہاشمی تہٕ چھُ پننہِ حُسینیات ناوچہِ کتابہِ اندر تقریبن امی قسمکٕن خیالن ہنٛز باوتھ کران ۔ یتھ پاٹھی چھُ اولل ذکر ادبی مورخن ہُنٛد یہِ دعوا قابل غور بلکہِ متضادزِ کأشر کلاسیکی مرثی چھےٚ نثرِ زِ نظم ۔تاہم چھےٚ مرثی ہٕنٛدِس توٲریخس تہٕ ارتقاہس پیٹھ موجوٗدٕ دورس اندر ''کأشر مرثی'' تہٕ ''حُسینیات'' کتابو علاوٕ بیٚیہ ترٛےٚ اہم کتابہٕ یعنی شاہد بڈگامی سنٛز ''کأشرِ مرثی ہُنٛد توٲریخ''، ''کأشر ثایی ادب'' تہٕ انیس کاظمی سنٛز ''کأشر مرثی نگاری'' منظر عامس پیٹھ آمژ ۔ یمہٕ پاٹھؠ وے کتابہٕ ہکبو وکھ ٲسی مذہبی نثرِ کس زمرس منٛز تہٕ اُنتھ ۔

کأشرِ زبأنی ہنٛدِ مذہبی نثرُک واریاہ پڑون ، بوٚڈ بارٕ تہٕ اہم حِصہٕ چھُ تم وعظ تہٕ خطبہٕ یم سأنی بہلہِ پایہِ دینی عالم ، مبلغ تہٕ امام کأشرس منٛز لیکھنہٕ پتہٕ پیش کران ٲسی ۔ امہِ قسمکؠ واریاہ ٹھیکنی لایق مسودٕ چھِ میر واعظ منٛزلچہِ لایبریری منٛز محفوظ ۔ مےٚ کریایہِ کوٗشش یمو منٛز کینٛہہ نمونہٕ حأصل کرنٕچ مگر تہٕ گوٚو نہٕ ممکن ۔

کأشرِ زبأنی منٛز چھُ مذہبی نثرٕ ژنگی چھاپی صورتس منٛز دٕ سیاب سپُد مُت

اولین نمونہٕ بایٔبلہِ ہُنٛد ترجمہٕ یُس گوڈٕ 1821ءیس اندر شاردالپی تہٕ امہِ پتہٕ 1884ءیس منٛز فارسی خطس منٛز شایع سپُد مُت چھُ۔امہِ پتہٕ آواولڈٹیسٹامنٹک ترجمہٕ تہٕ برٕٹش بایٔبل سوسایٹی ہنٛدِ اہتمامہِ کرناونہٕ۔لدھیانہٕ پیٹھ آیہِ یم دوشوے حِصہٕ 1899ءیس منٛز یکوٹہٕ شایع کرنہٕ۔امہِ ترجمہٕ منٛز کرٕہ اکھ اقتباس مثالہِ رٔنگی پیش:

''توپتہٕ آو یسُوع رُوحکہِ قووتہٕ ستی بیابانس اندر رِنہٕ یتھ شیطان تس آزماوِ تہٕ یلہِ ژتجہن رأژن تہٕ ژتجہن دوہن روزٕ تھاوِتھ موکلیوو۔أخرٕ لجس بوچھِ تہٕ آزماون وٲلی دوٚپ تس نِشہٕ یتھ ژٕ ہے خُدایہٕ سُنٛد فرزند چھکھ ژٕ دپھ یمہ کتہِ سپنن ژوچہٕ''۔[4]

کیٛنہہ کال برونٛہہ چھُ اقبال فہیمن انجیلہٕ شریفُک ترجمہٕ کأشرس منٛز کوٚرمُت یُس شایع تہِ سپُد مُت چھُ۔

وُہمہٕ صدی ہنٛدس آغازس منٛز آیہِ سید محمد موسوی بڈگامی سٕنٛز شیعہ مسلک کِہن فقہی مسلن متعلق لیکھنہٕ آمٕژ کأشر کتاب شایع کرنہٕ۔یہٕ کتاب سپٕز دون جلدن منٛز چھاپ۔علامہ محمد نورالدین قاری کاشمیری سٕنٛز ''کأشر مسلہٕ کتاب'' تہٕ چھےٚ کأشرِ مذہبی ادبکہِ حوالہ اکھ اہم کتاب،یوسہٕ اکہِ وقتہٕ کٔشیرِ ہنٛدس پرٕتھ گامس تہٕ بٔستی اندر پرنہٕ یوان ٲس۔اتھ کتابہِ منٛز چھِ عباداتن،نکاح،قربٲنی تہٕ طلاق بیٚترِ باقے معاملن متعلق عام فہم زبٲنی منٛز کتھ وننہٕ آمٕژ۔مثلن ''سٔجدس متعلق مسلہٕ۔اگر کانٛہہ صرف ڈیکسے پیٹھ سٔجدٕ دِیہ،نس زمینس پیٹھ تھاوِنہٕ نماز وسبس نہٕ

نکھ۔ اگر صرف نسبتے تھاوِ، ڈبکہ کینٛہہ تھاوِنہٕ تیٚلہِ تہٕ نہٕ کینٛہہ۔ البتہٕ درحالتِ مجبوری وسبس نکھ''۔ [5]

کأشرِ زبأنی منٛز قرآنِ شریفک ترجمہٕ تہٕ تفسیر چھُ سانہِ نثری ادبک اکھ قأبلِ فخر انہار۔ اتھ سلسلس منٛز چھُ چھاپ سپدے متیٚو نسخو منٛز گوڈنیُک میرواعظ یحییٰ صأبُن عمہ سپارِ ہُند کأشُر ترجمہٕ۔ دپان اسلامیہ ہائی سکوٗلکۍ اکھ بروٗنہم ہیڈ ماسٹر غلام محی الدین خان نہال پوٗریَن اوس سأرسے قرآن مجیدس کأشری پأٹھی ترجمہٕ کوٚرمت مگر سُہ چھُنہٕ بدس یتھ ہیوٚکمُت۔ مشہور دینی عالم تہٕ ادیب غلام محمد حنفی سوپورین تہِ اوس قرآن مجیدس کأشری پأٹھی ترجمہٕ کوٚرمُت۔ یہِ ترجمہٕ کوٚت گوٚو، یہِ معاملہٕ چھُنہٕ سائنس ادبی تہٕ مذہبی تأرٛیخس اندر روارِیاہ بحث ومباحثہٕ پتہٕ وُنہِ تہِ اند انیٚے۔

میرواعظ مولانا یوسف شاہ صأبن چھپوو گوڈنیتھ عمہ سپارِ ہُند ترجمہٕ تہٕ تفسیر تہٕ امہِ پتہٕ آوسأرسے قرآن شریفس کرنہٕ آمُت یِہُند ترجمہٕ تہٕ تفسیر بیان القرآن نأوۍ دون جلدن منٛز منظر عامس پیٹھ یُس وارِیہن گرن منٛز پرٛژھِ پرٛژھِ تہٕ شوقہٕ سان پرنہٕ یِوان چھُ۔ یہِ ترجمہٕ تہٕ تفسیر اُس کأشرِ زبأنی مولاناہٕنٛز اکھ بابرکت تہٕ بڈ بارٕ ڈالی یمہٕ ستی سانہٕ وادکأشر بوفأض پرٛوو۔ ''بیان القرآن'' چھُ عام فہم کأشرِس منٛز تہٕ یہِ پرٕتھ چھُ پرن وألس باسان زِ سُہ چھُ پرٛنہٕ پأٹھی قرآنِ مجید کیٚن مانہٕ بَرتھن آیہٕ کریمن ہندِس مفہومس اٚنٛزۍ منٛزۍ گژھان۔ یہِ ترجمہٕ تہٕ تفسیر پرنس دوران چھے فرحت محسوس سپدان تہٕ یہِ چھے فأضل ترجمہٕ کار تہٕ مفسرہٕنٛز بڈ کامیأبی۔ سورہٕ

زُلزال کِبن دون آیہٕ کریمن ہُنٛد ترجمہٕ تہٕ تفسیر وُچھو مثالہِ باپتھ:

اذا زُلزلتِ الارضُ زِلزالھا ......

ییٚلہِ زٕمین پننہِ ذاتی سخت حرکتہٕ ستی الراونہٕ یِیہِ ییٚمہِ کہ صدمہٕ ستی کانٛہہ تہٕ عمارتھا، کانٛہہ تہٕ کوہاتہٕ کانٛہہ تہٕ گُلا زمینس پٮ۪ٹھ باقے روزِنہٕ۔ سأری سنبر تہٕ تھزر سپدن برابر تہٕ ہموار یتھ محشرُک مأدان لۄکن ہنٛدِ سمنہٕ خاطرٕ صاف سپدِ۔ یہِ سپدِ ییٚلہِ پوٚغس منٛز دوٚیم پھوکھ دِنہٕ یِیہِ۔

و اخرَجتِ الارضُ اثقالھا

ییٚلہِ زمین پننٛی سأری گوٚبٕ چیز نٮ۪بر دِیہِ دأرتھ۔ مثلن انسان یاسون یا رو پھ وغأرٕ۔

وقال الانسانُ مالھا

یہِ حالت وُچھتھ گرٛھن کأفر انسان حأران۔ دپنہِ لگن یتھ زمینس کیٛا سنا گٔدٕ ریوو۔ یۄت بُنٛیل کیاز آو ییٚم أندرم چیز کیاز ساوِتن نٮ۪بر دأرتھ۔[6]

مولانا احمد شاہ جامعی ین تہٕ چھُ قرآن مجید کس أکس حصس کأشرِس منٛز ترجمہٕ کوٚرمُت یُس شایع تہٕ سپدمُت چھُ۔ مولانا انور شوپیأنی ین تہٕ چھُ سورہٕ یوسفس کأشرِس نثرس منٛز ترجمہٕ کوٚرمُت۔

وُہمہِ صدی ہنٛدین آخری ؤرین دوران کوٚر کأشرِ زبأنی ہنٛدی مشہوٗر و معروف ادیب، شأعر تہٕ عالم مرزا عارف صأبن قرآنِ مجیدُک کأشُر ترجمہٕ تہٕ تفسیر پیش، یُس تہنٛدِ رحمتِ حق سپدنہٕ پتہٕ ژورن جلدن منٛدر شایع کرنہٕ آو۔ یہِ ترجمہٕ چھُ رواں تہٕ سلیس

تہٕ تفسیرتہٕ چھُ سبٹھ ہے متاثر کُن۔ سارِوے کھوتہٕ اہم تہٕ نبرل کارنامہٕ یُس عارف صابن یہٕ کام کرنس دوران انجام دِتُمت چھُ، چھُ یہِ زِ یمو چھُ ترجمہٕ تہٕ تفسیرِ پتہٕ پرٛتھ رکوعک جوہر شعرن منز بیان کوٚرمُت۔ عارف صابُن آرزوٗ چھُ یہِ اوسمُت زِ کاشرِس منز ترجمہٕ تہٕ تفسیرتہٕ خاص کُرتھ جوہرِ رکوع شعرن منز پیش کرنہٕ ستی سپدِ یمہٕ پتھرِ ہنٛدبن لُکن منز قرآنی تعلیمہ ہُنٛد روٗح تہٕ مقبوٗل تہٕ عام کاشرِ یہنٛدِ باپتھ وو پرزبانن ہنٛدِ ذریعہٕ صحی قرآن فہمی ممکن چھَنہٕ گژھَن , آفاقی آیتن ہنٛدبن مانین تہٕ مطلبن پرٛنہٕ پاٹھی اٹژی منٛزی۔ گوڈنکہِ جلدِ کس سرنامس منز چھِ لیکھان:

''کاشرِ سُنٛد قرآنِ حکیم کہِ فیضہ نشہ محروم آسُن چھُ مےٚ انتہائی دوکھ دِوانِ۔ بچارس چھُ قرآنِ کریمہ منزٕ تیوٗتے پلہٕ پیوان، یوٗت وعظ خوان تِمس وعظس منز بوزٕ ناوان چھُ ...... میانی محنت گژھِ رتھِ کھسنی۔ کاشر گوٚژھ دُرست گژھُن تہٕ عُقباتہٕ گوٚژھ اتھِ یُن''۔ [7]

عارف صابنی یہِ پُرخلوص تہٕ رژ کوشش چھےٚ پرٛتھ لحاظہٕ قابلِ تحسین۔ یہنٛد تفسیرتہٕ رکوعک جوہر شعرن منز پرٛتھ چھُ پرٛنہٕ پاٹھی باسان زِ کیٛاہتام رُت رُت پیوٚ وپلہٕ۔

مثالہِ باپتھ وُچھتو امہِ متبرک کتابہٕ ہنٛدِ اولین سورۂ شریفکہِ گوڈنکہِ آیہٕ مُبارکُک ترجمہٕ تہٕ تفسیر:

**الحمد لله رب العالمين**

ترجمہٕ: سارٕی تعریف چھِ اللہ تعالہٰس یُس عالمن ہُند رب چھُ۔

تفسیر: الحمد۔ الحمدس چھُنہٕ تعریف تہٕ شُکر پوٚر معنہٕ دِوان۔ امیُک اصلی معنی چھُ ترٛتھِ ہستی ہٕند بٔن بجرن (فضیلژن) ہٕنز تعریف یَس نہٕ کانٛہہ مقابلہٕ چھُ۔ حمدُک اصلی معنی چھُ شُکرتہٕ تعریف ستی بجرُک (عظمتُک) اعتراف۔

ربّ: ترٛتھِ ذاتھ ژونان یوسہٕ پاٚدٕ سپدنہٕ کہِ یا زینہٕ کہِ دوہہ برونٛٹھ پیٹھ چیز چ یا زوٗچ راتھ چھِ تہٕ چھےٚ کران تہٕ برابر کمالس واتناونس تام نگرانی تہِ کران چھےٚ۔

عالمین: یہِ لفظ چھُ عالمُک جمع۔ عالم چھِ ونان مخلوقن۔ یمن چھِ واریاہ قسم تہٕ موٚٹی پاٚٹھی چھِ ژٕ عالم مانٕنہٕ یوان۔ دُنیہُک عالم تہٕ آخرتُک عالم۔ روٗحانیتس اندر چھِ ترٛے عالم (۱) ناسوٗت، (۲) ملکوٗت تہٕ (۳) لاہوٗت۔

ناسوٗت چھِ یتھ کاینٲتس ونان یُس انسان وُچھتھ ہیکان چھُ۔ ملکوٗت چھُ عالمِ بالا۔ فرشتن ہُند عالم یُس نہٕ انسانس اتھہِ یوان چھُ، یا نظرِ گژھان چھُ۔ لاہوٗت چھُ اصلی روٗحانی خدائی عالم یُس انسان سبٹھاہ روٗحانی تھزرلبتھ محسوس کران چھُ۔

عالمن چھُنہٕ شمار۔ ارداہ ساس عالم چھِ یوان ونٕنہٕ۔ تِتھی سے اللہ تعالہٰس (یُس گرٕ ژرٕوس عالمن ہُند پاٚدٕ کرن وول تہِ چھُ تہٕ پرورش تہٕ نگرانی کرن وول تہِ چھُ تہٕ کمالس واتہٕ ناون وول تہٕ چھُ) چھُ مومن پننہٕ دِلُک پُرخلوص شُکر تہٕ ثنا پیش کران تہٕ محسوس کران تہٕ زانان زِ کس ذات پاکس کُن چھُس بہٕ بُتھ کرتھ عبادت کران۔

یہِ ترجمہٕ تہٕ تفسیر چھُ دوہ ڈنکِس استعمالس منٛز یِنہٕ واجنہٕ زبانٕی اندر لیکھنہٕ آمُت تہٕ امہِ کنٛی چھُ یہِ سمجن کم تعلیم یافتہٕ تہٕ عام انسانہٕ ہِنٛدِ باپتھ تہِ آسان بنان۔ اکھ کتھ چھےٚ ضرٗرزامہِ ترجمک تہٕ تفسیرُک پروف چھُنہٕ صحیح پاٹھۍ تہٕ احتیاطہٕ سان پرنہٕ آمُت یمہِ کنٛی گرامرِ چہٕ تہٕ رسمِ خطچہ کینٛہہ ترٛٹھہ غلطی چھےٚ روزمژ یِمو ستۍ کنفیوژن گژھان چھُ۔ قرآن شریفکہِ حوالہ امہِ قسمچ کانٛہہ تہِ کام انجام دِنہٕ وِزِ پزِ امہِ کتھِ ہُنٛد خاص خیال تھوٗن۔ بہر حال ژورن جلدن پیٹھ مشتمل تہٕ زٲیداز ژور ساس تہٕ دون ہتن صفن پیٹھ چھپتھ یہِ کارنامہ چھُ کاشُرِ زبانٕی ہِنٛدِس مذہبی نثرس اندر رمانہٕ سووتہٕ قابلِ تحسین برٛزر۔

امہِ علاوٕ چھےٚ علی شاہ ہرل، مولوی عبدالغنی شوپیانی، محی الدین مسکین سریہ بلی تہٕ مفتی ضیا الحق کریری ہِنٛدِ بن ترجمن ہنٛز ژینہٕ وٕنۍ تہِ میلان مگر یِم ترجمہٕ چھُنہٕ ڈیساب سپدِ ہتۍ۔ ابوحسن وفٲیی سِنٛز دینی مسلکن پیٹھ لیکھنہٕ آمژ "شرعِ محمدی" تہِ چھےٚ سانہِ نثری ادبُک موٗلُل سرمایہٕ۔

ریاستی کلچرل اکیڈیمی ہِنٛدِ طرفہٕ سپُد 1984ء لیس منٛز مولانا ابو الکلام آزادنہِ سورۂ فاتحہِ تفسیرُک کاشُر ترجمہٕ اُم القرآن ناوٕ شایع۔ ترجمہٕ کار چھِ محمد عبداللہ شیدا۔ یہِ ترجمہٕ تہٕ تفسیر چھُ سبٹھاہ باریک بینی تہٕ احتیاطہٕ سان کرنہٕ آمُت۔ زبان چھےٚ ترسیلی تہٕ مروجہ۔ اکھ لوکٹ مثال "...... ربوبیۃ تہٕ رحمۃ پتہٕ یمہِ صفتُک ذکر کرنہٕ آمُت چھُ، سُہ چھُ عدالت تمہِ خاطرٕ چھُ "ملکِ یوم الدّین" وننہٕ آمُت"۔ [9] کلچرل اکیڈیمی ہِنٛدی طرفہٕ آوامی وٕریہ "حدیث

شریف'' ناوچہِ کتابہِ اندر کیٚژن منتخب حدیثِ شریفن ہُنٛد ترجمہٕ کرنہٕ۔ ترجمہٕ کار چھِ محمد عبداللہ طاری۔

ریاستی کلچرل اکیڈیمی ہٕنٛدی طرفہٕ آو روحانی فلسفہٕ شایع کرنہٕ۔ تقریبن سوادٕن دون ہتن صفن پیٹھ مُشتمل امین کامِل سٕنٛزِ اتھ کتابہِ اندر چھےٚ ویدانت، تُرکہٕ شاستر تہٕ اسلامی تصوفس عالمانہٕ اندازس منٛز وٕژھنے کرنہٕ آمٕژ۔ اکیڈیمی طرفٕے آو مولانا شبلی سٕنٛزِ ''الفاروق'' کتابہِ ہُنٛد سیف الدین قاری سُنٛد کوٚرمُت کاشُر ترجمہٕ شایع کرنہٕ۔

مولانا قاسم شاہ بخاری ین تہٕ چھُ کینٛہہ ؤری بروٚنٛہہ کفایت البیان ناوس تحت قرآن مجیدس کاشُر پاٹھی ترجمہٕ کوٚرمُت۔

غلام نبی ناظرن تہٕ کوٚر قرآن مجیدُک ترجمہٕ اردو زبٲنی پیٹھ کاشرس منٛز تہٕ یہِ ترجمہٕ آو جماعت احمدیہ کہِ طرفہٕ شایع کرنہٕ۔ نوشتھ تہٕ شیٚیہٕ تاجہن صفن پیٹھ مشتمل یہِ ترجمہٕ چھُ روان کاشرِ زبٲنی اندر کرنہٕ آمُت تاہم چھِ کینٛہہ لفظ سہل انگٲری سان ورتاونہٕ آمٕتؠ ییٚمہِ سٟتؠ پرن وول شش پنجس گژھان چھُ مثالے 'بسم اللہ الرحمن الرحیم' مُک ترجمہٕ چھُ یتھ پاٹھی کرنہٕ آمُت ''(بہٕ چھُس) اللہ (تعالیٰ) سُنٛد ناو ہیتھ (پران) یُس حدٕ روٚس کرم کرن وول (تہٕ) پھیٚری پھیٚری رحم کرن وول چھُ۔ [10] اکھ چھُنہٕ یہِ فکری تران زِ فاضل ترجمہٕ کار کیازِ چھُ غارضرورطورِ تہٕ بربکٹ استعمال کران تہٕ ییٚمہِ سٟتؠ 'پھیٚری پھیٚری' ترکیب استعمال کرتھ کیا چھِ تم باوُن یژھان۔ یہِ تہٕ چھُ بظاہر فکرِ نہٕ ترن وول معاملہٕ۔

ترجمہِ کار چھُ تہٕ کاشُر زبانۍ ہُند مشہوٗر شاعر تاہم چھُ ترجمہٕ کارۍ ہٕنٛز عملہِ منٛز Source Language زانُن تہٕ اکھ لاز می معاملہٕ۔ عباس تابش صابن چھُ کربلاہک واقعہ کاشرس نثرس منٛز لیوٚکھمُت یس کاشرِ مذہبی نثرک بیاکھ باب بنیوٚمُت چھُ۔

کشمیر یونیورسٹی ہِندِ کاشرِ شعبہ کہ طرفہٕ تہٕ آیہِ مذہبی نثرٕکس زُمرس منٛز کتابہٕ شایع کرنہٕ۔ یمن منٛز رشید نازکی ہٕنٛز "مذہبی راہنما" بدری ناتھ کلا ہٕنٛز "کاشُر شیوٚمت" تہٕ غلام محمد شاد ہٕنٛز "تصوف کیا گوٚو" خاص پأٹھۍ قابلِ ذکر چھے۔ بوزوے تہٕ رشید نازکی ہٕنٛز "ریشُت تہٕ سأنۍ ریشۍ" تہٕ چھے اتھۍ زُمرس منٛز یوان۔

غأر سرکأرۍ ادبی انجمن ہِندِ طرفہٕ تہٕ چھےٚ اتھ سلسلس منٛز کم کاسہٕ کأم سپزٕ مژ۔ حلقہ ادب سونہ واری حاجنن چھوپ 1982ء یس منٛز وولرٕکی ملر کتأبی سلسلُک پنداہ صدی ہجری نمبر۔ قریبن دوٚن ژ ہتھ صفن پیٹھ مشتمل اتھ سالناما منٛز چھِ 'ہجرت اسلامی کلینڈرُک کن'، 'قرآن مجید تدوین پیٹھ چھپنس تام'، 'مسلمانن ہِندۍ سائنسی ایجادات'، 'کشیرِ منٛز اسلامُک آغاز'، 'کاشرِ زبأنۍ اسلامُک دیت' بیترِ عنوانن پیٹھ تھیکنٛۍ لایق نثر پارٕ شأمل۔

کالجن تہٕ ہایر سکینڈری سکولن منٛز یم ہتہٕ واد میگزین پرٛتھ ؤریہِ چھپان چھِ تِمن منٛز تہٕ چھِ نونہال لِکھأرین ہِندۍ مذہبی موضوعاتن پیٹھ لیکھنہٕ آمتۍ درجنہٕ واد نثری نمونہٕ شأمل آسان۔

ہرگاہ أسی پوٗرٕ پأٹھۍ سوٚنچو تہٕ سنو تخلیقی باوٕژ طرزن اندر تہٕ چھُ مذہبی تہٕ

دھارمک ادب موجود۔ تہِ زن گوٚ و کأشر زبأنؠ ہُند گوڈنیُک ڈراما ''وستیٚچ کھوٹ''۔ یُس نندلال کولن لیوٗکھ تہِ چھُ دھارمک ڈلیلہ پیٹھے ڈرتھ۔ تتھے پأٹھی چھےٚ تاراچند بسملن راز ہریش ژندرنی ڈلیل تہِ ڈرامہکیے فارمس منز لیچھ مڑ۔ یتہِ چھُ وننہ یوان زِ دُرسکی سونہ راز دانن چھُ مہابھارتک مکمل ترجمہ کأشرس نثرس منز کوٚرمُت مگر یہِ چھُنہٕ وُنیستام چھاپ سپدمُت۔

امین کأمل صأبن اَس 'بہا اللہ تہٕ نوٚو زمانہٕ' ناوچ کتاب کأشری پأٹھی لیچھمژ مگر منظر عامس پیٹھ آیہ نہٕ۔ رشید نازکی ین چھُ سیرت النبی صلی اللہ علیہ وسلم لطیف تہٕ روان نثرس منز لیکھتھ کأشرِ مذہبی نثرِکس سرمایس منز پزنہٕ پأٹھی اکھ قأبلِ فخر بابُک اضافہٕ کوٚرمُت۔

مذہبی نثرس منز چھُ سیرت نگأری ہُند باب سٕبٹھا اہم۔ اَتھ سلسلس منز چھِ تِم ریڈیو فیچر تہٕ تقریر قأبلِ ذکر یِمہٕ ریڈیو کشمیر سرینگرکہِ شروٗع سپدنہٕ پیٹھے اَمہِ سٹیشنہٕ پیٹھہِ لگاتار میلادکبن تہٕ باقے متبرک دوہن پیٹھ نشر سپدان روٗدی۔ بلکہِ پزِ اَمہِ حوالہٕ تِمن حُسینی تہٕ رثأیی فیچرن تہٕ تقریرن ہُند تذکرِ تہِ لأزمن کرُن یِمہٕ وِزِ وِزِ نشر سپدان روٗدی۔ ہنا برٛونٹھ کُن پھِن یِکتھ آے اَمہِ قسمکی تقریر تہٕ پروگرام دوٗردرشن کیندر سرینگرِ پیٹھہِ تہٕ پیش کرنہٕ۔ اگر یِمن برقیأتی پروگرامن ہٕندی مسودٕ جمع کرنہٕ ین یہِ بنہ کأشرِ مذہبی نثرُک سٕبٹھے بوٚڈ بوگ۔

سیرت نگأری ہٕندِ حوالہٕ یِم زٕ اہم کتابہٕ کأشرس نثرس منز شایع سپدیمژٕ چھے تِمو منز چھےٚ ''حیات النبیؐ'' ناوٕچ ترٛین جلدن پیٹھ مشتمل سیرت پاک کِنہ

گنہٕ ہنٛز حیثیت تھاوان ۔ یہِ چھُ زین العابدین رہنماہنٛزِ ''پیامبر'' ناوچہٕ شہرۂ آفاق فارسی کتابہِ ہُند کأشُر ترجمہٕ ۔ شمس الدین احمد سُند یہِ مأرِ موٗنٛد تہٕ توجہ طلب ترجمہٕ چھُ 1970 ہَس منٛز شایع سپُد مُت ۔ شمس الدین احمدَن چھے ترٛ ٹھ میٹھ مُدُرتہٕ رواں زبان استعمال کٔرمِژ زِ پرَن وول چھُ اکھا کھ جملہٕ پٔرتھ سبٛتھے مخظوٗظ سپدان ۔ مثالہِ رٔنگی اکھ اقتباس:

''اِڈ پھوٗل گاش پیوٚ وتہٕ مکہٕ کِس نبس پھیوٚ ردوٕ رنگہٕ نیٚک نیٚک گاش۔ باسان اوس زَن کرہنٛس جامس پیٹھ سفید ریشم چھُ وہراونہٕ یِوان۔ صبحُک گاش ووٗتھ وارٕ وارٕ بون تہٕ تروٗن شہرس أنٛدی پکی پانس پیٹھ پنُن پراگاش۔ یمہٕ بال چھِ ژوپأری بڑ ونٛتھ کُن دراأمتی تہٕ چھکھ شہرن ہنٛز موج چیرٕ نالہٕ متہٕ رٔٹمِژ ۔ ابوقبیس ناوٕک بال یُس یمن سارنے منٛز تھوٚد چھُ ، چھُ شہرس مشرقہٕ طرفہٕ گول ڈمٹکی پأٹھی استادٕ تہٕ چھُ تیوٗت تھوٚدزِ ہرگا بونہٕ پیٹھہٕ ہیوٚرتیٖر لایوسہٕ لگہِ اَتھ تینتہٕ ألس'' ۔ [11]

کلچرل اکیڈیمی ہٕنٛدِ طرفہٕ شایع کرنہٕ آمژِ امہِ کتابہِ ہٕنٛدی چھِ وُنیٚک تام زٕ ایڈیشن چھپیامتی ، یُس یمہٕ کتھِ ہُند ثبوٗت چھُ زِ پرَن وألی چھِ اَتھ سبٛتھاہ پسند کران ۔ تاہم ہکوٚ امہِ ترجمہٕ کہِ حوالہٕ یہِ کتھ ضروٗر ؤنتھ زِ ترجمہٕ کارَن چھُ لفظن تہٕ جملن ہنٛدِس پأراوس پیٹھ تیوٗت زیادٕ توجہ دِتھمت زِ وارِیاہن جایَن چھِ تم کتابہِ ہٕنٛدِ اصلی متنہٕ نِشہٕ دوٗر ژیتی ۔ ووں گوٚو تأریخی حقیقژ ونِشہِ دوٗرٕ رُنک اندیشہٕ چھُنہٕ خاص گنہٕ جایہِ ووتلان ، یتھ شاید یہِ وجہ ہکہِ أستھ زِ ترجمہٕ کارٕ أسی فارسی تہٕ کأشُر دوشوٚنی زبانَن ہٕنٛدی مأہر آسنس ستی ستی بہلہِ پایہِ مذہبی عالم تہٕ ۔

سیرت نگاری ہٕنٛدِس شعبَس منٛز چھِے رشید نازکی ہِنٛز ''ذکرِ حبیبؐ''
تٲریخی ئُوتِتھ کٲم۔ یِہ کتاب چھِے کاشرِس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ پٔننہٕ ئُوتِتھ گوڈنِچ کتاب۔
دوٚن جلدَن پێٹھ مشتمل ''ذکرِ حبیبؐ'' چھِے یِمہِ کتھہِ ہُنٛد باس ٹاکارپٲٹھۍ دِوان زِ
رشید نازکی یَس چھِے تٲریخِ اسلامَس پێٹھ سرٕ نٔی تہٕ گٔنٛز نظر آسنَس ستۍ ستۍ یِمہٕ
واقعات بیان کرنٕچ پوٚر پوٚر تو ژھ تہِ۔ سیرت پرٕتھ چھِ تمہِ والہانہٕ محبتُک
احساس سپدان یُس سیرت نگارَس احمدِ مجتبیٰ محمد رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلمَن
ہٕنٛدِس پاک ذاتَس ستۍ چھُ۔ اَمہِ سیرتی کتابہِ ہٕنٛدِ گوڈنِچہِ جلدٕچ عبارت چھِے
مرصع یێلہِ زَن دوٚیمِس جلدِس اندر رباوتُک طریقہٕ وارِیاہس حدَس تام بیانیہ چھُ۔
کتاب پرٕنَس دوران چھُ پرن وول پێش سپدَن وألۍ واقعہٕ ژینان تہٕ باسان چھُ
زِ یِہ کینٛژھا وَننہٕ یِوان چھُ تہِ چھِ زَنتہٕ دیدمان سپدان۔ اَکھ مثال:

''یِہ تار کھُے لوٗس۔ نہٕ یِہ چھُنہٕ سُہ یَس عبادت پزٕ کرٕنی۔

مأری منٛز تہٕ مدن وارزوٗن تیمی سنگرگاشہٕ رأوی تہٕ لوتی پٲری تراوان
مأدانَن کُن ؤژھ۔ پرٕتھ اَنہِ گوٗٹ گاشہٕ روٗن۔ پرٕتھ کانٛہہ چیز نورٕ نووٗن، یِہ
شفیق تہٕ شکیل جسم، یِہ ڈلوم، سوٗم تہٕ ساڈٕ روار آ گر۔ یِہے، آیِہے چھُ میوٗن خدا۔

اُف یِتہِ لوٗس، نہٕ دوٗنٛد ژھنڈِتھ ؤژھ تاریکی ہٕنٛدِس سوٗدرَس منٛز تہٕ گیِہ
غأب۔ نہ نہٕ یِتہِ چھُنہٕ اَتھ لایق زِمیانہٕ ڈبلک سجدٕ کرِ برداش''۔

عبارتُک تخلیقی تہٕ شاعرانہ اندازیِتہِ اَکہِ اندٕ اَتھ کتابہِ دلچسپ بناوان
چھُ تتہِ چھُ کینٛژن جایَن مبالغہٕ پٲدٕ سپدَنُک تہِ اندیشہٕ ووتلان، یَتھ کُن بأریک

بنی سان توجہ دِنٕچ ضرورَت چھے۔

چونکہ عقید چھُ انسأنی سوچُک وُتشاول انہار۔ اِ کنہٕ چھُ مےٚ یتھ کتھِ پٹھ یقین زِ کٲشیرِ ہنٛدٮ۪ن وارِہن گرن اندر آسن مذہبی ادبکی مولٕلی جوہر موجود تہٕ یم دریافت کرنہٕ خاطرٕ چھے متحرک ادبی ادارن، سنجیدِ فکر، باصلاحیتھ، پُر خلوص تہٕ بلا معاوضہٕ کأم کرن والین ادبی ژُکر درن تہٕ محققن ہنٛز ضرورت۔ خُدا بوزِن زِ سانین ثقافتی ادارن تہٕ تحقیق کرن والین جوانن پھیرِن اتھ اہم کامہِ کُن ظون تہٕ اتھ رِتس شعبس منٛز کأم کرنٕک بٔنکھ توفیق۔



حوالہٕ:


1. زینہ راج ترنگنی، شری ور، ص 145
2. نوٚ و کأشر ادبُک تأریخ (ناجی منور شفیع شوق) ص:208
3. ''کأشر مرثی'' (نشاط انصاری) صفہٕ 81
4. کأشُر نثر۔ کلچرل اکیڈیمی، (مرتب خیال/ رہبر) صفہٕ 52
5. کأشر مسلہٕ کتاب، مولانا محمد نورالدین قاری
6. بیان القرآن...... جلد دوم، ص:854
7. عرفانِ قرآن...... جلد ا، ص 33
8. عرفانِ قرآن...... جلد اکھ، ص 39
9. اُم القران، ص:43۷
10. قرآن مجید، کأشُر ترجمہٕ دار، ص 943
11. حیات النبیؐ۔ شمس الدین احمد، جلد: ا، ص:150

# آزادٕنۍ زندگی، تخلیقن ہٕنٛدٕ آنہٕ منٛزٕ

مےٚ عادتھ چھےٚ نہٕ پتھ پھیرُن مےٚ نِش گوٚو بروٗنہہ کُنےٚ نیرُن
نہٕ چھُس گُل پان چھُم شیرُن نہٕ بُلبُل اول چھُم ییرُن
نہٕ چھُس خوش پیچ و تابَن انقلابن زلزلن اندر
یِوان چھُم زندگی ہُنٛد سوز سفرن منٛزلن اندر



''دٕریاو'' نظمہِ ہٕنٛد امہِ اکہِ بنٛدُک تفسیر کرتھ ہیکو اَسی عبدالاحد آزادنہِ زندگی ہٕنٛد بن ہٕ کتھن انہارن وٚون دِتھ تہٕ ووکھنےٚ کرتھ۔ عیسوی سنہٕ چہِ وُہمہِ صدی ہُنٛد دوٚیم دٕہیُل۔ کشیرِ اندر شخصی راجُک ظُلم تہٕ بول بالاطیس پیٹھ۔ پرٛتھ کانٛہہ کاشُر دَم پھُٹِ کرِتھ ہتھ پننِس خراب طالیس تہٕ تقدیرس راہ کھالان تہٕ ظُلم تہٕ جبر حتیٰ رسان ژالان تہٕ وتراوان۔ تارِیخہ کِس اَتھی گٹہٕ زٕلس منٛز چھُ ژوڑر کہ علاقہٕ کِس رانگرگامس منٛز سُلطان ڈارُن فرزند عبدالاحد ڈار بالغ سپدُن ہوان 1903 ء یس منٛز زاین لبن وول نیٚک نیٚک تہٕ زیوٚٹھ بتھ کرتھ یہِ کنہٕ تژ کرٕ بچہ اوس بظاہر گیشوٚم مگر اَمی سِنٛد منٛگ شوذرتہٕ صفاَیی اَس شُری پانہٕ پیٹھے شفقہٕ ژھٹان۔ یِتھ پاٚٹھی اکھ

ضائیفہِ مگراراد سبٹھاہ طاقتورتہٕ خیالاتھ زنتہٕ شاہ پرلاٗ ۔ گتھ لاہوٗتی منزلن تہٕ مقامن ہُنٛد سائل کرنک سنٛز کران۔ أکس شرمدار شری ہنٛدس ذہنس تہٕ ضمیرس اندر اکھ باگہِ بوٗ رُت تہٕ بوٗ ڈبار باغی شاعر بڈِ ہٹہِ باوتھ کرنچہِ سٕز کران۔ سخت گیر تہٕ ستم ساز نظامس بتھی پھیر گرھنک جُرتھ چھُ آزادس فکرِ پیوٕنے تتھ ماحولس اندر گرھان ییتہِ پرٛتھ اعتبارٕ بے سروسامانی أس۔ ذرائع محدوٗد تہٕ ماٗلی اوسوٗدگی نہ آسنس برابر۔ حالاں کہِ خود سُلطان ڈارُن گراوس پننہِ وقتُک بارستہٕ زمیندار گرٕ تہٕ یمن أس 281 کنالہ کھیوٗتی زمین۔ غلام نبی گوہرن یم انکشاف آزادٕنی ذاتی ڈایری پرٛتھ گری ہتی چھِ تمو مطابق چھِ اتھ بڈِ گریسی گرس منٛز تمہِ وقتہٕ تہٕ رتبس اوسطن ترٛہ سیر مازرنہٕ یوان أسی ہتی یُس تمہِ زمانکہِ ماحولہِ مطابق رٔیپس آسنچ علامتھ چھےٚ۔ امہِ باوجوٗد تہٕ کیازِ چھُ سانہٕ کینٛژ وادبی مورخو تہٕ محققو یہنزٕ سفید پوشی پٮ۪ٹھ واویلا کوٗرمُت یہ چھُ اکھ الگ موضوٗع۔ قابل توجہ کتھ چھےٚ یہ زِ یانہٕ اوسوٗدہ حال آسنہٕ باوجوٗد کتھہٕ پاٹھی دژاو آزاد نادارن، لاچارن تہٕ مظلوٗمن ہُنٛد ترجمان بنتھ تہٕ بیاٗ کی سان گرٕن اکہِ فکری انقلابچ بُنیاد تیار۔ امہِ اہم سوالک جواب ژھانڈنس دوران چھُ آزادنہِ پادٔیشی طور بوٗڈ مفکر تہٕ پوٗز سخنور آسنک تصدیق سپدان۔

آزادنہِ زندگی ہُنٛد مطالعہ کرنس دوران چھُ بیاکھ دِلچسپ تضاد تہِ بروٗنٛٹھ کُن یوان۔ یہنٛد بابہ صاٗب سُلطان ڈاراوس دون صوٗفی سِلسِلن ہتی وابستہٕ اکھ باکمال رُوحانی بزرگ ییمس درجنہٕ واد طاٗلب تہٕ مُریدیہ ڈلِپ زِ تہِ پوٗشرنی گتھ کران أسی۔ باٗنٛچ زان تہٕ ظون آسنس ہتی اوسُس دینی علمس تہٕ فارسی زبأنی پٮ۪ٹھ

اطمینان بخش حدس تام دسرس حاصل۔ طمع اوُسس زِمیون فرزند گوژھ مذہبی تعلیم پرأوتھ اکھ جان پایک دینی عالم بنُن۔ أتھی جذبس تحت پرنووُن پنُن خانہٕ مول نچو سارِوے گوڈٕ قرآن مجید تہٕ عربی تہٕ فارسی زبأنی ہنز کرنس زان۔ لوکچہ وأنسہِ منز ے پرأمی ہُشیار مغز بچن فارسی زبأنی ہنزٕ مُروجہ مثنویہِ۔ باضأبطہ درسی تعلیمہِ ہُند آغاز چھُ امہِ پتہٕ مگرامی انمانہٕ سپدان۔ بقولِ ڈاکٹر پدم ناتھ گنجو:

''1916ء میں آزاد کے بڑے بھائی غلام علی ڈار نے ایک مکتب رانگر میں کھولا جس میں آزاد نے اردو اور فارسی کی تعلیم حاصل کی۔ ادبیات کا مطالعہ اسی زمانے سے آپ کا مرغوب خاطر مشغلہ رہا۔ الغرض بچپن اور لڑکپن فارسی اور دینیات کے درس و تدریس اور دیگر دہقانی مصروفیات میں گزار دیے''۔[1]

1918ءیس منز دژاو ظأہری پأٹھی محمد سلطان ڈارنبن ارمانن تر۔ عبدالاحد یُس وُنہِ بوزوے تہٕ شُرے اوس آوزو ہامہ کس مکتبس منز ترُوہن روپین ہٕندِس ماہوار تنخاہس پیٹھ بحیثیت عربی ووستاد تعینات کرنہٕ۔ وونی ہیوٗت تمس شاگردو، سأتھی ووستادو تہٕ باقے لُکو عزتہٕ سان مولوی صاب وَنُن۔ عربی زبأنی ہنز تعلیم دِنہٕ وول مولوی صاب رُودترٕ ہن ؤرین مثألی ووستاد بٔنتھ سبق پرناوان، سکوٗل شُربن نم ہوان، تہندبن ژھینی متن پلون ٹیب دِوان، مالہ بچن سران کران تہٕ امہِ باپتھ ہمیشہ چندس منز شُر اکھ، ئرشن پنہٕ داو تہٕ صأبنی چأنٹی سکوٗل ئستی نوان۔ قأبل تہٕ باصلأحیتھ بچن کھنڈٕ پھلوٕ ئستی پلالہٕ کرن وول عربی ووستاد گوو فرضِ منصبی زبر پأٹھی

نکھ والن وول ووستاد بنتھ لگن منز واریاہ مقبوٗل مگر مدرس کس أمس مولوی صأبُن أندریم اِنسان اوس سارِنے رِوایژن ژٕکی پھیُر کرتھ أکس طلاطُم خیز نظامس نَرِ آلوان۔ أکس تِتھس نظامس یتھ منز مذہبی تنگ نظری تہٕ ورگہٕ باگے اعلیٰ اِنسأنی قدرن ہُنٛد ضد مأنِتھ توجہُک مرکز اِنسان تہٕ صرف اِنسان بنان چھُ:

قدرتس بیوٚن بیوٚن تھوٚنی یوٚد آسہن مِلت تہٕ قوم

پزٕتھ أکس بیوٚن بیوٚن زمینا آسمانا آسہِ ہے



دیندار ژٕے چھے دین پنُن ، چھُم مے پنُن دین

ایمان خُدا چون تَے انسان مُدعا میون



آزادس متعلق یاد کرنہٕ آمٕت یہِ تاثُر زِ سُہ کیا اوس ووتھ بیٹھہِ ، سُونس کپٹنس تہٕ باقے معاملاتن منز سادگی پسند تہِ چھُنہٕ صحیح۔ سُہ اوس پننہِ زمانُک اکھ فأشنی یاو۔ پھِرن چھُنہٕ تمی پننہِ وضع دأری سببہٕ فکرِ پننہٕ پتھٕ أخری دمس تام زٕنہے لوگمُت۔ ربتہٕ کالہِ اوس کرہنی شیروأنی تہٕ سفید پیزار تہٕ وندس پٹیک بند گلہٕ کوٹ لاگان۔ دستار اوسُس نوابن ہُنٛد ہیوٚ آسان۔ آزادنِس وأقف کارن ہُنٛد وَنُن چھُ زِ سُہ اوس ہمیشہ صاف تہٕ شفاف پلو لاگان۔

آزاد چھُ کم گوآسنس ستی حیایوٚت تہِ اوسمُت۔ یوہے چھُ وجہ زِ تمی ہیوٚک نہٕ لولُک اِظہار تہِ ٹاکارٕ پأٹھی کرتھ۔ حُسنِ اتفاق چھُ زِ معشوق تہٕ اوس عأنٛ

تہٕ غاًن تِتھے ۔ اکھ شوخ تہٕ شوٗبدار گامہٕ سوندر لوٗلِکس جلاوس منز أندری أندری شِنہٕ مانہٕ ہنٛدی پأٹھی گلان مگر مذہبی تہٕ سماجی قدرن ہنٛز پاسدأری منز لاجواب:

دھرم پھٔلروٗتھن شرم گٔری گٔری ییٚ

بٹہٕ کوٗرِ مأرِ منٛزی سوندٔر ییٚ



حیادأری ہنٛد بن حدن ہنٛز حفاظت کران کران ہانٛےیہٕ یہ کاژ زوٗن تہٕ لأوی ارمان تہٕ امار ہیتھ گیہٕ زندگی ہُنٛد جہار تہٕ بہار وُچھنہٕ بغأرے زنتہٕ وٕتسی۔ معشوقہ ہنٛدِ ہیہہٕ گرٕھتھ جانہٕ مرگ گرٕھنگ غم شروپرٕ وآزادن وٕہکی پأٹھی۔ أمی ہنٛز زندگی ہُنٛد گلِہم خاکہ بروٚنٛٹھ کُن أنتھ چھُ یہِ اکھ زٕیٹھ وول تہٕ سخت جان اِنسان بٔنتھ برٕ ونٛٹھ کُن یوان۔ ازدواجی زندگی ہُنٛد شدید شٹھنیار تہٕ دم بخود سپدتھ ژالان تہٕ موصُم پوٗترٕ ہنٛز دگ تہٕ أندری للناوان۔ نہ واویلا تہٕ نہ احتجاج، پنٛنِس یوٗتاہ جگرٕ دوٗرآسنس پیٹھ چھُ منٛزی منٛزی پانہٕ تہٕ حأرتھ کڈان:

تُل میأنی پانٛن سارِ سمیک بور کلس پیٹھ

ملکن تہٕ فلکن جیرٕ ووٚتھ ڈیشتھ یہ جگر میون

پانہٕ وُدن تہٕ بیاکھ وِدناوُن چھُ أمِس مُشکل پسند فلسفی شاعرِ ہنٛدِ منطقہٕ مطابق بوٚڈ گُناہ۔ مُنٛدِس زُوس دِیُٹن نہٕ زانہہ آرام۔ 31/زیٹھ 1998 بکرمی ڈاکٹر پدم ناتھ گنجوٗ ہنٛدِ ناوٕلیکھنہٕ آمُت آزادنہٕ چِٹھِ ہنٛزٕ یم کینٛہہ سطرٕ چھےٚ امہِ حوالہٕ قابلِ توجہ:

”نیلی عینک لگا کر یہ چِٹھی لکھ رہا ہوں۔ پلکوں میں سوئیاں سی چُبھ

رہی ہیں۔ آنسو گرنے لگے..........اچھا ذرا آرام دوں ان معصوم

گناہگاروں کو......اوروں کے وبال بھی کیوں اپنی گردن پر لیں،

رونا گناہ اور رُلانا گناہِ کبیرا اور درد چشم کے لیے بھی مُضر ہے"۔

مےٚ چھُنہٕ تیوٚت جُرتھ زِ یہ ونہٕ آزاد اوس مہجورس کھوتہٕ بوٚڈ شاعر مگر ستی

چھُم نہٕ یہِ وننس اندر تہِ کانْہہ مبالغہ باسان زِ کشمیری زبان اور شاعری لیٚکھِتھ یُس

بہلہِ پایہِ تحقیقی کارنامہٕ أمی تیہٕل توٚژھ وٲلی جسمٲنی طوراڈ لیٚکی محققن تتھ زمانس منٛز

انجام دِیُت سُہ اوس أکِس رنگین، عائش پسندتہٕ کم ہمت ادیبہٕ ہنٛدِ بلہٕ تہٕ بترٕ نبر۔

امہِ باوصف تہِ آو نہٕ آزادس پننس دورس اند رٲبلکہِ ونہٕ یہ تمہِ پتہٕ تہِ منصب دارن

تہٕ صاحب اختیارلوٗکن ہنٛدِ طرفہٕ سُہ مرتبہٕ تہٕ مقام دِنہٕ یمیُک سُہ حقدار اوس۔ اتھ

چھُنہٕ وجہ یہِ زِ شیر کشمیر شیخ محمد عبداللہ کیاٚ أسی نہٕ تہٕنٛزن صلاحیژن وٲقف ٲبلکہِ چھُ مرزا

عٲرف ہنٛدِ لیٚکھنہٕ مطابق تِمن آزادنِن تحقیقی کارنامن پیٹھ کٲفی فخراوسمُت۔ واضح

چھُ زِ یہِ تٲریخ شناس لیڈر کرِ ہے نہٕ کشمیر کِس اصلی علمبردارس نظر انداز مگر:

وہ تو مائل بہ کرم تھے لیکن

میرے آڑے میری انا آئی



أتھی تنوظرس منٛز چھُ مرزا عارف اکھ بٔڈ حقیقتھ یہِ ٲنتھ بیان کران زِ:

"آزاد چاپلوس نہیں بلکہ صاف گو تھے۔ وہ اپنے متعلق بھی

صاف گوئی سے کام لیتے تھے، اور ہر چھوٹے بڑے حاکم و محکوم

کے متعلق بھی ادبی صداقت کے قائل تھے۔ظاہر ہے ایسے آزاد منش مصنف سے اربابِ اختیار خاموش نہیں رہ سکتے تھے اور ایسا ہی ہوا۔لیکن انہوں نے اپنا سر خم نہیں کیا اور اسی آن بان کے ساتھ اِس دُنیا کو وداع کہہ گئے۔''[2]

گامہٕ گوم تہٕ اگر نگر جاسوسی ہنٛز ہانٛژھہٕ تہٕ باورٕ گی ہنٛز پامہٕ بوٗ زِتھ یُس مولُل تحقیقی سرمایہ آزادن سۄمبرُ ومُت اوس تمیُک اچھوپ مسودٕ رۄ دتس بسترِ مرگس پیٹھ تہِ ہمسوس بٕنتھ ہمراہ۔

آزاد چھُ زیرک تہٕ ہزل گواوسمُت ۔ دپان ییلہِ تس خاندر کۆرُکھ سہٕ اوس لوٗکٹ شُر ۔ مہراز بٕنتھ ییلہِ ہۆورگۆ وکھ تام وۄنُس کنس تل زِ مہرازٕ گرِس چھُکھ نہٕ گاسے ترومُت ۔ اتھ پٮ۪ٹھ چھِ تٔمۍ ہوٕری وطنہٕ کٕبن انتظامن ٹیٛھ ژٔڈ مٕتۍ ۔آزادُن اچھوپ ''سُر سیارنامہ'' تہٕ چھُ یہنٛدِ ہتکی آسنگ ٹاکارٕ شبوٗت ۔انت ناگ تہٕ ترالس متعلق تہِ چھکھ ہزلیہ بأتھ لیکھی مٕتۍ ۔یِم وُنہِ چھپہٕ نے چھِ۔

آزاد چھُ جنون رُکس حدس تام ترقی پسند، اتھ چھُنہٕ کانٛہہ شکھ ۔تس پٮ۪ٹھ چھُ مارکسی تحریکہ ہُندزبردس اثر، یہ تہِ چھُ اکھ ٹاکارٕ پزر مگر تس متعلق عام پأٹھی قائیم کرنہٕ آمُت یہِ تاثُر زِ سہٕ اوس دہری چھُ غلط ۔اتھ سلسلس منٛز چھُ تمو مرزا عارف صابنس خطس امی حوالہ پرٕ ژھنہٕ آمتِس جوابس منٛز لیوٗکھمُت :

''مجھ پر یہ لیبل بزاز صاحب کی مہربانی سے چسپاں ہوا ہے۔وہ ریڈیکل ڈیموکریٹ ہیں اور خاص گروپ سے تعلق رکھتے ہیں

جہان تک دبی ہوئی ستم رسیدہ انسانیت کی مظلومیت کا تعلق ہے میں ان کا ہم خیال ہوں۔ مگر خدائے وحدہ لاشریک کا قائل ہوں بچپن سے توحید کے سایے میں پلا ہوں۔ مشہور صوفی بزرگ سلطان ڈار، رانگر کا بیٹا ہوں۔ ذکر وفکر کا قائل ہوں اور کئی چیزوں کا حصار دے چکا ہوں۔" [3]

4/اپریل 1948ء، یہ شولہٕ وُن الاوگوٚ واچانک تہٕ بیکدم ژھٮ۪تہٕ۔ اکھ جوشہٕ ہوٚت تہٕ حوصلہٕ مند شاعر، مورخ، محقق تہٕ مُفکر گوٚو جوان مرگ۔ علمی تہٕ ادبی حلقن گوٚو وژس تہٕ مہجورن ووٚن:

کأشرٕ بن ہٕنٛدِ علم و ادبک باغ از بُرباد گوٚو
باغ وُچھنے حسرتھا ہتھ باغٕچ وول شداد گوٚو
سر فِدا کوٚر باغوانن دژاو اِز سالِ وفات
بولہٕ وُن زن بُلبُلا ترٲوِتھ چمن آزاد گوٚو



حوالہٕ:

1. کشمیری زبان اور شاعری، جلد: 1، صفحہ: 13
2. شیرازٕ 'آزاد نمبر' جموں وکشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز، ص 73
3. "شیرازہ" آزاد نمبر، ص 69

# محکم پٔرٛھ ہُنٛد شاعر: رشید نازکی

پٔرٛھ چھُ سُہ لفظ یتھ زیادٕ ترلُکھ مذہبی عقیدس ستی یوت وابستہٕ کران چھِ۔ یتھ مضموٗنس اندر چھُ یہِ لفظ مکمل اعتمادٕکس معنیٖس منٛز استعمال سپدان۔ یہِ کرِ پننہِ مطالعہٕ تہٕ ذہنی بتہِ مطابق رشید نازکی ہنٛزِ منظرِ عامس پیٹھ آمژٕ شاعری ہٕنٛدِس تنوظرس منٛز پنُن یہِ تاثرٕ دررٲونچ کوٗشش زِ نازکی چھُ پننہِ دورٕ کیو اکثر شاعرو نشہِ امہِ خصوٗصیژِ سببہٕ ممتاز حیثیت پرٛاوان۔

کاشرِ چھِ کلُم پاٹھی وکھرٕ وکھرٕ وجوٗہاتو سببہٕ حژرٕکی احساس یہِ ڈٕلِ زِ تہٕ آچھِ کرِ ژٕتی۔ یہِ احساس چھُ کھہن منٛز کأم کرن والین کُملین تہٕ بجن کُرسین پیٹھ بہتھ اعلیٰ منصب دارن اندر تقریبن اَکی انمانہٕ لبنہٕ یوان۔ شاعر تہٕ ادیب تہِ چھِنہٕ امہِ نشہِ مچھِ، تاہم اگر کُنہ کُنہِ کانٛہہ شخصاہ زِندگی ہنٛدبن باقے شعبن ستی ستی تخلیقی دُنیہس اندر تہٕ امہِ احساسہٕ نشہِ ہنا مُچھ لبنہٕ یِیہ سوچھے بڈٕ کتھ۔

رشید نازکی چھُ شاعرن ہٕنٛدِس تتھ بڈٕس کاروانس اندر شامل یُس وُہمہِ صدی ہٕنٛدِس دوٚیمس نصفس دوران ریڈیو، ٹیلی ویژن، کلچرل اکیڈیمی تہٕ باقے تہذیبی تہٕ ثقافتی اِدارن تہٕ انجُمنن ہٕنٛدبن مُشاعرن تہٕ محفلن منٛز گرٛزنہِ لوٚگ تہٕ

نۆن دژاو۔ اتھ کاروانس منز شامل اکثر شاعر آسی پرٕ ہتی لیکھٕہتی، اردوٗ تہٕ فارسی زانس ستی اوسکھ انگریزی تہِ پرُن تہٕ کم کاسہٕ لیکھُن تہٕ تگان۔ یہِ کاروان گۆ ویژ پاٹھی پننس میراثس تہٕ بڈ پایہِ پننس پانس پیٹھ پزھ نہٕ آسنہٕ سببہٕ کیٖژن وقتی خشارن تہٕ پہہ أنۍ ہتھن رُجحانن تہٕ رٕوشن ہٕندس سہلابس منز یہِ ڈٕلۍ زِتہِ پیٖر۔ ترقی پسندی پتہٕ آو جدیدیتک فاشن تیوٗت غالب پاٹھی سانس ادبس اندر زِیہِ تام اوس تاثُر دِنہٕ یِوان زِ جدید نہٕ آسُن گۆو ادیب نہٕ آسُن۔ اتھ خشارس منز ثابت قدم رُوٗ زِتھ پننہٕ لۍ ژھراونۍ آس نہٕ گف کتھ۔ یم کنہٕ تام شاعر پانہٕ انگریزی تہٕ باقے زبانن ہندِ ادبچ زان تھاونہٕ باوجوٗد تہِ اتھ دورس منز روایتن ہندۍ پاسدار رُوٗدی، تِمن منز چھِ رشید نازکی تہِ شامل۔

اگر أسی رشید نازکی ہندِ دوٗرک کاشُر منظوٗم تخلیقی ادب فکری پسِ منظرس منز وُچھون، اتھ اندر چھے کلہم پاٹھی ''بے پزھی'' یا زیادِ کھوتہٕ زیادٕ پزِ تہٕ انکارس درمیان کیاہتام غار یقینیتچ ژھاے گراے ٹاکار پاٹھی لبنہٕ یِوان۔ ضدِ یہِ وادٕو پیٹھٕ پھاپھلیمژ تہٕ ژھراونہٕ آمژ سو پزھ یُس سانہِ عقیدٕچ بُنیاد بنتھ کاشرِ ن ہنزِ زِندگی ہنز ڈنڈ سنبالان آس، ہیٖژن شاعری ہندِس سوٗتھرس پیٹھ میزانہٕ ڈٲلنۍ۔ امہِ تازٕ وارِدس وچھن نیٖچ ہندِس جوازِ تِس پیٹھ بحث کرنہٕ بغٲر کرِ ہٕ پنن یہِ تاثُر بلا خوف تردید پیش زِ تھس ماحولس اندر تھ روایتی پزِ ہ پیٹھ قایم روٗزُن اوس نہٕ سہل۔ یہِ آس یہِ ڈٕلۍ زِ تہِ ذہنی پسماندگی تہٕ فکری کم مایگی مانن یِوان۔ یتھ صوٗرتِ حالک ہیکہِ ہے سُے شخص مقابلہٕ کرتھ یمس اندر پننہِ پزھ پزھ پیٹھ

شعوٗری طور ڈٔٹھ روزنٕچ توژھ تہٕ اعتماد آسہِ ہے۔ رشید نازکی ہنٛدِ کلامُک مطالعہٕ
کٔرِتھ چھُ واضح سپدان زِ سہ چھ شعوٗری طور پننِس عقیدتی قدرن ہُنٛد پاسدار:

أسی چھِ بدرس اندر فقط کینٛہہ زٔنی
بس خدا یار اعتبار کٔرِو



بنٛیاو حضرتِ انسان عقلہِ ہُنٛد آذر
دیاں مگر پنٛن چھُ دوست کم، زیادٕ تر دُشمن



پأدٕ سپدِتھ خدایہِ سےٚ اِنکار
شوٗبہٕ وُن کیٛاہ خدایہِ سُنٛد شہکار



بوٗجہلی یتھ وبقار کیٛاہ مانٛن
آسمانٔی شعار کیٛاہ مانٛن



یمہٕ شعرٕ پٔرِتھ چھُ واضح سپدان زِ شاعر چھ حسبہٕ ہُشیار پأٹھی محسوٗس کران زِ
تمہِ ہٕچ کتھ کرٕنی، یُس تمہٕ ہٕنٛدِ عقیدٕ مطابق ابدی حقیقت چھُ، چھِنہٕ سہل کتھ۔
اتھ کتھِ پیٹھ محکم پأٹھی عمل کرٕنی چھےٚ باطل طاقتن ہٕنٛدِس جمگٹس منٛز واریاہن
تکلیفن تہٕ مُشکلاتن دعوت دِنس برابر، مگر تقدیرس تہٕ پننِس معبوٗدس پیٹھ ایمانِ
کأمِل تھاون وألِس چھنہٕ امہٕ ہٕتی ہِمتس تہٕ عزمس کانٛہہ کمی گژھان، بلکہِ چھُ سہ

باقین ہنز پڑھ ڈرراونہٕ خاطرٕ تمن یہ باور کرناوُن یژھان زِ یُس خدایا ورآسہٕ تس پوشہِ نہٕ کانٛہہ، بامےسہٕ کوتاہ طاقتورتہٕ بکٛری دوٗرٕ آسی تن۔

یہ ہیکہٕ ہاہیرٕ کنہٕ مثالہِ باپتھ دِنہٕ آمٕتین نازکی ہِندٕ بن شعرن مقابلہٕ تمی ہِندٕ بن اکثر ہمعصر شاعرن ہِندی شعر پیش کٔرِتھ یہ ثابت کٔرِتھ زِ تمہٕ کِتھٕ پاٹھی چھِ اَکس یا بیٚیس اثرس تل ہیٚنہٕ یِتھ پرٛژھ نِش بوزوٗے تہٕ ڈٔلِتھ بےٚ پرٛژھی ہِندِس غارٕ یقینیتس منز ہیٚنہٕ آمٕتی مگر تمہٕ سٕتی ہیکن کینٛہہ غلط فہمیہٕ پادٕ گژھتھ۔ یہ چھُس سٕتی یِتہِ واضح کرُن یژھان زِ مذہبی آسُن گوٚو نہٕ ہرگز تہٕ بوٚڈ شاعر آسُن مگر موضوٗع چھُ چونکہِ اَکس شاعرِ سنٛز پرٛژھ تہٕ اعتماد بدِ کڈُن، اِوٕ کِنی چھُ لازم بنان زِ تمی ہِندِ کلامکی امہِ نوعیتکی امتیازی گوٗن ہِین نٔنی کڈنہٕ۔

ہم کال کاشرِ شاعرو منٛز آسہٕ نہٕ شاید تیٚتھ کانٛہہ شاعر یٚیمی نہٕ نعت لیوٗکھمُت آسہِ۔ مرثیہِ تہٕ مناجات تہِ چھِ اکثر شاعرو لیٚکھی مٕتی مگر عقیدتی ادبہٕ کِس زُمرس منٛز یِنہٕ واجنہِ یِمو منظوم تخلیقو منٛز چھےٚ اکثر ربیع الاول تہٕ محرم کِبن رِتن دوران منعقد سپدن والین مشاعرن ہِندِ خاطرٕ لیکھنہٕ آمٕژٕ۔ یِم کٔژ تام شاعر نعت، فرمائشی مشاعرو بغارٕ تہِ لیکھان چھِ، تمن منٛز چھِ رشید نازکی تقریبن سرِس۔ یِہنٛز نعتیہٕ شاعری پرٛتھ چھُ یہِندِ تمہِ علمی تجرُکہ تہٕ تواریخی شعوٗرُک انداز سپدان یُس یِمن خاص کٔرِتھ تاریخ اسلام تہٕ دورِ نبوی صلی اللہ علیہِ وسلم کِہ حوالہٕ حاصل چھُ۔ نازکی ہِندِ کلہم ادبی کنٹریبیوٗشنک (Contribution) اوٗرٕت بوٚرُت تہٕ مولُل حِصہٕ چھُ اتھی موضوٗعس اَندی اَندی نژان۔ زمزم (قصیدہٕ بُردہ ہُک کاشُر ترجمہٕ)

تہٕ وَہراتھ (شعرِ سوٚمبرن) چھِ واریاہ نظمہٕ چھےٚ یٖہنٛدِ دِینی شاعِر آسنٕچ شہادت فراہم
کران:[1]

صُبح وٕنہٕ وان چُھ تُہنٛدِ نوٗرٕچ کتھ
شام للہٕ واں بدل سروٗرٕچ کتھ
شب تُہنٛد جلوٕ گاہِ ذات احد
لِی مع اللّٰہ تہٕ کوہِ طوٗرٕچ کتھ



اُدنُ مِنی خِطابِ اَو ادنیٰ
حکُم تنزِیل شانِ اَنزلنَا
وَرَفعناکَ جاے سُلطانی
رحمتکُ مُژ تہٕ مال اَرسلنا



نازکی ہِنٛزِ نعتیہ شاعری ہٕنٛزِ یِم مثالہٕ پٔرتھ کرِو تُہۍ شاید مثالو بروٚنٛہہ پیش کرنہٕ آمٕتِس
أخری جُملس منٛز استعمال سپز ٕمژ ترکیب ''دِینی شاعر'' اپرشیٹ (Appreciate)
سانوٚ بیشتر ہم کال شاعرو منٛزٕ چُھ یوہے اکھ شاعر نعت، مرثیہ، مناجات تہٕ باقے
عقیدتی شاعری لیکھنہٕ وِزِ شعوٗری طور تِمن فلسفیانہٕ نوکتن پھِیُر دِوان یِمن پیٹھ
أمِس پانس شبقہٕ پٔژھ چھےٚ۔ شاعری اندر یِہ پٔژھ رٔژھراوِتھ چھنہٕ رشید نازکی
صِرف پنُن عقیدے یوت رٔژھراوان بلکہِ کاشرِ ہِنٛدِس تتھ اجتماعی لاشعوٗرس

تہٕ مضبوٗطی بخشان۔ یمہِ مطابق کشیرِ ریشی وأرتہٕ پرٕوأرونہٕ یوان چھُ۔

یہِ چھےٚ اکھ تأریخی حقیقت زِ پتمٮ۪ن پنٛژہَن شیٛٹھن وٕرین دوران سپدیمہٕ سائینسی، تکنیکی، معاشی تہٕ مأ لی ترقی دوران گوٚ وُدٕرس جہانس اندر روایتی نوٗعیت چھٮ۪ن سمأجی تہٕ اخلأقی قدرن یہِ ڈٕلِ زِ تہٕ ژٕکی پھیٖر۔ کشیرِ منٛز یوٚ دوٕے اکوٗہمہِ صدی ہنٛدِ سایبر انقلابہٕ باوجوٗدتہٕ وُنہٕ روٗحأنی قدرٕ دُنیہکٮ۪ن بڈٕ بن شہرن ہِنٛدی پأٹھی پژانیمژٕ تہٕ زاید المعیاد چھنہٕ مگر سانہِ زبأنی ہنٛدی نمایندٕ شأعریمو منٛزٕ اکثر پٕرۍ متۍ لیکھۍ متۍ الیٹ (Elite) چھِ، بدلیاے کلٕہم سمأجی تبدیلی بڑٕ وٕنٛشھے۔ یمہِ کنہِ ہمکال کأشر شأعری اندر رِشتن ہنٛدِس پنہٕ پنہٕ گرٕچھنس، بے حیأیی، بے مُروّتی تہٕ نفسا نفسی بیترِ چیزن ہُنٛد یوٚہے جواز ہیوٚ پیش کرنہٕ آو۔ رشید نازکی چھِ امہِ حسابہٕ تہٕ مُنفرد زِ یم چھِ تمن روٗحأنی، سمأجی تہٕ اخلأقی قدرن چیر تھف تھٕوتھ، یم کأشرٮ۪ن ہنٛدِ اجتمأعی لاشعوٗرُک خاصہٕ انہار چھےٚ۔ کینٛہہ مثالہٕ:

حیأتکۍ ناگ موٚتکۍ شاٹھ تھأوِن پأنٕسے آیتۍ
مےٚ ہیوٚ تمُت نخقہٕ پیٚترُن زِندگی ہُنٛد دردِ سر باقۍ



قُمری تہٕ کوٚستوٗرۍ سازِ وایان، جلن تہٕ دبدرٮ۪ن چھِ نغمہٕ آیتۍ
پٕردی چھِ وارلۍ پنٕنۍ چھِ ریٛزِل جہاریٕنہٕ ژٕلہِ خیال تھأوو

لول چھُ سانہِ روایتی شأعری ہُنٛد مستقل موضوٗع۔ یہِ موضوٗع چھُ کأشرِ شأعری اندر شوٗژرُک تہٕ شوٗزرُک جذبہٕ ہتھ ورتاونہٕ آمُت۔ یہِ عِشق چھُ کأشرٮ۪ن

ہیٛزٕ ن نظرن منٛز تیوٗت پاکیز زٕ رسول میر ہِوس مجأزی شاعرس تام چھِ وٗنہٕ تہٕ واریاہ کأشرِ درویش نظرٕ وٗچھان۔ ہمکال شاعری اندر تہٕ یوٗ دوے لوٗلک موضوع ورتاوس منٛز روٗ دمگر زأویہٕ بدلے۔ یِم گژتام شاعرامہِ موضوع ہُک روایتی تقدٗس تہٕ حیادأری قایم تھأوِتھ اتھ پننِین شعرن اندر باوان روٗدی تِمن منٛز چھِ رشید نازکی پیش پیش۔ کینٛہہ مثالہٕ:

تِمس روخصت کٔرِتھ، اوٗش قطرٕ کینٛہہ پیٚے
شمع شولیٚو مُقدس آستانس



اُفقہٕ پژزلان چھیٚ چأنۍ پرٛینٛز شاہراہ
شفقہٕ ناوان چُھ نب تیار وولو



أمۍ لولہٕ نیایکِو آوٕلنٛز یرٕ وأجنٔس گتہٕ لأجنٔس
شِنہٕ مأنۍ ہَنہٕ ہَنہٕ گأجنٔس، پدٕ مان ویٚسی مدٕ وأجنٔس



تِمہٕ مژھلہٕ امارک پے ژھانجوم، چشمن تہٕ دِلن منٛز ڈُنگ لأیتھ
سُہ چُھ اصلکہٕ وصلک میخانا، بٔرۍ بٔرۍ وِکھتِن پیمانن منٛز



یِمن شعرن ہُند باوکھ چُھ روایتہٕ مطأبق مونث۔ اظہارس اندر لبنہٕ یِنہٕ وول شوق جذبُک اظہار چھ گرا آستانک مقدس شمع ہُنٛتھ شولان تہٕ گہے اُفق وشفقہٕ

کہِ یارِ بلہٕ تن ناوتھ دید مان سپدان۔ منہٕ باوتھ یہِ مُژھیٖل انداز چھُنہٕ بڈ ہٹہِ کرٕ کیھ لاینگ یاوٗ چاپہ پاٹھی چھی ژھنہٕ ٹنگ قایِل۔ یہِ چھُ اکھ معتبر لہجہٕ یتھ اندر عاشق تہٕ تمیزٕ وول چھُ تہٕ معشوق تہِ حیا یوٚت۔ ہزبری تہٕ جوٚٹ گوٚو پادشاہ کس موجوٗدٕ دورس منٛز چھِ ادبی سوٚتھرِس پیٹھ تہِ امہٕ قسمٕکس باوتس ہپوکرٕیسی (Hypocracy) وٕنتھ پٹیھ ژٹنہٕ یوان مگر رشید نازکی چھُ پننٮ۪ن ہم عصرن تہٕ ہمسفرن لرِلوٚر روٗزِتھ یہِ ژٕینَن طرز سنبھٲلِتھ فخر تہٕ خوداعتمٲدی سان شیرِ لاگتھ۔ امہِ حوالہٕ چھُ رحمان راہی ہٕنٛدِس:

شرونٛی ییٚلہِ کوٚر تمہِ رونہِ دامانس

اِد نسآ روٗدُم پانس تام



وژنس مقابلہٕ نازکی سُند لیکھنہٕ آمُت:

تُہنٛدے رُم گیہِ آیٖنہٕ خانس

اِد ما روٗدُس پانس تام



وژُن قابلِ توجہ۔ یم زٕ وژن بڑوٚنتھ کنہِ تھاوِتھ تہٕ یمن پیٹھ سٕنتھ تہٕ سٕرتھ غور و فکر کٕرِتھ ہیکہِ تمونو کتو منٛزٕ کینژن تقوبلی مثالہِ دِتھ واش کڈنہٕ یتھ یمن ہُنٛد ذِکر مے لول موضوٗع کہِ حوالہٕ یتھ مضموٗنس اندر کوٚر۔

رشید نازکی سُند کلامہٕ چھُ ہمکال کاشُر شاعری منٛز مشرقی طرزِ تخلیقچ علامت

مانہٕ یوان۔ اٗمی ہٕندی غزل، وزٕن تہٕ بأتھ چھِ تِمن سوٗنچن نٔبحن تہٕ فِکری تژاین ہٕندی ترجمان یِم مغرب زدٕ گی ہُند ضِد چھےٚ۔ اتھ منٛز چھے عقیدتس ہٕتی سِریت، روایتی قدرٕ، زِندگی ہٕندِ تجرُبہٕ چہِ کوٗنٛدِ منٛز پٮ۪نہٕ آمژٕ ژینہٕ وَنہٕ، موٗللی قوول تہٕ مٔدرٕ مَسلہٕ تَمی طریقہٕ لبنہٕ یِوان ییٚمہِ انمانہٕ یِم کلہُم مشرقی مزازس ویان چھےٚ۔ مثالے:

منہٕ سِرٕ پنہٕ نے تن ییٚلہِ نووُم   اِدٕ پتھ تژوُم دوہ کیٛو راتھ
یافتاح یا ہُوٚ کھونہِ للہٕ نووُم   اِدٕ پتھ تژوُم دوہ کیٛو راتھ



تاپن زوٗلس واون ووٗلس، آبن گٔرنم پرٕوٗنی ناو
بستی بستی آلو بوٚزُم، وولہٕ سا بابا دَم شیٚہلاو



مےٚ تہِ زوٗنہِ رِگنز ووکرتام، اختابہٕ رٔٹتھ موچھِ منٛز
یتھ شامہٕ ژھپر ژھنٛجہِ ژٕ ےونتہٕ بہٕ کیٛاہ ہاوے



بےٚ ولیہِ گمانن ہُند وٲناکھ یہِ صحراوا
تُل یارٕ مٔژھیٚل بأتھاہ خاموش سفر سپدیا



رشید نازکی رٕوٚ دوٚہمہِ صدی ہٕندِس اوٚڈھمس تہٕ نوٚمِس دٔہلس دوران سٮ۪ٹھاہ سرگرم۔ اتھ وقتس دوران رٕوٚ دی یِم ادبی مرکز کمراز تہٕ ریاستی کلچرل اکیڈیمی اندر

اہم منصبن پیٹھ فائز۔ کینژھا پننہٕ منصبی ذِمہٕ داری نکھہ والان تہٕ کینژھا پننس تخلیقی جوٗنس جہار بخشنہٕ خاطرٕ رٲودی یم یمن وٲرِین مُسلسل باقٕے پروگرامن ہتی شعر محفلہٕ تہٕ سجاوان۔ یمن محفلن منز آسی اکثر شاعر معرٲی نظمہٕ، آزاد نظمہٕ، نثری نظمہٕ، سفید تہٕ سیاہ نظمہٕ بیترٕ پرٕتھ پننہٕ سٹھٕے جدید آسنک باس دِوان۔ نازکی رٲودی یم نٔوی طرح بوزناوُنہٕ باپتھ پننٮ۪ن ہم کال شاعرن پلیٹ فارم فراہم کران مگر پانہٕ وُٹھی نہٕ اَنی کھلہٕ اتھ ناوِ۔ یوٗ دوٗے یموتہٕ امہٕ قبیلہٕ چہ کینٛہہ نظمہٕ لیچھمٕژ چھےٚ، مگر قابلِ غور کتھ چھےٚ یہ زِ 1995ہٕ یس اندر چھپیمٕژ "وہراتھ" ناوِچہ یہنٛزٕ شعر سوٚمبرنہٕ منز چھنہٕ اکھ تہٕ آپابند نظم۔ امہٕ ہتی چھُ یہ ثابت سپدان زِ یہنٛدِس مزازس اندر چھےٚ اولیت تتھی رنگس یتھ ہتی یمن رغبت چھےٚ۔ اتھ برعکس چھُ یہنٛزِ شاعری ہُنٛد آہنگ تہٕ نغمگی ہُنٛد ٹاکارٕ باس دِوان یوٚسہٕ سانہِ لکہٕ لیہ ہُنٛد گہنہٕ چھےٚ۔

نازکی سُنٛد ڈِکشن تہٕ چھُ اَمِس پننٮ۪ن ہم کال سُخنوٗرن اندر امتیاز بخشان۔ اَمی ہنٛدِ باوتُک کلاسیکی رنگ چھُ اَمی ہنٛدِ اسلوٗبُک پھیرٕ ہاونشانہٕ۔ اَمی ہنٛزٕ شاعری اندر استعمال سپدی ہتی موروٗض چھِ تِمے یم اَمی ہنٛدٮ۪ن قارٕین وِٹی آسنس ہتی تاثرٕ کس سوٚتھرس پیٹھ تہنٛدِ مزازٕ کی حصہٕ چھِ۔ یہنٛزِ شاعری اندر بار بار استعمال سپدن والی الفاظ، ترکیبہٕ تہٕ موروٗض مثالے ساقی، وُزمل، شبنم، گُل، بُلبُل، نوش لب، قُمرٕ تہٕ کستوٗر، دیدٕ رِتہٕ جل، شام وسحر، جزا وسزا، اَنہٕ تہٕ استان بیترٕ لفظ چھِ پرٕتھ کانٛسِ احساسٲتی تہٕ جذباتی معنی ہتھ فکرِ تران۔ یہنٛد کلامہٕ چھُ یہنٛدٮ۪ن باقٕے ہمعصرن مقابلہٕ فارسی تہٕ عربی آمیز۔ اتھ خوٗبی یا خرٲبی

وَننہٕ بغاٚر چھےٚ یہِ کتھ بہر حال یتھ دعوٕہَس دربرٕ عطا کران یتھ پیٹھ بہٕ یتھ مضموٗنس اندر کتھ کران چھُس۔

چھیکرس کرٕ بہٕ یوٗتے وٕنتھ مختصر زِ رشید نازکی ہنٛدِس شاعرانہٕ مرتبس تہٕ مقامس پیٹھ ہیکہٕن وکھرٕ وکھرٕ رایہِ آسِتھ۔ یتھ مضموٗنس منٛز کرمےٚ یہِ باور کرناوچ کوٗشش زِ رشید نازکی چھِ اعتمادٕ سان روایژن پیٹھ ثابت قدم روٗزِتھ شعر لکھان۔ یہِ کتھ کھرٕ کرنہٕ خاطرٕ کرمےٚ تمہٕ گون بدِ کڈنٕچ کوٗشش یموسٕبہٕ نازکی ممتاز حیثیت پرٛاوان چھُ۔ تاہم چھنہٕ یہنٛز یہِ امتیاٗزی حیثیت یہنٛزِ شاعری ہُنٛد تخلیقی مول تہٕ معیار مُقرر کرنٕچ کہوٗٹ۔



حوالہٕ :

1. سیرتس پیٹھ لیٚکھنہٕ آمژٕ دوٚن جلدن پیٹھ مشتمل رشید نازکی ہنٛز ''ذکرِ حبیبؐ''، ''ریٚشت تہٕ سائٕ ریٚش''، ''راہنما'' چھےٚ اتھ موضوٗعس پیٹھ سیزٕ مژٕ اہم کامہٕ، مگر بہٕ چھُس چونکہِ یہنٛزِ شاعری پیٹھ کتھ کران اوٚکنۍ نیرنہٕ بہٕ امہِ دٲیرٕ نبر۔

# وہاب کھارُن اَکھ شعر تہٕ ہِر یتھ شرح

تیٚلہِ اوس آدم بوٚ دگرٕ ھنے، تس تہٕ مےٚ آس زان

اِڑ لوٚدنہٕ جنت، کعبہٕ، جہنم، بیٚیہِ ہا بُت خانے

وہاب کھار

یتھ عالمس منٛز بنی آدم بسان چھُ، یہ چھُ تموسا سہٕ واد عالموٚ منٛزٕ اکھ لوٚکُٹ عالم، یمن تام نہٕ سانہِ محدوٗد فکرتہٕ عقلہِ ہُنٛد پلہٕ چھُ۔ تصوٗر کیٚن عالمن ہُنٛد فہم وادراک آسُن چھےٚ بڑٕ کتھ، أسی چھنہٕ پننہِ دیٖد مان دُنیہکی سٕنی ووٕگنی تہٕ سٕرِ تھ تہٕ بٕجتھ ہیٚکان۔ یٚیمہِ عالمہٕ کس انسانس چھُ بہرحال یہ گُمان تیٚمہ تہٕ توٚژھ بخشان زِ سہٕ چھُ پننہِ وقتکہِ دوٚرس دُنیہک باشنٛدٕ مگر زمینس پیٚٹھ سکوٗنت کرن والیٚن اربہٕ بدٕ بن لُکن اندر رٕ کرٕ اہمیت چھےٚ اَکس فردس اَمیک اندازٕ ہیٚکہِ یٚیمہِ حقیقژٕ ستی سپدِتھ زِ دُنیہس اندر چھِ پرٛتھ دوہہ اوسطن ژور لچھ لُکھ مران یمو منٛزٕ نمنمتھ اشاریہ نوفیصد مرن والیٚن ہنٛدِ مرنٕچ خبر زیادٕ کھوتہٕ تہنٛد بن قریٖبی اَشناون، نزدیکیٚن ہمسایَن تہٕ خاص یاردوستن لگان چھےٚ۔ باقٕے سأری اربہٕ بدی لوٚکھ چھِ پننِس کارس ستی یہ گُمانہٕ ہیتھ مس زِ شاید چھُ یہ دُنیا سانی ستی چلان۔

نفسیأتی طوراگروٗچھوپزتھ فردس چھ پنٕن ووٚجوداکھ عالم اصغر باسان تہٕ خبر کوسہٕ غفلتھ چھس تتھٕ کٕنی چھورٲوِتھ پھرِی پھرِی سوچہِ ناوان زِمےٚ ورٲے چلہِ نہٕ مےٚ ہتی وابستہٕ لوہ لنگر۔ تاہم چھنہٕ کانٛسہٕ ہنٛدِ یَیمہِ عالمہٕ گژھنہٕ ہتی دُنیا تھامہِ گژھان۔ کٔلس پیٹھ چھ یہِ دُنیا اکھ فانی سراے یتہٕ شبا گزارِتھ پزتھ زُو ذأز چھیکرسی پأٹھی اصلی گرٕ گژھن پیوان چھُ۔ انسانہٕ سٕنٛد اصلی تہٕ ابدی گرٕ کُس چھُ۔۔۔؟ اکہ عالم اصغرِ پیٹھٕ کتھٕ ہیکہِ انسأنی ووٚجود عالمِ اکبرُک حصہٕ بنِتھ؟ فنا کیاہ گوٚو تہٕ بقا کتھ پأٹھی چھ حأصل گژھان؟ بہٕ کُس چھس۔۔۔بہٕ کتہٕ آس۔تہٕ مےٚ کوٚت چھ گژھن؟ کٔلہم پأٹھی چھِ یمے تہٕ تِتھی ہوی سوال أکِس تِتھِس سِر ساوی فِکری نظامس تہٕ ژینن طرزس زایُن دِوان یتھ سِریت یا مِسٹسزم mystycism بیترِ ناو دِنہٕ چھِ یِوان۔ وُچھن چھُ زِ تہذیبی تہٕ ذہنی ارتقا کِس کتھ مرحلس پیٹھ گیہِ اِنسأنی فِکریمن گوتن۔ نروانُک ووٚنٛدٕ وولساون وول تصوٗر تہٕ جنتچ منہٕ مأنی منظرکشی ہیچ نارٕ ژرٕ ژھراون وأٲلس تہٕ پزرُک پرژار کرن وأٲلس نیک بخت اِنسانس سیری عطا کٔرتھ۔ جہنمکی تصوٗرن تہٕ کرٕیٹھن زمن ہنٛدی گردِشن کٔری ناگُمراہی ہنٛدِس کچرس منز ہنہٕ آمتی گنہگار گُمہ ہٕری۔

تأریخ چھُ گواہ یم دوشوے چیز سپدی تہٕ پزنہٕ پأٹھی سپدی۔ مگر اتھ دوزخکس بیس، سزٕ ہکس ہأبتس، مُکتی ہنٛدِس مأرٕمتس تہٕ جنتکِس طمہس لأج عرفانی عاشقو لالچہِ ہنٛز ہانٛژھ۔ تم لگی من سرس ڈُنگ دِنہٕ پتہٕ ووپداون وأٲلس ہتی پننہِ ازلی یارٕ زہنٛز کتھ وننہِ تہٕ جنت، جہنم، کعبہٕ تہٕ بُت خانہٕ بارسس ینہٕ وأٲلی معاملہٕ

دِتکھ ثانوی قرار۔ امی حوالہٕ وون سورٕ ونہِ گنوٗ ہمہِ تہٕ ابتدٲیی وٗہمہِ صدی عیسوی

ہستی تعلق تھاون وٲلۍ اَکھ عام ٕقسمکی کاشُری صوفی شاعر وہاب کھارن:

تیٚلہِ اوس آدم بۄد گژھہٕ نے لَس تہٕ مےٚ اَس زان

اِدٕ لۆ ونہٕ جنت، کعبہٕ، جہنم بیٚیہٕ ہا بُت خانے



پرٛتھ کُنہِ فِکری مکتبس تہٕ عام سوچس تہِ چھ بہرحال یہِ سوال پھری

پھری ذہنس گژھان گیوٚ رتلاں زِ بیٚلہِ نہٕ کہیں اوس، تیٚلہِ کیاہ اوس؟ اسرارٕ ری یا ونوٗ زِ

مِسٹک فِکرِ ہستی وابستہٕ مٕتی، سنت، فقیر تہٕ فلسفی چھِ امہِ اہم سوال کہِ حوالہٕ یٔژ پاٹھۍ

یتھٕ کنۍ ہیوٗ محسوس کران زِ کینہہ نہٕ بروٗنہہ تہِ اوس کینہہ تہٕ سُے کینہہ چھ ازلہٕ پیٹھٕ

ابدتام کُل کاینا تُک محور۔ کُنہِ مخصوص شکلہِ بغٲر انسانٕی پیمانو تہٕ میزانو نبر اکھ نوٗر

آگُر۔ خالقہِ کاینات ہٕندِ کاینا تُک ووجود عملہِ منز اننہٕ برٛونٛہہ اسرار ہن ہٕندِس

اتھ تصورٲتی ووجودس چھِ الہامی کتابن اندر درج آیات، اوتارن ہندی قول تہٕ

احادیث نبویؐ تہِ ڈکھ کران۔ اَکِس حدیثِ قدسی یس اندر چھ واضح پاٹھۍ درج

زِ خُدا چھ ونان ''بہٕ اوسُس اکھ گُپتھ گنج تہٕ خاہش سپٕزم زِ بہٕ گوٚژھس زاننہٕ

یُن۔ پتٕن ووجود زانٕنی راوٕ نہِ شوقہٕ کرمےٚ کاینات پاد'' امہِ حدیثِ مُبارکہٕ

کِس پس منظرس منز چھےٚ یہِ قرآنی آیت قابلِ غور ''الله نورِ سمٰوٰت

والارض''. خُدا چھ زمین وآسمانٕک نوٗر۔ امہِ حوالہٕ چھ خواجہ حبیب اللہ نوشہری

صٲبنہِ ہندی یمہِ مصرہِ توجہ طلب:

کُنتُ کنزاً آو یے      جلوٕ ماران دڑاویے

نحنُ اقرب آویے      یارٕ گژھوو دیٚویے



اکثر ہِری فلسفن اندر چھ ظہورِ کاینات بروٗنٛہہ ''ذاتِ بارِیس'' متعلق یہ ہے خیال زِ اتھ خوبصورت ذاتس ییتھ مولانا جامی ییٚن ابدی حُسن ناو دِیُت، گو ظاہر سپدنُک شوق تہٕ بقولِ جامی حُسنُک مِزاژ ے چھ یِی زِ بہٕ گژھہٕ اتھِ یُن۔' کاینا تکہِ تخلیقُک مۆلہٕ مُدعا تہٕ اوس یِی زِ أنیکھ حُسنہٕ ستی مالا مال خوبصورت خُدایہِ سُند ماری منز گژھِ نُمایاں سپدُن۔ ذات تہٕ ذاتکس ووجودس اندر وُ زیمتہِ امہِ خیالہٕ تہٕ مارمتہٕ کہِ برکتے آے ساری شمسی، قمری تہٕ باقے تم واریاہ نظام بارسس یِمو منز اکثرن ہنز اسہِ خبرٕ ے چھنہٕ۔ بدِ کٔڈنہٕ آمتین شمسی تہٕ باقٕے نظامن اندر چھے معلقہٕ ستارن تہٕ سیارن ہنٛدِ باہمی محورن أندی أندی گِھ کرٕنچ خاصیت لبنہٕ یِوان۔ ممکن چھ سائنسی اصولو مُطابق آسہِ یہِ یِمن ستارن تہٕ سیارن منز موجود تِمن مُشترکہٕ جُزن ہنٛدِ سببہٕ سپدان، یِم یِمن اندر حرکت تہٕ کشِش پٲدٕ کران چھ۔ مگر عشق و عرفان کِس عالمس ستی وابستہٕ سالِک تہٕ عارِف چھِ اتھ گردِشس تعشوقہٕ سفرٕچ تأویل کران۔ ذات کہِ وقوفہٕ یا ونو زِ شوخ خیالہٕ پتہٕ یِم مُختلف عالم تہٕ زُو ذاژ معرضِ ووجودس منز آیہٕ تِمن منز اوس انسان تہٕ شامِل یُس فلسفی یوٗ ''حیوانِ ناطِق'' آسنہٕ کِنی ممتاز آسنُک مخرج کھول تہٕ یُس مذہبو ''اشرف المخلوقات'' یعنی عام زُو ذاژن ہُند مۆل تہٕ مُرقرار دِیُت۔ ذاتہٕ کِس

تعشوقہِ اظہارس منز چھ امہِ اعتبارِ انسان سبٹھاہ اہم۔ اکھ سہ تخلیقی شاہکار یمہِ سنٛدِ حُسنِ کمالک جھارتہٕ بہارُ وچھتھ خالقس پرٛتھ ساتہٕ بوش کھسان آسہِ۔ تاہم چھےٚ انسانی وجودس اندر پنہان ابدی حُسنچ زٕ ژاٚ کس مادی کالیس تہٕ کرٛژس منز یہ ڈٲپی زِتہِ قاد۔ یہِ نورانی تہٕ بصیرت افروزٕ ژبدِ کڈتھ ہیکہ بنٛدٕ معبودس سٟتی پننہ ازلی یارٕ زہنٛد اعلان وِستھ تہٕ وولستھ سبٹھاہ پرٛ اعتماد طریقہٕ کرِتھ۔ تِتھے کٕنی ییتھٕ پاٹھی سائی صوفی شاعروہاب کھارَن کوٚرمُت چھ۔ تاہم چھُ یہِ تیلہِ سپدان ییلہِ مادی وجودکین میٹھہن، مٔدربن تہٕ پرٛتھ لحظٕ تنٛبلاون والین باون تہٕ مدراین ہُنٛد لذت عارضی تہٕ اَ کھتھ زانتھ نہٕ صرف ترک بلکہِ رد کرنہٕ ییہِ یا ییلہِ اٛندرِم پرٛکاش تتھٕ کٕنی گاہ ژھٹہِ زِمنس تہٕ پونس سپدِ سنگاٹھ۔ مجموعی طور چھےٚ سرِ تیٚچ گوٚج یہاے۔ ووں گواتھ چھِ مختلف دوران اندر مختلف طرح دِنہٕ آمتی۔ تِم تہٕ دِتی فلسفیوتہٕ عالموییمن انگریزی پاٹھی تھیوری ٹیشنز (Theorytions) ونان چھِ۔ سری فِکرِتہٕ ذکرِ سٟتی وابستہٕ فقیرن تہٕ قلندرن آس نہٕ نوکتہٕ دانی سوٚمب نہٕ فرصتھے تہٕ نہٕ اَسکھ اتھ سٟتی دِلچسپی یی۔

سِریتکہِ حوالہٕ چھ اکھ بحث پتہٕ وتہٕ پیٹھہٕ چلان رودمُت زِ یہِ چھا پزی مذہبی کِنہ مذہبکوٚ گنٛڈِتھ ژوٚپرِتھ اصولو نِشہِ فرار۔ یہِ بحث چھُ صدیہ وادو پیٹھہٕ چلان تہٕ وُنہِ چھُنہٕ اٛند یومُت۔ شایداٛندِ نہٕ آینٛدٕ تہِ کینٛہہ۔

مذہب تہٕ عقیدٕ چھِ بظاہر انسانہٕ ہنٛدِ رٛژرٕ تہٕ شوٚژرٕ سان ووتھٕ واشرٕلبنکی ضابطہٕ بنٛد نظام مگرٕ ژبتھ دِتھ سوچتھ چھ باسان زِ رٛژھ تہٕ پرٛژھ چھےٚ مولہٕ تلہٕ انسانہٕ

ءسنز فِطری مجبوری تہٕ توے ووٚن گنو ہمہٕ صدی ہنٛدی مشہور فرانسیسی عالم تہٕ فِکشن نگار ''وولٹیرن'' زِ If there were no God ,it would be necessary to invent one یعنی نعوذ باللہ اگر کانٛہہ خدا آسہِ ہے یی نہٕ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ ایجاد کرُن اوس ضروری۔ ووٚن چھ سوال پاٚدٕ سپدان زِ اگر کانٛہہ بڈٕ لُکہٕ جما تھا کُے مذہب مانان چھےٚ یِمکۍ تمام ترقأید ضابطہٕ اصول تہٕ طریقہٕ مقرر چھ، تیلہِ تہٕ چھا کانٛہہ گنجأیش روزان عقیدٕ چہ وَکھرٕ وَکھرٕ نٛجہِ تہٕ ترٛایہِ پھانٛپھلنچ۔ سطحی طور تہٕ قاعدٕ ن ہنٛد بو اُصولو مطأبق گوٚژھہ نہٕ یہِ گژھُن مگر عملی طور چھ یہِ پرٛتھ دھرمس تہٕ مذہبس اندر سپدان۔ اکھ شاید اوٚ موکھ زِ پرٛتھ کانٛہہ فرد چھ اکہِ جمأژ ہُنٛد تہٕ سماجک حِصہٕ آسنہٕ باوجود تہٕ پننہِ خأرجی انفرادیت زمأنی ویوٗہار خأطرٕ، دأخلی پسنٛد وناپسنٛد تہٕ پننہٕ نفسیأتی پس منظر چہِ بنٛدشہٕ کنہِ پالان۔ تہٕ امیک اظہار تہِ چھ سہٕ موقہٕ محلہٕ مطأبق کران۔ پننہٕ پرٛتھ کُنہ کرٛیہ چھ سہٕ پننہِ سوچکہِ پلہٕ حسابہٕ جواز دِنٕچ کوٗشش کران تہٕ یتھہٕ پأٹھی چھ ہریتٕ چہ ترٛایہِ ہُنٛد پرٛتھ مذہبس تہٕ دھرمس اندر جواز نیران۔ شاید اوٚ موکھ تہٕ زِ یتھہٕ چھیٚ نہٕ وُنہِ کانٛہہ دھرم یا مذہب بارسس آمُت یتھ نہٕ ظأہری پہلووس تہٕ ستی بأطنی انہار تہِ آسہِ۔ یا ونو خأرجی معاملاتن لرِلوٗر دأخلی محسوسات تہِ آسن۔ یِمے دأخلی تہٕ بأطنی محسوسات چھِ مذہبن تہٕ دھرمن ہُنٛد روحأنی پہلو بنٛتھ برٛونٛھ کُن یِوان تہٕ أتھی چھِ أسی وٕتھی پوٗٹھی پأٹھی ہریت ونان۔ کُلہم پأٹھی چھےٚ ہریت انسأنی مُرس مأدی تہٕ معمولی بلکہِ کُنہ کُنہِ جایہ گنٛد تہٕ کثیف قرار دِتھ روٗحس لطیف تہٕ نفیس بلکہِ

نورٲنی مأنتھ امہِ کِسے عرفانس پٮ۪ٹھ زور دِوان۔

امہِ اعتبارٕ چھے سریت تمام مذہبَن ہنٛز اکھ مشترکہ خاصیتھ بنان تہٕ تۄے چھنہٕ وہاب کھارَن پننس شعرَس منٛز جنت تہٕ کعبہ کٕے یوت ذِکر کۆر مُت بلکہِ چھن بت خانہٕ تہٕ اَتھ منٛز شأمل کٔرتھ اَتھ تصورس واش کۆڈ مُت۔ تاہم چھِ شعرکہِ تاثرٕ حوالہٕ یِم سأری موروض ثانوی بنان۔ بنیأدی تہٕ اصلی کتھ چھے کلس ستی جُزک اصلی تعلق تہٕ واٹھ تہٕ یوہے چھُ سریتکہِ فلسفک مُولہٕ انہار۔

وہاب کھارُن یہِ شعر چھُ شعری جمالیات کِہو اصولو مطأبق تہٕ قابلِ توجہ بنان۔ بھرت منی ہنٛدٮ۪ن مقرر کرنہٕ آمتٮ۪ن رَسن اندر ریُس اضافہ کشیرِ ہنٛدی بہلہِ پایہِ فلسفہٕ دان تہٕ مُفکر ابھنوگپتَن ''شانت رس'' شأمل کٔرِتھ کۆر، تمیُک عملی تفسیر چھُ وہاب کھارُن یہِ شعر۔ امہِ شعرچن بأریکیٮ۪ن پٮ۪ٹھ غور کٔرتھ چھُ جمالیاتُک منہٕ مون خیال حُسنِ مطلقس ستی جُڑان تہٕ ییتہٕ پأٹھی چھُ جمالیأتی مکتبِ فکرس ستی وابستہٕ ادبی نقادَن ہنٛدِ خاطرٕ یہِ آگرنیب ہیوٚ بنان۔ سری شاعری ہنٛدِ جمالیاتچ کتھ ووتھنہٕ وِزِ چھِ جمالیاتکی علمی سۆتھرِس پٮ۪ٹھ مقرر کرنہٕ آمتی حد پھُٹان۔ کُلھم سری شاعری ہنٛز حُسن کأری چھے محبوبِ حقیقی ہنٛدِ تلاش تہٕ جستجو کہِ عارفانہٕ سفرٕ کِس شوقٕلِ خیالس منٛز بارسس یوان۔ اتھ پسِ منظرَس منٛز چھُ جمالیأتی تنقیدٕ کِس فکری مکتبس ستی وابستہٕ نقادَن ہنٛدِس تتھ سأری بخشس پٮ۪ٹھ نوسرٕ غور کرنک ضرورتھ محسوس سپدان ییمہِ مطأبق تم امہِ اصطلاحچ علمی تفسیر پیش کٔرِتھ تہٕ اتھ زمانی میزانہٕ لأرِتھ پتمٮ۪ن کیٚنژن صدیٮ۪ن ہنٛز فکری رُوش قرار دِوان چھِ۔ سری

ژیٚنَن طریقہٕ مطابق چھُ اصلی تہٕ ابدی حُسن حُسن مطلق یَتھ متعلق کُنہِ زمانٕی بندشہِ ہُنٛد قیاس کرُن تہِ ممکن چھُنہٕ۔ وہاب کھار چھُ پنٕنہِ تعشوقہٕ سفرُک زمانٕی تعیُن ''تیٚلہِ اوس آدم ہُو دگرٕ ھنَے'' اظہارکہِ ذٔریعہِ تِتھہٕ کٔنی کران یُس بظاہر مقرر أسِتھ تہِ غاٗر معیُن چھُ تہٕ یہِ چھےٚ امہِ شعرٕچ تہِ خوبی تہٕ تمہٕ فلسفٕچ تہِ عظمت یُس اَتھ اندر بیان کرنہٕ آمُت چھُ۔



# مصنفہٕ سٕنٛز باقے کتابہٕ:

| | | |
|---|---|---|
| ☆ | ژارنہٕ آمژٕ ڈٔلت ڈٔلیلہٕ (ترجمہٕ) | ساہتیہ اکیڈیمی نئی دہلی |
| ☆ | وتستا کی سیر (اُردو) | میزان پبلشرز سری نگر |
| ☆ | زٕگرز زمین (ترجمہٕ) | ساہتیہ اکیڈیمی نئی دہلی |
| ☆ | پأری زان | علی محمد اینڈ سنز سرینگر |
| ☆ | کأشری لغت (ترتیب تہٕ تالیف) | ساہتیہ اکیڈیمی نئی دہلی |
| ☆ | کأشُر عقیدتی ادب | ساہتیہ اکیڈیمی نئی دہلی |
| ☆ | تہٕ پتہٕ آیہٕ ڈٔریاوس زبان (ترجمہٕ) | نیشنل بک ٹرسٹ آف انڈیا نئی دہلی |
| ☆ | پنجأبۍ شاعری منٛز کٔشیر | ساہتیہ اکیڈیمی نئی دہلی |
| ☆ | نۆرِنۆران (زٕ ایڈیشن)<br>(تحقیق ترتیب تہٕ شرح | علی محمد اینڈ سنز، سرینگر |
| ☆ | ہمکال کأشر شأعری<br>(ترتیب وتدوین) | ساہتیہ اکیڈیمی نئی دہلی |
| ☆ | وارث شاہ (ترجمہ) | ساہتیہ اکیڈیمی نئی دہلی |
| ☆ | پنٛژہَن ؤرِیَن ہُند کأشر ادب | ساہتیہ اکیڈیمی نئی دہلی |

○○○

عزیز حاجنؠ یَس چھُ علمی تہٕ ادبی دُنیہَس
اندر راکھ مقام۔ یِہنٛزٕ ن ادبی، سماجی تہٕ تہذیبی
سرگرمیَن ہُنٛد دایرٕ چھُ وسیع۔ یِم چھِ شاعر تہٕ
نقاد تہٕ۔ کٲشرِس شعرٕ ادبس پیٹھ چھےٚ یِمَن
سرٛنی نظر۔ درِ دَس کتاب ''اَنہٕ خانہٕ'' چھےٚ
کٲشرِس منٛز لیٛکھنہٕ آمتِن یِہنٛدِن تنقیدی
مضموٗنَن ہُنٛز سوٚمبرَن یَتھ منٛز کٲشرِس عقیدتی
ادبَس تہٕ ہم عصر کٲشرِ شاعری پیٹھ کھُلہٕ ڈُلہٕ
پاٹھی تنقیدی راے زنی کرنہٕ آمٕژ چھےٚ۔

عزیز حاجنؠ یَس چھُ بوٚڈ صفت یِہ زِ یوسہٕ
کٲم یِم درِ دَس نِوان چھِ تَتھ چھِ رٕتہِ انمانہٕ اند
واتناوان۔ یِہنٛز محنت، دلچسپی، قٲبلیت تہٕ
صلاحیت نظرِ تَل تھٲوِتھ چھُ یقین سپدان زِ
ادبی حلقن منٛز یِیہِ یِہنٛزِ اَتھ کامہِ قدر کرنہٕ۔

گوپی چند نارنگ
نئی دہلی

عزیز حاجنی چھُ ہمکال کاشُر لسانی تحریکہِ ہُنٛد اکھ زونٛمت موٗنٛمت علمبردار تہٕ ہمعصر کاشرِ
اَدبُکس نبہٕ دُنٛدِس پیٹھ اکھ اَز خود پرزلوٗن تارُک۔ تِہنٛدِ شارِ باوژِ چھِ سوٗخن شناس توجہٕ طلب
قرار دِوان تہٕ ووٗنی چھُ تِہنٛد تنقیدی شوٗعوٗر تہٕ مناسب ترسیلی طور طرز نچھناوِنہٕ لوٗگمت۔
کاشرِس تخلیقی تہٕ تنقیدی ادبس سام ہیتھ گِہہ دِنہٕ واجنی دَردِس مقالہٕ سوٗمبرٲن چھِ ژینہٕ وَن
زِ کاشُر زبان ییتہٕ پتہٕ وَتھ اہم تخلیق کارن زَنٛم دِوان آمژ چھے تتہٕ چھِ ووٗنی کاشُر ادب پرٲن تہٕ
پرکھاوَن وٲلِ تہٕ دوہہٕ دوہہٕ ہُران۔ عزیز حاجنی چھُ کاشرِ ادبُک اکھ سنجید قٲری تہٕ اکھ ذمہٕ
وار باوَکھ یُنتھ متعلقہٕ غور طلب مالن تہٕ مَسلَن نسبتھ پنُن باش، پننی بو دلایقِ فکر وذِکر بناوان۔
مے چھُ ہیتھ زِ یہِ سوٗمبرٲن دِیہِ زیر ساننِ زِٹھن کیوٗ کِنٛسِن ادب شناسن تازٕ تر، بسیار
جہژل تہٕ معیٲری ادبی تنقید قلمبند کرنہٕ باپتھ۔

—— رحمٰن راہیؔ

عموٗمَن چھُ یہِ وچھنہٕ آمُت زِ یِمس تحریر طاقتور آسہِ تَس چھُ تقریر آسان ہنا کمزور تہٕ
یِمس زبوٗز پیٹھ آسہِ تس چھِ اتھہٕ زھوٗڈ آسان۔ اما عزیزس چھُ خدائےدِ ٔے گوٗمت۔ ٲمی
سُنٛد تقریر تہٕ تحریر دوشوٗے چھِ بوزن والین تہٕ پرٲن والین متاثر کران۔ کاشرِس تنقیدس منٛز
چھے عزیز صٲبنٛزِ شخصیت تہٕ آواز اکِہِ نوٕ، رِتہِ تہٕ وُزھوار دورٕچ بشارت۔

—— مرزا محمد زمان آزردہؔ

عزیز حاجنی نہِ زیرِ نظر کتابہِ منٛز شٲمِل مقالہٕ چھِ عصری کاشرِس ادبس متعلق بڑٕ وٕنٛٹھے قٲیم
راین رَد کران تہٕ نوٕسر سوٗنچناوِنس پیٹھ مجبوٗر کران۔ اَمہِ قسمُک تنقید چھُ کارگر اندازٕ عصری
ادبس منٛز خاموش مگر واضح بدلاوچہِ عملہِ کُن توجہ پھرِتھ کاشرِس تنقیدس اکھ نوٕ وجہت بخشان۔
یہِ کتاب ہیکہِ یقینَن ادبس منٛز صحتمند تراین تقویت بخشِتھ تہٕ نقاد تراون تعصُب تہٕ مصلحت
پسندی یُتھ کاشرِس تنقیدس منٛز صحتمند تجزیٲتی رُویہِ بڑٕ وٕنٛٹھ کُن ییہِ۔ بہٕ چھُس عزیز حاجنی
صٲبس مبارک کران۔

—— شفیع شوقؔ

ISBN: 978-93-822882-5-1



PRINT & DESIGN
AL-HAYAT
PRINTOGRAPHERS
GAWKADAL SGR #9419403126